# کلیاتِ

# پرمانند



جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر



# کُلیاتِ پرمانند



ترتیب کار

جلد اکھ : جے لال کول - موتی لال ساقی

جلدِ ز : پروفیسر ایس کے توشخانی - موتی لال ساقی

جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگوئجز، سرینگر

# گوڈ کتھ

کلچرل اکادمی چھےٚ پننہِ تھنہٕ پتہٕ پٹھے کاشُرٮ۪ن ناماوار شاعرن ہُنٛد کلامہٕ تہٕ تہندی حالاتِ زندگی یکجا کرِتھ بے شمار کتابن ہندِس صوٗرتس منز پرن والین تام واتناونچہِ مومولچہ عملہِ اند ربدستور مصروٗف۔ یمن شاعرن منز آسی پتھ کُن تتھی تہٕ کینٛہہ گونماتھ یہُنٛد کلامہٕ تہٕ حالات اورِ یورِ چھکرِتھ آسی۔ چنانچہ پرمانندن تہِ اوس امی گیچہِ گنڈنہٕ آمت تہٕ اَوے تُل اکادمی اَز برونٛہہ الہٕ پلہٕ ترہٕ وری اَمس قد اورتہٕ بکھتی باوٕ وأرِلس شاعرسُنٛد کلامہٕ تہٕ سوانحی حالات کتأبی صوٗرتس منز چھاپ کرنس دِس۔ ’’کلیاتِ پرمانند‘‘ ترتیب دِنچ کأم اَس گوڈٕ پروفیسر جے لال کول صأبس تہٕ موتی لال ساقی صأبس مٔٹہِ تھاونہٕ آمٕژ۔ تمو دوشوٕ ے دیُت اَمہِ منصوبُک گوڈنیُک جلد ترتیب۔ اَمہِ کہِ چھپنہٕ پتہٕ کوٗر دوٚیم جلد ترتیب دِنس منز ساقی صأبس توشخأنی صأبن اتھہٕ روٗٹ۔

یم دوشوٕ ے جلد آسی ووٚنی نایاب تہٕ تحقیق کرن والین تہٕ پرن والین ہندِس اصرارس پٹھ کوٚر اکادمی دوشوٕ ے جلد أکی سے کتابہِ ہنٛزِ شکلہِ منز چھاپ کرنُک فأصلہٕ یُتھ زن پرن والین عام پأٹھی تہٕ طالب علمن تہٕ تحقیق کرن والین خاص پأٹھی آسأنی سپدِ۔ اَتھ کامہِ منز کوٚر اَسہِ ڈاکٹر بدری ناتھ کلاصأبن اتھہٕ روٗٹ تہٕ سأرِسے مُسوَدس پوٚرُکھ ژُ کہِ سان پرٗوف، یمہِ باپتھ أسی کلاصأبنٛز مشکوٗر چھہٕ۔

بہرحال ’’کلیاتِ پرمانند‘‘ چھُ تُہنٛدِ بن اتھن منز۔ یتھ اندر چھہٕ اَسہِ دوشونٛی جلدَن ہندی دیباچہِ پننہٕ جایہٕ تھأوی متی۔

اَسہِ چھےٚ ووٚمید زِ سأنی یہِ کوٗشش کھسہِ رتھہِ تہٕ مُدا اِیہِ بامل۔

**(عبدالروٗف قاری)**

ایڈیشنل سیکرٹری

انچارج پبلی کیشنز : ظفر مظفر

معاون پبلی کیشنز : محمد امین

کمپوزنگ : محمد عباس/محمد یوسف میر

سرورق : جاوید اقبال خان

پریس : جے کے آفسیٹ پرنٹرس دہلی

تعداد : ۵۰۰

مول :

گوڈنیک ایڈیشن

(جلد ۱-۲) : ۱۹۷۲-۷۳ء

دوٗیم ایڈیشن

(جلد ۱-۲ مشترکہ): ۲۰۰۳-۲۰۰۴ء

# عرضِ ناشِر (حصہّ دوم)

پرمانند چھُ کاشُرِ زبانٕی ہِندین قداوَر شاعرن ہنٛزِ گرٛزنہٕ منٛز یِوان۔ بکھتہِ باوچہِ تھرِ پھۆلمُت یہِ گوٗلاب چھُ اکہِ تتھِ پوشہِ بہارُک پیامبر یَتھ زانٛہہ تہِ ہرٕدٕ زُزرنال وَلہِ نہٕ۔ یۆ تامتھ آدم زاد وونہٕ کَین پۆت گوٗشن وۆن دِوان روزِ تۆ تامتھ روزِ پرمانندنہِ وونہٕ دُزیمتہِ ناگرادُک آب کوثرٕ دِلن تہٕ دِمباغن سگہٕ ناوان۔

یَتھ کتھِ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ پرمانندٕنی شاعری چھےٚ رِوایتی شاعری نِشہِ ہَن کھنٛڈ ڈٔلِتھ پوٚزیمولؠ کوزانٕی ہِندِ یارٕ بلہٕ پان نووُمت آسہِ یا یمن لؠکن اَمہِ شاعری ہِندِ پۆت منظرِ چ کم کاسہٕ زان آسہِ تِمن ہِندِ خاطرٕ چھُنہٕ اَمہِ سنٛز شاعری پرٕنی تہٕ زانٛنی تہٕ امیُک حظ تُلن کانٛہہ مشکل کتھ۔

پَزٕ بُکھتہِ باوٕچ شاعری چھےٚ وونہٕ کَین تجربن ہنٛزِ باوتھ آسان تہٕ اَمہِ حسابہٕ چھےٚ یہِ شاعری صوٗفی شاعری ہُندے اکھ حِصہٕ بنان۔ پرمانندنہِ شاعری ہُنٛد چھُ یہِ دۆیم حِصہٕ یُس اکادمی شایع چھےٚ کران۔ یِیتھٕ سٕتۍ ووت سون کلیات پرمانند چھاپنُک منصوبہٕ اَند۔

مےٚ چھےٚ پوٗرٕ پڑھ زِ پَرن وٲلۍ کڈن نہٕ کُٹھےٚ یوت کینٛہہ بلکہِ دِن سأنس مجتٕس دادتہِ۔

**محمد یوسف ٹینگ**

سیکرٹری

# عرضِ ناشِر (حصہ اوّل)

سائمن مَدَن وار شأعرن ہُنٛد کلامہٕ چھُ ناپرسأنی تہٕ بےٚ قدری ہٕنٛدی ورزٕ وادَن تمہِ آیہٕ چھُکرِ وومُت تہٕ ؤتھر ؤتھر کوٚرمُت زِ اَتھ چھےٚ پٔژی کنی چھٕلہٕ چھانگر گأمژٕ ۔ یہِ حال ؤچھِتھ چھےٚ وأنجہِ کھنجہِ گۆوھان تہٕ گستام اُردو شأعرٕ سُنٛد یہِ وُنُن یاد پیوان ۔

کچھ بلبلوں کو یاد کچھ قمریوں کو حفظ!
سارے چمن میں ٹکڑے مری داستاں کے ہیں

یُتھے اکادمی تھٕنہٕ پیٚیہِ اَمہِ کٔرِ پٕتنہِ آدنےٚ اَتھ آوارٕ دفترس ہلَم دارنٕچ کوٗشش۔ چنانچہِ لگ بگ سارِنٕے ہاوٕنس باوٕنس لایق شأعرن ہٕنٛدِ کلامٕچ ژأرٕ تہٕ تِہنٛدی حالاتھ آیہٕ لوٚکچن موٚکچن کتابن منٛز شایع کرنہٕ ۔ یوٗت یوٗت اکادمی ہُنٛد قد کاڈ کڈان گو یہِ احساس گوٚگنان زِ پرٛتھ شأعرس متعلق گۆژھ پوٗرٕ ذِمہٕ دأری تہٕ دِلدأری سان قدم تُلنہٕ یُن تہٕ یہِ کینٛژھا اَسہِ تِہنٛدِ کلامہٕ رٕنٛگی اَتھہِ آمُت چھُ تہٕ گۆژھ چھاپہٕ کِس محأفِظ خانس پٕشراونہٕ یُن ۔ اَسہِ دِژ اَتھ کامہِ تَن تہٕ مقبوٗل کٔژ الہٕ وأری تہٕ عبدالاحد آزادسٕنٛز کُلیات چھےٚ بردٕنہٕ چھاپنہٕ آمژٕ ۔ وونی چھہِ أسی کأشُر کِس قدآور شأعر سوامی پرمانند سٕنٛز یہِ سوٚمبرٕن ہٕبتھ آمٕژ ۔ اِرادٕ چھُ زِ پرٛتھ ؤری یہِ گۆوھن تِتھی زٕ ترٛےٚ کُلیات نیرٕنی یُتھ زَن اَکہِ وقتہٕ أسی یہِ حسین امانتھ مستقبلہٕ خأطرٕ رٕژھرِنک خاب پوٗرٕ کٔرِتھ ہکو ۔

**محمد یوسف ٹینگ**
(ڈپٹی سیکرٹری)

شہید گنج ۔ سرینگر
مارچ ۱۹۷۲ء

# "زان"

پرمانندٕنٛی شاعری چھےٚ تٔمی سٕنٛزِ زندگی ہٕنٛز اکھ وُژھداٗر ریٖیمہٕ مٔنٛز یٔسہٕ تہٕ سوٗرے کینٛہہ باتہٕ چھُ یوان یتھ نسبت زانُن سون دِل یژھان چھُ۔ اتھ داستانس منٛز چھےٚ صرف اکھِ چیٖز چ کٔمی۔ سو یہِ زِ بأتس منٛز وَکھناونہٕ آمٕژ اَتھ کتھِ منٛز چھُنہٕ دوہن تہٕ تأرٖیخن ہُند ذکر۔ نتہٕ چھےٚ یہِ داستان پننہِ جایہِ تیٚژ مُکمل تہٕ کھُرِ روٚس زِ اَتھ نٔوی رنگ بَرنٕچ گُنجأیِش تہٕ نہٕ چھس کانٛہہ رنگ گٔٹ راونٕچ وَتھ۔

زندگی ہٕندِس زٔٹھِس تہٕ کرٛٹھِس سفرَس منٛز کیا کیا آوتس باگہِ، وَتن ہِندی وَرتہٕ کھٕری کمہِ اندازٕ روٗدی لتس بانٛبر اوان، کرمہٕ لأنی کتھہٕ پأٹھی کوٚرُس ژھَل، وقتِ ضرورتھ کتھہ پأٹھی ژٔلس آروی مٕتی دوٚل دِنتھ۔ سنٛتان روپہٕ شہمارَو کرتہٕ کمہِ گرِترٛ ووسہٕ بٕچھتھ، غرض زندگی ہِندٕن تمام سنٛن تہٕ ووگننٕن ہُند اظہار چھُ تٔمی مختلف جایَن پانٕے کوٚرمُت۔ اَکِس جایہِ چھُ سُہ ونان ۔

بٔڑ ویٚژار وو ہار دِتمو
بھو سر آو ہنہٕ تار دِتمو
یُتھ چون درشُن تیُتھ ہاوتَم
کیوٚلُس بُدس متہٕ منٛد چھاوتم
زٕتھ کیا ارزُم مےٚ ہلتھ کیا آس
پتہٕ وتھ کف ترٛیشنا پپاس

تِمن دوشوٗنی چھُ ازلہٕ لٲنٛس منٛز واریاہس حدَس تام ہشر۔ یوٚ دوَے کٔرشنہٕ اَوتارتس بروٗنٹھہٕ گنہٕ اوس نہٕ مگر تِمی سُند شِہُل تہٕ سرٛ یٔہل ناو اوس تِمی سُند ووندٕ وُشناونہٕ باپتھ کٲفی۔ رادھاسوٗیمورس منٛز یوٚ دوَے اَکھ روایتی ڈٔلیل وکھناونہٕ چھےٚ آمٕژ مگر پرمانندُن ذٲتی غم تہٕ ذٲتی محروٗمی چھےٚ اتھ ڈٔلیلہٕ منٛز آیہٕ گژایہٕ کران تہٕ مختلف مرحلن پیٹھ کلہٕ ٹُلان۔ مگر سُہ صبور،صبرٕکس دامنَس چیرٕ تھٲپھ کٔرتھ دِلس یہٕ زٲنتھ تسلاہ دِوان زِ دیہٕ وَتہٕ منٛز غم تہٕ فکرٕ، باگہٕ یِنہٕ چھےٚ اَکھ بنہٕ وٕنٛی کتھاہ۔ لیلایَن، بھجَن، وژُن تہٕ دوٚیمِن تخلیقن منٛز تہٕ چھےٚ اَسہٕ شاعرٕ سِندِن ذٲتی غمن تہٕ فِکرَن ہِنز ژھاےٚ ڈیشنس منٛز یوان۔

رادھاسوٗیمورس منٛز چھِ تِم اَکِس جایہٕ ونان۔

پرمانندٕ چھےٚ ژےٚ اَرمانہٕ سنتانہٕ
مہیٛمُک زِ اوسےٚ سونہٕ تانو
سونہٕ تان ہے دِیہٕ کیا ژوٚر سنتانہٕ
ژٕنتھ وبرشہ دِپھتہٕ مانہٕ بھگوانو
وسُد پوٚ تہٕ دوکیہٕ تیُتھ رازٕ بٲندی ولنہٕ
سنتانہٕ سِنزٕ، ہانٛژٕ لگانو
ہا ژےٚ سنتان ما آسہٕ ہی مارانہٕ
ژٕنتھ وبرشہ دِپھتہٕ مانہٕ بھگوانو

غمن تہٕ فِکرن ہِندِس شِنیاہس منٛز تہٕ چھُنہٕ پرمانندن دَم ہورمُت تہٕ ہمتُک دامانہٕ اَتھہٕ ترٛوومُت۔ رضایہٕ اِلٰاہی زٲنتھ تہٕ اَس پننہٕ باپتھ زِندٕ روزنٕچ اِکھ وَتھ مُشخص کٔرمٕژ۔ گیتایہٕ ہُند وہ پدیش زِنبشکام کرم چھِ کامرٲنی

شُرُت پٔژن پہتراوُن پٕھوم
زوُنم نہٕ نقصان پانس گوم
کیوٗنژٕ کال بَب تہٕ مأج ساری سُرِم
تِم گژھِتھ یِم دپیٔام بأے بند چھِم
تتہٕ اپرٕے ارزیٔام سنتان
ژٕوٗرَن تَس تہٕ دِژٕنم سَن تان
کُن تہٕ کیوٗل سأر سوٗرمِژ آش
نٔے پوٗتُر تہٕ نبتَرن نہٕ روٗ دمُت گاش

یِم شار چھِ اکہِ تِمہ دِلچ آواز یُس لوٗ سمُت تہٕ پھٕٹمُت چھُ۔ اکھ سُہ دِل یتھ نہٕ کانٛہہ ڈوٗکھ چھُ تہٕ نہٕ پھٕے کانٛہہ آش۔ باسان چھُ زِ یِم شار چھِ پرمانندن تِمہ گرٕ لیکھی مِتی یِیلہِ تَس ہرِدٕ زٕرَن نال اوس وُلمُت۔ اَتھ اندر اوس تَس پٔژن نٔے پوٗتُر آسنُک احساس زبردست پأٹھی وُتلیوٗمُت۔ تَس اوس پٔژن پان اَکِس آوٕلِنِس منز ہٕبنہٕ آمُت لبنہٕ یوان۔ سُہ اوس یوٗہے ژھِبنہٕ ہیوٗ گوٗمُت پانس اَندی پکھی اوس تَس ژوپأری گوٗٹ ہیوٗ باسان۔ سِیکِیل تہٕ بنجر اوٗ ندپوٗکھ اوس لِس ٹوپہٕ دِوان۔ اَتھ گاشہِ کِنِس منز اَس تِس صرف اکھ گاشہِ زِ ژ۔ اکھ افتاپچ کِرَن دِلِس وُشنیر تہٕ ووندَس سرٕ یہہ پھِران۔ تَس اوس یِیمہِ زَنمکہِ کٹیٚک تجربہٕ سپدمُت تہٕ یہِ اوس تِمی پٔژن بوگ گنٛژِ رمُت۔ مگر دَیہِ پادَن پان پُشرِتھ اوس سُہ دوٚیمہِ زَنمہِ...... پرلوٗکہِ پٔژن موکجار لبُن یژھان۔ آشہِ ہُند آگر دیِہِ ناوسوٚرِتھ تہٕ تِمی ہِند بن علاجِد علاجِد رنگن تہٕ ناوَن نالہٕ متی کرِتھ اوس سُہ پننہِ دِلُک گوٚٹ گأشراوان۔ سُد امس کُن وُچھِتھ اوس تَس باسان زِ

گورنری ہِندِس درمیانی وقتس منز درٕ اُمت ۔ زِہنہٕ سَنس نسبت کانٛہہ حتمی فاصلہٕ دِیُن چھُنہٕ ممکن تِکیازِ اَتھ سلسلس منز چھےٚ یادٕ وٕ تِرِس کاٗم ہیٛنہٕ آمٕژ ۔ تحقیق کرنہٕ پتہٕ سپُد ڈٲری یاف زِ سہ اوس زیٖٹھہِ زُوٗنہٕ پیٚچھہِ کہِ سٲتی مہِ دوہہٕ زامُت تہٕ اَمیُک تصدیق چھُ پرتھوی ناتھ کول بامزٲی صاحب تہٕ کران ۔ بامزٲی صاحب چھُ لیکھان زِ پرمانند اوس ۱۷۹۴ء سَنس منز زامُت ییٚلہِ بیٚیہِ کینٛہہ شخص ونان چھِ زِ تِہنٛد زِہنہٕ سنہٕ چھُ ۱۷۹۴ء ۔

پرمانندُن خاندان چھُ زاتٕژ کِنی پنڈت تہٕ گتھر چھُکھ "سامنہٕ بھارادواج" زِہنہٕ گرِ اوس تَس ننٛدٕ ناو تھاونہٕ آمُت ۔ مگر پتہٕ ییٚلہِ تمی شاعری ہِندِس مٲدانس منز قدم ترٕووسہ گو عام لُکن منز پرمانند ناوَے مشہوٗر ۔ یوٗ دوَے زاتٕژ کِنی یِم پنڈِت چھِ مگر اَنٛدٕ وَنٛدٕ پٹھوٲری کار کرنہٕ کِنی چھِ یِمن از پٹھوٲری ونان تہٕ پنڈت ناوٕ چھِنہٕ سہل سہل پرمانند چینِ پترٕ ی اتھہِ یوان ۔

ننٛدٕ رامس علاوٕ آسی گرٛشنہٕ پنڈتس بیٚیہِ تہٕ زٕ نیچوٕی ۔ أکس اوس ٹھوکر پنڈت ناو تہٕ دوٚیمِس سہزٕ پنڈت ۔ پرمانند جی نَبن یِمن دون ہایِن ہندی شُری چھِ ازتہٕ سیر کانٛلی گوٚنڈ روزان ۔

یوٗ تامت پرمانند بُڈیُوو تہٕ پرتھیُو وتوٗ تامَت اوس تِہنٛد مول شُری بأژ ہیتھ سیر کانٛلی گونڈَے روزان ۔ ابتدآیی تعلیم کرٕ تمی پنٛنِس مٲلِس نِشی حاصل یَس رِواجہِ موٗجوٗب فارسی زبٲنی ہنٛز جان زان آس ۔ زٲنی ہِندِس سٔدرس بُرٕژ رکرنہٕ باپتھ وأےتمی پانہٕ تہٕ اتھہٕ کھور، رٕژ صوحبتھ پرٕ آوِن ۔ جان جان لُکن سٕتی تھاوِن ووتھ بیٚٹھ یِمہِ سٕتی تِہنٛدِس علمس جان ہُر بر سپُد ۔ عام طور چھُ بیہِ خیال کرنہٕ یوان زِ یِہہ کینٛژھا تمی زون تہٕ داِیرتھ منز پوٚک سہ فارسی زبٲنی

ہندِس منزٕلس کُن وَتہٕ ہاوُک اوس نہٕ تِمَن ژیوٗ تِمتے یوت، بلکہِ اوس تِمَن زندگی ہُند معیار نِشکام کرم مقرر کوٗرمُت۔ سُہ چھُ ونان۔

کرمہٕ بومکایہ دِزِ دھرمک بَل
سنتوشہٕ بیالہِ بووِ آننٕد پھَل

دوِیہ پرلنہٕ دلنٕد جوٗری دٕبن تہٕ راتھ واے
کمبکے کُرز زورِ تِمنے لاے
ہَلہِ کر یتھنہٕ روزِ پیٹھ کانٛہہ رٕبل
سنتوشہٕ بیالہِ بووِ آننٕد پھَل

شاعری ہنز بالا دَرِ ہُند سال کرِتھ ییلہِ أسی پرمانندنہٕ اصل زندگی پیٹھ نظر تراوان چھِ، اَسہِ چھُنہٕ أمِ ہنز داخلی تہٕ خارجی زندگی منز کانٛہہ تضاد لبنہٕ یِوان۔ أکس ریشی ہِندی پأٹھی چھُ تِہنزِ زندگی منز اَکھ سُہ ہشر یتھ منز تِمی ہنز شاعرانہٕ شخصیت تہٕ تِمی سُند عام لُسن تہٕ بسُن واٹھ چھُ کھوان۔ یہٕ کینژھا تِمی دأیرمُت اوس تمیک اظہار چھُ تِہُندفن تہٕ یہٕ کینژھا تِمی شاعری ہُند جامہٕ ژٕلِتھ وکھنووتھ اوس تِہنز زندگی منز عملہِ ہُند رنگ کھوٗتمُت۔

پرمانندنس ماألس اوس کرِشنہ پنڈت ناو تہٕ ماجہِ سرسوتی دیوی۔ اصلی پھنٛڈ پُرن آسکھ سیر کانٛلی گونٛڈِ۔ یہٕ جاے چھےٚ مٹنہٕ پیٹھہٕ میل زٕ میل دوٗر۔ پرمانندُن بُڈی بَب اننت پنڈت تہٕ اوس پھوٗآری تہٕ پرمانندُن مول تہٕ اوس پھوٗآری پتہٕ اوس یہٕ پھوٗآری پیشہٕ پرمانندس تہٕ باگہِ آمُت۔

پرمانند یتھ دورَس منز تھنہٕ پیوٗمُت چھُ سُہ چھُ کشیرِ منز افغانن ہُند دورِ حکوٗمت اوسمُت۔ اندازٕ موجوٗب چھُ سُہ جمعہ خان الکوزی تہٕ زمان شاہ نہٕ

اَتھ کتھِ منز کتھ حدس تام چھُ پزر، تتھ نسبت سکیٚہ پاٹھی وُنن چھُ ہَن
کھنڈ مشکل مگر یتھ پزرس ~~نکار کرُن چھُ افتابس ٹھر روزنَس برابر~~ زِ تَس آس
دٕیہِ وَتہٕ ہنز کل آدن کالہٕ پیٹھے دژ اِمژ۔ تہٕ یہ کل گیہِ تَس ہَنہِ ہَنہِ وق گُزرنَس
ستہٕ گنان۔ تمی لوٚب پنُن پان۔ آتمس تہٕ پرم آتمس سنگھاٹ کرِتھ مشٔرووُ تمی
سورُے اوٚند پوٚکھ۔ تَس ژوٚل مرُنک سورُے بیم تہٕ بیہِ پرم آتمس ستی میُل
سپدنہٕ ستی باسیوٚ تَس زِ ''تہنز'' ماے تھاونہٕ ورآے چھُ باقی سورُے کینٛہہ
مایا۔ دوکھہٕ تہٕ سراب۔

وچن

کاسہٕ یمہٕ بیہِ جون پزیم تہٕ لولو
یُن گرژھن تہٕ زیوٚن مرُن چھُ بژم تہٕ لولو

لوکچار پانے اوس سُہ سپر کانٛلی گوٚنڈ سرسوٚتی ناگس پیٹھ گژھان تہٕ پہر
وادن موٚن دآرِتھ دیوی ہنز وہ پاسنا کران۔

پرتھوی ناتھ مدھوپ چھُ پننہِ ہندی کتاب ''پرمانندس'' منز لیکھان زِ
تہنٛد خاندان اوس کرشنہٕ پنڈتی ستی جیاتی منز مٹن بسنہِ آمت، مگر سائنی کِنی چھنہٕ
یہ کتھ درست۔ حقیقت چھےٚ یہ زِ مائلس پتہٕ ییلہِ سُہ مٹنک پٹھوآری بنیوٚ تمی
کرٕ اَتکی ذآلدار پننہِ دیانتدآری تہٕ روحانی بجرِ ستی کٲفی متأثر۔ چنانچہِ
تہٕندی بیٛ وَننَس پیٹھ آو سُہ مٹن روزنہِ۔ صالح گنئے بنیوٚ تہنٛد ژاٹھ تہٕ تمی کوٚر
تَس کٲفی اَتھہٕ روٚٹ۔ چنانچہ پٹوارترآوِتھ ییلہِ سُہ گوشہٕ نشین سپُد صالح گنئے
روٚدتَس رس روٚزنہِ تہٕ دوٚیم چیز مویسر تھاوان تہٕ ضرورتہٕ وقتہٕ اتھہٕ
شہلا وان۔

میانِس اندازس چھِ بیہِ تہٕ کینٛہہ واقعات پوچھر دِوان تہٕ اند

ہنز آ نکہٕ ؤنی ۔ مگر تِہُند کامہٕ پرٕتھ چھُ انسان۔ تہٕ تِنجس پتھ واتان زِتس چھےٚ ہندؤ دیو مالایہٕ ہنز جان زان آسنہٕ علاوٕ سنسکرت زبانی ہنز تہٕ جان وا قفیت آس مژ۔

واریا ہن زانی کارن ہُند وُن چھُ زعفران حاصل کرنچہٕ وَتہٕ کُن چھُ تس پُنن کولہٕ بڑیمُن وتہٕ پاؤ کھ مطلب گوراو سمت ، مگر کیژن ہُند وُن چھُ زِ تس اوس مٹنس نزدیکھ حامی ڈور روزِ بلکھ رازِ گور۔ یَس گنگا نند ناو اوس اَتھ نسبتھ چھےٚ اکھ روایتھ زِ مالِس پتہٕ پھوارژتھ اوس سُہ اکہٕ دوہہٕ اننت ناگ تحصیلس پتھ وژ تھمت ۔ اَتہٕ اوس اکھ ڈوگر تحصیلدار ۔ پرمانندن بیلہٕ سرکاری کام پوٗر کرتہٕ اوس ووٗنی نیرنس تیار ، تس سوٗ ز تحصیلدارن ناد ، وقت اوس توت ربتہٕ کول تہٕ تحصیلدارن وۆنس ”میرے لئے کل دو چار لکڑیاں لانا“۔ پرمانند دژ او تہٕ پگاہ ووت کوکر پوٗتی ژومبر ہتھ تحصیلدارس گرٕ۔ تحصیلدارن بیلہٕ کوکر پوٗتی ؤچھ تَس کھوٚت سخ شرارت تِکیا زِ تمی آسی نہٕ تس کوکر پوٗتی منگیمتی بلکہٕ آسنس مکایہٕ وَچہٕ منجہٕ مرٕژ ۔ دپان ڈوگری پاٹھی آسی مکایہٕ وَچہٕ لکڑی ونان۔ تمی کوٚڈ دَکہٕ دِتھ پرمانند گرٕ نبر تہٕ بیٚیہٕ کرٕنس سخت بے یزتی۔ سونچان سونچان روٗ دنہٕ تَس پانس تام ، یوٚ تامتھ شام گو۔ تس گیہٕ پننس نہٕ زانہٕ نَس پتھ سخت شرمندگی ، شرمندگی ہندِس عالمس منز دژ اوسہٕ گرٕ گن تہٕ اوٚ تامتھ اوس سُہ سیرٕ ے روزان۔ مٹنہٕ نیرتھ بیلہٕ سُہ حامی ڈور روزِ بلس نشہٕ ووت ، اَتہٕ دِتس رازن درشن تہٕ تمی دِتنس ورزِ گژھ ووٗنی تگی تہٕ سورٕ ے ژےٚ زانُن تہٕ سمجُن تیچ ژےٚ ضرٗ رتھ آسی ۔ دپان امہٕ دوہہٕ پتہٕ آسہٕ پرمانند چِیس واریاہ زبانی پرٕنہٕ کیٚو سمجنہٕ تگان۔

پرماننِدنی روٗحانی زندگی یوٗ تاہ شوٗژتہٕ شَہج آس، تیژاہ کھٔری دارتہٕ وردار آس تمٔی سٕنز گریلوٗ زندگی۔ تِمس اوسُکھ بالہٕ پانَے مٹنہٕ کِس أکِس پھوٗاری سٕنز کورِ ستۍ نیتھر کوٚرمُت۔ پرماننُدن ہٕہر اوس کٔرشنہٕ پنڈِتُن یار۔ تِمو دوشوے یوٚ دوَے پٔنُن یارانہٕ بارِسس اَنیوو مگر اَمیک ثمر پیوٚو پرماننُدس پیٚتھ اوُن۔ یِمن دون بأژن ہٕنز زندگی آس اختلافٕچ تہٕ ذہنی تضادٕچ زندگی۔ شایدے آسِہ ہے کانٛہہ مسلہٕ سُہ یتھ منٛز یِمن دون ہٕندِس سوچُس منٛز ہِشر تہٕ یکسانیت آسِہ ہے۔ پرماننُدس روٗحانی وتہٕ ہُند سُہ وَتہٕ گَژھ تِیمی ہٕندِ دِلٕچ ڈُبہ راے تام اوٚم تہٕ کٔرشنہٕ زپان آس۔ تِمس نِشہِ اوس مال تہٕ دولت وسمت تہٕ سازوسامانہٕ محض مایایہٕ ہٕندی رنگ۔ اکھ سُہ سراب یُس تریشہٕ ہٕتِس زانٛہہ تہٕ تریش چھٕنہٕ کاسان۔ تِمس نِشہِ اوس سہٕزس وِہار کرُن آزادی تہٕ موکجارٕچ وَتھ۔ شاعری کرِتھ تہٕ اوس سُہ سہٕزس تہٕ تہٕندِس بیوٚن روٗپن نرِ آلوان تہٕ لول بأگران۔ شاعری اوس نہٕ سُہ کُنہٕ ہاوسہٕ بلکہٕ تپسیا زأنِتھ کران۔ اَتھ مقابلہٕ آس مال دید (پرماننِدنی آشِنۍ) اکھ عام زنانہٕ تِیمِس مالس تہٕ دولتس ٹھکہٕ ٹھکہٕ سان لسنس ستۍ مالے آس۔ تِمس آس سوے تریشا، یوسہٕ اَسِہ سارِنے چھےٚ۔ سو آس دنیا چھاوُن یژھان مگر ہُہ اوس دنیا ترٛاوُن یژھان، اتھ ڈوٗیِس پیٚٹھ آس نہٕ سمجوتہٕ کرنٕچ کانٛہہ تہٕ وَتھ موجود۔

اکھ اوس ووپل ہاکس امر یتھ زأنِتھ زندگی ہٕندِس لوہ لنگرس تارِ دوان، بیا کھ اوس دہنگ امار ہیتھ ہاو باوُک رنگ کرِتھ زندگی ہٕندِس کژٕ پچھرس ہوٚمہٕ راوُن یژھان۔ سونٛچہٕ چہٕ اَتھ نابرابری تہٕ اختلافکس اَتھ عالمس منٛز دِیہِ ہے اولاد سُنٛد آسُن سُمہِ سوچھٕچ کأم تہٕ کژٕ پچھر ہمہِ ہے ہَن کھنڈ۔ مگر اَمہٕ رنگہٕ تہٕ روٗد

ترِیش
یا
ترشنا

? Even 4 children couldn't help it

واتناوان۔ اَکھ یہ زِ ہرگاہ کرٛشنہٕ پنڈت مٲتن بسنہٕ آمُت آسہِ ہے تیٛلہٕ آسہِ ہن تِمَن ہندی باقٕے زِ نچوٗ ی تہٕ مٲتن آیہٕ ۔ آیہِ نے آسہِ ہن تتھہ تہٕ تو تہٕ آسہِ ہن تتھ وراثتس شریک یوسہٕ مٲتنہٕ تِمَن بنأوِمٕژ آسہِ ہے۔ مگر یِتھہ کتھاہ چھنہٕ کینٛہہ بلکہ چھےٚ پرمانندٕنی وراثت ازتہٕ تہند بن بایَن ہند بن شُر بن نشہٕ۔

پرمانندٕنس مٲتن بسنہٕ ییٚنس چھُ اتھیک پٹوٲری ریکارڈ تہٕ تصدیق کران۔ پٹوٲری ریکارڈ موٗجوٗب چھُ مٲتنس منٛز پرمانندٕنس ناوس پیٚٹھ ۲۹ کنالہٕ ۷ مرلہٕ زمین درج۔ یِیمہٕ منٛز ۲۶ کنالہٕ آبی اول، ساگذاروآر، آٹھ مرلہٕ تہٕ زٕ کنالہٕ ۹ مرلہٕ غٲرمزروع روقبہٕ درٕج چھُ۔

مِثل حقیقتس منٛز چھُ صرف نندرام ولد کرٛشنہٕ پنڈت درج۔ ہرگاہ کرٛشنہٕ پنڈت برٛوٚنٹھے مٲتن روزنہٕ آسہِ ہے آمُت قدرتی کتھا چھےٚ زِ مِثل حقیقتس آسہِ ہے شجرِ نسب تہٕ شأمِل یِتھ منٛز کرٛشنہٕ پنڈتٕنس مأکِس اننت پنڈتُن ناو تہٕ درج آسہِ ہے، تِتھے پأٹھی آسہن شجرِ نسبس منٛز پرمانندس ستی سہز پنڈت تہٕ ٹھوکر پنڈت تہٕ درج۔

پرمانندٕنہِ شأعری منٛز یِم رَلہٕ مِلہٕ کینٛہہ بأتھ اَسہِ نظرِ چھہِ گژھان، تِم تخلیق سپدنٕک وجہ چھُ شاید یہ زِ سُہ اوس أکِس تِتھِس سنگمس پیٚٹھ روٗزِتھ ییٚتہٕ واریاہن زبأنٕین ہُند رِواج اوس۔ بٹن لرِ لوٗرِ چھہِ اَتہٕ سِکھ تہٕ روزان، وِہری ڈٲرِیَس چھہِ اور ہندوستان کِہ مختلف حصو پیٚٹھہٕ یاتری یِتھ کالہٕ پیٚٹھ یوان روٗزِ متہٕ۔ گوسأنی آسہِ اَتہٕ ڈیرٕ دِتھ بہان۔ یِیمہٕ کَنہِ تس واریاہن زبأنٕین ہنٛز کھُنٛڈی پھُٹ زان گأمِژ آس تہٕ پہٕے کھنٛڈی پھُٹ زان چھےٚ شأعری ہُند راگ رٔٹتھ اَسہِ بأتن تہٕ لیلاین ہِندِس صورتس منٛز نظرِ گژھان۔

چونکہِ نچٕوی سُند اوس تَس ہمسوس رُوٗ دمُت اَمہِ سَببہٕ دُیتنس ہر دِ
تورچہِ کورِپُنن نچٕو مانہٕ رام منگتہٕ۔ مثل حقیقتس منٛز چھُ مانہٕ رام پھٹوآری نندِ رام
المعروف پر ماندن بطنی نچٕو درج مگر یہِ چھَنہٕ حقیقت۔ تتھہٕ پاٹھی گٔے تہنٛزِ
وراثژ ژ حصہٕ، اکھ حصہٕ تور پدمان دیدِ تہٕ اکھ حصہٕ مانہٕ رام پھٹوآرِس۔ مانہٕ
رامس آسی ترے نچٕوی رام چند، گووِندرام تہٕ مہیشر ناتھ۔ رام چندتہٕ گووندرام
چھِ سورگواس گٔامتی تہٕ مہیشر ناتھ چھُ وُنہٕ حالے حیات۔
پر ماندنہٕ روٗحانی عظمتُک شور اوس تہنٛز زندگی منٛزے سبٹھاہ دوٗ ر دوٗ ر
تام ووتمُت۔ بٹہٕ اوٚک طرف اوس مسلمانن تہٕ تہنٛدِ روٗحانی عظمتُک
احساس۔ چنانچہٕ تہنٛد بن نکھہٕ ڈکھہٕ ژاٹن اندر چھُ صالح گنٕے صابُن ناوپٕزی
پاٹھی ہاوُن تہٕ باوُن لایق۔ صالح گنٕے اوس نہٕ صرف تہنٛد ژاٹھ بلکہ تہنٛد
سرپرست تہٕ۔ یمہٕ وِزِ تمی پھٹوآری گری ہُند کارتژ وو صالح گنٕیح اوس تہنٛدِ
گرُک سوٗرے خرچ برِچ پانہٕ برداشت کران تہٕ زانہہ تہٕ اوس نہٕ تسندِس دِلس
وبژھیہ یانہ آسنُک احساس ووتلنہٕ دِوان۔
شماہ وُچھتھ چھِ پونٛپری پاٗنی پانٕے اَتھ گتھ دِنہٕ واتان۔ یتھے پر ماند
جینٛ ہوگ اَندی پکھی تہٕ دوٗ ر دوٗ ر علاقن تام واٗ ژواریاہ تژیشہٕ ہتی واٗتی اَتھ
ناگس پٹھ پنہٕ رُچ تژلیش کاسنہٕ۔ واریاہ لوٗکھ گٔے تہنٛدی ژاٹھ بنان تہٕ پنہٕ
چشمہٕ وتھراوبکھ تہنٛزن وَتن۔ تہنٛد گورموکھ یِمو لوٗگو ہیوٚت تہنٛدی ناو چھِ سہنر
رام، دِمہٕ پٹوآری، ناران مُر ژِگر، صالح گنٕے، چاپہٕ ست رام تہٕ لکھمن رینہ
بُلبل۔
دیان پنہٕ نبن ژاٹن منٛز اوس تَس بُلبل سبٹھاہ ٹوٹھ۔ مگر یہِ ماےاٗس نہٕ

تِمن تقدیرُک فتنہٕ گرا کہِ بالہٕ کھاران تہٕ بیٚیہٕ بالہٕ والان ۔ یِمن زاو گوڈنیک لۆڑکہٕ مۆلہٕ پٔتھ ۔ دپان یہٕ اوس ماٲلس ماجہِ دوشوٕنی پٔتھ گۆب ، یِمہٕ کٔژ سہٕ منکتہٕ پیوٚ کھدیِن ۔ مگر منکتہٕ دِتھ تہٕ پۆرِیوٚس نہٕ ازلس ، واریاہ بوٚڈ گژھتھ گوٚسہٕ تہٕ سورگواس ۔ دۆیِم لۆڑکہٕ زاس ، سہٕ کۆڈُن نیترٕ پٲترٕ ، رَم کھنڈ گیٚس ستھ زِ تُریشہٕ کُل رُوٗد موجوٗد ، وُنہٕ اوٚسُس شاہ پھیٚر گژھنے زِ کھنڈٕتِن ٹُلنس بیٚیہٕ کلہٕ ، راٲیل ہیوٚ نچو گوس اَتھس ژُنڈ دِتھ ۔ اَنز ژلتھ روٗزِس پنٕز چھنی کرٕ ۔ اُمِس نچوی ہنٕز کۆرتہٕ زنانہٕ روٗزِس پتھ کُن تہٕ چھیکرِس ہیٚرٕ تموٗ تہٕ پٔنٕنی وَتھ تہٕ اَتھ لٔجہِ لۆگ اَژی نسبے دزٕ وتھ ۔

مرگِ چھُ کمن ششدَرن ورگہٕ والان ۔ یہِ نار چھُ سنگاتن اکہِ ژھٹہِ سۆرکران تہٕ کمن بالن ہنٕز بنیاد اَلہٕ راوان ، تہٕ حال اوس پرمانند اکھ عام انسان ، اَکِس پکھہٕ ژٕرِس کوترٕ ہندی پاٚٹھی روٗدسہٕ اسمانس وُچھان تہٕ آخری گرِ پزٕ اران تہٕ دَیہِ ناوُک دامنہٕ رٹتھ دوہ دوہ گزٕ اران ۔

نچوٚ ہن وَنن گژھتھ روٗزِس زٕ کورِ اَکِس کورِ اوسُن ہرِدتورِ کۆ رمُت ، دۆیِمہِ کورِ بدمان دیٚد اوسُن وَنجہِ بیٚاریٚک لکھمن رازدان گرِ پٕٹھہٕ اوٚ نمُت ۔ اُمِس کورِ ہِندی زُری پُتری چھِ ازمتہٕ لسان بسان تہٕ ماتامَلچ نصف وراثت چھکھ ترٕ ہٕژ ۔ کیٚنہٕ چھِ نوکری کران تہٕ کیٚنہٕ تجارت کرٕنس ستی آوٕری ۔

شجرٕ نسب چھُ یِتھہٕ کٔنی :

پدمان دید ( اُمِس اوس واریوٗ نیک ناوزے دید )

پرٕساد رام ۔ کنٹھ رام ۔ ناران جو ۔ تاراچند ۔ پوٚش دید ۔ گونٕر

راداھا کرشن ، درگا ، آنند جی ، دینا ناتھ ، کاشی ناتھ ، شادی لال ، روٗشن ، بنسی لال

ہشر اوسمُت زِ کُنہِ تہِ جایہِ چھُنہٕ پرمانندٕنس تہٕ بلبل نِس لیکھیٕمتس منٛز اکھ ذرٕ فرق نظرِ پیوان۔ باسان چھُ زِ دوشوٕے حصہٕ چھِ اکے قلمہٕ درٛامتی تہٕ اَکے ذٕہنکی پأداوار۔ بُلبُلن لیوٚکھمُت حصہٕ ہرگاہ ''رادھا سویمور'' نِشہِ الگ کرَو، اَتھ راوِ سوٗرٕے مَزٕ تہٕ دلیلہِ منٛز گژھ ہِسہ ژھس یُس کُنہِ جایہِ تہٕ ٹھہراو کرِ نہٕ۔

پرمانندنہٕ کلاچ سوٚمبرن تہٕ کرٕ بُلبل ناگأمی۔ تہٕ یمٕ باقے نسخہٕ پتہٕ بازر درٛاے، ونہٕ چھُ پیوان زِ تمہِ تہٕ اُسی بلبل نے نسخکی نقلِ۔ بُلبُلن کتھ وقتس منٛز کرٕ پرمانندنہٕ کلاچ سوٚمبرن شروع تہٕ کرواناوٕن اَند تتھ نسبت چھُنہٕ کانٛہہ کتھا نٔی۔ مگر ازیُس نسخہٕ بُلبل ناگامنہِ اَشک اسہِ نِشہِ محفوٗظ چھُ، تتھ چھُ اَکِس جایہِ تکمیل کرنُک سنہٕ یکم ژِتھر ۱۹۵۲ب درج۔ یہِ گوٚسٕ وٕری یتھ منٛز تمِ پننی ''نل دِمینتی'' تہِ تکمیل کرٕمژ چھےٚ۔ زیرِ بحث نسخہٕ چھُ سبٹھاہ محنتہٕ تہٕ عقیدتہٕ سان لیکھنہٕ آمُت۔ یہِ چھُ پرٛانِس کأشرِس کاغذس پیٹھ لیکھتھ تہٕ مختلف جاین چھُس دیوٕ ین تہٕ دِوتاہن ہنٛز شکلہٕ چسپان کرِتھ۔ باسان چھُ زِ یہِ نسخہٕ چھُ دوٚیمہِ پھیرِ سبٹھاہ شیرتھ تہٕ سنبھألتھ لیکھنہٕ آمُت تہٕ گوڈنیک نسخہٕ چھُ وقتہٕ کیو بے رحم اَتھو ژِوپمُت۔ بُلبل نِبن وأرِثن ہُندٕ وَنُن چھُ زِ اَکھ نسخہٕ اوس عبدالاحد آزادن تمن نِشہٕ وِوزُم نیوٚمُت یُس تمی پتہٕ واپس کوٚر نہٕ۔

''پرمانند۔ جلد اول'' تکمیل تہٕ مرتب کرنس منٛز یمن نسخن ہُند استعمال اَسہِ کوٚر تمن ہُند تفصیل چھُ یتھہٕ کنٕی :

۱۔ کلیاتِ پرمانندو بلبل — لکھمن رینہٕ بُلبل (ب)

۲۔ نسخہ دیدلال بٹ ناگام (و)

۳۔ نسخہ کرٛشنہٕ پنڈت واگام (ک)

1895 AD

یکطرفہٕ کینہ تہٕ۔ یِمن دوشوٕنی ہٕنزٕ زندگی منٛز اوس شاعر آسنہٕ علاوٕ وارِیاہس حدس تام ہٕشر تہٕ۔ بُلبُلس تہٕ اوس گوٕرٕ سٕند عظمتُک سٕبٹھاہ زیاد خیال۔ چنانچہٕ أسی چھٕ وُچھان زِ یمٕنہٕ نبن لیلایَن ہٕندِس مقطہس منٛز چھُ بُلبُل تقریباً پرٛتھ کُنہِ جایہِ گوٕرٕ سُنٛد ناو تمہِ اندازٕ انان زِ باسان چھُ زِ لفظ پرمانند چھُ اَمے مقصدٕ باپتھ کرنہٕ آمُت۔

پرمانند، نٔنٛد آنٛندو
لٔچھمن جُوٕ نے شری رامہٕ چندو
سیتا ستۍ ہٕتھ نأٹی نالو
کریو ژٕرے کرٛشہ پوٗشن مالو

چنانچہٕ عقیدتکۍ أمۍ اظہارن چھُ بُلبُلس وارِیاہس حدس تام کھٕرتہٕ اوٚتمُت۔ تمۍ سٕنٛز لیچھِ مٕژٕ وارِیاہ لیلایہِ چھےٚ ازتہٕ ریڈیو پیٹھٕ تہٕ دوٚیمبن جایَن پرمانندس کُن منسوٗب کرنہٕ یِوان۔

''رادھا سویمبر'' یُس پرمانندنہِ بھکتہٕ بھاوُک، آرادھنایہٕ تہٕ آسَن تہٕ اَمارَن ہُنٛد گوٚند چھُ، امیُک وارِیاہ حصہٕ تہٕ چھُ بُلبلنہِ قلمہٕ دٕژ امُت۔ اَتھ نسبت چھُ ونہٕ یِوان زِ اکِہ دوہہٕ آو بُلبُل پرمانندس سمکھنہِ مگر سُہ اوس کوٚت تام گومُت، سُہ بیوٚٹھ تہٕ اَتہٕ گوس ''رادھا سویموٗرک'' لیوٗکھمُت اوٚڑ حصہٕ نظرِ تمۍ ژُل قلم تہٕ یوٚ تام پرمانند جی واپس آو توٚ تام گو سُہ لیکھان۔ پرمانند جی یِلہٕ واپس آو تمۍ وُچھ بُلبلن لیوٗکھمُت حصہٕ۔ سٕبٹھاہ خوش گو تہٕ دوٚپنس زِ اَمہِ کھوتہٕ بہتر کیاہ ہیکہٕ بہ تہٕ لیکھِتھ تہٕ تتھہٕ پأٹھۍ بنیو بُلبلن لیوٗکھمُت حصہٕ تہٕ ''رادھا سویموٗرک'' اکھ حصہٕ۔ ذہنی ترٛ لیہٕ تہٕ سوچنٛس منٛز چھُ دوشوٕنی منٛز سُہ

۴/ سودام ژرِتر مرتب پرٕتھوی ناتھ کول بامزٕئی مطبوعہ (پ)

۵/ گیانِ پرٕکاش (مطبوعہ) (ش)

۶/ پرمانند (ہندی) مطبوعہ: پرٕتھوی ناتھ مدھوپ (م)

۷/ پرمانند (ترٛےٚ جلد) ماسٹر زندٕ کول (ز)

۸/ پرمانند پروفیسر توشخانی (جموں و کشمیر اکادمی) (ت)

پرمانند گو چھیکرِس ۱۹۳۶ء بکرمی مطابق ۱۸۷۹ء منٛز سورگواس تہٕ تہنٛدِ سورگواس گوٚھنٛگ رٕتھ چھُ بأدٕر پیٹھ۔ تِمس چھِ اَزتہٕ پٔنٛژ زٕری بأدٕری پیٹھہٕ زونہٕ پچھہٕ پأنٛژِم دوہ شرٛ ادہاوان۔ تہنٛد تأریخ وفات چھُ بُلبل ناگامؠ وۆنمت یُس یتہٕ کنٛی چھُ۔

بُلبل کشید نالہ بہ دِل گفت ہا زدم
باہوے وہاے ساز کہِ گُلشن خزاں گرفت

1936
1879
57



۲۰/ لوستھ دوہ ووٚنی کس چھُے پڑارُن

۲۱/ نبتھر کرپوٚزن پڑ بھوٚ

۲۲/ ژھتھ ژٕندرمہٕ من تہٕ سَت سرکیہ چھُے پڑان

۲۳/ یُس کرِ شیشہِ ناگ کھونہِ منزوُلے

۲۴/ اَن اپیکھُت پڑاوِناوم پورنہٕ آنندمے منس

۲۵/ نایک شِورازنہِ دایکو

۲۶/ دژیےلاگتھ چھُکھ اَتالیِق

۲۷/ وولسے نتہٕ ادلسے نہٕ کانٛہہ

۲۸/ ونہِ ونہِ نہٕ ونہِ یوآنی یے

۲۹/ کاستَم دِےتَے دُشیِنا

۳۰/ شرن یُن بھگوت کھورن تل

۳۱/ پرمانندس تہٕ پرماتمس

گرٛند گوڈٕ سٕطر یاوٚ وج

۲۳/ سرسوتی تژھ......

۳۳/ ہِژرِ بھاوکاستم ہی شٔوٚ مبوٚ

۳۴/ گُل تہٕ ژھاے

۳۵/ ازپاگاتیری سوہم سو

۳۶/ کتھ ونسے رٔتنم جایے

۳۷/ بالہٕ یارن کیاأنی ڈالی وِیسی یے

۳۸/ ترأوتھ چھُ گژھُن وانگج وور

۳۹/ ووتھومنہٕ ہالکے شبدزَپ اوم

۴۰/ کھیلہٕ بناردھایہٕ ستی

☆☆☆

# ترتیب

گژند    گوڈٕ سطر یاوٕ وج

سمبندِ روٗس ما ولادبن وَل	سنتوشہِ بیٚالہِ بوٚوِ آنند پھل
مٹہِ کھسنچہِ رَزِ مٹہِ مٹہِ سار	ساد نہٕ انتہٕ بأے بند تہٕ یار
نیٚتہِ نیٚمہٕ سُمرِتھ اَدِ سمہِ کھل	سنتوشہِ بیٚالہِ بوٚوِ آنند پھل
تژگونہٕ تیٚاگ نوم اکھ گوٗنٕ لد	نبر مانہِ پژاوکھ نبر ولنہٕ پَد
سمہِ تبتھ تم دِتھ کرَو کوشل	سنتوشہِ بیٚالہِ بوٚوِ آنند پھل
دھیانہٕ دارنایہِ وانہٕ موٗنڈ وبستار	گیٚانہٕ دانہٕ خاصہٕ خاصہٕ دانہٕ نِشہِ ژار
منہٕ کے اَنہٕ بۄ وارِ دِتھ چھل	سنتوشہِ بیٚالہِ بوٚوِ آنند پھل
تیٚاگہٕ کے اتھہِ ستیٚ وارِ چھومبہٕ ناو	پژون تہٕ زگ پھُٹجن بیٚون بیٚون تھاو
زاگہِ روز لاگنیہِ ترٛاوِتھ زول	سنتوشہِ بیٚالہِ بوٚوِ آنند پھل
توٗلتھ اِدِ تھاو اَمبرن مال	سَو ہمہٕ ہایکہِ ستیٚ نکھہٕ وال
لوٗتہِ بار واتناوِتھ کھنہٕ بل	سنتوشہِ بیٚالہِ بوٚوِ آنند پھل
شمہٕ دَمہٕ نیٚمہٕ گاٹھ واتہٕ ناو	شانت شژدایہ زلہِ پکناو ناو
پانس شبِتھ مانسبل	سنتوشہِ بیٚالہِ بوٚوِ آنند پھل
لاگنیہِ والہِ مال آغس تار	خأری یُتھہٕ روزِ ہأری جأ گیردار
فاضِل تہٕ باقی نیرِ کس تل	سنتوشہِ بیٚالہِ بوٚوِ آنند پھل
سٔنز ژھتھ بیٚیہٕ بیوٗل ژأرِتھ تھو	سوٗنتھ ییٚلہِ بیٚیہٕ تیٚلہِ پھلہِ پھلہِ وَو
ووپنے ووپکار نوی نوی پھل	سنتوشہِ بیٚالہِ بوٚوِ آنند پھل

# کرمہٕ بوٗمکا

کرمہٕ بوٗمکایہ دِزِ دھرمُک بَل    سنتوشہِ بیٗالہِ بووِ آنٛند پھل
دۄیہ پرانہٕ دٔبن تہٕ رات دانٛدہٕ چوٗری والے    کُمبکہٕ کرُ زورٕ تمنِے لاے
ہلہٕ کَرَ یتھنہٕ روزِ پیٹھ کانہہ ربل[1]    سنتوشہِ بیٗالہِ بووِ آنٛند پھل
لولکہِ اکہٕ پھالہِ تُلہٕ ناوِتھ!    دیرٕ یٹہٕ پھیٛر دَتہٕ پھٹر آوِتھ
وانہِ رُکٕ[2] سرٕپہہ یتھنہٕ روزبس تَل    سنتوشہِ بیٗالہِ بووِ آنٛند پھل
وبڑارٕ بٹھی تہٕ بیرٕ لٔدِتھ کبتھ    شرٛوژِ یندہو[3] شۆزرآوِتھ وَتھ
سمہ[4] دِژشٹہٕ[5] پاتجن اَدِ پھیرِ زَل    سنتوشہِ بیٗالہِ بووِ آنٛند پھل
سوٗنتھ چھے دۄہ تارٕ مۆت یاوُن    نَرِ پڑ ساتھا راوٕ راوُن
وَو بیٛول مو پٛرار کرُو منگل    سنتوشہِ بیٗالہِ بووِ آنٛند پھل
ترۆپرِتھ پھرنایہِ ناٗمی وور    سُرِ کے ربہِ ژکہٕ ستبن بَر
یندرے گگرن کرو وٹھل    سنتوشہِ بیٗالہِ بووِ آنٛند پھل
بھکھتہِ ہنزِ نیٛندِ پھیر سادنایہِ کھیتی    ہیٛلہِ نیرِ تپہٕ کے پَپہٕ سگہٕ ستی
سمبھاونایہِ پھولہِ پمپوشہِ ڈل!    سنتوشہِ بیٗالہِ بووِ آنٛند پھل
وشیہِ پُشی وارٕ رچھ ناوَکھ!    تمنِے اتھہِ یتھنہٕ کھپت کھیاوَکھ
باوِچہٕ راوچہِ نیر نبشگل!    سنتوشہِ بیٗالہِ بووِ آنٛند پھل
ہیٛلہِ ہیٛلہِ پپہٕ تیٛلہِ ساپنبس کراو    وآراگہٕ دژلتہٕ ستی لوٗنی لوٗنی ترٛاو

[1] لوکُٹ ڈۄر [2] حسد [3] ہشرٕ سان [4] ڈوریُگ سُہ ژھٔبن یمہِ مُنزٕ آب وسان چھُ۔
[5] زمینہِ تانُک گوڈنیُک ڈۄر۔

# شِوٕ شنکر

وَر دَیا کر دَیا ہی دَیا ساگر
ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
نِم پانس گُن تار دِم بھوٕ سرٕ
ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
کرمس میٲنس متہٕ دِتہٕ نظرا
دھرمس برٛہمنس موکلاوتم
شرٕنا گتھٕ وتسلہٕ پرمیشورٕ
ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
اَسورِ بوٗز ستیٖ گوم ما کینٛہ سرٕ
آس کتہٕ گرٛٹھن چھُم کور گُن
اوٚن چھُس لاران چانے آسرٕ
ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
کٹھُین کرمہٕ پھل پشوٕمُت مےٚ اپشرٕ
زنمہٕ زنمہٕ زٕتھ زٕتھ ورزُن واو
واوس منٛز ناو کٔہی اپور ترٕ
ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
آپدا پٔنٕنی مےٚ پٔنٕنی پاپرٕ
پھٹہٕ متہٕ دِہہٕ کٕے زَرتَے جوش
وِدیا[۱] پٲدا گژھ نتہٕ کیا کرٕ
ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
یاوُنس لوٗٹُر بتھ پیوم بُجرٕ
راونہٕ لنکایہٕ کرنے ڈاس
تھرٕ چھَم زِ پتھر ہیمہٕ تھدِ منٛدرٕ
ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
بٔڈی بٔڈی پربت کالی ییلہِ بَن ارٕ
مُلہٕ مونجہٕ گُلی تہٕ کٕٹی پھلہٕ پھوٗلہٕ سان
دِودار یمہٕ وَنہٕ برٛونٹھے دودرٕ
ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
بجہِ بھاونایہٕ ستٔبن تہٕ ژر آدرٕ
گرِ گرِ گوژھ ہم سورنس ژے
مُہہٕ نے واوٕ وہڈارٕ ژونگ سندرٕ
ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی

---

۱۔ رۄحانی گیان۔علم

یوگہٕ مایایہٕ ہُند بوُگی آس    لی چھےٚ دٕے تس روٚس تی کاس
ساد ناو پیٚوے اد ساد موڈَل    سنتوشہٕ بیٔالہٕ بووِ آنٛند پھل
کرمہٕ پھَل سورنے گوٕر شبدَ ے    سُنٛز ژٕبتھ کرٛیہ مان پٕرالبٛدَ ے
کرمہٕ کانڈٕ گیٔانہٕ نیر نارٕ وُزل    سنتوشہٕ بیٔالہٕ بووِ آنٛند پھل
سوٗہم پرٛکاشکہٕ ویگنانے    ترٛ آوِتھ مان بیٚیہٕ اَبھِمانے
پرٛاوِتھ روز اَد شانٛت منڈٕل    سنتوشہٕ بیٔالہٕ بووِ آنٛند پھل
پرمانند اوس زٕمیندار    ہوٗرِتھ دَنہٕ دیٔار سوٗرِتھ لار
واٚنگج وارِچ ژٕجس گانٛگل
سنتوشہٕ بیٔالہٕ بووِ آنٛند پھل



أنٛدرَے پوشو سٟتؠ پوزا کرٕ     ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
گرٕ چون آسہٕ وُن چھے دِہہٕ منٛدر     بوز بدرو پیٹھ ہے پیٹھ شِولنٛگ
أنٛدرَے پوشو سٟتؠ پوزا کرٕ     ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
آکاشہِ دِتھ سرٕ گتھ نیٚبرٕ اندرٕ     سأری ہے منٛزٕ تہٕ ساریٚوے نشہٕ بیوٚن
ژیٚنے نشہِ ترٛبھون ہندو ماترٕ[1]     ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
پرٛکاش چونے گٹہِ ہُند گاشر     آکاشہِ پاتال چھکان چھے!
آش چھُم چانٛی اوِناش اَپرٕ     ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
وِزِ ہندِ بھوگیہ شو ہندِ آگرٕ     بۆز روٚس آسے شَرنے ژیٚنے
أزی کیا من تن ژٕے ارپن کرٕ     ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
داس چھس چونے بَرتل تراوِ سَرٕ     بَر مُنٛزٕ راوتَم وُچھہٕ موکھ چون
مشہِ ہم نہٕ ییہٕ وُک پرٕلوکہٕ اندرٕ     ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
آسُن نہٕ ڈیشُن نہٕ تَس ییمہٕ کینٛکرٕ     لیس من چانہٕ درشنہٕ آسہِ ترٛپت
آسہِ کُس ساسہٕ منٛزٕ مو کلے ییمہٕ ڈرٕ     ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
کرٛپڈا[2] کران ووتُم مےٚ بجرٕ     ہأجی باونٕ گوم کُس یاوُن
تھرٕ چھم مرٕ ییلہِ کیا ہتھ گوٚھہٕ گرٕ     ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
ووما پاروتی تَے گنگا دَرٕ!     برٛشبہٕ آسنہٕ بسمہٕ لنٛگ آکار
گنپت ڈیڈی وان موکھہٕ گرٛنٛدرٕ     ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
ترٛ نینہٕ بسری یہٕ تَے أگنہٕ ژنٛدرٕ     کپالہِ مالہِ نالی واسُک ناگ
مےٚ اندر سو ذرٕ کرٕ ہرٕ مندرٕ     ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی

---

۱ اکھ پھیوٚر قطرٕ    ۲ کھیل

پژیمہٕ چانہٕ بھاوِکی مَس کھاسی گَر بَرٕ        ارمان منہٕ چھِم بنہٕ ہم تی
امرناتھے ژٕرے کاستم مَرٕ مَرٕ        ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
پۆزا چاۓنی کرِ تےٚ پاٹھ پَرٕ        بوزتم تہٕ روزتم کن دأرِتھ
زبنہٕ پہٹھہٕ ونہ ہےَ یۆ تامَت مَرٕ        ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
اُدھار میون گَس کریمہٕ ووڈرٕ        اُدھار میلنم نہٕ تِتھی کرمہٕ پھل
پژارےٚ تہٕ چانہٕ بَرٕ ژھارےٚ تہٕ چانہٕ گرٕ        ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
شِٹھان یہٕ میٚوٚ آیہٕ یۆ ماکاورٕ        اَن ہیٚوٚ یہ بودھ میاۓنی پلزِم نہٕ مے
گژِھ چانہٕ سُزٕ واریاہ چھِم سورٕ گور        ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
وُنہٕ چھِم آدن یۆ دوَے سِکھرٕ        پادَمن تَل دِنہٕ سادن شِیر
بوزتم تہٕ ژٕ تہٕ مےٚ روزتم وکھرٕ        ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
بے بۆج یِیٚژ کیا گوم بِیٚیہٕ بجرٕ        پتھ برونٹھ کوٗنہہ نتہٕ پاتھُن دور
گژبار پاپُن تہٕ دوہ لۆ گُمت درٕ        ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
زوٗنم نہٕ پانس یہٕ زِ پانےَ پھرٕ        دھیانہٕ دارنا یہ چانہٕ نِشہٕ پیٚوس دور
گیانہٕ روٚس بہٕ کالس پان پانہٕ آپرٕ        ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
سوأمیہٕ سورٕ گوسانہ، یوگی شورٕ        کیلاسہٕ پیٹھ چون شِواۓ
ربشہ وَنواسہٕ سنیاسہٕ ویٚشچرٕ[1]        ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
کو مار ستےٚ ہیتھ بیٚیہٕ گنیشورٕ        ہی مالس أس دوما کوٗر
دِوتا سأری ہیتھ آکھ سویم ورٕ        ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
گرٕ چون آسہٕ وُن چھےٚ دِہہٕ مندرٕ        بۆز بُدرٕ پیٹھ ہے پیٹھ شِولِنگ

اخرناتھے

[1] ڈُنی یا ہس منز پھیرن وول تہٕ ڈُہت گو بھگوان کلا ۔ [2] بچُھ آسن ۔ تتھ پیٹھی شِولِنگس پۆزا کران چھِ ۔ کلا

# گووردھن دأری

کرشنہٕ جُو ییٚتھ اَوتأری گوپال گووَر دھن دأری
پمپوش أتھی لٔگھمی پتی شیشہٕ ناگس پٔٹھ شوٗنگمتی
شنکھ ژٕکر گدا دأری گوپال گووَر دھن دأری
واسہٕ دیوٕے شنکر شنے اَدِ روٗدَرے پرٚدی مَنے
وُچھتھ گرٚڈا سوأری گوپال گووَر دھن دأری
پرٛتھوی چھےٚ آمٕژ تنگے اسرن ہندے کونٛگے
کاستس پانٛژ بأری گوپال گووَر دھن دأری
پرٛتھوی پرٛ کرتھ یٚندرَے اسور مٔن میون زن کمسا سور
اَن زان تَے اوبۂ أری گوپال گووَر دھن دأری
بودھ میانٛ چھےٚ دوِکی ستی زٕنمس ییٚکھے نیرے یَتی
مُہہ بأنٛدی وانہٕ[1] تل ستہٕ تأری گوپال گووَر دھن دأری
پوٗتنا چھَ واسنا یتھ منس سوٗزٕمۍ زٕنس دود چاونس
بالکن کاس مہامأری گوپال گووَر دھن دأری
سودام سنتوشے موکھے پرٛاوان موٗکھی ترٛاوان دوکھے
سوے چھم ژیٚنے ستۍ یارَے یأری گوپال گووَر دھن دأری
گوپیَن ستۍ یندرانبس ہٕہہٕ داد تمن تتھ یاونس
منز باگ ژورِ أنٛدی بأری گوپال گووَر دھن دأری
أشٹہٕ سبد اشٹہٕ پٹہٕ رأنی زگتھ ایشے چھٕکھ بوٗگأنی
گوبندِ بالہٕ برٛہمہٕ چأرِ گوپال گووَر دھن دأری

---

[1] ۔جیل خانہٕ/قأدخانہٕ۔

نبتھ یتھ زٕمس ہبتھ چھُس ہٕژٕر ژٕتھ چھمنہٕ ڈنجہِ تےَ کونجہِ چھم تی
أرژر کاستم ژراژراگو ژٕر! ہَر ہَر ہَر اشِوٕ شنکر جی
وُنہِ کرتہٕ چارٕ میٖون ونتہٕ دٕن گٲہی بَرٕہ! اِرٕ سَرٕ زٕنمکی گٲہی ژٕلنَم!
بَرٕ گوٚھہٕ سوٚنتہٕ زٕن نتہٕ اژتَم بَرٕ ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی
بے غم چانہِ درشنہٕ دگمبرٕ پرٕ مانند گوٚھہِ ژیےٚ ستیٚ لےَ
ترٔاوتھ زٕنمکی تہٕ مرٕنکی ارٕ سَرٕ
ہَر ہَر ہَر شِوٕ شنکر جی



# متہٕ ڈشیٔ راوتم

کیشو چھٕتہٕ کیشہٕ مَتہٕ ڈشیٔ[1] راوتم
ہاوتم پنہٕ نی اپشرٕ گتھ
آے آم سوران نتہٕ پایَس پاوتم بَلہٕ روٚس کایے نتہٕ پلزہٕم کتھ
بجرس ڈٕلہٕ ما تہٕ اَتھہٕ رٹہٕ ناوتم
ہاوتم پنہٕ نی اپشرٕ گتھ پلزم
اند کُنہٕ لوٚبُم نتہٕ متہٕ مند چھاوتم اندکارٕ روٚس کیٛا پلزُم ژٕتھ
زٕنمکہٕ گٹہٕ کارٕ ووٹہٕ متہٕ دیٛاوتم
ہاوتم پنہٕ نی اپشرٕ گتھ!
یاوُن سوٗرُم پھِرُن متہٕ تھاوتم ذرنس سورن کیا سوٗرٕم مےٚ ستھ
یَوٕ لوٗکھ اَسنم تہٕ تَوٕ موکلاوتم!
ہاوتم پنہٕ نی اپشرٕ گتھ!
چھُم کھسُن کوہ، متہٕ دوہ لوسناوتم کھسہٕ کور وَسہٕ کور بروٚنہہ تَے پتھ
رسہٕ رسہٕ پنہٕ نے وَتہٕ پکناوتم
ہاوتم پنہٕ نی اپشرٕ گتھ!
پژاتا کالس مژٕ متہٕ ساوتَم متہٕ راوٕ راوتَم مشہٕ نہٕن وَتھ
شامہٕ لٹہٕ کامہٕ وہو گٹہٕ گاٗشراوتم
ہاوتم پنہٕ نی اپشرٕ گتھ!

---

[1] مٔشی راوتم ۔ لوھہٕ سِتی کرتم ۔

سٕیدٕ کتہٕ ساد ے ساری چھہِ سیوٗنس — رپوان ساری تہٕ رِونس
بُری بُری اَشہِ کی ٹاری!! — گوپال گوور دھن داری
سٕیدٕ کتہٕ سادٕ گوٗری شُری چھی اژھے — یم چھی سو کرمی تم گژھے
موکلیاے ییمہِ سمساری — گوپال گوور دھن داری
جسوداپے کونچھ مُت گِندنس — نندگوٗپ زوٗ تَے جان وندنس
کھینٛیٛ تھٕنٛی تَے دوٕد ژٕڑٕ واری — گوپال گوور دھن داری
گندنس ژٕے ستیٚ گوٗری شُری — رَسہٕ کی مَس کھاسی بُری بُری
اُاکِتھ ہٕسی تَے انباری — گوپال گوور دھن داری
متھرایہِ وتھرٕ ے پوٗش وَتے — پان ہاوتم روٗدہم گتے
پاری پاری لگے ژوپاری! — گوپال گوور دھن داری
یَس یُہٕ پزٕ کرتھ تُمی تیٚتھ وُچھکھ — زونکھ نہٕ کانسہِ تیٚتھ یتھ ژٕ چھکھ
کم زانہٕ نَے کم ساری — گوپال گوور دھن داری
رادھایہٕ ستیٚ دزاکھ کھیلنس — گوپیَن سرٕیہہ آو تیلنس
مُژ راوِتھ ژوپاری تاری! — گوپال گوور دھن داری
واسُدیو موکھے باوِتھ ژٕ ے رٕتی — شُراہ ساس تَے اکھ ہتھ وُرِتھ
توتہِ چھکھ بال برٕہمچاری — گوپال گوور دھن داری
کالی ناگ مورتھن منٛز زلس — کُس پوٗشہِ ہی تَپندس ژھلس
ترٕ یہٕ آیہ زار پاری — گوپال گوور دھن داری
یُژ کال گوم چھٕم وونہٕ ہے پان ہاوتہٕ پرماننٕد ہے
سوٗرم یہ وانس پزاری پزاری
گوپال گوور دھن داری

# درشُن دِتم

کرٛمشنہٕ چانہٕ وشنہٕ مایایہ ماواتے درشُن دِتم پرٛتھ ساتے مے
ترٛیہِ تاپہٕ تیُتھ چھُس سپھتہٕ داتے
شہلاوتَم بَڈِ داتَے مے
نتہٕ کیا یوٗ کھوٚت یرٛ وِداتَے درشُن دِتم پرٛتھ ساتَے مے
ذاتھ میانٕی یرٛی پاٚٹھی دِپ[1] ٹبر واتَے[2]
چھِویمُت چھُم یہ پتہٕ داتَے مے
آےآم سوران ووٚنی کوٚت واتَے درشُن دِتم پرٛتھ ساتَے مے
زٕمس میوٚن یُن کمہِ وُشاتَے
رووُم نہٕ گُنہِ پوٚرشارتھَے[3] مے
اتھہٕ رٹہٕ نس نہٕ کوٗنہہ انتہٕ دال تَے درشُن دِتم پرٛتھ ساتَے مے
رنجہِ گرٛ گرٛ گیہِ میےٚ شطرنجہِ ماتَے
باز سوٗرِتھ تہٕ کیا باتَے مے!
گنجف ازلات کیا تہٕ ترلاتَے درشُن دِتم پرٛتھ ساتَے مے

۱۔ دِپ۔ژوٗنگ ۲۔ ہوارٕ ست/ہوابغاٗر۔ ۳۔ ہمبتھ

رامہٕ نامہٕ لنکایہِ ڈاس کرٕ ناوتم    راوٕنی پاُونم نٔیندرے ژ۪تھ
کومہٕ کرٕنس زن ہٕندرِ وُزناوتم
ہاوتم پنہٕ نی اپشرٕ گتھ!

سرٕ کرٕنکہِ سَرٕ تن من ناوتم    اَرٕ سرٕ کاستم تہٕ چھم چاُنی ستھ
مرٕ مرٕ ژلہِ ہم تہٕ گرٕ مَتہٕ راوتم
ہاوتم پنہٕ نی اپشرٕ گتھ!

مُہہ مایایہِ ہُند مَس متہٕ چاوتم    سوٗہمہ[1] شبدَس رٕچھتم ژ۪تھ
کتھ بوٗزِتھ پتھ برٗونٹھ وُچھناوتم
ہاوتم پنہٕ نی اپشرٕ گتھ!

پرمانند وارٕ وار پھولناوتم    وارٕ بولہٕ ناوتم سہزٕ چ کتھ
چھگُھ پاُنی پانہٕ لگُہٕ موکھہٕ متہٕ چھاوتم
ہاوتم پنہٕ نی اپشرٕ گتھ!



[1] سوٗہم ـــ بہٕ چھس سُے یانہٕ بہٕ چھس سُے برٕہم یا ایشور۔

# ترٛاہہِ مام

ترٛاہہِ مام ترٛاہے پاہے مُرأری — کَٹہٕ سنکَٹہٕ ہی مُکٹہٕ دأری
یَنہٕ یَنہٕ زہنہٕ یُڈ گأمژ گٹہٕ — گٹہٕ پچھ کوتاہ گوٚٹ آکار
نتہٕ آکاش بوتہِ کیا وَدٕ کیا ژھٹہٕ — کٹہٕ سنکٹہٕ ہی مُکٹہٕ دأری
ہوٚل ہوٚل یہِ پاپُن بور گوٚب تہٕ ڈیٚجہِ اٹہٕ — اٹہٕ بارِ کتہِ کاٹ کہی ولتہٕ گاٹھ
وَتھ دور یُنٛدرے ژوٚر بڈٕ سٹہٕ وٹہٕ — کٹہٕ سنکٹہٕ ہی مُکٹہٕ دأری
دہہ پُڈ کالُن ترٛاس چھُم تہٕ یُڈ نٹہٕ — نٹہٕ وبز پڑأ وِتھ بُہت سانگ
پٹہٕ کوڈٕ میٚہ کالُن تہٕ وُنہِ شیرنَس بو پٹہٕ — کٹہٕ سنکٹہٕ ہی مُکٹہٕ دأری
تاوٕنہٕ بازرِ موختس لوٚگ مےٚ وَٹہٕ — یاوُنن پوٚختہٕ کار سودا خام
یاوُن یام سورِ بجرس کتہِ وَٹہٕ — کٹہٕ سنکٹہٕ ہی مُکٹہٕ دأری
مِٹھہِ مِٹھہٕ ژھأری ژھأری کھٹنس بو آس کھٹہٕ — کھٹہٕ ژھأری ژھأری مِٹھہٕ کی زِتہ کیا
لَے مارَٹہٕ یوٚد چأنِ کھورنَے رَٹہٕ — کٹہٕ سنکٹہٕ ہی مُکٹہٕ دأری
لی ووٚ مےٚ پھَلہ پھَلہ تی ہیٚلہ ہیٚلہ وَٹہٕ — کلہٕ کوہ رووُس گلہ گیہ مےٚ زبو
ژوچہ رکوٚھ پیٚنَے گربٹہٕ پیٹھی ءتی ژژٹہٕ — کٹہٕ سنکٹہٕ ہی مُکٹہٕ دأری
مونڈن عارکوٚ رمےٚ مُڈن تھأوِ مےٚ جٹہٕ — وانڈنہٕ گوٚل یہِ میٛون وبو ہارگل
فال وُچھی وُچھی حال فال لوٚ گمہٕ وُلٹہٕ — کٹہٕ سنکٹہٕ ہی مُکٹہٕ دأری

وٕنۍ وٕنۍ سایم کہو پژ بھاتےَ

مارُن گوٚژھ پان یاتےَ مے

نتہٕ چھُکھ نہٕ بوزان کھوٗلُم میےٚ چھاتےَ     درشُن دِتم پژتھ ساتےَ مے

پھاسوٕ سمسارٕ چَو یٔژ فاتےَ

زٕمن ہٕندی یم گاتےَ مے

چھُس سَران زٕمن کیا موکلاتےَ     درشُن دِتم پژتھ ساتےَ مے

پرمانندٕ کرتہٕ ہِراعاتےَ

آرِ ژَر بوزتَم تاتےَ مے

ناتھ چھُکھ بوزٕ وُن مےٚ پرٕتھ ساتےَ

درشُن دِتم پژتھ ساتےَ مے



# سوندرو ژٕ تہٕ مے درشُن دِم

پوٗ رُم میٚنے پھوٗرِ پرٛیمہٕ نبر تہٕ اندرو
موہ گچھِ راٗژ ہٕنٛدِ وبٕژارِ ژُٕ ندرو
پرٛ برٛلاٗو نشٕچے میٖون ہرٛیدِ مندرو
گووِندِ گیت میٖاٗنی بوز کرٛشنہٕ گندرو
توٗت نٕس گندھرو ہٕتھ آو یٕندرو
وُ زِ ہے مَن میٖون ترٛ اٗوِتھ بٕندرو
منہٕ کے گونٛدِ نکہٕ تہٕ پوشے گونٛدرو
شاٗنژ ہُنٛد زل شرٛدایہ ہٕنٛز سبٕندرو
توٕ وُشنیر کلپَن تہٕ نژ ہندرو
ژھینہٕ گرژھِ ہم ترٛ شنایہ ہُنٛد تندرو
گوٗ ژرس ژُٕ ندرمہٕ واتہٕ ہم کندرو
ژوٗک موٗدرژلہِ ہم وُشن تَے ہوٗنٛدرو
ترٛ اٗوِتھ ہٕبنٛدِ رہنٛدِ سُورت بندرو
دِہہ برٛ ہمانڈس چھُ من تہٕ پران یٕندرو
واوبوز چاو چھاو دِپ ژونگ سندرو
کاٗنَن پاوٗ گنیاںہٕ مندرو
کھولکھے ژٕبتھ جڈ گرنتھ کاٗجندرو
پپہ ناوُتہٕ میٖاٗنی گرٛے ہامہ ہندرو
سوٗرُم سورداس یتھ زن ہندرو
پرٛمانٛدِ ءستی زگہٕ مو ژُٕ ندرو!
مولادارِ پٹھہٕ برٛ ہمہٕ زندرو

سوندرو ژٕ تہٕ مے درشُن دِم
گورٛشبدِ پوٗرِ پوٗر پرٛکاش ہاو
سوندرو ژٕ تہٕ مے درشُن دِم
اناہدہ بنسری ناوٕو ءستی
سوندرو ژٕ تہٕ مے درشُن دِم
بوزِ پوٗزِ لاگہٕ ہے سُے پمپوش
سوندرو ژٕ تہٕ مے درشُن دِم
ابیدِ بھلتھی لولہٕ گُے دُہ دِپ
سوندرو ژٕ تہٕ مے درشُن دِم
پرٛیمہ اوشایہ ہٕتھ بسری یے ءستی
سوندرو ژٕ تہٕ مے درشُن دِم
شہلتھ روزہا اِساد پرٛ اٗوِتھ
سوندرو ژٕ تہٕ مے درشُن دِم
للہٕ وُن ہٕیہٕ ترُن تہٕ ہا توٗتُے
سوندرو ژٕ تہٕ مے درشُن دِم
ماٗنَن سروتیاگ بوٗگی شور
سوندرو ژٕ تہٕ مے درشُن دِم
دپہ ناوتہٕ مےٚ کیا چھُ لاگینہ وول
سوندرو ژٕ تہٕ مے درشُن دِم
بیٚا کھزاٗنَن چھُ یتہٕ ژھوٗ ژووٗ نمت
سوندرو ژٕ تہٕ مے درشُن دِم

شۆنگمُت یہِ گرِ بار اَدِ کمہِ پھُلٹہِ    وُچھتہِ یوٚ دزانٛہہ ماۓ مدِ پچھام
ادِ ما آسہِ، ہم یوہ کھوتہِ وُلٹہِ    کٹہِ سنکٹہِ ہی مُکٹہِ داٗری
درِنا تہِ بُڈِنا پھُٹرِم پل تہِ وَٹہِ    زوٗنُم نہِ ہودِ ہرِ ہُرونہِ آس
ہفت جوش پانس آماشہِ، پے میۓ ترٛٹہِ    کٹہِ سنکٹہِ ہی مُکٹہِ داٗری
تار دِم یوِ توِ سَرِ نتہِ پھٹہِ    رنگہِ رنگہِ منگنس بو ٹنگہِ آمُت
موٚنگے میۓ یکہِ وَٹہِ ژتہِ دِم یکہِ وَٹہِ    کٹہِ سنکٹہِ ہی مُکٹہِ داٗری
پرمانندِ سورتہِ سورے سارِ لٹہِ    لٹہِ پٹہ ہبتھ روز سکھرِ تھ کبتھ
سورُے نہِ وُٹھ وَنہِ سوٚرمُت چھُے مٹہِ
کٹہِ سنکٹہِ ہی مُکٹہِ داٗری



دِیُن دِہَس منٛز پٕز امرِتہٕ پھَل
دِس تھک پٔرٛتھی دِلیس مرٛیتہٕ پھل
کان نیرِ کیا نیرِ نَے کانَے پھل
موٗختہٕ پَلہٕ زیانٲری زبس نہٕ ترٛم لولو
زیوٗن مرُن یُن گژھُن چھُ برٛم تہٕ لولو

گال ہَن ہَن کالُک ترٛاس مُشٲراو
زال مَرِ مَرِ سوٕر وَسواس مُشٲراو
وَرن آشرم گرِتھ سنیاس مُشٲراو
بود پنہٕ نی چھَ سور سوہم تہٕ لولو
زیوٗن مرُن یُن گژھُن چھُ برٛم تہٕ لولو

وید پُران شاستر یٔژ پٔری پٔری
کرم کٔری زِ نہٕ ابھِمانہٕ سٔرٛ کٔری کٔری!
مانہِ بوٗزِ لیس بوٗزی بوٗزی شرٛوٗژ کٔری کٔری
تٲر چھنہٕ تس تارِ تارِ اوٗم تہٕ لولو
زیوٗن مرُن یُن گژھُن چھُ برٛم تہٕ لولو

کتھہٕ کرنس تہٕ مرنس چھنہٕ ہِشر
مانہِ بوزنس تہٕ پرنس چھنہٕ ہِشر

# کاسہٕ یمہٕ بیہٕ

کاسہٕ یمہٕ بَیہٕ چون پرٛیم تہٕ لولو
زیوٚن مرُن یُن گوٗھُن چھُ برٛم تہٕ لولو
نٚیتہٕ نٚیم یُس کرٚنَس لگہٕ بھَکھتی چاٗنی
منہٕ تورگس[1] ہیکہٕ رٹتھ وگہٕ بھکھتی چاٗنی
پیَے سَہزُک دِیہٕ رَگہٕ رَگہٕ بھکھتی چاٗنی
اَنہٕ بوٗ بوِ اَاِنگرٛیہہ[2] اگم[3] تہٕ لولو
زیوٚن مرُن یُن گوٗھُن چھُ برٛم تہٕ لولو

پتہٕ لارٚنس اشٹہٕ سیٚدِ سیٚود وچھُکھ نہٕ زاٛنہہ
آسہِ سارِنٕے سُہ گومُت پرٛوٚد وچھُکھ نہٕ زاٛنہہ
تس وٕن یُس چھُ سارِنٕے تھوٚد وُچھکھ نہٕ زاٛنہہ
شاٛنت ایکاٛنت پرٛاوشم دَم تہٕ لولو
زیوٚن مرُن یُن گوٗھُن چھُ برٛم تہٕ لولو

کیٛنہہ تہِ روزبُس نہٕ زانُن، زانُن تَس
سوادٕ اسوادٕ سیٚون تہٕ ژُن تس
کیٛنہہ نہٕ کھٹنس لایق نوٚن وٕنُن تَس
سوکھہٕ دوکھہٕ کیا اُتھی دوپک سم تہٕ لولو
زیوٚن مرُن یُن گرٛھُن چھُ برٛم تہٕ لولو

---

[1] گرِس۔ [2] دیا۔ رحم۔ [3] یوٚت نہ۔ کاٛنہہ گوٗھتھ ہیکہِ۔ سبٛھاہ تھوٚد۔ کلاٛ

# دِہہِ ویراگ/ وآرگ

بھگوانٕنۍ زِنٛدٕ پانٕنۍ زان بَنہِ ہم چاٲنۍ یے
اَنتہٕ سمیَس ٹھان روزِ ہے نہٕ پانہٕ وٲنی کیٚنہٕ
ٲلی ناش یِیلہِ یتھ تہِ پھوان ہاٲل مُشۍ ران پڑانۍ یے
ماٲل ووٚنٛدٕ کٔے کوٕ زانہِ کُس کور کُن کرِ گژاپے
لوٚکھ کرٕی تَن باکہٕ باگٕے پتہٕ لبلہٕ تَے وٲنۍ یے
اَنتہٕ سمیَس ٹھان روزِ ہے نہٕ پانہٕ وٲنی کیٚنہٕ

لُمی لُمی کیا بون وانس ہِنٛدِ لَرِ ہنز کاٲنۍ یے
پتہٕ نَرِ ووٚنۍ یتھ مندرس منز چوٚنٕے واس
کتہٕ اطلاس تتہٕ وُتھرِتھ پتھرِس گاسہٕ کاٲنۍ یے
اَنتہٕ سمیَس ٹھان روزِ ہے نہٕ پانہٕ وٲنی کیٚنہٕ

اتھہٕ کھوٚر پھُٹرِتھ تھاوٕنس یُتھ زِ نرمبس کاٲنۍ یے
دھرم پاٲلن دوٚن زاٲلن چھُکھ نہٕ ژیری وٲر
وَلنس تہٕ مَل چھلنس زلہٕ وِنہٕ شژانہٕ وٲنۍ یے
انتہٕ سمیَس ٹھان روزِ ہے نہٕ پانہٕ وٲنی کیٚنہٕ

دھیان کرنس تہٕ سوٕرنس چھٕنہٕ ہٕشر
ژٕمہِ تس یُس وَنہِ چھٕنہٕ ژم تہٕ لولو!
زٕیوٚن مرُن یُن گژھُن چھُ بْرم تہٕ لولو

ییٚلہِ تیلی أندرِمہِ لکہِ شر یہہ
تیٚلہِ میلی پانس ہیوٚ لوکہٕ سرٛ یہہ
کھیلہِ انترِ باہرٕ بُکہٕ بُکہٕ سرٛیہہ
چھُنہٕ پرواے گیلہِ عالم تہٕ لولو
زٕیوٚن مرُن یُن گژھُن چھُ بْرم تہٕ لولو

پَرم آنند پرمانند پرٛآوِتھ!
پرٛاوی نٕوی نٕوی نورٕکی جنٛدٕ پرٛاوِتھ
ناوِ تر اَتھ چھوزٕرُک چنٛدٕ ہٲوِتھ
روٚزی زِ نہٕ کُنہِ دَزِ ہنزِ تَم تہٕ لولو
زٕیوٚن مرُن یُن گژھُن چھُ بْرم تہٕ لولو



رازِ آسی تَن تہٕ وازِ آسی تن یا تہٕ ڈھوٗلے وآنٕ یے
موٗلہٕ بالے سوٗد کیا تِمس روٗد یامَت سُہ موٗد
مآلک اَستھ گرِ میلبس نہٕ پھُٹتی کھلراہ پرآنٕ یے
اَنتہٕ سمیَس ٹھان روزِ ہے نہٕ پانہٕ وآنی کینہٕ

زندگی ییٚلہٕ مول راجہٕ تہٕ مآج راجِ رآنٕ یے
یوٚد زِ آسن زندٕ دِلہٕ وِلہٕ زندَے وندٕ تَس
راجہٕ رآنٕ نتہٕ بییٚہٕ کیُتھ کیا کون آسی تَن تہٕ کآنٕ یے
اَنتہٕ سمیَس ٹھان روزِ ہے نہٕ پانہٕ وآنی کینہٕ

کتھ چھےٚ سوپھل تَس بوزِنٕ بوٗزِتھ تیٚمی مآنٕ یے
نتہٕ لوٗکو بوٗزِونا ییٚہٕ زِ مرنُے چھُکھ
یِی شرہتھ مول مآج گو بییٚہٕ بُڈی بَب نآنٕ یے
اَنتہٕ سمیَس ٹھان روزِ ہے نہٕ پانہٕ وآنی کینہٕ

پرمانند ؤنٕ ؤنٕ وَن کمہٕ کتھہٕ وَنآنٕ یے
دوکھہٕ نیرِ ہکھ مرنہٕ بڑوٹھےٚ دوہہٕ مرہکھ نہٕ زانٕہہ
کتھ کیُتھ چھُس گتھ پڑاوِنٕ ییٚزٕ کیا مان مآنٕ یے
اَنتہٕ سمیَس ٹھان روزِ ہے نہٕ پانہٕ وآنی کینہٕ



رَنگہٕ رَنگہٕ پانس زِ ما چھُس رنگہٕ روُپے وآنٛز یے
اَنگٕے اَنگٕے سرٕ کرنس ما چھُس وُنہٕ شاہ
ووٚن منگنس تہٕ کتھ پرٛژھسنس تھٕچھ کرنس زآلی یے
اَنتہٕ سمیَس ٹھان روزِ ہے نہٕ پانہٕ وآنی کینٛہ

ہَپ زآنتھ اُچھ وَٹنس چھس زِ کھوژٕ وآنٛز یے
روزٕ دوٚن کیا لِی آسے تی بیٚیہٕ موژَن آیے
کتھ کیُتھ سارِ وآنسہِ سوٗنچمت زِ یَتھ گژھ کاٗمنٛز یے
انتہٕ سمیس ٹھان روزِ ہے نہٕ پانہٕ وآنی کینٛہ

کار کرِدار بار بونہٕ چھُے رزٕ زن گنڈٕ وآنٛز یے
زار وٙنٙس یار بآیے تی بیٚیہٕ باندو بندنے
شانہٕ کھوٚر کرکرٛتہٕ سورنس چھکھ غریب گوسونٛز یے
اَنتہٕ سمیَس ٹھان روزِ ہے نہٕ پانہٕ وآنی کینٛہ

ٹاٗٹھس تَن شاٗٹھس پیٹھ لاٗزِم چھُۂ، کھارآنٛز یے
بوٚے نتہٕ بوٚے نکھہٕ والہِ ہا نکھہٕ نکھے روزنَس
واو ژھبنہٕ نَس اَند ماٗدان شین آسہِ تن شاٗنٛز یے
اَنتہٕ سمیَس ٹھان روزِ ہے نہٕ پانہٕ وآنی کینٛہ

یَس دِن تَس یُن تورَے نادس وادس زیاد نہٕ زِ کم
دِل صائی چھےٚ مردِ آزادس! نَندس چھِ بندگی کم
گنِڑھ میےٚ بخشِتھ وُچھم نہٕ اپرادس[۷] وادس زیاد نہٕ زِ کم

---

(نوٹ: یہِ نظم اُس پرٕ مانند جیَن کتھ ہِندِس جوابس منٛز مشہور صوفی شاعر وہاب کھارس، سوزہٕ۔ چنانچہِ یہِ چھُ تتھ کُن نٔژ پٲٹھی اشارٕ کران ''گیان پرکاش'' کتابہِ منٛز چھنہٕ یہِ نظم کینٛہ، البتہ چھُ ماسٹر زندٕ کولَن پرٕ مانند جلد ۳ ہس منٛز شامِل کوٚرمُت۔ چانچہٕ تٔمی چھےٚ بلبل ناگامنہٕ نوسخہ موجوب اتھ منٛز کینٛہ تبدیلی کرِمٕژ۔ چنانچہ ۱، ۲، ۳، ۴، ۶ تہٕ ۷ چھِ یہےٚ کتھ ہاوان۔ عام لۄکن ہنٛز دلچسپی موکھہٕ کرِ بو ماسٹر جینٛ لیکھۍ مِتۍ مُبدل شارتہٕ درج۔

۱ پانٛژتژ ہ باغہٕ رکس قرار دادس ۳ کٔمی لیو کمہٕ وتھ واتکھ سادس
۴ گنِڑھم نابخشِتھ وُچھم نہٕ اپرادس ۵ اُتبن چھُ وہاب کھارس کُن اشارٕ
۶ مےٚ دپیوو وہاب واتم دادس کرِ ہم چھوکن مرہم
۷ فرٕ ی یادرس وات میأنس دادس ۲ لفظٕ ''ہندہ'' چھُ ماسٹر جیَن حذف کوٚر مُت۔



# پَنژٕ ترہ باغ

پٕنژٕ ترہ باغہٕ کِس اتھ قرار دادس[1] وادس زیادٕ نہٕ زِ کم
فِکرِ ہندِ[2] ٹوٗنگہٕ منہٕ کِس ناگہٕ رادس ذِکرِ نیرِ آبِ زم زم
شیرینہٕ پتھ گوٗل پان فرہادس وادس زیادٕ نہٕ زِ کم
کرکھے گوٗنگُل نو آبادس پژلنہِ ہانژِ تُلنے نہٕ نم
خود آباد کر مو پژار کادس وادس زیادٕ نہٕ زِ کم
کمہٕ ناو ہوش تھاو دِشہِ فسادس رێشہِ ییٚمہِ رِشہِ نِشہِ ژم
بیداد کیا گو تس شدادس[3] وادس زیادہٕ نہٕ زِ کم
کیا دِمہٕ جواب گُری مِتِس وادس لوٗسُن دوہ ہیٚوت نم
فُری یادَس وات فُری یادس[4] وادس زیادٕ نہٕ زِ کم
گاٗلتھ گر تِتہٕ پھال تبرِ فولادس سوٗبرِ حالہِ زورِ زورِ دَم
موٗکھار شاہ مێل کھار وہستادس وادس زیادٕ نہٕ کم
ژِکھ تژاٗوِتھ ژکھ تژاو کمادس نیہٕ منز لبگھ زیر و بم
کمِلیو کمہِ وتہِ واتکھ دادس وادس زیادٕ نہٕ زِ کم
دیوٕ سنہٕ واتم وہاب[5] دادس داآدِس دِیم مرہم[6]

اَمہِ موکھہِ دَرِمَے موٚختہِ کن بھٔری زے
سوٚری زے تنہٕ منہٕ ست گوٚرِ دھیان
واٗسن ژاوِتھ آسُن ڈٕری زے
شواسَن[1] ستہِن تھاٗوی زے زان!
ساسَن بژونٹھہِ کنہِ زندٕے مٔری زے
سوٚری زے تنہٕ منہٕ ست گوٚرِ دھیان
پھاٹوٗمُت پان پانٕے اُڈٕری زے
پژانا یامہِ یوگہِ ستہٕ سورِ سان
گوٚرِ شبدِ پاٹھ للاٹھ شُمرٕی زے
سوٚری زے تنہٕ منہٕ ست گوٚرِ دھیان
دِورِس دارنایہِ دار ژوٚپری زے
سارِ کامنایہِ لوٗہ تہِ زَن ڈُوان
سوٚری زے تنہٕ منہٕ ست گوٚرِ دھیان
دوٗر پیٹھن سُلہِ وِلہِ سکھری زے
لوٚستھ دوہ پاٗنتھن چھُ گوٗھان
واتنہِ روٚس منز وَتہِ ٹھہری زے
سوٚری زے تنہٕ منہٕ ست گوٚرِ دھیان
کٔری زِ تَے دیہِ دیہِ روٚس نہٕ زِ کٔرٕی زے
بیہِ کالُک سنموکھ ہسوان
ہَرِ ہَرِ کران ٹوٚٹھ پان ۂری زے
سوٚری زے تنہٕ منہٕ ست گوٚرِ دھیان

---

[1] شاہ بن تہٕ ڈیتھ گوپژانایام (پژانایامن)

# سَت گوڑ دھیان

کرشنہٖ کرشنہٖ کرٔی زے دٕن تہٕ رات بھٔری زے
سوٗری زے تنہٕ منہٕ ست گوڑ دھیان
مُہہ بأنٛدی وانٛس تأرٕ مُرٕری زے
سوٗہم کنٛز موکلاوی زے پان!
جمنا جمنایہٕ اپور ترٕی زے
سوٗری زے تنہٕ منہٕ ست گوڑ دھیان
ست ادِشٹھانس پان پُشری زے
یَتھ یتھاوَت تتھ سروٗپ دپان!
وَے تانہٕ سمساوِ منٛز شرٛوٗپری زے
سوٗری زے تنہٕ منہٕ ست گوڑ دھیان
دیدٕ منٛز أپنہٕ وَچھُن پٔری زے
ذٕری زے پان پانہٕ تی وچھنان

اوٗگُن تہٕ ترٛوٗگُن منٛزٕ انزٕری زے
گنزٕری زے تہٕ بیٛوٗن چھُہٕ روزان
سُہ آتمہٕ رُوپ وأنٛسے ہنزٕری زے
سوٗری زے تنہٕ منہٕ ست گوٗرٕ دھیان
براہمنہٕ برٛہمہٕ زہنہٕ برٛاہم سُمبری زے
ژمہٕ ژمُر سُہ یَس ژم چھےٚ ژمان!
مُری زِنہٕ پانہٕ مرِس بُتھ مُری زے
سوٗری زے تنہٕ منہٕ ست گوٗرٕ دھیان
پیأرِس پٔتٕر ے پیارِ وتھری زے
پرمانند وونہٕ وِدیا[1] وان!
پأنس نِشہِ نِشہِ منٛز شوپری زے
سوٗری زے تنہٕ منہٕ ست گوٗرٕ دھیان



---

[1] یَس واریاہ شاسترزانہٕ ۔ وبدوان ۔ عألم (کلاٚ)

تۆ ناو لال موختہٕ گہنہٕ پات گٔری زے
رزِ گُنہِ ییٕز نٕز دِزِ ٹوٗٹھ پان!
وِزِ وِزِ پَر ترٛستہٕ پان پھُٹرٕی زے
سۆری زے تنہٕ منہٕ ست گوٕر دھیٲن
ہَندِ لرِ لَدنس تہٕ پان وُلری زے
اُتھی کیا چھُ وید پڑمان دپان
پۆشی زے پانس تہٕ کالَس ملُری زے
سۆری زے تنہٕ منہٕ ست گوٕر دھیٲن
کالَس پانے پان آپرٕی زے
دِہہٕ زاٗنی زِ مایا برٛہم آسان
زٕے چھے تی آپرُس آپرٕی زے
سۆری زے تنہٕ منہٕ ست گوٕر دھیٲن
کُل پانتہٕ شلپہٕ[ا] گیان سروہ تاکرٕی زے
پانس رۆس پڑہز ناٗوی زے پان
مُشٕری زِ نہٕ لیہِ بیہٕ مُشٕری زے
سۆری زے تنہٕ منہٕ ست گوٕر دھیٲن
چھۆنُن تے چھنہِ رٕنہٕ زَن ہُری زے
تُل تولنہٕ رۆس چھے بھگوان
تُس رۆس ژٕ مرتہٕ تُسی ژٕ مُری زے
سۆری زے تنہٕ منہٕ ست گوٕر دھیٲن

یہ بات جانو سب سے پرے — یُس پڑاوِ مرے سہزِ بھاو
یُس اپشرس پان پُشرے — سوِرتھ سورُے چکپے چاو
راتھاہ ستہِ ساتھا مارإورے — یُس پڑاوِ مرے سہزِ بھاو
سُہ شیرِ چاَئی پادِ کمل درے — پرماندس منت تھاو
اگیانَے ستہِ اَپہِ مرتی مرے — یُس پڑاوِ مرے سہزِ بھاو
موٗٹھ پان تَس یَس ٹیوٹھ موٗ دُرے — سوٗدرِ سوٗدرِ بَیہِ روٗس نہِ واو
پانے پانس یُس أدرے
یُس پڑاوِ مرے سہزِ بھاو



# سہز بھاو

تَس کُس مرِ تےَ سہ کُس مرے    یُس پڑاوِ مرے سہز بھاو
پانس یئندرَے آیُت کرے    أندرِ نیٔرے سوربس تاو
مَن بود شمرِتھ زِبتھ شُمرے    یُس پڑاوِ مرے سہز بھاو
سأ لک چھُ مأ لک پننے گرے    تَس یارِ بَلہِ ڈولہِ پالک تہٕ ناو
پوٗتوٗ سے بھوٗ سَرس تَرے    یُس پڑاوِ مرے سہز بھاو
پھوٗلمُت یہ ہی باغ پیس زِزرے    کرِ سُے پمپوشہِ ڈلس کڑاو
زَزِ رِتھ تہٕ پھولَن بیٖیہ یمہٕ تھرے    یُس پڑاوِ مرے سہز بھاو
مرنہٕ برونٹھے یُس سکھرے    روزبس نہٕ یمہٕ کینکرَن ہنز گراو
سُہ کس خوش یس سہ کس کھرے    یُس پڑاوِ مرے سہز بھاو
بھگوت پادَن شیر پُشرے    مُرِتھ دُبارِ سُہ ما زاو
دوزِمی پاُتھبن دماہ برے    یُس پڑاو مرے سہز بھاو
ہرِدِنہٕ تھرِ تھرِ یوٗد پان ہرے    سورِ یُس ہری سُندے ناو
شرَن یُس گوتَس کونہٕ درے    یُس پڑاوِ مرے سہز بھاو
یُتھ مول پاتھہِ نہٕ گُنہٕ ہونَرے    گاٹہِ چھو گاٹے تی مشی راو
زہری زال وۄن لگی والہٕ برے    یُس پڑاوِ مرے سہز بھاو
کالس ارپَن تہٕ کالچہٕ تھرے    ادِ وَن سورے اشود تڑاو

ژٕتھ سورٕنَے . ژٕتھ آکاش
سِرِیہٕ تتہٕ چھے سو پرٕکاش
است ووِدے چھُس نہٕ تتھ ناش
سہزٕ وبڑار کرُن

شگفتی وُنہٕس تتہٕ شِوَے
زاو یَس تتہٕ آوِ گوَے
نِش نہٕ دٕبن شُش تتہٕ رَوَے
سہزٕ وبڑار کرُن

ستھ ژٕتھ آنند میے
وأرتھ مویہٕ مؤیے
پرٕأوِتھ یُس نہٕ مؤیے
سہزٕ وبڑار کرُن

منہٕ دِے کاسہٕ وُنۍ
نہٕ بأستھ آسہٕ وُنۍ
أستھ آسہٕ وُنۍ
سہزٕ وبڑار کرُن

پرم آتما تتہٕ اَپَر
دیش کالہٕ دٕبن تتہٕ ست گور
بھوٗرمُت تیٚمی ژرا ژر !
سہزٕ وبڑار کرُن

# سہٕز وبڑار

گِندُناہ چھُ زِندٕ مرُن
سہٕز وبڑار کرُن!
پانٕہ روٗس پان سَرُن
سہٕز وبڑار کرُن
شروٗت چھےٚ تس روٗست چھُنا
موٗد یُس سُہ سوٗست چھُنا
تہٕ دَپن پھروٗست چھُنا
سہٕز وبڑار کرُن
دِہہٕ تہٕ مَن تہٕ بود تہِ چھُنا
وبد ربد سبد تہِ چھُنا
مُہہ تہٕ برٛم مد تہِ چھُنا
سہٕز وبڑار کرُن
وِدھو چھُ ووٗ نمتے
بدُھو وَنہِ اوٗ نمتے
بُدھی نِشہِ ژھیوٗ نمتے
سہٕز وبڑار کرُن

یٔژ گاٹہٕ ییٖہ گاٹے
ترٛاوِتھ پھٕٹہٕ پھرٛاٹے
پھٕٹہٕ کیا تی ہےٚ واٹے
سہزٕ وبڑار کرُن

بھگوان اَوِناشے!
اَوِناش[1] آکاشے!
گٹہٕ اۄسی تن تےٚ گاشے
سہزٕ وبڑار کرُن

تَس روٗس یی ژٕ زانکھ
تی تی ٹھوٗر ژٕ مانکھ
روژُک تےٚ بھَیانکھ
سہزٕ وبڑار کرُن

شنکایہٕ[2] مَنہٕ ترٛاوِتھ
یم یُتھ گیہٕ پرٛاوِتھ
سأوِتھ روٗدی سأوِتھ
سہزٕ وبڑار کرُن

پڑیمہٕ سرٛیہہ وُہوٗنے
ریٛہہ لگہِ ہنہٕ ہنے
پان لگہِ تیلہٕ گنے
سہزٕ وبڑار کرُن

---

[1] یُس نہٕ زانٛہہ ختم گژھہِ۔ یُس ہمیشہِ پوٚشہٕ ڈٕن آسہِ۔ یُس نہٕ زانٛہہ ژھوکہِ۔ ابدی۔ کلاؔ [2] شکھ

پٔنی کتھ وَنہٕ نی
پرٕبزٕ نُن پڑٕبز ئنٕز یٖی
شرٕپوٗنٕ وٕہپہٕ وٕنی
سہزٕ وبڑٕار کرُن

بوٗزِتھ وارٕ پاٗٹھی
ترٕاُوِتھ ٹاٗٹھُر اَٹاٗٹھی
پکھنڈی تَے پاٗٹی
سہزٕ وبڑٕار کرُن

یٚیتہِ سورُے چھُ شرٕوپان
تیتہِ ما پان وہپان
تتھٕی چھِ بھگوان دیپان
سہزٕ وبڑٕار کرُن

شبدٕ[1] برٕہم سُہ آتمہٕ گیان
پورَن مےٚ سُہ ژرے سان
مُکت ویکونٹھ، وگنیٔان!
سہزٕ وبڑٕار کرُن

ہِرٕیَس ما چھےٚ ژھایے
تھوٚد ووتھ امہِ شایے
مایہِ ژلنے ژےٚ گژایے
سہزٕ وبڑٕار کرُن

---

[1] شبدٕ ے (لفٕظ) چھُ پُزٕ حقیقت۔

# وَژُن

أپأری یَپأرِ پانَے ژوپأری
بہٕ پأری لگس نایے لولو

شاہ پأژ پأنس شاہ نتہٕ گُمی کھأری
بیاژِ چ گیَس تژایے لولو
زِیٚتھ چھُ باپأری ہأرِتھ چھُ زأری
بہٕ پأری لگس نایے لولو

ہرِد کیاہ کۄر تہٕ یاتَے بہأری
یِم زاے تِم گے زاٟیے لولو
یِم آے تِم آے سۄرتھ نہٕ کمی مأری
بہٕ پأری لگس نایے لولو

سُے دِپہٕ پأنژ ماکھسنَم بأری
بۄیے دِپہٕ گٔیہٕ لایہٕ لایے لولو
دَیہِ لون وٗنی مٕژ یٔژ مژم یأری
بہٕ پأری لگس نایے لولو

نَو دوارِ مندورے
ژوپأری مَن دورے
لِیہِ تتھ ترٛپورے
سہزِ وہڑار کرُن

وارِ ییٚلہِ وُچھ زِ مندر
روٗزی زِ تہٕ تتھ اندر
انہٕ وند شامہِ سوندر
سہزِ وہڑار کرُن

للہٕ وُن چھُ للہٕ وُنےٚ
بالہٕ گوپال گُنےٚ
وٕون تھو چھکھ تہٕ اوٚنےٚ
سہزِ وہڑار کرُن

وٕونمت یتہٕ سو آتمہٕ یَڑھے
سہزَس پڑاو پڑھے
شم تتہٕ دَم ناو گڑھے
سہزِ وہڑار کرُن

پرٛ ما نند و وندس
کرشنس پان وندَس
سونتس کیا تتہِ وَندَس
سہزِ وہڑار کرُن

# وَژُن

وُزِ منہٕ سُہ پڑکاشہِ
نَوِ نَوِ باشہِ بوز!

چھَ گُرہٕش ژبتھ آکاشہِ
نۆیتہِ نیمہٕ تتھ کھسہِ ما
دزاو بۆزِتھ تی زِ واشہِ
نَوِ نَوِ باشہِ بوز!

وُچھ نہٕ اُچھو سُہ گاشہِ
چھِ نہٕ زانُن وُچھ زِ کیا
سارِنی گوُمت یہِ خاشہِ
نَوِ نَوِ باشہِ بوز!

سۆر تہٕ تی تِی یتھ نہٕ ناشہِ
بیٚیہِ کینژھا نیرِ نا
چھُنہٕ ژھارُن بِر فاشہِ
نَوِ نَوِ باشہِ بوز!

---

۱ پڑتھ دۆ یہِ پٔنُن پۆزا پاٹھ بیترِ شاستر مُطابِقہٕ کرُن۔

سُے لوٚب تمٔوے یِمے تُمی گاری!
نتہٕ چھا اندَن یہِ نِۂایے لولو
روٗدکیا تہٕ موٗد، سوٗ دنو قصان کمی ژاری
بہٕ پاری لگس نایے لولو

کژالن ما تھُری گری یِم تہِ ما کھاری
یِم کھیٚلہٕ کمَو دژایے لولو
پَج رٕچھی چوپاۓ یاتے ژماری
بہٕ پاری لگس نایے لولو

واتہِ نا دادس سُہ ساد مکاری
دایہِ اکہِ ژلہِ ہم وایے لولو
دوٚ پنم ژٕ بلکھ ژالکھے بِہماری
بہٕ پاری لگس نایے لولو

مرِ نہٕ کوٗنژھا نہٕ بکَن یِم ساری
موتھاو وۄندس کژایے لولو
پرمانند ہیتھ چھُ ساری تیاری
بہٕ پاری لگس نایے لولو



# گووَردھن لالو

گوٖر گۄر کرِیو گووَردھن لالو وے
آننٕد گنہٕ میانہٕ قنٕد بریو تھالو وے
ہم ہےٚ سوٗہم اوم کنٕدِ ننٕد لالو وے
ہَم پھولہٕ اومہٕ ستِٕ ہم گلہٕ سوخالو وے
دَمہٕ شمہٕ أندرِ ہٕ اومہ پٕچی کر مالو وے
دٕپھ اِدٕ پژبزلی آتمہٕ نرمالو وے
منہٕ ہےٚ بُتراٗژ پوٗنٕک دیُو آلو وے
پژھِ ہنٕز دانٕد جورِ ییٚژھہِ ہنٕدِ الہٕ پھالو وے
درمُک سوٚتھ گرٕژھ کرمہٕ کھیت سنبالو وے
ییٚژھہٕ ہنٕز ننٕد دِس سری یہِ پژژنڈژالو وے
راوٕچہٕ پھیرُس کھوچہٕ سون کھالو وے

ہیٚلہٕ ہیٚلہٕ نیری تیٚلہٕ میلی گوپالو وے
بالہٕ گوپاس ناٹھ موختے مالو وے
سو پھل سأنِنی شُرٕ پھل نرمالو وے
آکارٕ ہیٚرِ کھس نرٕ آکار ہیمالو وے
گوٖرٕ شبدٕ بیٚول وَو کوٕ گوکھ متوالو وے
شٔش کلہِ زلہٕ ستِٕ سگہٕ ناوٗن تھالو وے

موڑِ کیا ہتھ ژھوچِہ آشہِ
روڑِ ہنڈے پڑاہ چھُنا!
لوٗگ زارُ زالس قلاشہِ
نوِ نوِ باشہِ بوز!

نقش بنٹیا زاٹہہ نقاشہِ
نقش بھناوُن مُدعا
سیّدِ ورُق ہتھ تہٕ تراشہِ
نوِ نوِ باشہِ بوز!

پرماننده آشہِ پاشہِ
گل چھٹِتھ بدکُن زِ کیا
ٹیوٗٹھ موٗدُرِ واشہِ واشہِ
نوِ نوِ باشہِ بوز!



# وَژُن

يِ چھُکھ تہٕ تی چھُکھ، چھُکھ نہٕ بیٚین وُچھوُن یے
أچھن ہُنٛد گاش پانہٕ أچھو وُچھوُن یے
وُچھُن چھُ چھوٚن وُچھ وُن گژھ وُچھوُن یے
يِ چھُکھ تہٕ تی چھُکھ، چھُکھ نہٕ بیٚین وُچھوُن یے

يِ چھُکھ تہٕ تی آس تژاو انیاے اٖدِیاسیے
یشے کالے روٚس چونٔے نِواسیے
سو دھرمہٕ کژیا وَرنہٕ آشرم سُنٛز یاسیے
يِ چھُکھ تہٕ تی چھُکھ، چھُکھ نہٕ بیٚین وُچھوُن یے

انٛت ویدو وٚنُمت چھُکھ اَنادِیے
نہٕ دوٚتیسی شرٛوٗژِ ہٕندے پڑسادیے
سرٛوٗ آتمامی یتہٕ سرٛوٗ اُپادیے
يِ چھُکھ تہٕ تی چھُکھ، چھُکھ نہٕ بیٚین وُچھوُن یے

بکھتہٕ دژاتہٕ لون تن ہٕسیٕ گنڈ مَس والو وے
کام کرۄدھ لۄب مُہہ مدٕ منقلہٕ زالو وے
لاوِ لاوِ سۆمبُرن سنتوش رزِ کھالو وے
گونہٕ لد لولُک نبر گون ییہٕ سالو وے

داسن یتہٕ تیاسس نبر ویاس ژبتھ زالو وے
ترٕواس میلی گنیانک ژونگ زالو وے
یژھ یژھ مُنتھ ارگہٕ برتن تھالو وے
پوزِ لاگ ایشرس منہٕ پمپوش مالو وے
منہٕ بکس سۆدرس لاگ ڈونگل یتہٕ زالو وے
تہٕ منزٕ لبہٕ ہن لال مولُلے لالو وے
یوگہٕ شکھتہٕ پژاوکھ پرمانند زٕتنہٕ مالو وے
نبشکلہٕ ازنے چھاوئے شش کالو وے



# وَژُن

اَمرِ پانو برٛم سمسار چھُے
آدِ دیو بنٛنگ ژیہِ آدِکار چھُے
ہارو روٚستے بھوٛ سرِ تار چھُے
ست وبڑار ست وبڑار

آدِ اَنت شبدَن منٛز اوٚمکار چھُے
ژِ پہ نےٚ منٛز ازپاژپ سار چھُے
دھیانہٕ منٛزٕ آتمک دھیان شُبہِ دار چھُے
دارنا دار، دارنا دار!

برٛونٹھہٕ پتھ پرالبدُک دیوٚ ہار چھُے
پتھ برٛونٹھ نیرنستہٕ پھیرنس نہٕ وار چھُے
بھاٗے بندبَب ماٗج گُس ژٕے درکار چھُے
کر ژٕ ہیتہٕ کار، کر ژٕ ہیتہٕ کار

اۆمَس ارتھس اۆمہٕ کِس نیٛایے چھُ روٗ دمُت یے
اۆما چھُ پژٛبلے اۆم زِندَ ے چھُ موٗ دمُت یے
کیُتھ پان سۆنٛپس ییتھ زِ شونگمُت چھُ اُدمُت یے
یِی چھُکھ تہٕ تی چھُکھ، چھُکھ نہٕ بیٛین وُچھوُن یے

یَم یَم ادِیاس نانا وِزِ چھُک کھارنس تَے
سم شیہِ اَپزے پۆز تہٕ اَپُز کھارنس تے
سُتہٕ سیٛدبن سادَن سیٔز چھٕو کھارنس تَے
یِی چھُکھ تہٕ تی چھُکھ، چھُکھ نہٕ بیٛین وُچھوُن یے

لوٗرنہٕ یوان ٹُل کتٕرِ کلایہِ تَے!
مٔڈس چھےٚ ٹأٹھ شوڈ شَے کلایہِ تَے!
چھَس کرٕٹہٕ کلایے زونُمت شُکھتہٕ کلایہِ تَے!
یِی چھُکھ تہٕ تی چھُکھ، چھُکھ نہٕ بیٛین وُچھوُن یے

نمراش روزِتھ گِندِ نا پرمانندآٔس تَے
دُ ے تہٕ دوٗربر کاسہٕ پرمانندآٔس تَے
آمُت صلاح رُت پننہٕ نِس ووندآٔس تَے
یِی چھُکھ تہٕ تی چھُکھ، چھُکھ نہٕ بیٛین وُچھوُن یے

اَتھہِ آمُت بھکتہِ ہُند موختہ ہار چھے
پانس نائِلی ژھنہِ ٹُک تختیار چھے
گُس مناہ چھے کران کُسُند یقرار چھے
چھُکھ ژٕ موختار، چھُکھ ژٕ موختار

کُمِس کارٕ بار چھے، کُسو بے کار چھے
ناحق دِہہ دژشٹہِ ہُند اندکار چھے
مَن زین دیدچہِ زیوٗ یقرار چھے
صاحب کار، صاحب کار

ہارٕ بُری لارِی نہٕ یوٗ دستیٖ کھار چھے
اَس داہراَدِتھ نفسنٕی کھار چھے
پژالبدٕ کی[1] پھَل سوٗرِتھ پَتہٕ لار چھے
گرٕشٹہٕ انوار، گرٕشٹہٕ انوار

پرمانند ناو دُنیا دار چھے!
لوٗکن ہُند ہیوٗ ژٕے تہِ وبو ہار چھے
دیوٕ ووٗنی پانے ترٕبھونہٕ سار چھے
سرٕو آدِکار، سرٕو آدِکار

---

[1] نصیبکی۔

پَرأدیتہٕ مُرکھ بوز لوکچار چھے
یاوٕنس منز کامُک اندھکار چھے
بجرس نتہٕ ہیکُنگ سنکلپہِ بار چھے
کر پورشہِ کار، کر پورشہِ کار

مُہہ سبنہدِ سُمہِ کنہٕ ییٚندرَے دار چھی
یَم پار گئے تَم دشہٕ اوتار چھی
داہ شُمراو داہ خدمت گار چھی
کر ژٕ دَشہِ ہار، کر ژٕ دشہِ ہار

تَبرِ واٚراگ خاصہٕ سبزار چھے
شِوٕ شِوٕ، بولان پانہٕ آبشار چھے
بہہ کھٕے لاگہِ روٗس وُپھنس وار چھے
شانت شالہِ مار، شانت شالہِ مار

گوڈٕ شروٚنی بوزُن درکار چھے!
تو پتہٕ اَدِ منہٕ ٹک آدِکار چھےٚ!
سٕنی یاسن زہن تورِ تیار چھے!
ساکھیات کار، ساکھیات کار

شَبدٕ نِرمان یُس سہ پڑکاش أگنِے
بڑٕبڑٕوُن چھُنہٕ پأنٕی پانہٕ پَرزُن
تگِی تگِی تیاگ گوم وُنہٕ چھُم تگہٕ نِے
لگہِ نَے تتہِ کُنہِ تہِ کیا ارزُن

زاو نا ذات کالہِ وُچھ ہَوس لگُنِے
گونو گون پیوس طور طرزس
اِدٕ ووٚن کُوی یَونگہٕ نہَ تہٕ مگنِے
لگہِ نَے تتہِ کُنہِ تہِ کیا ارزُن

پان زأنتھ تہِ پان دزٕو گہٕ نِے شرٛ وگہٕ نِے
چُنہٕ یئندرازٕ اکھ تہٕ بیاکھ اَرزُن
ٹھگہٕ نِے بیٚون ییمہٕ روٚستُے دَگہٕ نِے
لگہِ نَے تتہِ کُنہِ تہِ کیا ارزُن

اَنیونِتا اُن چھُ تمکُے وِگنِے
کر زوَن ییٚمی زِ تیاگ گوس غرضَن
پرمانندٕ لتس روزی الگنِے
لگہِ نَے تتہِ کُنہِ کیا ارزُن



# وَژُن

یٔندرے کوٚرُن چھُ أندرِمہِ گگنٕے
لگہِ نَے تتہِ گُنہِ تہٕ کیا ارزُن
بوٚرمُت ڈور چھُم تہٕ توٕ کوٕ سَگنٕے
لگہِ نَے تتہِ گُنہِ تہِ کیا ارزُن

کھأرِتھ یم پڑان چأرِتھ رگہٕ نٕے
شمہٕ دَمہٕ شمہٕ مایہِ واو ورزُن
شانتہِ سُتہِ پراوِ پَرووُم ہُمہٕ یگہٕ نٕے
لگہِ نَے تَتہِ گُنہِ تہِ کیا ارزُن

اوٚگنِس اوٚگنِس ما کھار ژوٚگنُے
یِی زانہِ سُتہِ زَن تہٕ یِی دُرزُن
سُے ژٕتھ آکاش ژٕرے بیٚاکھ ووٚگنُے
لگہِ نَے تتہِ گُنہِ تہِ کیا ارزُن

توٚملُے چھُ دانہِ تہٕ نیرے دوٚگنُے
سَرٕو تایے ٹھوٚر چھُ سُہ تھوٗل ورزُن
سُمرِتھ پراوِ نس پرِ لوٗکہِ سگنٕے
لگہِ نَے تتہِ گُنہِ تہِ کیا ارزُن

بُجرَس کیٛاہ کرِ دارُن تہٕ پارُن
بالہٕ پانہٕ آس سٔنٛز یأسی یے
کالہٕ نِشہِ موکلگھ تہٕ واتکھ نہٕ مارُن
تارُن یہ پان پانہٕ آسی یے

پڑاتاہ کالَس ژٕتھ اُدھارُن
آسنہٕ سرٕو اَنگہٕ نیٛاسے یے
وبراٹہٕ رٕپہٕ دھیٛان پڑان سندارُن
تارُن یہ پان پانہٕ آسی یے

اوم کے شبدَ ے دارنایہٕ دارُن
کومبکٕے یوگہٕ ابھیٛاسے یے
سومنَس سُمرِتھ پان وبڑارُن
تارُن یہ پان پانہٕ آسی یے

نادِ بندِ یوٗگہٕ بیول سوٗم ہتہٕ ہارُن
بوٗونہٕ[1] بوٗمہِ اَنیٛأسی یے
گِنیٛانہٕ پھلہِ پھلہِ کھل ہتہٕ سارُن
تارُن یہِ پان پانہٕ آسی یے

---

۱ ہنگہٕ منگہٕ۔

# وَژُن

لۄسِتھ دوہ ووٚنۍ کس چھےٚ پڑٲرُن
تارُن یہٕ پان پانہٕ آسی یے

یۄت کیا چکہٕ چاو چھےٚ لوکچارُن
پتھ کالہِ تھۄر تہِ عمرٕ آسی یے
کونجہِ گٔری گٔری گوکھ کرٛینجہِ پوٚنۍ سارُن
تارُن یہٕ پان پانہٕ آسی یے

ژۄرس پڑِ ہے کالَے تھارُن
اَتھِ ہٕتھ دڑایاو پھٲسی یے
اَتھ رَزِ آسبس کاٹُھِس کھارُن
تارُن یہٕ پان پانہٕ آسی یے

کیٛشہ چھُنہٕ لارُن تہٕ کِتیاہ لارَن
پمپوش ژٔھری ہٕتھ کھٲسی یے
بودھ کرتہٕ دوٕد نِشہِ پوٚنۍ گرٛشھِ ژارُن
تارُن یہٕ پان پانہٕ آسی یے

# اَمرناتھ یاترا

منتر پَر شِوے شوٚمبوٗ!
منتر کر پوٗزن پڑ بھوٗ!

دِہہِ گوپھ ژبتھ آنندٕ لنٛگ
مَنہٕ پیٹھٕس پیٹھ بِہتھ نسنٛگ
لۄکھ ژٕپتنس کاُلاسہٕ شرُنگ
منتر کر پوزن پڑ بھوٗ!

کن تھو سَرٕ سوتی چھےَ ونن
ؤنی ؤنی تہِ پانہٕ چھےَ نا سنن
نامہٕ رٕپہٕ وبن بیوٚن بیوٚن نَنَن
منتر گُر پوزن پڑ بھوٗ!

گوڈٕ گرِژھ شَرَن گورٕ پادنَے
سوٚیے موٗکھِ[1] ہٕنز وَتھ سادنَے
گن تھاو میاٗنبن نادٕبے
منتر کر پوزن پڑ بھوٗ!

---

[1] موکھتی۔نجات [2] رۄس۔بغاَر

مُکتی موزحتہٖ چھٚے دلنہٕ دانہٕ کھارُن
ہم سۄ وۄتلےٚ سےٚ یئے
بۆیون بۆیون کھیٖر سُمدر گرٛٹھ پھیٖرُن
تارُن یہ پان پانہٕ آسی یئے

پرمانند وۄندِ بھگوان گارُن
منٛز روٗزِتھ تتہِ وَنواُسی یئے
مُہہ نِس جنگلس سَگ دِتہٕ نارُن
تارُن یہِ پان پانہٕ آسی یئے



اشٹہٕ ڈلہٕ سُہ دڑاو پمپوشہٕ ڈل
یۄ ری پھیر تورٕکُن موژِ ڈل
وبڑ ار اُچھ سمسارٕ ڈل
منتر کر پۄزن پڑبھوٗ!

ہۍور ہۍور پکھ ہۍور ہۍور وات
دۄر پۍومُت چھُکھ کوہ[1] وشات
گژھ پڑاوٕنچ بوز کتھ تہٕ بات
منتر کر پۄزن پڑبھوٗ!

ترتھہٕ روٗس[3] ماگُنہٕ کاتُسہ پۄداہ
ویدن تہٕ اومکارٕ وبن یداہ
زیبون مُکت پرٕ ماتما
منتر کر پۄزن پڑبھوٗ!

لیلایہٕ چھے امر ناتھہٕ جی
دیہہٕ واٗر[2] ساٗئی ایکانتچی
شمہٕ دمہٕ گوپھہٕ پڑشانتچی
منتر کر پۄزن پڑبھوٗ!

---

۱ کمہٕ کنز۔ ۲ دۄ ارتہٕ چھۄ گنہٕ جایہٕ۔ دۄ ارگو درواز۔ ۳ بغاٗر، روٗس۔

ژٕلہِ مام پَرٕ یاتٕرا ژٕ کر
ہَرموکھہِ پنہٕ نٕے پان وَر
گوپھ میأنٕی یہِ گوپھ چھے برابر
منتر کر پوٗزن پرٕ بھوٗ!

گوڈٕ گنپت یارُک گنیش!
دوٗر مو زان روٗزِتھ چھُ نیش
مولا دارٕ دارُک مہیش
منتر کر پوٗزن پرٕ بھوٗ!

برٕہما سُہ یُس سرٕشٹہِ[۱] کرتار[۲]
سوادِشٹھان[۳] شُراہ یار
شَٹ دل شَٹ موکھہِ زن کُمار
منتر کر پوزن پرٕ بھوٗ!

شِوٕ پورِ پھیرٕ کونڈلنی
پھیرٕ وٕنی پرٕان تَس زلہِ کنی
سَتھ، سمندر سٕنٕی ووٕنی
منتر کر پوٗزن پرٕ بھوٗ!

---

[۱] کاینات، Creation۔ [۲] کرن وول۔ [۳] پننٕز جاے۔ پنٕھ یُس منٕز شیٖوٕژ کھر ومنٕز دوٕ یم ژٕکھرٕ۔

منز وات کھبلہِ نَس ژٕ کھبلنس
پانس پانے زِ میلنَس
نیل زَن تہٕ تیلس تیلنَس
منتر کر پوٗزن پڑھوٗ

واتہِ کھَے ژٕ وَتہِ وَتہِ وپر سرٕن
تَتہِ چھِی نہٕ واتان وپر سرٕن
ورزٕ واوٕ ستیٚ بلہٕ وپر میرن
منتر کر پوٗزن پڑھوٗ

مَنہٕ نِشہِ دوٗر کَر یِی وکھیف
ناوِتھ گنیشش سورِ لیف
ژلہٕ نُے نہٕ تیٚہِ گور تنہٕ دلِف
منتر کر پوٗزن پڑھوٗ

پُتراو پان پری شورس
واَتتھ روز مابلی شورس
پڑیدِ کھبنَس کرَکھ یتھ مندرس
منتر کر پوٗزن پڑھوٗ

ناپہٕ دِپشہِ دَشہِ ڈَل سنٛگمس!
ییٚمہٕ پأوی لُکھ ست سنگہٕ مَس
کرٛشنَس تھاور زنٛگمس!
منتر کر پوٗزن پرٛبھوٗ!

مندر مُچھتہٕ وُچھتہٕ ژندرٕ یار!
سأنٛپنی تتی ہَرِ ژٕندٕرٕ یار
وِجیی شوٗدس زَنمہٕ زَنمہٕ پار
منتر کر پوٗزن پرٛبھوٗ!

کُنٛج ترٛأوِتھ وات تھٕنٛج دور
لُنٛج تَتہِ شِو، جٹا ژوپور
اَناہِدٕ مُنڈلس ژٕ تھاو کھور
منتر کر پوٗزن پرٛبھوٗ

ژھپہٕ ژونڈ ہیتھ وات ژونٛدٕبل
وِشوٗد ژکرٕچ زیوٕ تھُل
دیوٕ پوز کر زیوٕ باوٕ ڈل
منتر کر پوٗزن پرٛبھوٗ

ریٛژلہِ ترٛاوِتھ ریٛژٕ بَل
پٲوِتھ نشانس مو ژٕ ڈَل
دَھرمس کرمَس سورٕ پھَل
منتر کر پوٗزن پرٛبھوٗ

ایشہِ دیشہِ ووٚتم شیشہٕ ناگ
ہبکہٕ کھے ژٕ نٲبتہِ دٕبن تہٕ رات زاگ
راگ ترٛاو پرٛاو میا وٲرگ
منتر کر پوٗزن پرٛبھوٗ

تیٛاگہٕ پژٕٛ گٲرِتھ پژٛاہ ترٛنگ
ستھ سمندرٕ گُے ژٕبتھ ترٛنگ
پدمہٕ نابَس چھِ یم تہِ رنٛگ
منتر کر پوٗزن پرٛبھوٗ

کھتہٕ اَستہٕ اَستہٕ پانژالہٕ بٕے
سوٗ ہمہٕ بٲرو بالہٕ بٕے
ٹھ یُتھنہٕ لگَہِ تتہِ لالہٕ بٕے
منتر کر پوٗزن پرٛبھوٗ

أندی أندی پھیر ژٔکرٕ ورپے
پژیدی کھنبس کر ژٕ مندرٕپے
دپوہ پۆز شامٔے سوندرپے
منتر کر پۆزن پژھو

بژگہ ترتھ چھے سورگہٕ دار
ورگہٕ نِشہِ مُشرِتھ مو ژٕ پرار
بھاوٕ اَرگہٕ پُشپہٕ پۆزا چھےٚ سار
منتر کر پۆزن پژھو

منزِل چھِ منزٕ منزٕ واریاہ
ژھۆٹ وَتُن مۆٹ بوز واریاہ
اکژیا دارہ ِچے یِی کریا
منتر کر پۆزن پژھو

لأزِم چھُ یِی یِی تی وَنو!
ننہٕ وأری واتَو کور وَنو
تھکہِ یُس دپہٕ پکہٕ ہا وَنو
منتر کر پۆزن پژھو

روٗ دمُت گوپھے یُس شۄد تہٕ بۄد
نو ندِ اُدِھن تَس تہٕ اَشٹہٕ سۄد
آکاشہِ وَتھ کُنہٕ نہٕ گۄٹ تہٕ وۄد
منتر کر پوٗزن پڑھوٗ

یُس چھُ پَرماتما وَنکھ ناتھ
یُس چھُ باَرو تہٕ بتال ساتھ
ہُمہِ گَرِ سویم ور وِشاتھ
منتر کر پوٗزن پڑھوٗ

ننگہٕ مۄت ژٕ ہنگ تَے منگہٕ روز
ایشرٕ دَرشنہٕ شبَد بوز
لَے گوھِ ژٕ دھیان دیہِ گرہ سوز
منتر کر پوٗزن پڑھوٗ

گوپھہِ منز گوپھے وات پنہٕ نے
تڑاو دِے دِے تہٕ دِوتا دَنَے
چھِنہٕ چھِنہٕ یَم بوٗت کُنَے
منتر کر پوٗزن پڑھوٗ

زِندِ روز زِندَ ے مَرُن
گرھہِ یاترایہِ اَپور ترُن
ستھ یِی چھُ تَتے شِوِ وَرُن
منتر کر پۄزن پڑھو

شۄ زرِتھ سنکلپہِ نشہِ مَن
دیشہِ راگہِ نِشہِ کالہِ ویٚشہِ مَن
شہلِتھ ایٚشہِ ایٚشہِ مَن
منتر کر پۄزن پڑھو

چھے پڑاپَش تتہِ تَے پَشن
وَرِما تتہِ وَے کھۄری ما پَشن
یِۄھ اوستا تچَے رںشن
منتر کر پۄزن پڑھو

بھاوِ اُمراوٕتی یے ژِ ناَو
مَل بوت چھل گژبتہِ باو
شیوٕ پادَن پان پُشراو
منتر کر پۄزن پڑھو

پَنۂ نُے چھُ پۂنۍ پأنس ژٕمُن
یِ ژٕمُن تی سُمُن تَے شُمُن
أتۍ وُہُن لولہٕ نار أتۍ ہُمُن
منتر کر پۆزن پڑبھوٗ

یُتھ تھان چھُنہٕ پرووٗمُت یَمَن
تمہٕ وٕے زون بڑونٹھ آو یمن
پرماتما پڑبڑنتھ یہٕ مَن!
منتر کر پۆزن پڑبھوٗ

تتہِ پھوٗرِ وٕنی اناہتہٕ ناد
سۆپنہٕ أنتھ تہٕ سوشَم تایہِ آو
تُریا تہٕ تُریا تتبتھ سماد
منتر کر پۆزن پڑبھوٗ

جس میں جوگی اثر بڑا
زاگرِت سۆپُن منگلا یَڈا
او ترا وہاں کوئَی نا چَڑا
منتر کر پۆزن پڑبھوٗ

گُنہِ منْز چھُ لال سُے مَنہِ منْز
چھوزُک شرٛونی شرٛونی رونہِ منْز
پَتھ گر ژٕ دِہہِ اَروَنہِ منْز
منتر کر پۆزن پڑھو

سوہمہِ شبدٕ پڑیمہِ پَرتوے
اُگنیا سِگھرس ترٛاو رَوَے
تالوٕ کوپۆت آلوَے
منتر کر پۆزن پڑھو

سَہسرٕ ڈلہٕ یِی گتھ ژٕ پرٛاو
بڑہمہِ اِندرَس چھُ نبشکل سوبھاو
دَمہِ چی دَمالے کرٕ تتہٕ کرٛاو
منتر کر پۆزن پڑھو

بگہٕ وُن وڑاس متھ متھان
تھان گو زِ یَتہِ بہان ووتھان
سمادِ منْز یُتھ ہیوٗ وبتھان
مُنتر کر پۆزن پڑھو

یُن گرٛٹھُن چھُے ژھبنہٕ ماترا
گیأئیَس چھُ یِی وُپچھُن یاترا
پئنی چھہِ ونی وارتا
منتر کر پوٗزن پرٛبھوٗ

ترٛوپ نَو دار وات نَوِ دَل
وأتِتھ ژٔلی زَنٛج وَدَل
دِیٛہہِ یاترا یِی گیٔہہِ سوٗفل
منتر کر پوٗزن پرٛبھوٗ

پھیرُن چھُے نہٕ اَدِ ترٛبھوَنس
وِأتِتھ یَتھ وِشنہٕ بھاوَنس
یَملَس تہٕ گملَس باوَنس
منتر کر پوٗزن پرٛبھوٗ

وُزِ نَس چھُ جَل نرٛگل اُجَل
نبتہٕ نیمہٕ یُس بھوانہٕ بَل
وُزِ مَنہِ وات بھوانہِ بَل
منتر کر پوٗزن پرٛبھوٗ

بوٗژرا کمل میں جب وُڈا
اپنا ہی وانی سب کڈا!
اور تھا کوئی نا ہی بڑا
منتر کر پوٗزن پڑٛبھوٗ

پھیرِتھ یَدا یہٕ رَکنی سنگمس
رسہٕ پوٗر نہٕ مےٚ کھوتُمت تہٕ وَس
تتہِ شرٛاد کران چھے یَس تہٕ تَس
منتر کر پوٗزن پڑٛبھوٗ

گوپھِ ژَل ژٕ ترٛاوِتھ لتس شِوَس
یَس روٚس چھُنا کوٗنژھا ژنتس
پان پُشراوُن چھُے ژےٚ تَس
منتر کر پوٗزن پڑٛبھوٗ

شِوٕ شِوٕ دھیانہٕ نِشہِ مو ژٕ ڈَل
ژَم چھےٚ پڑٛکرِتھ پورشس مہٕ وَل
کوٚر یہِ ژٕ ترٕ کار مایایہِ ژَھل
منتر کر پوٗزن پڑٛبھوٗ

شیوٕ شکھتی اَکھ ناھم رٕچھٕ بیۆن
پانہٕ بوز مانہٕ کیا نۆن وۆنُن
پرماندس پانس پٕژُن
منتر کر پوٗزن پزٕ بھوٗ

ہی دیوی مےٚ دَیا کَرُم
کرمہٕ پھَل وُچھنےٚ مےٚ وَرُم
ہَرٕ ہَرٕ ہَرٕ شاپھ پاپھ ہَرُم
منترٕ کر پوٗزن پزٕ بھوٗ



دِٕہِ چھے وۆنمُت دِیُٕو دار
سَمسارٕ جنگلُک دِیُٕو دار
دھیان گَر دھیان زان دِٕہِ اُدار
منتر کر پۆزن پڑٕھو

برگہِ پاد پۆز سَم سورگہٕ نیر
چمکی سُہ تیز کاسی رَنیر
ژلہٕ نَے زَنمہٕ ژٕنمکی بگھیر
منتر کر پۆزن پڑٕھو

برگہٕ ژٕپہٕ نُو دُرگاژٕ مان
سورگہٕ لۆگی چھی تَس نمان
پَشٹہٕ دیوی ژٕے پنہٕ نی پرمان
منتر کر پۆزن پڑٕھو

دیوی سو پارۄتی ستی
ماجے وۆنگُھ میناوٕتی !
شۆتَس وآنس آو پیٚتی !
منتر کر پۆزن پڑٕھو

# ژٕتھ تہٕ مَن

ژٕتھ[1] ژٕندرمہٕ مَن تہٕ ست[2] سری یہ چھے پژان
پژاوان آنند آم پانہٕ وأنی

للّی شۆری یی یۆگ آس ساداران
داد شانت منڈل مژٕ گُنی ژٕنی
اناہدٕ ناد بنٛدٕ اوٚم پژٕ ناوان
پژاوان آنند آم پانہٕ وأنی

پژٕ دَشہِ زیٚوِ کلا وبگلاوان!
شوڈشہِ سہزٕ کلا آژھنَن!
پوٗرَن ماشہِ تام ہتھ چھس پہوان!
پژاوان آنند آم پانہٕ وأنی

---

۱ شعور۔زانُن ۲ وجود

# وَژُن

یۄت یتھ زَنمس کُس کیا چھُ پژاوِتھ
ژ اَوِتھ چھُ گوُھن وانِگجِ وور

بٲے بندتہٕ بَب موج زنٕج لار چھے    پیترٕ ٚنی کھار چھے مَٹہِ مَٹہِ یہِ بار
فاضِل تہٕ بأقی تتہِ نُنی رأوِتھ
ژ اَوِتھ چھُ گوُھن وانِگجِ وور

ژین تو پانو ووٚنی پچھو پایَس    نیاے أژوراونس پوٗشس نہٕ بو
نیاے نَے اَندَنم ووندٕ منٛزٕ رأوِتھ
ژ اَوِتھ چھُ گوُھن وانِگجِ وور

لارنُے ییٚتہِ کیتھ نہٕ حسرت لاران    مُہہ مایایے ووٚلنَم نال
اژٕ منٛزٕ رأوِتھ چھُم راوٕ رأوِتھ
ژ اَوِتھ چھُ گوُھن وانِگجِ وور

گرٕ گرٕ کران لوکچار رووُم    ہَرٕ ہَرٕ کران تروُوم دِہہ
نمو اَند مژار یتٕنمو سأوِتھ
ژ اَوِتھ چھُ گوُھن وانِگجِ وور

دَمہٕ دَمہٕ پرمانند سو ستھ سوٗ    أندرِم لولہٕ تار کرتہٕ ہوٗ ہوٗ
نکھہٕ لولہٕ پرمانند پگھہِ ستٕی لولہِ لَلہٕ نأوِتھ
ژ اَوِتھ چھُ گوُھن وانِگجِ وور



# وَژُن

یُس کرِ شیشہِ ناگ کھونہِ مژولے
تمۍ سۆر منہِ مژ دل یے

بنٛدِ را بنہٕ یمۍ راس سنبولے
سُے راس مژ ترٛاس سنگرامن
کلہٕ کاَس یمۍ لولک تولے
تمۍ سۆر منہِ مژ ول یے

پیتامبرٕ یمۍ وۆلُمت سَولے
شنٛکھ چکرٕ گدا تہٕ پمپوش ہتھ
چھاتہٕ تہٕ بڑگ کِتھو کمولے
تمۍ سۆر منہِ مژ ول یے

پۆرَن پریتما دیوی ہنز ہاوان
دوٕد منٛز پتھ نیرِ مندنے تھٔنٛز
تی گو زِ گبھ پژاکاش چھکاوان
پژاوان آنند آم پانہٕ وٲنی

دپھتہٕ چُد پژاگاش گاش پژ پژ لاوان[1]
ننبشکل شُشِ کلہِ شینہٕ کھوتہٕ پژوٚن
ساد مَرِ وٕرژ روٚس سوٗرِتھ سادان
پژاوان آنند آم پانہٕ وٲنی

پرمانند چھے ژٚرے دوٚ دمُت ارمان!
پرمانند شکھِت وُچھ ہَن نٔی!
پانہٕ بوز شین پژیمہٕ سِری یہ وبگلاوان!
پژاوان آنند آم پانہٕ وٲنی



---

[1] یہ بند چھُنہٕ ماسٹر جی انتخابس منٛز درج

# نظم

اَن اپیکھیت پڑاو ناوہم پۆرنہٕ آنٛند مےٚ منس
ٹۆٹھ تَس وہن کیشہ نہٕ زانُن گو زِ ٹۆٹھو وَے منس
پٲنٛی پانس زاٰنی زاٰنی یِی مانہ، بۆزی بۆزی مانہٕ ہے
کیُتھ تہٕ کیا تتہٕ کتہٕ وہپان کۆ نوِ ہے کُہ پڑلنہٕ ہے
بوزنُے بۆ زِتھ تہٕ روزِ ہے نَے کۆنژھ دایہٕ وٕنی نَے مَنس
اَن اپیکھیت پڑاو ناوہم پۆرنہٕ آنٛند مےٚ منس

بوگ بُگھتا کھبترِ کھبترِ گی شِوٕ شکہت یِی وۆن ہے
شَم تہٕ دَم تی بھاو بھاونا بھَکت مُکت یِی وۆن ہے
ژٕکرِ ورتس تہٕ کنگاَس وہپہٕ وِنی یِی وَے مَنس
اَن اپیکھیت پڑاو ناوہم پۆرنہٕ آنٛند مےٚ منس

برٛہمہٕ نِروان شبدٕ پرکاش أندرِ نِبرَ ے باشہٕ رۆس
ہۆل تہٕ سیۆ دشۆ زرِتھ شروژرعتؠ وارِ پٲٹھی واشہٕ رۆس
دگہِ لولچِہ رَگہِ رَگہِ کیا لگہِ ہی یِی پَے مَنس
اَن اپیکھیت پڑاو ناوہم پۆرنہٕ آنٛند مےٚ منس

زگہِ ہُند کھۄژگ لاگنیہِ ووےُ
لاگہٖ لیہ دزٕوُن سُہ نِبر آکار
شوٗ تیٚمیٚ زِ ترٛبھونہٖ انہٖ بَھوٕ گوےُ
تٔمیٚ سۄر منہِ منٛز ول یِیے

بڑہما جوٗیُس زگہِ ہُند موےُ
ہمہٖ واہَن سُہ تہِ سوٗہم شبد
تسۄتہِ تَتھ نابہِ کملتہٖ تہِ اوےُ
تٔمیٚ سۄر منہِ منٛز ول یِیے

پرمانند تیٚمیٚ سوکھ دوکھ ژوےُ
تہٕندی زأنتھ تہٖ کِتھہٖ کرِ نا
کتھہٖ کرِ نا سنا وَنہِ نا لوےُ
تٔمیٚ سۄر منہِ منٛز ول یِیے



بڑونت تَے بڑم زونُمت سمسار پرانوٕ یِی وۄنکھ
سۄنتھ ہرُد کیا، پَن پرُد ، دپھتہٕ تِم یِم ماژٕ چھُک
وونتھ چھایتھ بھوٕ سرس رنگہٕ رنگہٕ ژُٕھر ژوٕیے منَس
اَن اپیکھیت پڑاو ناوبم پۄرنہٕ آنٔند مٚے منس

ساد سنت چھِنہٕ اَنت زانان اُوِ یتھ چھُکنہٕ زونُمت
شرٛ ژِ ہٕنزِ اگنیانہٕ ستٕبن اَکھ پیتٕبن مونُمت
ئُے سورُے زانئُے چھُے کرتہٕ یِی نبرٕ ئَے منَس
اَن اپیکھیت پڑاو ناوبم پۄرنہٕ آنٔند مٚے منس

پانہٕ چھُو کرتا اکرتا بھاوٕ بھاوَے بۄرمُتے
راوٕ رٲوِتھ پأزٕ پانس ہوشہِ بۄرمُت ژۄر مُتُے
تیٚلِ پیٚیَس کرِچ اُریہِ کرٛیے کھیتہِ ییٚلہِ ژٕلہِ رَے منَس
اَن اپیکھیت پڑاو ناوبم پۄرنہٕ آنٔند مٚے منس

آس پرمانٔند پرٲوِتھ پرمہٕ آنند بیٚون مہٕ روز
سأری سے منٛز سأری سے ہیوٕ پاری سے وات بیٚون مہٕ روزٛ
یہِ چھُ ژیُٔن رۄپ پرٲوِتھ کیُتھ وبھیپ وُزٕ ہے منٔس
اَن اپیکھیت پڑاو ناوبم پۄرنہٕ آنٔند مٚے منس

زَگ چھُ سنگراما تہٕ مَن چھے راز تمہٕ گُے زینہٕ وُن
واسنا نرٕ واسنا ہتھ کیتھ اَرمان مینہٕ وُن
چھُمنہٕ پَتھ پھیران ووٚنی ونہٕ ہَن کینژھا زَے منَس
اَن اپیکھیت پڑاو ناوبم پوٗرنہٕ آننٛد مےٚ منس

اُیینس منز وُچھتہٕ کینہٕ ما وُچھوٚنی ہیے روٚستےٚ
آنہٕ منز ماموکھ چھُ کھٹان کونہہ تہٕ اُنس ہیے روٚستےٚ
آس موادن، کاس تی گےٚ خاصہٕ کاسنی کھےٚ منس
اَن اپیکھیت پڑاو ناوبم پوٗرنہٕ آننٛد مےٚ منس

مَن وبڑارو تی مَدارَو ست اَنتَن ہوشہٕ ہیے
موٚت ہیہٕ لوٚت لوٚت ہوشہٕ اُنَن پزٕ منوشے ہیے
نتہٕ کیا پلڑُن تی کرٕ گرٕ گرِ لی پڑےٚ منَس
اَن اپیکھیت پڑاو ناوبم پوٗرنہٕ آننٛد مےٚ منس

سرٕو شلیَت چھُ سورٕ شِلیَت کلپہٕ کلپانتو لگُن
پزٕ دِ ےتراونی چھُ پراوُن یُس زِ راوُں اَتھِ یُن
ویاپہٕ کُس تَس ویاپہٕ کُس پورشا پوشا بوی منَس
اَن اپیکھیت پڑاو ناوبم پوٗرنہٕ آننٛد مےٚ منس

تھوّل چھُٹے پانئے گرمس پڑیسے
یَس ماتا پِتا تیسے نۂ کوُنہہ
وُچھنَے بُچھنَے مُہہ گُنَے
وول سے ننتہِ اِد لسے نۂ کانْہہ

پان یُس پانۂ سے تڑ اوِ گگوٗ سے
راوِ یَس وَتھ تَس دِسَے نۂ کانْہہ
سادتو نۂ موکلِتھ نِرِ کھوکھسے
وول سے ننتہِ اِد لسے نۂ کانْہہ

پرمانند یِیلہِ پان منأ سے
سو شبدِ سُتہِ اِد ہسَے نۂ کانْہہ
اپنے ہڑدے بڑاندابن بَسے
وول سے ننتہِ اِد لَسے نۂ کانْہہ



# وَژُن

پرماتما ووُتُم توٚت تمَسے
ووٚل سے نتۂ اِڈ لسَے نۂ کاںٛہہ

پرٛنۂ وَس ژوٚپاؔری پرٛنام کھسے
سوٚہم منتر اِڈ ترٛبسے نۂ کونہہ
اَسہِ بوٗز پوٚز ووٚنی لُکھ تَے أسے
ووٚلسَے نتۂ اِڈ لسَے نۂ کاںٛہہ

یُس نۂ گُنہِ الہِ کھنبۂ کوٗ ووٚلسَے
سوٚدرس بوٚڈ زانہِ پَسے کوٚنہہ
پوٚز بوز ییٚلہِ تیٚلہِ ڈٔھرتیہِ وَسے
ووٚل سے نتۂ اِڈ لسے نۂ کانہہ

خام دوسہِ کیا یام تام پیٚیہِ ترٛیسے
بامہِ ہیوٚر کھسَے نتہِ بَسے نۂ کاںٛہہ
تھوسہِ تھوسہِ سارَٔس مالگہِ تھوسُے
ووٚل سے نتۂ اِڈ لسَے نۂ کاںٛہہ

# وَژُن

وانہٖ ولنہٖ پھپرتھ یہٖ نبروان وأنی وَنہٖ وَنہٖ نہٖ وَنہٖ یوأنی یے

لولہٖ ستی کوٗتےٚ آیے دود للہٖ وأنی

جود گر بود ونہٖ وأنی یے

کتھہٖ کُری کُری گےٚ اتھہٖ ہاوأنی وَنہٖ وَنہٖ نہٖ وَنہٖ یوأنی یے

یمہٖ کتھہٖ پانہٖ پانس چھَ روژأنی

رأوی متۍ چھ ژھارِ لبأنی یے

نتہٖ چھایہٖ بڑہما راوَن تہٖ لبأنی وَنہٖ وَنہٖ نہٖ وَنہٖ یوأنی یے

مَن یُس بوٗد ہیتھ سور زانأنی

وُزملہٖ گاش چھا وأنی یے

وُزییلہٖ نتہٖ تس تہٖ پڑاوِ ناوأنی وَنہٖ وَنہٖ نہٖ وَنہٖ یوأنی یے

کھوژان چھےٚ یتھ ژیتھ پان نہہ وأنی

سُے پان وُچھن نے پانہٖ پأنی یے

آس کیا تہٖ گو کیا تہٖ کیا موٗژأنی وَنہٖ وَنہٖ نہٖ وَنہٖ یوأنی یے

سمشیہٖ روٗس آنند پڑاوأنی

پرمانند زانہٖ زأنی یے

---

۱ شاکھ

# بأتھ

دژے لأگتھ چھکھ اتألیق
سأئِلک چھِ مأئِلک پوٚزُے بوز

ژٔنڈول کینژن پأئِلکی
کینہٕ چھی شوٚنگتھ شب و روز
قبرے رٔژ کینہٕ کیا زآلِکھ
سأئِلک چھِ مأئِلک پوٚزُے بوز

مرتبہٕ لبگھ ییٚلہِ ہُدٕ وأ لکھ
حدٕ ژٔے پنہٕ نے پانو روز
پرٛژھہٕ ہٕکھ تٕمنے یِیے گأئِلکھ
سأئِلک چھِ مأئِلک پوٚزُے بوز

یُس پانہٕ روزِ تہٕ چھُ پانہٕ مأئِلک
ڈأئِلکھ اَپور یَپور بوز
فقط چھُ سوٚلوٗک زانان سأئِلک
سأئِلک چھِ مأئِلک پوٚزُے بوز

غریب دِل ییٚلہِ چھلک تہٕ چھأئِلک
ستہٕ دیو تٕمن یہ پشنٔے کوز
ہٕزرٕ تہٕ سبزرٕ تیٚلی سنبھأئِلکھ
سأئِلک چھِ مأئِلک پوٚزُے بوز

استوتھ یِہ زَگہِ بڑم ہے لگہِ پھیشے
رگہِ ژمہِ شِو مادھو تتہٕ بڑہما
دگہِ روزِ من ژلہِ بھوتا وشے
کاستم دِے تَے دُشپنا

رووُمُت چھُ پنُنے پانس نِشے
ژاٰرِتھ تتہِ چھے بڑہمہٕ نِشٹا
گاٰلِتھ چھُے گیان ووٚنمُت شیشے
کاستم دِے تَے دُشپنا

صاف کرتہٕ انصاف شیٚشہِ وشے شے
اِدٕ وُچھ وُچھ سورتہٕ سویے پڑتما[1]
نتہٕ پاٰنی پانہٕ روٚس کوٚنہہ نہٕ کیشہ ڈیشے
کاستم دِے تَے دُشپنا

سوہم شبد کلہِ گلہِ کلیشے[2]
ووپدیشے پڑتھ مے از پا
پرمانند پڑاو آنند کوشے
کاستم دِے تَے دُشپنا

# وَژُن

ستی سرہ کے ست پوژاُ شے
کاستم ڈِے تَے دُشینا

سُمے منڈِلکہِ رُمَے رہشے
اَوُمہِ شَبدِ امرِہتہِ مَے چمہِ نا
اَن اپیکھُت ہتھ ژلہِ ہم تڑیشے
کاستم ڈِے تَے دُشینا

بالہِ گوپالہِ چون درشُن ڈیشے
نشکل پاُڈھی شُشی کل وُزِنا
سواد سواد سمادِھ موکھہِ چیشے
کاستم ڈِے تَے دُشینا

انتا کرنچی ژلہِ کھلہِ شے
سوٗ رُم کھُلہِ برٗھمہِ
سمادِھ مانتھ چھِ سروشے
کاستم ڈِے تَے دُشینا

---

منٛج۔فلسفہِ موٗجوٗب چھِ انتا کرنس منز من۔بود (عقل) تہِ اہنکار یوٗان کرٛا

ہَن ہَن یُن گاٗلِتھ ہَن چھُکنہٕ مورَن
کھنبہٕ کھنبہٕ کھیوٚن چھے مایایہٕ ژھل
اَن اَپیکھیُت[1] کیتھ پانہٕ روز مورَن
شَرَن یُن بھگوت کھورن تل

دمہٕ دَمہٕ پمپوش پھولِہ ہے ڈورن
شَمہٕ دَمہٕ یمہٕ نیمہٕ بوٚ رمُت ڈل
سُوٗہمہٕ سوٗ موختہٕ وارَن دورَن
شَرَن یُن بھگوت کھورن تل

ہارِ پیٹھ بنٛزرِتھ لَچھہِ کرورَن
اکہِ ہوٚت پکہٕ وُن بنٛن نبشکل
بورَس نتہٕ لس ژوٗر چھے پورَن
شَرَن یُن بھگوت کھورن تل

پرمانندٓ کرُم نوو پروٚن ہورَن
تھوومُت یہٕ پنٛزشم ژورَن پھل
نشرِتھ کرمہٕ پھَل ہاتھ آس جورَن
شَرَن یُن بھگوت کھورن تل

---

[1] تیمی سُندنہٕ خیال تھوومُت آسہِ۔ یُس اوٗ ری تر ومُت آسہِ

# وژُن

ژھوٚڑِتھ کتھِ ؤنٛی نَم ست گورن
شَرَن یُن بھگوت کھورن تل
کلپن نتہٕ یم شَلپہٕ ماسوَرن
شَرَن یُن بھگوت کھُورن تَل

پیٚنہٕ گاش گٹہٕ کوٚٹھرِ چھنہٕ کھورَن
سوپڑاکاش ژٔییٚتہٕ سِری یُک نرمل
نودوار ترٛوٚپرِتھ سَتہٕ وٕنٛی پوٗرَن
شَرَن یُن بھگوت کھورن تَل

مَشِہن رنگہٕ رِونے پکہٕ مورَن
نکھہٕ والتہٕ ہکھ وبژارِ اَٹکل
اَپنو تہٕ نپنو وُچھہن کھورَن
شَرَن یُن بھگوت کھورن تل

دوٗرِ دوٗرِ دورن بالَن تہٕ دَورن
پھیرِتھ واتان ژٕتھ گنگہٕ بَل
ست سنگہٕ کُے آسَن نہٕ چھورَن
شَرَن یُن بھگوت کھورن تَل

وَرتیٚمو زِ دِتی نژدا مُکچندَس
کال یُس دِیہِ تَس کالہِ یوٗنَس
پیتامبر سُہ تے اآگِتھ پھنٛدس
پَرمانٛدس تۄ پرماتمَس

وَنہٕ نِچ مےٚ یٔژ ایکادَشہِ اَسکنٛدس
بۄزنٛس توٚ کُس پرمار تھس
مَنہٕ رازٕ بیٚیہِ نشچے مسنٛدس
پَرمانٛدس تۄ پرماتمَس

زندگی ژۄہ ہٕتھ روٗز دِہہ جنٛدس
سپرشہِ روٚستے واتہٕ تَس اَپرَس[1]
واٹھ چھُے تُشنٛدُے پڑتھ پیوٗنٛدس
پَرمانٛدس تۄ پرماتمَس

پرمانٛدٕ میل پَرمہٕ آنٛندس
مہمَا میلنٛگُ بَنہِ ما وَس
پانہٕ وَنہِ یِتھہٕ پأٹھن زورَو اندس
پَرمانٛدس تۄ پرماتمَس

---

[1] بھگوانس۔

# وَژُن

پۆنس پورشش سوراسور وَنٛدس
پرمانندس تہٕ پرماتمس!

کرشنس زگت یَس نُنہٕ پھٕلی چندس
ژ‍ٕے منٛدر دارِکا تَس
سودام سالگرام سُے پۆزٕ وونٛدس
پَرمانٛدس تہٕ پرماتَمس

دارِ دارِ پۆزا چھے مُکھارٕ بێندس
سورگہٕ اَرگہٕ ستۍ زَل امرتہٕ رَس
پُشپہٕ گنہٕ آکاش پرٕتھوِی گونٛدس
پَرمانٛدس تہٕ پرماتَمس

بَنہٕ ؤن دھاٲرِتھ مس نسپندس
گیانہٕ گیانہٕ اَرزٕر پٕنٛن وَن ہس
لگہٕ ہانہٕ بیٚہٕ اَگیانہٕ دَنٛدس
پَرمانٛدس تہٕ پرماتَمس

زلہٕ تھلہٕ نِرملہٕ نِشکلہٕ اُوجلہٕ
سَم بلہٕ سُمَرنایہٕ یَم شمبھوٗ
کلہٕ مالہِ دارِ ونہٕ ہنہٕ ہنہٕ باستم
ہژرِ باو کاستم ہرَے شمبھوٗ

سووَثِد پرمانَند آنند کنٹِد
شمبھوٗ-
نادِ بہند کرشنہٕ چند شِو شمبھوٗ
دھیانہٕ دھارنایہِ گیانہٕ موکھہٕ سوکھہٕ آستم
ہژرِ باو کاستم ہرَے شمبھوٗ



# وَژُن

ژبتہٕ آکاشس باسکر مےٚ باستَم
ہٕژرٕ باو کاستم ہرَ ے شمبھوٗ

شنکرٕ ہرٕ سورٕگورٕ لمبوٗدَرٕ
سوٗ ہم سوٗ گنگادَرٕ
باستم تتہٕ آستم پرٛکاش سو گاش زانٛی
ہٕژرٕ باو کاستم ہرَ ے شمبھوٗ

نَنہٕ ہَنہٕ ہَنہٕ دوگنہٕ سَنہٕ مَنہٕ تتہٕ
شمبھوٗ بجان فیٖنا فنا
آستم سنتوشٹ[1] دیپتہٕ داتہٕ سَنہٕ
ہٕژرٕ باو کاستم ہرَ ے شمبھوٗ

ہرٕ بیٚیہٕ بھَوٕ شِوٕ ویٚشنہٕ کرٛشنہٕ شامہٕ رامہٕ
ہمسوٗ اوم وِزٕ وِزٕ کرٕ سَرٕ
باستم پیہٕ نرٛنیہٕ میہٕ نشکرٛیہٕ
ہٕژرٕ باو کاستم ہرَ ے شمبھوٗ

---

[1] خوش۔ پرٛژن

رٕاگِ تَے وآراگ ترٛآوِتھ راگ سَرٕ سوتہٕ کرٕ ہان
گُلنم سنٛکلپ مَنہٕ کی بَلہِ یُس چھُم روٗگ، راگ
ماگ سۆم تَے ہارزآنتھ پھولنے پوش ہرٕ ہان
سرسوتی ترٛتھہ مےٚ گرٛھم سَرٕ سوتہٕ کرٕ ہان

پلزٕ یے نَے کیاٛبَنہٕ ہم یم زِترٛآوٕنی کتی مےٚ آسی
چھاونس نایم بنبم یم زِ چھاوٕنی کتی مےٚ آسی
کوٕ خاطرٕ سَرٕ گرِم تے خوش مےٚ یہَم تہٕ کھرٕ ہان
سرسوتی ترٛتھہ مےٚ گرٛھم سَرٕ سوتہٕ کرٕ ہان



# وَژُن

سرسوتی تِرتھ مے گرٛہم سَرٕ سوتہِ کرٕ ہان
دھیان دھار سورٕ ستتبن پان پٕنُن ورٕ ہان

تُہ آتماشرٛی کرٛشن زانتھ کیُتھ وو پاسک روزٕ ہس
سورٕ ہانَم زنمہٕ ترنچہِ ہانہٕ سنموکھ روزٕ ہس
دبہِ کورٕ کھیترس گورٕ اندرٕ ےکورَو پانڈوَرٕ ہان
سرسوتی تِرتھ مے گرٛھم سَرٕ سوتہِ کرٕ ہان

رامہٕ نامکہِ سورٕ ستتبن لگہم بھوسرٕ تار
مۄہہ لٲنکہِ گنڈِ ہے اَدٕ گیانہٕ ہنۄمان نار
ییمہِ ممتابیہِ سمندریم پٕنزی تہٕ وانڈرترہان
سرسوتی تِرتھ مے گرٛھم سَرٕ سوتہِ کرٕ ہان

پاپہٕ شاپک گرٕیُس سنسارٕ بھۄ واَدھیاس کرتھ
پاوِ پاوِ والنس تتھ ہاوِہم اَبھیاسہٕ وَتھ
یتھ بہہ ڈٕشتہ وَنکی یم وبشے پشے ڈرٕ ہان
سرسوتی تِرتھ مے گرٛھم سَرٕ سوتہِ کرٕ ہان

مُرکھہٕ نہٕ سِری یَس نکھہٕ نکھہٕ پکھ
گُنہٕ کیٛا روزکھ نہٕ ووتھے تھوٚد
سِری یہٕ وُچھنک سواد ژٕےٚ گرٛشی ہوٚد
پانہٕ یُس نہٕ وُچھوٗن روزِ درشُن
کنہٕ کیٛا نفا آکاشہٕ درشُن
پانہٕ اٰسِتھ ژٕ پرم آتما پڑاو
گلہٕ روٚستے سرٕکرٕ ہلہٕ زَن
لنجہٕ اکہٕ تانٛ سِری یہٕ ژھونجہٕ ڈیشان
کونجہٕ گلنچہٕ اٰس وُٹھ پھیٚشان
زوٗنن سِری یکہٕ وُچھنچ شایے
گُلہٕ روٚستے چھمنہٕ ، اَندیوٚس نیٛایے
پادَن تَل سایہٕ سِرییَس پیوٚو
دیٖیَن گو وَنچ روزس نہٕ زیو
پرمانندٕ ونتہٕ نٕژ راٰوِتھ
ٹاٹھبن ٹاٹھی گےٚ سپر باٰوِتھ
پانس وۆنی وۆنی پانس روز
بۆزی بۆزی پانس دۆر مَو روز
بوزٕنے ووننے کھوتہٕ یژٕ جان
واٰنی چھِ وَنہٕ وان مہارازٕ گان
سِری یہٕ کیٛا تتسٕت سو روٗپ زانُن

# گُل تہٕ ژھاے

گُلس تہٕ ژھایہِ اوس یُژ کال نیایے
سِری یُس نِشہِ اُنزرَنہٕ آیایے
ژھایہِ دۄپ سبٕژھاہ وآر کۄرنم گُلی
ژھایہِ رۄدُم اُچھن پاُوی نَم پھلی
تمنا چھُم سِری یہٕ وُچھن گاہ
دژام نتہٕ نیربم سُے شرزاہ
وُچھن بانہٕ منٛزٕ سہ سنموکھ بان
والتس یام سالتس نتہٕ روزان
گُلی دۄپُس میٲنِس سالیس تَل
بچھے تہٕ نَتہٕ تژاو بچہٕ گُل
ژٕ آسکھ تہٕ میانہِ منٛزٕ آسنہٕ ءستی
بیۄن نیرتھ ژٕے ہوِی پہان ءکتی
پنٕنے کال چھا پانہٕ ژھارَن
ہاوٕ ہے تہٕ آسہٕ ہم پتہٕ لارَن
میۄنُے آسُن چھُ چون آسُن
میۄن پژاو نُے چھُے سِری یہٕ پژاوُن
لَے گژھ ژٕ میٛنے تل بوے سپنکھ

نیٛایے اٹھنم مێتہٕ نیٛایے اٹھ یوس  
کُیت منگنس بانہٕ گوڈٕ مےٚ دِیم  
رُت رُت بانس تتھ لۄدٕ اَدٕ  
بےٚ بَنہٕ آسِتھ بوٗنہٕ بوٗنہٕ ہێرِ  
دٕے مَنہٕ کاسِم ستۍ گرٛیٚہہ اَنہٕ  
ونان آسِم پرٛاو ، پرمانندٕ  
بھگوان کرٛشن شرٛی ناتھ سٕہ اَناتھس  



یُس نہٕ پانہٕ اَستھ تہٕ گو زانہٕ نوٚن
نِرگون نِرَنجن تہٕ نِر آکار
ساری روٚستے تہٕ سَروٕ اکار
ترٛگونہٕ مےٚ نِرگونکے روٗپ
کُل گَو زِ کُل ویدٕ ووٚنمُت دوٗپ
رنگہٕ رنگہٕ ییٚمی چھےٚ دآریٕمتۍ اَوتار
ریٚشو مُنی یَس چھی سیوٕ اکار
زیوٕیُس چھُ موٗلہٕ بزمہٕ ژٕبتھ آبھاس
پژتھ ییمہٕ زَنمہٕ زَنمہٕ کُے اَدِھیاس
وُنیب سادِ تستہٕ پیوو پژماد
وویک ژھارنس چھُ گوٕر پژساد
سوے کیا ژھایے یَس ژھارنس چھے
موٗکھی لبہٕ ہے سِری یَس ڈیشے ہے
ست گور تہٕ بَب میوٗن شِژی کرٛشن جیوٕ
ترٛیلوکی دِہہ تہٕ سُے چھے زیوٕ
سُے چھے کُل تہٕ سُے جُزو کُل
ییٚمی کڈی میٚژ منٛز رنگہٕ رنگہٕ گُل
تُسی چھس ژھایہٕ ہندی پاٹھی ارپن
آش چھم زِ سَت پژکاش وُچھہٕ ہن
روٗز ییٚلہٕ کُلہٕ کے آسرٕ ژھایے .

گژھ پڑاوکھ کتھِ ءستی راوَکھ    پانس أنِہٕ مژٕ پان ہاوَکھ
طوطہٕ نَے چھُکھ توتہِ کرتوٗتوٗ
اَزَپا گایتری سوٗ ہم سوٗ

کرتس نِشہِ ووتھ اَرتھس کھس    کژینکہِ نیٚدی ووتھ بَرتھس کھس
یِی چھےٚ ترِتھ یاترا سویم بوٗ
اَزَپا گایتری سوٗ ہم سوٗ

پرمانند پڑاو پرمہٕ آنندٕ    تڑاو دِہہِ بیِہہ پڑاو موکھی بنٛد
مُرمَرِ نَیِہِ گَن اَوَے دیو
اَزَپا گایتری سوٗ ہم سوٗ



# 'اَزپا گایتری'

اوم بۄر بھوٗ سہا شِوٗ شمبھوٗ

ازپا گایتری سۄ ہم سۄ

کرتس تہٕ اَرتھس گوبن بَن موروٗز تتھ کھبنہٕ ماتر اژھبن

چھُ یَس لگہِ سہ پاٗنی پانس چھو

از پا گایتری سۄ ہم سۄ

پنجرے منز ہی ژ کۆستوٗر بول لَنجہِ پیٹھ نپرتھ بنیو پوشہِ نۆل

کُکِل بُنِتھ زپان کۄ کۄ کۄ

اَزپا گایٹری سۄ ہم سۄ

ژھوپہٕ لاٗ گِتھ روزِتھ گوپھہِ بہہ پنہٕ نِس پانس پنُنے رِیہہ

شالہِ لۆٹ تژ اوکھ تہٕ نتہٕ چھُے چھُہہ

اَزپا گایٹری سۄ ہم سۄ

مےٚ نِشہِ بیہِہ داٗرِتھ کن روز بوز سورٕ ہے نِشہِ خاٗلی سوز

توتہِ ونان چھُے بۄ بۄ بۄ

اَزپا گایٹری سۄ ہم سۄ

زیوٗن وۄن در جِگری
بوزُم یی ڈیوٗنٹھُم تی
جان وَنۂ ہے شوبہٕ درشنٕسے
کتھ وَنہٕ سے رٔٹنَم جاے

لولہٕ ژأرِتھ شمشانہٕ بنہٕ سے
وأراگہٕ دژلتہٕ تیٛاگ کرناو
نتہٕ ما چھےٚ مَشر مژ منہٕ سے
کتھ وَنہٕ سے رٔٹنَم جاے

پژان میٛأنۍ نِتھ پژانا کالس
وَنتہٕ کُس پوشہٕ مہا کالَس
چھا سُہ روزان بِہتھ گُنہٕ کھنٕسے
کتھ وَنہٕ سے رٔٹنَم جاے

پرمانندٕ ووٚنۍ روٗٹھ پانس
یوٗری انتن تھانس پپٹھ
سوٗہم پژیم یکجا کھنٕسے
کتھ وَنہٕسے رٔٹنَم جاے



# وژُن

وَیکونٹھ[1] بنیو ہندرا بنہِ
کتھ وَنہِ بہِ رٔژنم جاے

تور آیو موچھِ زِ وُٹُ تھِ
ییٚتہِ مُژرِم اَتھہِ دوشوَے
موچھِ مُژرِتھ اَفسوٗس کھنہِ
کتھ وَنہِ بہِ رٔژنم جاے

تورِ آیوس یور چانہِ ویرے
مہا کال ما کٲنسہِ چھورے
کال ما تژاوِ یور کٲنسہِ زٔنی بہِ
کتھ وَنہِ بہِ رٔژنم جاے

پانژن دوہن آس کرنہِ سألا
یہِ چھُ دُنیا موٗت مألا
کیٚا چھُ ہیوٚن دیٚن کیٚا چھُ نُنین چتہِ بہِ
کتھ وَنہِ بہِ رٔژنم جاے

---

[1] سورگ۔ جنت

گِردھاری آننِدِ کیاہ چھُ پڑاوان
تَس رَکھمنہِ موہَن تٍنٛبلاوان
کیا زانکھ مَرِ ہی مالٕی ویٚسی یے
بالہِ یارَن أنٛی کیا ڈالٕی ویٚسی یے

موچھہِ ترٛیٚہِ روکان چھُس رٕکھِمَن
لوٗگ باونہِ تس مَن موہَن
نیوٗتھ آننِدِ سواگت بالٕی ویٚسی یے
بالہِ یارَن أنٛی کیا ڈالٕی ویٚسی یے

أس مَنہِ مُنزٕ سونٛچان لِی رٕکھِمَن
مَب تہٕ پرٛتھوی پڑاو بخناوارَن
یُرٕ کھاران بٔکھتِس چالٕی ویٚسی یے
بالہِ یارَن أنٛی کیا ڈالٕی ویٚسی یے

پرمانندٔ وۄلنس لولہِ مایے
موچھ ترٛیہِ بُتہِ ہاو کتھ جایے
اَسہِ بٔکھتَن دوکھ تہٕ غم گالٕی ویٚسی یے
بالہِ یارَن أنٛی کیا ڈالٕی ویٚسی یے

☆☆☆

# وٕژُن

لولہٕ بُلبُل آو یِژکائلی ویٚسی یے
بالہٕ یارَن أنی کیا ڈائلی ویٚسی یے
رازِ ہمسا ما ژاو خائلی ویٚسی یے
بالہٕ یارَن أنی کیا ڈائلی ویٚسی یے

تھوو سوٗدامن مَنٛزٕ چھِتھ سِیر ژوٗرے
اوس زاگان موہن دوٗرِ دوٗرے
یَس چھُ کوستب مالا نائلی ویٚسی یے
بالہٕ یارَن أنی کیا ڈائلی ویٚسی یے

شوقہٕ وُچھنے آو لتس جَنٛزٕ جامن
سیُر چھنِتھ نیوٗنس گھنشیامَن
بوٗگ بھاوچہِ بوچھِ کھنبہٕ سالی ویٚسی یے
بالہٕ یارَن أنی کیا ڈائلی ویٚسی یے

بیٛون بیٛون مول چھُے سونس سر تلے — وۄتھوٗ مَنہٕ ہا کلے شبد زَپھ اوم
یاوَن باغَس پھُلیاَ چھَم — نادِ کھس سادھان تیز بندم
مُت لوکہٕ سماز سَہز پژہزلے — وۄتھوٗ مَنہٕ ہا کلے شبد زَپھ اوم
ہی پھوٚج دوٗ رہن آرن آرٕ وَل — مَسوَل ،گولاب بیٛہٕ یمبرٕزل ،،
بوٚمبُر ژھاران چھُے یئمبر زلے — وۄتھوٗ مَنہٕ ہا کلے شبد زَپھ اوم
مَنہٕ ہِکس دھیٛانس سوٗ ہم خانس — سورئے ہیوٚ سہز سندانس
دَم ہیوٚ سَم روزِ اَدِ پَم پھولے — وۄتھوٗ مَنہٕ ہا کلے شبد زَپھ اوم
گن تھاو کیاٰزِ پان شبدزبرو بم — ژٕ ے نتو عاٰ قلو ہیوٚ ہس دم
کلہٕ کلہٕ کل گنےیہٕ وَزِی شش کلے — وۄتھوٗ مَنہٕ ہا کلے شبد زَپھ اوم

پرمانندٕ ترٛاو فِکرِ تہٕ غم
ژہٕشتا مَن رَتن ست زَپَن اوم
بَیہٕ بَیہٕ ترٛاوِتھ دِے مَنہٕ گلے
وۄتھوٗ مَنہٕ ہا کلے شبد زَپھ اوم

☆☆☆

# وَژُن

سو کلہِ نَبشکل دژ ایہِ مو کلے    ووتھۄمَنہٕ ہا کلے شبد زَپھ اوم
ہوش تھاو واسنایہِ دھیٲنہٕ روزسم    مَن پڑ ان مۆت باسہِ سدہ پھولہِ پم
مان رَٹھ پانس ویگنہٕ ہان ژرے    ووتھۄمَنہٕ ہا کلے شبد زَپھ اوم
گُس چاوِلولہِ کس پیٲلس مَے    یَس اورٕ چاون سُے کرِطَے
لولکہِ ڈٕری یاوِ گوڈٕ پان چھلَے    ووتھۄمَنہٕ ہا کلے شبد زَپھ اوم
مَن بودھٕ ءستی چھُے کھۄرتَے ہم    سوہَم رَزِ ءستی یوٕ ناوِ لَم
اَہم ترٲوِتھ سۄہم پھولے    ووتھۄمَنہٕ ہا کلے شبد زَپھ اوم
پڑان چھے تژ کرے شبد پَرِمان[1]    سأر رٹھ بۆز ءستی پۄرتولان با
ستچےٕ ساکھے لَیکھ عملے    ووتھۄمنہ کلے شبد زَپھ اوم
سوہم بایکہ ءستی پرمانس    پێتہِ تتہِ چھُے پسترُن پانس
ہوش تھاوواسنایہِ یُتھنہٕ مال گلے    ووتھۄمَنہٕ ہا کلے شبد زَپھ اوم
شَبد بۄل گۄ پِیو گو وہندٕ گۄ    پوشہِ نۄل چھُے زپان کرٕشنہٕ گۄپۄ
شرٛ اوُن سۄرِتھ کۆستۄر کلے    ووتھۄمَنہٕ ہا کلے شبد زَپھ اوم
سون کھسہِ کہوَچہِ تارٕژ تول    تولہِ سُے رَژِ تیٚمی اَہم گول

---

۱ پرمان ـ وزنک وٹہ ـ

پوشہِ گُلبن منٛز ڈ ے وژھایے
بۄمبرأ گِتھ روٗدے ژھایے

ژرنہٕ کمل ورِ نامنا
کھیلہِ بنا رادھایہِ ٔستی

آس دِوتا تتہِ درشنس
پوشہِ ورشنس ، ہرشنس

پوشہٕ ورشُن تہِ وُچھونا
کھیلہِ بنا رادھایہِ ٔستی

یورمُت اوس گُکلو اوٗلے
پٔتۍ مہِ زنمُک ژلکھ ہوٗلے

اَمہِ ٔستۍ خوش گوکھ منا
کھیلہِ بنا رادھایہِ ٔستی

پننہِ شبدٕچ چھنہٕ تھالجہِ زان
چھُ بھوٕ سَرِ بۄز روس دزان

یہِ چھُ کرمن[1] ہُنٛد گھیُل ونا
کھیلہِ بنا رادھایہِ ٔستی

ہرٛدیہِ منٛز ہتھ بھگوت ژرَن
اَسہِ تتھ تتہِ سپوا کرَن

برٛہمس ٔستۍ روٗدکھ نہٕ بہنا
کھیلہِ بنا رادھایہِ ٔستی

سنکادِک نارَد مُنی
وۍاس شُکہ دیو کرِ وُنی

رادھا کرٛشنٔنی کیرتنا
کھیلہِ بنا رادھایہِ ٔستی

لوکہٕ وَنٔنے کیا کرِ تِمن
آسہِ برٛہم گیان گوٗمُت یمن

کتھہٕ زِ کرنٛچ چھکھ کلپنا
کھیلہِ بنا رادھایہِ ٔستی

راسہٕ اَمرتہٕ رَس گوٚدِ چۄنٔے
مکھتہٕ رَس تیٚمۍ نہٕ چوٗرٕ دچھوٚنٔے

روٗد چھوفِن زَنمنہٕ زنمنا
کھیلہِ بنا رادھایہِ ٔستی

دزالہِ نرمَل تھاوِتھ ووندس
گٔیہِ پرٛاوِتھ پرمانندس

گرِکھ کیشو آراوَھنا[2]
کھیلہِ بنا رادھایہِ ٔستی

---

[1] آمالن۔ [2] پوٗزا

# کرٛشنہٕ لیلا

شامہٕ سوندرجی لال بناؔ[1]    کھیلہِ بنا رادھایہِ سٕتی
ویلہٕ ییتھ کونہٕ کھیلنہٕ نیرو    نَنٛدٕ لالس میلنہٕ نیرٕو
یی چھُ کیوٗل پرٛیوٗزناؔ[2]    کھیلہِ بنا رادھایہِ سٕتی
شامہٕ سوندرس تَس کامہٕ دیوس    رامہٕ ژٕندرس شری کرٛشنہٕ دیوَن
أسی چھ گاہِر تَس ارپناؔ[3]    کھیلہِ بنا رادھایہِ سٕتی
آش ژٕر چھےٚ میلُن تُنٛد    زیون سٕتی کھیلُن تُنٛد
پانہٕ بُتھ بندرابنا    کھیلہِ بنا رادھایہِ سٕتی
پرٛیمہٕ آننٛدٕ وہناوایَن    تتھ منٛز ناو بیوٗن ناین
گرٛشھ سوپھل مَنہٕ کامنا    کھیلہِ بنا رادھایہِ سٕتی
آیہِ جمنایہِ زَلہِ تَن ناوِتھ    توٚو پراوِتھ پژٕون منٛشراوِتھ
شوبہٕ ڈُن بھوشن وردھنا    کھیلہِ بنا رادھایہِ سٕتی
أسی چھ آمٕژ اسنٛچہٕ ترٛیے    ترٛپت آننٛد امریتہٕ گیے
ترٛےٚ گونہٕ کرٛکھ پزٕارتھنا    کھیلہِ بنا رادھایہِ سٕتی
ووسہِ ییتھ کونہٕ وِسو وِسو    یتھ راسہِ کونہٕ اَسو اَسو

---

۱ کینہ چھ بنابدلہٕ بنداتہٕ پران - ۲ مطلب - ۳ قوربان - چھنیہٕ -

# کرٛشنہٕ اَوتار لیلا

گٹہِ منزٕ گاش آو چانے زہنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے
نیٚتہِ شکھتہِ ستی چھکھ نانارِ پےَ　　کھیر سَمندرِ منز شیشہٕ رِپے
واسدیو موکھ بیٚپہٕ شَنکر شَنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے
پڑدبمنہٕ ازر ودھ شودِ نبر ملے　　سبٕد مدٕ وَدٕ ندہ شوبہٕ مونگلے
زن کوٕ زانمے ژٚے نبرن زَنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے
واسدیو دیوکی آو وانےٚ　　دیوی تہٕ دوتا آس شَرنےٚ
ییہِ زنمس ییٚتہِ زنار دَنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے
وکھنیاونا ردی پوٗزے کمسس تےَ　　بوٗزِتھ زوٗنن نہٕ وٕنی زے کس تے
موٗہنی رِبپہٕ چانہٕ آو موہنَے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے
زوٗنےٚ نہٕ گورِ روٗس کمسا سورے　　سورنو یہ سمسار سارہن سورے
دیوکی ییٚنہِ تمٕ دَپیاو مارنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

---

[1] بھگوان وِشنوٗ ۔ بھگوان کرٛشن چھُ وِشنوٗ سُندرُوٗپ مانہٕ یوان ۔ کلا

# شِرٛی کرٛشنٕہ اَوتار لیلا

تہٕ

# سودام ژَرِتر

لَلہٕ وُن ہیوٚت ہگھ بیوٚن بیوٚن کوچھے      باو کرٛشن کوٚر ہے یاوٕ چھِہ بوٚچھے
تھنہٕ ژوٗرٕ منہٕ منٛزُل کرِنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

گوٗری بایہٕ پوٚترزایہٕ یشوٗدایہٕ آیِے      ڈیشی ڈیشی دوٚپہس کرٛشنس آیِے
وبہٕ تَے داسہٕ یُژ آسہٕ وِسَنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

دوٕدٕ ہاٗژ اُاُجنَے یشوٗدا ماجِ      زوٗنُن نہٕ آمُت چھُ زَگہٕ ہُند راجِ
شوب موکھ ہووتھس اَدٕ ترٛیوٗنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

بودٕ بڑ ور دوٕدٕ ژوٗر روڑاو کھوکھجے      گوٗری بایہٕ ژوپاٗری لارٕ نہٕ لَجے
میٚتہٕ میٚتہٕ میٚتہٕ کیا چھُ بانہٕ پھُٹرٛ نے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

یَشوٗدایہٕ دوٚپ چھُم دٕشراونے      لُگہٕ باٗین نِشہٕ مَنٛدٕ چھاونے
یَڈٕ بڈٕکی ہے چھنہٕ یَڈٕ پوٗنَے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

دود چبتھ ژلنہٕ لجاو جسودایِے      لاران تَس پتہٕ ژھاران وژِاے
اَتھِہ ہبتھ گُدوم اُتھی گنڈ نے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

یَس نہٕ موٗرِتھ گرصوٗرتھ گنڈے      تَس منہٕ یَس چھنہٕ دوٗرِتھ گنڈے

کال پھٹنہٕ ولہٕ وأش کال پھٹنہٕ زالے    کال پھٹنہٕ کالہٕ شاہ مارولہٕ نالے

کالس زآئی زآئی کوہ بنہٕ زانئے

جَے جَے جَے جَے دِیوکی نند نَے

کال پھٹنہٕ پزبوی پزان چیرِ وونُے    ویرِ پان ییرِ گوس کیٛا شیر وونے

بزم گومُس ژٕ ییٚلہٕ پیٛوکھ تھنے

جَے جَے جَے جَے دِیوکی نند نَے

نشکلہٕ زبتھ ووتھ گو کلے    کل پھٹم چانی دیٛوٕ بوتہٕ مو کلے

وبہے زارِ پاراہ تھاوتم کنے

جَے جَے جَے جَے دِیوکی نند نَے

آسہٕ وُن ژٕ سشتان واسد یو وونُے    تَس تہٕ کیٛا ڈیشی ڈیشی روزِ ہے وونُے

زاکھ نندِ گورنہٕ اکہٕ نندنَے

جَے جَے جَے جَے دِیوکی نند نَے

جمنایہٕ تمنا پادِ پزنامے    لَس پزیہہ بالہٕ گوپال نشکامَے

تو زَل ہیوٚر ہیوٚر اوس کھسنَے

جَے جَے جَے جَے دِیوکی نند نَے

دِیشہٕ کلہٕ روٚس تہٕ دزاکھ پننے دیشے    مانس اگوژر پانس نیشے

یشودایہٕ گری نَے پوشہٕ ورشنے

جَے جَے جَے جَے دِیوکی نند نَے

سُے چھُے بۄگی دیشا نتٕرٚ ے    سُے پچھے یۄگی تہٕ بیٚیہٕ اَثر ے
آردگہِ تہٕ اَمرہتہٕ بۄزنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے
گۄری شُری ہتھ دژاوۄ ژھٕری رَچھنے    ژۄرِ آو بژہماباو وُچھنے
وۄژھی نتھ ژھپِھ ہتھ رۄد پتھ وَنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے
گری تھَس ژِہتر کارشُری کہوۄژھی    بیۄن بیۄن رَنگہٕ رَنگہٕ تتھی تتھی گژھی
گژھ چانہِ بژما یژ منٛدچھنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے
جگہٕ غوصہٕ ینٛدرازلۄگ ورِشنے    سُہلاب پھرِ ہے سَنہِ وۄگنے
چھتہٕ کنہِ اتھہٕ ہتھ ژِ گووردَنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے
ینٛدرس تہِ کاسِتھ موہنی بِنٛدرو    اَندرمہِ ژنٛدرمہٕ شامہٕ سونٛدرو
ژھارتھ بہٕ متھرلیہٕ بِنٛدرابنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے
ژرہتھ ژری چانٛی گس سَنہٕ وَنے    سُنتھ ژِ ے چھکھ ہنے ہنے
وۄنتھ زون اَکی شوکدیونَے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے
شوب ژرِتن یُس گن تھاونے    سدٕ لکھشمی چھَس موکھ ہاونے

گیان دیان گنڈنس چھنہٕ پوشنے
جے جے جے جے دیوکی نند نۓ

تَس بلہٕ وپرس پتہٕ پتہٕ پھیران ژھلہٕ ژھلہٕ ژلنے بل آیہٕ سوران
ہتہٕ بُدی اتہٕ گھ منز آنگنے
جے جے جے جے دیوکی نند نۓ

مأج تھۆچ تہٕ آر آو سنتانس یُتھ بکھی تبن ہُند یوان بھگوانس
رٹنس پأنی پانہٕ دِتھ رۆدتنے
جے جے جے جے دیوکی نند نۓ

گۆنڈنس گدوم گوس بونہٕ ژھوٗٹے نٲلی یَس کوستہٕ مالے ترژوٗٹے
اَکھنڈ برٛہمانڈ[1] آو ہیچھنے
جے جے جے جے دیوکی نند نۓ

واٹان لۄس اَکھ اُکس ءتی کوٗ زلنہٕ گدأمی تتہٕ اُسی ءکتی
توتہٕ تیژ ہَن اُیس بینہٕ ژھوٹنے
جے جے جے جے دیوکی نند نۓ

گنڈنس بالمکن باوٕتن دِژے مأج ڈیٹھن واریاہ تھۆچ ہژے
گۆنڈُن نہٕ مأج اُس تَس گِنڈَنے
جے جے جے جے دیوکی نند نۓ

گرگ ریوٗش بوٗ زَن لجاوکرنے گرِگرِ بالکھ اُسی ژھبڑنے
پران اوس یام برٛہم اَرپنے
جے جے جے جے دیوکی نند نۓ

---

[1] سارے کائیناتھ۔

ویدو وَکھنُگ ویداٹھنے دیا ساگرٕ نتہٕ شاٹھنے
سَتھ ژٕتھ آنندٕ امرہتہٕ گئے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

یوٗگہٕ نِندرلیہٕ شیشہٕ ناگس وٕشے لَکھشمی ہردٕ ہتھ پادُس ڈٕشے
برٛہما نابہٕ وٕشہٕ پَدماسنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

ہَرشَس گرتم پورشہٕ رامو رَچھتم مُہہ لوٗبہٕ کرٛوٗدُے کامو
زٕتھ ہتہٕ کول تورُتھ رٕتہٕ ترٛپنَے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

بلَوانس آکھ ژٕھلہٕ راونے وامنہٕ رٕپَے منہٕ کامنَے
پوشی سٕنہٕ پادَن زَگ پُشرَنَے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

نرسِمہٕ رٕپھ تَس پَر ہلادَس تَے ہوٗتھس تیٚلہٕ تیٚلہٕ پیوو پادس تَے
کاٹھپہٕ نیٚوو ترٛبھوَن چانہٕ گرٛزنَے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

مَژٕ رٕپہٕ سَتہٕ بھرتس پالہٕ وونُے وید ہتہٕ برٛکھاسور[1] گالہٕ وونے
روٚٹتھس ہوٚت بیٚیہٕ لوٚٹ گردنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

کرٛمہٕ رٕپہٕ سمنٛدرلَجا کھمنٛدنے بیٚون بیٚون رَتن لجایے اَندنے

---

[1] اُمس چھ ورشبھاسور ہتہٕ وَنان

لیلایہ چانہٕ شڑی نارایٕنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

کاسنہٕ آمُت ژٕ بار بُتراٲژٕ ے ـــــ کامدیٚن لاگِتھ آس آمٕژٕ ے
راج کرناوَن پیٚہٕ پانڈٕ وَنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

شِشُپال راژٕ پیٚہٕ زراسندے[1] ـــــ یِکنبس پتہٕ بژٕ ونٛتھ پاوِنۍ دِوَندے
پھنٛڈٕ پھنٛڈٕ اَنِد روٗزِتھ مارَنے
جَے جَے جَے جَے دیوکیٖ نند نَے

کورَوتہٕ مارٕ گَے مہابھارتے ـــــ کُم کُم اَتہٕ رَتھ رَتھ مہارَتھے
بڑٕ ملنہٕ سان راژٕ ڈٕری یوَدَنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

ژٕلہٕ ہےٚنہٕ اُنٛس کھےٚ بَلَبٕدرس ـــــ میٚل نَے گژھہٕ ہلدرس تہٕ سُدرس
یادوَن تہٕ کھبےٚ ڈیشہٕ اکہٕ کھبنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

مایاچاوٕنۍ کُس وَنہٕ کس چھُ وَنَے ـــــ پوٗش پوٗزِ لاگِہے پہٕ خوش پیٚونے
دِتہٕ درشُن تہٕ لگہٕ مایایہٕ ژھبنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

بژہمہٕ وِشنہٕ مہادیوٕ رُدرٕ ایٚشرو ـــــ رامہٕ لکھشمنہٕ کرٛشنہٕ شامہٕ سوندرو
گالان زَگ ژٕ ے تہٕ ژٕ ے دوپہ دنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندٕ نَے

---

[1] زراسند اوس اکھ مشہوٗر راژٕ تہٕ اوس بڑ ید تھٕن پیٚچھ ـ دپان ییٚہ اوس دوَن الگ الگ ٹُکرن منٛز زامُت ـ زرانا وچہٕ اکہٕ راکھسینہ دیُت یمن دون ٹُکرن واٹھ ـ اوٚ ے پیٚو اَمِس زراسند ناو ـ اٰخرس مور یمہٕ بھیم سیٚنن ـ

شٹھ دَل بڑ ہماںڈٕ پڑ بھاوَے　　ہمَس کھٕسِتھ چون آشرم
سوادِ شٹھانہٕ تھانہٕ وتھراوَے　　باوَے پٔنٕنی غوسہٕ تہٕ غَم
دَشہِ دَل کرٕشنہٕ چھکھ بڈٕ چکہٕ چاوَے　　گورڈا واہَن نِشناوشہ برٕم
مَنہٕ پورکہِ پوٗری یہٕ وَتھراوَے　　باوَے پٔنٕنی غوصہٕ تہٕ غَم
دوٗادشہِ دَل نِرمل سو بھاوَے　　وزٕشبہٕ واہنہٕ اَلکھ تہٕ اگم
اَناہتہٕ منڈلس منز وَتھراوَے　　باوَے پٔنٕنی غوصہٕ تہٕ غَم
16 شوڑشہِ دَل من مُدہ سو بھاوَے　　دیو چھے وکھنان زیو آتم
وبشود ژٕکرس منز وَتھراوَے　　باوَے پٔنٕنی غوصہٕ تہٕ غَم
دُدل پرٕماتما گون گاوَے　　یوٗگی چھِ تتھ کرٕونی دَم شَم
اَگنیانہٕ شنٕکھرس منز وَتھراوَے　　باوَے پٔنٕنی غوصہٕ تہٕ غَم
سہسرٕ دَل شیر پادَن تڑاوَے　　گورٕ واکھٕ ستبن وَتھ ہاوتم
برٕہمہٕ رٕندرٕس منڈرس وتھراوَے　　باوَے پٔنٕنی غوصہٕ تہٕ غَم
* زاَنی ہنٕدِ زلہٕ ستیٔ تھَل رُونٕاوَے　　سَرٕ زَن پمپوش مَن پھولہٕ ہم
من میوٗن منزٕل تہٕ لوٗت اُلراوَے　　باوَے پٔنٕنی غوصہٕ تہٕ غَم
شنٕچھ میٔانی نیتوس بُلبُلہ تہٕ کاوَے　　اَچھوَل باغس منزٕ یہٕ ہم
لچھہِ ناوِ گچھ ڈبہٕ منز وَتھراوَے　　باوَے پٔنٕنی غوصہٕ تہٕ غَم
پرٕمانٕندٕ پڑاو سو کھ تَے ساوَے　　گورٕ موکھ مانُن چھے سوٗہم

مانہٕ آو مانہٕ نِشہِ روز نِر باوَے
باوَے پٔنٕنی غوصہٕ تہٕ غَم

لکھشمی تھپھ کرنے پاد نے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

وراہ موکھ مارِتھ آکھ راکھبس بُزاتھ نیمرِ ہبرِتھ ہرنیاکس
ژِ اُلفتہٕ پینڈ چھکھ بومہٕ سامنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

بُدھ رِپہ گارگی نیرپھیرانے زَگہٕ ہنز پیمرِ لَرِ شیرنے
سیّدی تہٕ سادِ بہان شوبہٕ دژ شنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

یاپَو یوپُس شاپِنز اَندے زنمک یہ نیا یے کرژے روس اندے
پرمانٹرِ آسے شُرنَے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

ودِ ہاتہٕ جوین زَل سوُرُم تَے زنمک پرِ یہ نہٕ زانتہ مَنہٕ سوُرُم تَے
اَدِ گس گونٹرِ ووِنی مَدسید نے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نَے

## وَژُن

پمپوشہٕ باغس منز وَتھراوے باوے پنِنی غوصہٕ تہٕ غم
ژوُ ژُر ڈلہٕ چھکھ گنپت ناوے مُوشکہٕ[1] واہنہٕ دِرگہٕ[2] ناسم
موُلا دارے دار وتھراوے باوے پنِنی غوسہٕ تہٕ غم

---

۱ گگر ۔ ۲ زہٕتھ

بھاگِوان باغوان اوس پھولنے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی نند نَے

گِنٛیانہٕ ناردَس مَنہِ واسنٛے    نتہٕ چھا سارِنٕے نِشہِ آسنتے
وُچھنے بیۆن بیۆن دژاو دارنے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی نند نَے

کُنہِ گرِ ڈیوٗنٛٹھُن سُہ شٔژان کرٕنستَے    کُنہِ گرِ ڈیوٗنٛٹھُن دھیٚان سرنَستَے
زَن یَس چھِ زَگہِ منز سأری سورَنے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی نند نَے

کُنہِ گرِ ہی ہٕنٛدی پھٔتٕر وتھراوان    کُنہِ گرِ پژ نگنٕے رنٛگ کرٕناوان
پژیہِ پژتھ گرِ ہیہِ تھرِ چھاونے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی نند نَے

کُنہِ گرِ رأنیہِ کھور چھٔلنَس تَے    کُنہِ گرِ سادگی جامہٕ ولنستے
سومنہٕ تمٕنٕے تنہِ ملنَے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی نند نَے

کُنہِ گرِ دان کُنہِ گیٚان وَنہٕ نستے    کُنہِ گرِ وتھرٕنی پوشنی دستے
کُنہِ گرِ پأنی پانہٕ دھیٚان دارنَے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی نند نَے

کُنہِ گرِ کھانٛدرتہٕ کُنہِ ووڑھوَے    یٔشٹ اوس کرنس اَشٹہٕ بأرَوَے
نشٹ[1] اوس زگہِ ہٕنٛدی کشٹ[2] کرنے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی نند نَے

---

[1] ختم کرُن ۔ مِٹاوُن ۔ [2] دوکھ تکلیف ۔ مُصیبتھ ۔

موکھہٕ کمل تہٕ بیٚیہٕ نابھِ کملو　　اَتھہٕ کمل تہٕ بیٚیہٕ پاد کملو
کملاسن تےٚ کمل آکھشنے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی نند نَے

پمپوشہٕ باغکہٕ بۄمبۄرٕ میٛانے　　اَمرٕ دولہٕ بلہٕ گس گس چانے
امبرٕ[2] تہٕ کوپھۄرٕ ناوَے تتنے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی نند نَے

دارِ کایہٕ ہشدے مہارازو　　وَنہٕ وَنہٕ آسَے بومنہٕ تازو
ملہٕ یو ڈبکے چیوٚ تہٕ ژنڈَ نَے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی نند نَے

لکھشمی ہشدِ موکھہٕ چھےٚ رٕکھمٲنی　　سارِنی رأنبن ہنز پٹہٕ رأنی
رازٕ دارس منز یژ شوٗنبنے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی نند نَے

سورن نہٕ سنز تےٚ سامانہٕ سورے　　بھوٗ ماسورنےٚ ساسہٕ بزٕ کورے
آسہٕ ژرے رٕکژھ تمہٕ آیہٕ ورنے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی نند نَے

رأنبن منز باگ کرشنہٕ اوتارے　　ژٕندرمہٕ زَن تہٕ تمہٕ رأنیہٕ تارَے
تہٕ پشدے دفتہٕ آش آکاشنےٚ
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی نند نَے

بۄمبر باغس زنتہٕ پھیرٕ وُنے　　گرژھ عتی باغ یژ سونتھ یوٗنے

---

[1] زبنہٕ مرنہٕ رۄس بھگوان۔ [2] امبر بۄتی۔یہٕ چھُ خاص کرتھ امبرناتھک بسم۔

سارگی سازو سنطور وزنٔے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نٔے
کُنہِ گرِ أندی أندی سورِ منڈولٔے نارد سہٕ تمہِ سورِ سور من ڈوٗلٔے
مُرأری مورلی سورہ وایِنٔے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نٔے
نارُدسُہ زَگہِ ہندسَت گوسوآمی تس تہٕ کیاسُہ بھگوان انتریأمی
اَسن تہٕ پرٛبسَن تہٕ یُژ ژھارنٔے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نٔے
ناناکارَے، نانا دارے نانامو کھہِ نانا دستارَے
نارُد تہٕ ڈیشی ڈیشی اوس اَرژنٔے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نٔے
سروا شٔرینٔے سروا مَیے ادویہ روٗپے اروٗپ ابھیَے
اپوتہٕ امرہتہٕ الکھینٔے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نٔے
سُے چھُے زَگہِ ہُند اوٗش آسنتے سُے چھُے باغن پوش آسنٔے
زَن تَس بُلبُل زَن بُولنٔے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نٔے
پوشی یَسنہٕ یوٗگی دھیان سورنستے گیان چھُنہٕ پلزان زان کرنستے
چھا سامرِتھ وُچھنگ نبترنٔے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نند نٔے

تولان کُنہِ سون روپہ تار تارژٔے ۔ وُزِ وان وِزِ وِزِ ہِنٛد رے ہژے
توشان کُنہِ کُنہِ روشنے
جَے جَے جَے جَے دیو کی نند نَے
کُنہِ گرِ بھگوان گرِ مولہِ ناوان ۔ کُنہِ گرِ شری ہِنے وید پرِ ناوان
کُنہِ گرِ پوٗترِ زایہِ شادِ بَرنے
جَے جَے جَے جَے دیو کی نند نَے
کُنہِ گرِ پہترن کژیہِ گرنستےٚ ۔ کُنہِ پوٗترن میکھلا[1] تارِ نستے
کُنہِ پوٗترن زَرِ کاسہِ ناونَے
جَے جَے جَے جَے دیو کی نند نَے
کُنہِ گرِ گرِ ہے لالن مالَے ۔ کُنہِ گرِ ڈالہِ نیہِ بالہِ گوپالَے
شُرزَن منہِ منٛز للہِ ناونَے
جَے جَے جَے جَے دیو کی نند نَے
کُنہِ جگ تہِ کُنہِ زگہِ باج ہنٛستے ۔ کُنہِ تاج دِنہِ کُنہِ تاج ہنٛستے
شوٗنگمُت سُہ یُس زَگہِ وُزِ ناونَے
جَے جَے جَے جَے دیو کی نند نَے
شوٗنگہِ ہے تہٕ رِکھمَن مَلہ ہَس پادَن ۔ کُنہِ اتھو اس کُنہِ ژَرِ موٗنجہِ وادَن
کُنہِ تس ستہٕ ستہٕ اوس نژنَے
جَے جَے جَے جَے دیو کی نند نَے
مَلہَن رآنیہِ مُشکہِ عَنبرو ۔ سانہِ وَتہِ پھیرِ ہے وشمبرو[2]

---

[1] ہیند بن منٛز یونہِ ترِ اونک اکھ رسم ۔ کلاّ ۔ [2] بھگوان سُند ناو۔

کۄم پھۄل تہٕ کۄم مولہٕ چھنہٕ میلنٕے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنٕے

کۄرمُت ژےٚ ووپہ کاروو پدیشٕے    ایکا وَشہِ اسکنہٕ مہیشٕے
بوٚدِ مان مودِ گَب پۆز وِدَنٕے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنٕے

دَرشاژےٚ چھکھ ژےٚ رۄس دِژش نہٕ    مُکنٗد گووِنہٕ گوپالہٕ کرٛشنہٕ
سرٛشٹی کارتے سودرشنٕے[1]
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنٕے

بوٚزِتھے کیا پان پُثراوَے    گیانہِ آشرٛ یمنہٕ رژر پرٛاوَے
پرمانندِ پرمانندَنٕے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنٕے

سمسارس منٛز پرٛاوِ سمادد    نیٚتہِ نیم یُس کرِ چاےٚ سموادو
شرٛونہٕ متہٕ ادیاسَنٕے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنٕے

سودام لبہِ یُس سوِدامنٕے    سودامہٕ دود چیٚنہِ سودامنٕے
دُبارِ لگہِ نرٛ سہ دامنٕے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنٕے

---

[1] بھگوان کرٛشن سُند ناو۔ اَمی سُند مٕنٛز یار چھُ سودرشن ژکھر۔

بڈبن ہُنڈ یوڈ شُری باوَستے     پاری پاری لگھوس ساری ناوس تے
وَنہٕ نے یِہ نہٕ پھل چھنہٕ وَننے
جَے جَے جَے جَے دیوی نندنے
سمسار چھے دارِکاٹھ ہیٔنزٕ نے     تُسنڈ ے نگرِ تے تسنزٕ ے منزٕ ے
خانہٕ دار پانہٕ بیوٚن بیوٚن بسنے
جَے جَے جَے جَے دیوی نندنے
گوٗپی ییَن ہندے گوٗپی ناتھو     برتل پزاران چھسے اناتھو
مادھوٕ یادوَن ہندِ آدنے
جَے جَے جَے جَے دیوی نندنے
لکھشمی موکھ ہاوتم بھگوانو     گرِ گرِ گوٚژھ ہم لکھشمی دانو
پرمانند آنند کانچھنے
جَے جَے جَے جَے دیوی نندنے
زانے منتھر تنتر نہٕ پاٹھے     بھوٕ ساگر کتہٕ سُم تے شاٹھے
تار دِم مے ناو چھم ناوٕ سُمرنے
جَے جَے جَے جَے دیوی نندنے
زانے نہٕ پوٗزٕ ہت سہسرٕ[1] تامے     کوٚم موٗٹھ ہتھ آمت سوداے
منڈ چھنہٕ چھم یژ گمہٕ مِلوَنے
جَے جَے جَے جَے دیوی نندنے
گرٛاکھے میلہٕ نہٕ ژلہٕ گیلونے     اتھہٕ چھنہٕ ہے گوٚھہٕ گراکھ میلونے

---

[1] یَس ساس ناو چھہِ تہٕ ڈیتھ گو بھگوان۔

گِندہ ہَن پانہٕ وأنۍ مسٔی اَنبارَ ے     وَسہٕ ہن تہٕ کھسہٕ ہَن بیٚیہٕ اَٹہٕ بارے

بَڈِ شانہٕ گٔری ہَکھ شانہٕ پٹنے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنٔے

شُری بھاوِ سِری موچھ کھٔڈ کھٔڈ تھاوَن     ژاپان پانہٕ وأنۍ تَے آپراوان

کھبنس نہٕ دور بر مَشہک کھبنے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنٔے

دوہہٕ اکہِ لُجمِرٔ بوچھہِ بھگوانس     تو نہٕ پھوٚل سوٚرمُت اوُسس پانس

سودام جپوس اوس منگنے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنٔے

دوہہٕ ژریٚیہِ بیٚیہِ بیٚیہِ منگنے لجاس     بوچھہِ وزِ میٚترس وُچھ ہاس

اکھ پھوٚل دیتنس نہٕ ووپہٕ کارنے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنٔے

سِری پھوٚل ژوٚرِ ژوٚرِ کھو سودامن     پوٚرِیوٚس نَزِ سمسارٕ پامن

اتھہِ چھوٚن سہٕ بھگوان دوٚرِ وُچھنے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنٔے

منگنس تہِ مرنس گُنی وارتا     کرٛشنس یوٚدٔ اُس نہٕ آ کارتا

توتہِ پیوٚس تیوٚت کرٛ وٚٹھ اتھہِ دارُنے

جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنٔے

☆☆☆

# سوٗدام ژٔرِتژ

سوٗدام جُو اوس یار بھگوانس بالہٕ بھاوکیاتہٕ لوکچار بھگوانس
کُٹنٕے پانہٕ وِنی دوٗن ہٕنہ زِ بنٕے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنٕے
ہٕرس پوشک نہٕ پیر بتالے ہیرِ بر گنڈِنچ ژوٗر جنجالے
بل کس اوس پوشھکھ ژھلنٕے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنٕے
ژھِنی پھیرہن تہٕ کھووری مالٕے پچھن زَن سرکرِہن سالٕے
اُچھن دوٗن ہُند گاش لوٗکنٕے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنٕے
آسَن تم یٔتہٕ زِ موختے ہارَے کھاسن گِندِوِنی پوٗختے کارَے
موٗلِلی زِ موختہٕ پھٔلی لولہٕ شولنٕے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنٕے
کوٚ زانہٕ ملنہٕ کیا زانیاو ہیرِنے ژھالہٕ اوس ماران دَڈالہٕ زَن ہیرِنے
ہرہ کھاسی اَتھ ہتھ موختہٕ مالنٕے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنٕے

مُنگِتھ ستہِ میوٗلس نہٕ لۄگ گلنے تتیوٗس کوٗپ لۄگ نہٕ سہنے
کال اَگنہٕ رٕپہٕ یُس زَگہِ زالنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے

رازٕ ہمَس یَس چھُ بڑ ہمانڈ انڈے اَکھنڈٕ پگھہِ تل ہیتھ نوکھنڈے
تٕسندے نچنے چھِہ بچہٕ نچنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے

اَسان دَپنے لجاو سوداٖمَس شرٛوگہِ مولہٕ وژالرازراٹھ نیامس
ہیبٕہِ دیُن پانہٕ وأنی پرٕمیٹرٕنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے

دربدرٕ بھگوأنی موکھہٕ وکھنستے پأنی دۄ پنس تأنی تی پنس تَے
کیٖنہ چھنہٕ کرمُک کھُر کاسنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے

کھٕٹتھ بیول پیتھ رود بُتراَٹھ ے دوہہٕ اکہٕ پھل کیا دیُت نوزآٹرٕ ے
وَوِ یُس بوٕ تَس تی پننے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے

یُس چھے زَگہِ ہُند ماتا پیتا کرمَوموٗ جوب کرمہٕ پھل داتا
پُنن کأنسہِ کیٖنہ چھنہٕ دِوَنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے

# وُژُن

یِیہِ کتہِ بگُھت، س مَنہِ منٛز یاو — دِیہِ نَے داتہٕ یَس منگنے دژاو
اَنگژ ہہ پٔنٛنے اَنہٕ ہھوٕ رٕپھ — أنٔس اَنہِ گٹہِ کرِ ڈٕپھ
وُچھِ سُے یَس دَپہِ أچھ وُسراو — دِیہِ نَے داتہٕ یَس منگنے دژاو
سورگس چھِ وُسرِتھ دارِ تہٕ بَر — اَژِ رَژھ نٕژ وِنہِ تتھ اندر
ہَرِیَس تھرِ گُل سُہ کیتھِ کرِ کرژاو — دِیہِ نَے داتہٕ یَس منگنے دژاو
دیہٕ لون زوٗن کٔژ پَرِ زٕ ناأوِتھ — ہیٚکیٖ ہتی چھِ کمٔ گس سیرت بأوِتھ
شُدرے منٛزٕ واو تاربس نہٕ ناو — دِیہِ نَے داتہٕ یَس منگنے دژاو
چندٕ کُے راوِتس یَس نہٕ دِیہِ دَے — درآلی دِس سٕنٛگ زٕبتھ پوشس نہٕ دَے
روٗشمت اَن کتہِ ہِیٖہِ تَس چھاو — دِیہِ نَے داتہٕ یَس منگنے دژاو
کرِوٗن ہرٕ جُوپأنٛ پانے — پَزٕ یُتھ سمیَس سامانے
کرمہٕ کھرِیَس یِیہِ تس کیا گژاو — دِیہِ نَے داتہٕ یَس منگنے دژاو

پرٕ ماننٛدٕ وَنتہٕ سوداٗمن
دوہ دِرِتھ گُلو ہے پِیا باٗمن
ہرٕ دِچہٕ زَردِیہِ پوشِ پھولہٕ ناو
دِیہِ نَے داتہٕ یَس منگنے دژاو

کرمہٕ لون پڑون لتس لبنہٕ ناوَنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنَے

ہنگہٕ نیاس گوتس ہنگہٕ تے منگے    پارزات گُل اوس پھُٹ لتس لنگے
برِ گومُت لوٗگ لُکہٕ برنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنَے

گرٕ گُس تہٕ بارگس تہٕ کارگس تہٕ یارے    وارِ وارِ سودام گو آوارَ ے
ووٗنُن نہٕ کانٛسہِ کینہہ لوٗک ونِنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنَے

باٰری یایوسہ لتس ساسہٕ بدٕ سنزَ ے    موٗزوٗ رِ پھیرِ وٗنی اُس پرٛتھ کنزَ ے
منزٕیُس سارِنے سہٕ روٗد اند کنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنَے

وِپتایہِ رٕڈٕ مِتی ٕکٹھ کڈنکھ تَے    گٹہٕ گیہِ تتھ منزٕ ژٹھ کڈنکھ تے
ژھرٕ ٹھ اَسی دِوان کینہہ نہٕ ژھٹنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنَے

شُری کستہٕ باٗژ کستہٕ دبن کستہٕ راٗژے    سوشیلا گیہِ یِژ آرے کاٗژے
پانہٕ واٗنی تم نہٕ زانہہ شُچھ پرٛژھنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنَے

ڈ بکہٕ یَس یہٕ آسہِ ہیکہِ گُس چھلے    سوٗرے گلہِ کرمہٕ پھَل گلے
یِژ کال یُتھ حاٗل اَسی بوٗ گنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنَے

توپتہٖ کیوٚنژ کال پانس پانس     پٔننے ہیوٚن دیُن پننس وانس
شرط زِیوتام آو یتنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی ننٛدنے

وبواہ کارس آیے دوشوے     سودام جوٚ تہٖ بیٛیہٖ کیشوے
تیٚمیٚژ لَب وِپتا تہٖ تمیٛ لوٚب دَنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی ننٛدنے

بھگوان دوارِکا لوٚگ لدنے     بڈٕی راژٕ مأرِنٛ تہٖ لگیٛ ودَنے
بوڈٕ راژٕ بوٚو گو سُہ راج زینے
جَے جَے جَے جَے دیوکی ننٛدنے

سودامَس گو ویٚہہ سوداس     ہیوٚن پیوٚس مٔلی تےچوٚن پیوٚس دامس
نٹنے لوٚگ زِ چھم نہٕ ہَٹہٕ وسنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی ننٛدنے

اَنگِژ یہہ روٚس لوٚگ گژ یہہ بزنے     تی لوٚگ زِکرنے یِی نہٕ پزے
شِلہٕ وانس لتس لُجہٕ سنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی ننٛدنے

سوٗرس سنپتا لوٚگ وپتایے     ژھسپہٕ اوس دِوان وپہٕ کتھ شایے
آلِکوٚنژ لوٚگمت بھاو شینکنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی ننٛدنے

پٔرن پاک آس بوٚ مرٕ کھیتے     الہٕ پھالہٕ تَس تہٕ لوٚگ تتھ ہتے

رئٹتھ بھکھِ دِنہٕ تَس نوَنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنَے
سَتھ سُہ تِتھی ہی دوکھ تَے دأ دی    دادبن رنگہٕ رنگہٕ کھُتۍ متی لأ دی
لُدی ٔمتی مےٚ میٔترن تہٕ چھُم لادَنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنَے
نیٚتہِ نیم کرِوُن بھگوت لیِلا    یوٚت تام یتھ پیٚیس اَنگز یہہ ویلا
ؤنی ؤنی سُہ وَنہنے ؤنی دِوَنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنَے
مَنہٕ نِشہِ اَنہٕ بو ووپہ وُکھ پانے    اَنترِیأمی سُہ شڑی بھگوانے
پڑکرٛژن بیوٚن بیوٚن زیر دِوَنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنَے
سمسارِ زالہِ نَتہٕ کُس موکلے    یئیمہِ بَیہ دوہہٕ اکہِ پانے گلے
وبہان پرأوِتھ توتہِ کیٲ سَنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنَے
تٔی چون درشُن سُہ آسان تتے    تتہِ جان آسان سُہ آسان ییٚتے
کرٛتہِ کرمو ستی پرٛتہِ پالنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنَے
گوٗڈ ہلہٕ توٚت ییٚتہِ کرٛشنہٕ اوتارے    رُٹھن نالے بالے یارَے
منگھس نہٕ کینٛہ حال چھُس روشنَے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنَے

گیانہٕ موکھہٕ یِژ سوکھ آسہِ وُونے    بھگوان یُس چھےٚ دوکھ کاسہِ دونے
ژھ پأری اوسکھ منہٕ باسنے
جے جے جے جے دیوکی نندنے

بھگوان دوارِکایہِ یِش کرنستے    یادوَن مُچلکہٕ اوس مرنستے
شُربن ہندی شُری آسی زبونے
جے جے جے جے دیوکی نندنے

گِندٕ وُنی یادو شُری پانہٕ وأنی    بَلہٕ ویراکھأ کس کھوتہٕ مان مأنی
کرٛشنہٕ جو وُچھی وُچھی کرٛشنہٕ پۆتنے
جے جے جے جے دیوکی نندنے

دوہہِ اکہِ سودام جیوتہٕ پیوس یادے    اَنگرٕ یہہ وأنیہِ لوٚ پِنس ناڈے
لوکچارٕ اُسی تہٕ اُسی یُتھ گِندنے
جے جے جے جے دیوکی نندنے

سودام پنِنس دژبدرہ باوَس    باوکور تازٕ ہے وأرنس واوَس
اَنگرٕ یہہ وُنہِ منزٕ رزٕ لمنے
جے جے جے جے دیوکی نندنے

مزٕ جرتھازن لوگمت دَرس    پان پُشرِتھ تس پرمیشورس
یُس نا چھُ یِیتہٕ ہتہٕ موکلاونے
جے جے جے جے دیوکی نندنے

دتاتری ہتہٕ وَنہِ پھیرن تے    جتہٕ تَس رٕڈی ہتی ون کرٛ پڈن تے

ٹاٹھس ستی آسہٕ ٹوٹھ میلنے

جَے جے جَے جے دِیوکی ننٛدنَے

فِکرن ژامُت یٔژ منٛدچھے    ہارِ اکہٕ تارِ زَن گومُت لچھے

سنٛت یوٚد چھِ سانٛسن ساس زانٛنے

جَے جَے جَے جے دِیوکی ننٛدنَے

میلنٛچ ننہٕ آشا منگہن کانٛسے    سوٗ نٛجمت ننہٕ بیٚہ کینٛہ اوسُکھ وانٛسے

توٚہ ژھٔٹ ژھٔٹ اُس دوہ برنے

جَے جَے جَے جے دِیوکی ننٛدنَے

موٗہ آکھ سوران لگو وِویکس    سوٗ ہم شبدہ ستی پوٗزَن اپیکس

مانہٕ روٚس رٕو وِنی اُس رِوَنے

جَے جَے جَے جے دِیوکی ننٛدنَے

رزِ گُنہٕ وِزِ پھولہٕ پوشے باغے    وُزٕ گُنہٕ وِزِ سومینٛھا زاگے

ززرِتھ سَزٕ پوش اُس ووزلنے

جَے جَے جَے جے دِیوکی ننٛدنَے

ژھوٚٹمُت توٚہ تمہٕ پھلنے پھلے    کھُل زَن سوٚ مروٗن ہیٚلہٕ ہیٚلے

سرِکوٚم موٗٹھ دزاپہٕ موچھِ موٗرنَے

جَے جَے جَے جے دِیوکی ننٛدنَے

سٔدرے منٛزٕ موختہٕ لُدرَے ژالے    ڈالان پھلہٕ پھلہٕ کرِنس مالے

اَرگہٕ پوشہٕ پوٗزٕ ہن ناراینے

جَے جَے جَے جے دِیوکی ننٛدنَے

گِنڈنس ژٕ یَس ہتی لوکٹے      دوارکایہِ راز چھتہٕ دأرِتھ مُکٹے
شنکھ ژٕکر گدا تہٕ پدم آسنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
گوٚھکھ ژٕ تَس نِشہٕ وِپتا سورَے      وارےیِیہ کینہ تہٕ پانے ہورَے
ہورس زانہہ چھُنہٕ لَس سورَنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
یوٗژِتھ سوٗدام گو ہرشستے      أندریم گیان آس ہِپر شستے
یوٗزو ویشہٕ یژُرت وژاس پرٚیشنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
أنتھ آکھ آپدایہٕ أس نانتھے      پرٚسن کرنے آکھ بستھے
ونڈُک واو آکھ وونہٕ دوٗرنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
سکھرنہٕ لوٗگ پأدِ گیہ تَس پکھے      دوٗر رٕ بیہ زونمت اوٗسس نکھے
سورِ سوکھہٕ لوتیوس بور تنکھنے[1]
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
ونے لوٗگ تَس بأری یایہ[2] کُنُے      کُن یارمیون کیا گرٕھہٕ لَس کُنُے
اَتھہٕ چھوٗن چھُنہٕ کانہہ توروا تنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
کرٚشنہٕ جویوٗدووٗنی چھُ نبراکارَے      اتھہٕ چھوٗن کتھہٕ پأٹھی منتراچارَے

---

۱ زنانہٕ ۔ ۲ یک دم ۔ تمی ویزِ

پکہٕ گومُت یٔژ وَتہٕ پکنے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی ننْدنَے

تنہٕ منہٕ اُچھ کنہٕ اَتھہ تے کھورَے دُچھ دُن تہٕ بوزٕ دُن پکہٕ دُن زورے
نتہٕ نیوٗ سُہ زورٕ تور بھگوانے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی ننْدنَے

دُنہٕ اوس واتنے دوارکایہٕ منْدرو سکھرِ تھرؤ دمُت سُہ شامے سوندرو
بڑونٹھہٕ نیرِ پارس ستّی رِکھمنے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی ننْدنَے

اَتھہٕ ہِتھ پوشہٕ مال دوشوے باٗژے کرٛشنہٕ جورٕ رُکھمنہٕ کرٕ دُن ساٗژے
اَز ییہٕ سوٗدام چھکھنہٕ تھکنے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی ننْدنَے

یُس کانٛہہ زِاکھ یورِتس کُن نیرے بھگوان داہ پرٕی تورِتس پھیرٕے
نیرِ چھُ نیرن تہٕ دورِ دورنَے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی ننْدنَے

سیوٗ دساوِ سوٗدام گرِ دژ امُت یِے دورِ نیرِ کتہٕ چھُم مارے موٗت یِے
وٗدی وٗدی یٔژ اوس ژوٗدی برنے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی ننْدنَے

سٔدرس تھاوِتس اَشہٕ نے دارَےٕ ناونتہٕ نشانہٕ ناو کوٗت تارَے
باوتس ہاٗنز بٔٹھی تہٕ پیرِ ہاونے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی ننْدنَے

پوڑِ پلوا اوس سو شیلایے گنڈنس کوم موٹھ پیوکھ دایے
نبتھہِ تُر پانہِ روز پنہِ مرٖنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنَے

سودام جپو دڑاو پرکے پرکے وپتایہِ ہنزے مُہہ اندھیرے
گڑیہن کوٚ رمُت سُہ انگر یہہ ہنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنَے

وپر اوس ڈوٚل نہِ زِتمہِ وپتایے شَرن گومُت وشنہِ مایایے
لُگہِ ہُند کریکہِ ناد اوس ہیکنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنَے

اتھ چھوٚن تہِ نبتھہِ توٚن اوٚن زَن گُنے ووٚن لوٚگ رٹنے یارس کنے
پکان تہِ اَشہِ کنہِ موختہِ چھکنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنَے

سودام منز چھان وتہِ وَتہِ پکان کوٚم موٹھ مییٚاٰ کبتھہِ رَٹہِ شری بھگوان
موختہِ چھُ تَس تتہِ اَنبارنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنَے

رودمُت اوس منز منز چھنہِ کُنے گُجُھ وندِتس موہنی وُنے
بجہِ وَشہِ کرٚشنہِ کرٚشنہِ اوس بجنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنَے

منہِ دھیان دا رِتھ تہِ ساری مُشراَ وِتھ پزاَ وِتھ گیان مان ابھمان ترٚاَ وِتھ

تِتھے سودام جیوٗ ووت دوارِکایے آشرٕ وُچھنے لوٗگ مایایے
موٗختہٕ ژ‍ٹنی تہٕ سوٗٹھکہٕ دیٚاٗنی آسی لدٕ نے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
سِرکی یہٕ ژُندرمہٕ تتہٕ پژیدی کھبنس تَے واوٕ لوکہٕ پال تتہٕ لرِٚ ڈُونس تے
مندورِیٖندرٕ لوٗک اوس ژپنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
آکاشہٕ پٔٹھ کُن تیُتھ پرٛکاشے پاتال لوٗکس تتہٕ توٚکُے گاشے
زگہٕ منٛزِ ساس سِرکی یہٕ اوس چمکنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
دژ اعتی تنٛبلتھ تم ننہٕ واٗرِی شیشہٕ ناگ پیرُن لُجنکھ پاٗری
بروٗنٹھ کرٛشنہٕ جُوپتہٕ پتہٕ رٕ کھمنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
تورٕ دژاو بھگوان سودرشنے یورٕ سودام جیوٗ گو اَرپنے
پانہٕ واٗنی وُچھنے لگی سوٗنپنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
چھٔلکھ اتھہٕ کھور سوداٗمس تَے لوٗگُمت اوس بھگوت ناٗمس تے
لگہٕ یُس لَس تُس چھُ سُے لگنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
کوٗچھہٕ کیتھ ہیتھ نیوٗکھ اُندریم گرٕ ے کھور ہیتھ رٕ کھمن تتہٕ اتھہٕ ایشرے

پکہٕ ؤن سہٕ یارس کُن زیر زیرے　　　　غوصہٕ وڑ اس لوسہٕ یارٕ ہنزے ویرے
وَدَن تہٕ لَدَن سگ کوسمنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندَنے
لولہٕ ستی وولہٕ سنہٕ ہیٚر بونہٕ پانے　　　　نبتھہٕ ژٕن تہٕ اَتھہٕ چھوٚن دز ینٹھ یوانے
جان پان گُستام پُشراوَنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندَنے
لارِیُتھ زِسوٚ درس کُن سُہلابے　　　　پکنس پکھہٕ لس پننے لابھے
گولاب باغہٕ منز لابھ لبنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندَنے
کتھہٕ مُشرآوِتھ رٕتنَن ہنزے　　　　موختہٕ لوٚبمت پآنی پانس منزے
اتھہٕ کھور ترآوِتھ تہٕ وتہٕ لارنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندَنے
پوٚژِ پلو بیٚیہٕ تمہٕ کوٚم موچھے　　　　لوٚگُمت سوٚدام جیوٕ یٔڑ منڈ چھے
مَشہٕ یَس پان لس چھُ مان نشنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندَنے
بھگوت رَسہٕ اوس حبہٕ ڈوٚلُمت یے　　　　رَسہٕ رَسہٕ سمسارس ژوٚلُمت یے
دوارِکایہٕ وآتتھ چھنہٕ زانِنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندَنے
بوٚمبر یتھہٕ میلہٕ سوٚ درس منزے　　　　شہلتھ ترٕیشہٕ ہوٚت پڑ اوِسورسنزے
بٕکھتی زن چھہٕ درشنہٕ ترٕ پھت سآ ئِپنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندَنے

---
۱ خوش

تَوٕ کنہٕ بھگوان ووٚلسنس[1] تَے      دِلہٕ چے جوٚیہ کیٛاہ تٕوِ کھنہٕ نٔس تَے
پاتجن پوٗنٛز لَس اوس میٖنٛنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی ننٛدنٔے

لوٗگ لَس پرٕ ژ ھنے ییٚیہ ییٚیہ پرٕ یے      آکھ کتہٕ آسان چھُکھ کتھ شیٚے
اُچھ لوسہٕ وتھ چھِتھ ننہٕ زانٛہہ ڈیشنٔے
جَے جَے جَے جَے دیوکی ننٛدنٔے

مےٚ کُیت سودامہٕ اُنٛز زِ ہے کینٛژھا      وُٛنی زِہم شیٚچھ بودژلہِ ہم وینٛژ ھا[2]
میٖٛژرس نِشہِ چھِنہٕ چھوٚن یوٗنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی ننٛدنٔے

وُچھتہٕ سودامہٕ تمہِ توٚ ملے موچھے      یٔژ کال کھبنہٕ کھبنہٕ پوٚرِم بوچھے
ہورنہٕ روٚس ربن چھنہٕ اَنٛدنٔے
جَے جَے جَے جَے دیوکی ننٛدنٔے

ژھاران کرٛشنہٕ جُو اوس تھکبنے      پرٕ ے[3]اوس برٛوٗن ویشنہٕ بھکھتبنے
پتی کوٚم موٗٹھ یٔژ ژھارنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی ننٛدنٔے

ہورٕ برِ بھگوان چھُنہٕ کانٛسہِ چھوران      یوٚڈ آسہِ یٔوگی تہٕ پوٚ رمُت پوران
لِکھہِ چھُ گوڈٕ پرٛون چُکاونٔے
جَے جَے جَے جَے دیوکی ننٛدنٔے

ژھارنہِ لوٗگ تتھ ژھینٛمرٕ پٔوژے      وَنہِ کیٛا کوٗنژھا کمہِ تام روژے

---

[1] خوش۔ [2] خاہش۔ [3] اول۔

گِندنے لگُو لَس بِتہِ بزارنے
جے جے جے جے دیوکی نندنے
سوُدام جیوٗ لوٚب تِتھے بھگوانَن    راتژس منز یتھ ہِری لیس زانَن
نتہِ لوٚب سَنتان سَند پینے
جے جے جے جے دیوکی نندنے
بھگوان رِکھمنہِ کُن لی وَنے    سوُدام جیوٗ چھِمنہِ یوان وَنے
یور کور واتہے دورِ پاتھنے
جے جے جے جے دیوکی نندنے
سوُدام لوٚ بمُت کہِ تام پاٹھی    مُشرِتھ کرٚشنہِ جوُرِ کھمن تتہِ ٹاٹھی
واتھ آسہِ آسَن تِتھُے ٹاٹھنے
جے جے جے جے دیوکی نندنے
بھگوان وَکھنان اوس رِکھمنے    بھاگتبن جاے چھے مے منز منے
بوزِتھ یہِ رِکھمن آس وٚتھنے
جے جے جے جے دیوکی نندنے
للہِ وان کرٚشنہِ جیوٗ اوس تَس کو چھے    لوٚگمُت سوُدام جیوٗ مند چھے
کرٚشنس کُن چھُنہِ اَچھ مُژرَنے
جے جے جے جے دیوکی نندنے
نتہِ چھاز اَنتھ مےٚ آسہِ بیہِ کانسے    تیٚمی تپسیا آسہِ کرمژ وآنسے
کنسبن چھُنہِ یتھ پرٚیم برنے
جے جے جے جے دیوکی نندنے

---

۱؎ بھگوان کرٚشن تتہِ سوُداما اوس یکہِ وَتہِ سند پٹھن ناوٚکس گورس نِش پران۔ کلا

سوٗدام شٔری بھگوانس پرأوِتھ        تَس رۄ۪س یِی اوس تی اوس پرأوِتھ
سوٗ کھۄ سان پرٛأوِتھ سوٗ کھۄ ساکھشنے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی نندنَے

ژٕلِہ رٕبن تَس یُس پانے ہورَے        سورِ سوکھ یُس پانس سورَے
ژٕہیٖتامنہِ لبہٕ ژٕہتا منَے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی نندنَے

درأو تتہِ پرٛأوِتھ موکھ گیٖتانے        نأوِتھ تن من سأوِتھ پانے
رأوِتھ بیٖیہٕ کیٚا چھُ اَتھہِ یِوٗنے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی نندنَے

لُچھرٕ نہٕ اَتھہِ تۆ رازے دارَے        ناوِ تارس رٕکژ اکھ کھٔنڈ ہارے
ہارٕ تس پے مرٕژ یُژ آسنے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی نندنَے

کونہٕ بڑیرٕ ہنز یُس یُتھ پرادے        ہمسارٕ ساگرٕ تورمُت ناوے
واد زَن پکہٕ وَن ہری بیہ پرٛزلنے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی نندنَے

زَل تھل مٔشرأوِتھ نشکلے        سوٚیے کل منہٕ آنَس سیکلے
موکلیومُت زَنمنہِ زَنمنے
جَے جَے جَے جَے دیٖوکی نندنَے

رٕکتھہٕ پأٹھی آمُت میلتھ سُہ پارس        ووت بیٚلہِ پٔنس پرأنس دارس

---

۱۔ اکھ مولٕل جوأہر۔ ۲۔ کل۔ منس منز کل تھونہٕ کِنز لبہٕ ژٕہتامن جوأہر۔

ستھ زَن یتھ کیا چھِ لتِس ژھارنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
گنڈس برِی پھوٗل لوٗب زَن شوٗرے    یُتھ نائہٕ وُچھنس تتھ اوس دوٗرے
تتہٕ کیا آسہٕ بوچھہِ سورنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
بوچھِ ہوٗت سُہ سودام کوچھ ہیوٗتُن تَے    موکھِ گوس سوکھ اوس سودامن تَے
سودامہِ چھمنہٕ یُژ شرٛ یہہ شیٚلہنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
دوہہ پھرِ بھگوانٛ موچھِ موچھِ کھوکوٗم    آبرٛ ہمہٕ[1]    ستم    پرٛیتم
ژیٚیمہٕ رِکھمن اتھہٕ رَٹنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
ژوپارِ پانے اوس وُچھانے    سودام گُنہٕ نتہٕ اوس بھگوانے
بھگوان میلہِ نا تِتھے بِکھی تِنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
ستھ بوٗمکایہ اوس پتھ کُن ترٛاوِتھ    ستھ ژھتھ آنند رِپس پژٛاوِتھ
ژہتہٕ نایہِ ڈوٗلمُت تہٕ ژیٚتہٕ ریٚنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
سوٗرِس ترٛلیش مانہٕ سرِ کے شرٛانے    پمپوش سرِ گو تہٕ بوٗمبوٗر پانے
پرٛماتما ژھاٚرِتھ نہٕ پرٛتنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے

---

[1] سارُی ہے کاینٛاتس تانٛ۔

سوٗدام راژ بوو پنٛنس نگرس ‎ ‎ ‎ ‎ ڈگرس کٔمۍ دوٚپ پنٛنس أگرس
اگورِ[1] تیٚہ یُتھ بۄگ بۄگنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے

ووٚنمُت تہٕ وَکھنوومُت چھےٚ ویدو ‎ ‎ ‎ ‎ ووٚن رَٹھ یِلۍ ووٚنمُت چھےٚ ودیو
بھگوان بھاگوان کران بٔھکتی بنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے

یَس کأنٛسہِ بھگوانس پانے گارہ کیا ‎ ‎ ‎ ‎ پنٛہٕ پأر پنٛنی بَنہِ تَس دوارِکا
لگہِ نَزِ پزیز دیہہ پَرِ نامے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے

پرمانند کیا چھُ نوٚن ونونُے ‎ ‎ ‎ ‎ زانُن چھُ پانے پان پنونُے
تی زان گیانٛی چھُ یِی زانِنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے

ارپن گژھ تَس نارائنس ‎ ‎ ‎ ‎ سُے چھےٚ ہنہِ ہنہِ وأتتھ زونس
مایا زان چھےٚ زیوٚن تہٕ مرنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے

کوٗنہہ چھُنہٕ تَس روٚس رِپہ نامے ‎ ‎ ‎ ‎ سُے شرٛی کرشن تہٕ سُے سوٗدامے
سُے زَن ڈُی چھےٚ بوٗے وَننے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے

پٔنٛنے پیرِ ژھ یُس کوٗنہہ پزِ ژھ روزِ ے ‎ ‎ ‎ ‎ رِٔسرِ ژھ زانہہ لگہِ نَزِ پانے بوزِ ے

---

۱ مشکل۔ کرڈٹھ

ڈچھنز تہٕ کھوورِ اوس وُچھنے
جَے جَے جَے جَے دہِوکی نندنَے
روٗزِتھ تہٕ کُنہٕ پَرٕ بوٗزِتھ کتھے دَنہٕ دیار پرأوِتھ تہٕ چھنز اَتھے
پَنہٕ پأر پلنی چھنہٕ ڈیشنَے
جَے جَے جَے جَے دہِوکی نندنَے
سوے دوارکاتہٕ سُے سودام تتے سُے کرشنہٕ جُو تتہٕ ڈیوٗنٹھن پیتے
اَسہٕ وُن تہٕ گنڈِ وُن پڑوسنے
جَے جَے جَے جَے دہِوکی نندنَے
لوٗسمت تہٕ لوٗسمت سوتھ اَکالے پھرؤس پزوومُت کہٕتام تیٔتھ حالے
مَنہٕ ساوِدان گومُت اَمنَے
جَے جَے جَے جَے دہِوکی نندنَے
سوشیلا یہٕ وأژ اَنگرٕ یہہ ویلا[1] کرشنس کرِمژ آسس لیلا
زونُم پزاوِنی اَسنکھبنے
جَے جَے جَے جَے دہِوکی نندنَے
سوشیلا تمہٕ کمہٕ تانٕ سوکھے سوداُمس چھنہٕ ڈیشان موکھے
سور سوکھ لُس روٗس دوکھ برنَے
جَے جَے جَے جَے دہِوکی نندنَے
ڈیوٗنٹھن سودام جیوٗ تمہٕ تانٕ دوٗرے ہرکہٕ یہٕ زَن چمکان کھوٗ تمُت پوٗرے
گولنس اَگنیان سو پزکاشنَے
جَے جَے جَے جَے دہِوکی نندنَے

---

[1] وقت ۔ وِز

# لفظہٕ زان

| لفظ | زان |
|---|---|
| آتما | رۄح۔ حِس دِنٛک توتھ (عُنصر)۔ یُس زُو زاٗ ژن حِس دِیہِ۔ |
| آپدا | مُصیبتھ۔ کھۄٹ کاٚم |
| آدر | یزتھ۔ بجر۔ تھزَر |
| آدِرَنت | گوڈٕتہٕ اَند۔ اَزل تہٕ اَبد |
| آدِکار | حق۔ اِختیار۔ |
| ادِتی | دِکھ ہنٛز کۄرتیٚمس کشپس ستۍ کھاندر اوسُکھ کۄ رمُت تہٕ یوسہٕ آدِتیَن یادِوتاہَن ہنٛز ماجِ مانہٕ یوان چھےٚ۔ |
| آسَن | یۄگہٕ اَبیاسس منٛز جسم ڈنٛجہِ تھاونک طریقہٕ۔ بِہن جاے۔ |
| آشرٛم | زندگی ہُند اکھ پڑاو۔ ہِندوٗ دھرمہٕ موٗجوٗب چھےٚ انساٗنی زندگی ژون حِصَن منٛز باگرنہٕ آمِژ۔ برٛہمچاٗری آشرم، گرٛہست آشرٛم، بان پرٛستھ آشرم، سنیاس آشرم۔ ریٚشن مُنِیَن ہنٛز روزن جاے۔ جنگلی ٹھکانہٕ۔ |
| آش ژر | عجُوبہٕ۔ حاٗراٗنی |

کتھِ یَس گتھ لَس پڑدِ ناو منے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
پرمانندِ پڑاو پرمہِ آنندے    روزبس نہِ کانہہ ہمتا ماندے
سسرِ کتہِ آس پوٗت اڑنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
یِی ییہِ برونٹھہِ تے تی ژالے    زَگہِ ہُندیہ مان تےَ ابھمان گالے
پانے آسہِ اَدِ پان زاننے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
سوکھ دوکھ وبدِ نِشپد زآنتھ وارَے    اَسار زآنتھ آسہِ سمسارَے
اَدھیاسنہِ دیآَنے کھارنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
کُنے چھُ سالگرام پزِ پوٗزاپے    کُنُے پھُٹرتھ کنہِ رَتَن وژاپے
چھُنُے چھُنہِ کتھِ اَزاننے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
بیٚیہِ چھُنہِ کونہہ کیٚا ہاونس پنُنے    پانس ستیٚ یُس چھُ پانس چھوٚنے
مُہہ اَنہِ بیوٚن بیوٚن موکھہِ چھاونے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے
سرواَنگے یُس چھُ نانا سانگے    گھٹےٚ گھٹےٚ کیٚا پرِ ڈژِڈ ژڈی نانگے
مانگے ما چھُ یٚیمہِ کتھِ میلنے
جَے جَے جَے جَے دیوکی نندنے

---

١؎ آسن۔ بہن۔ امیُک مطلب چھُ ییہِ زِ آسنس پیٹھ بہن تہٕ دیان کرن۔

| لفظ | زان |
| --- | --- |
| اَرن ڈٕ تی | وِسشٹ ریٚش ہٕنز خاندارینٛز ۔ |
| ارکھ/ ارک | ہِری یہ ۔ |
| اَساد | سوجاے ییٚتھٕن مرٕک تصوُر ختم چھُ گژھان ۔ یتھ نہٕ ساد آسہِ |
| اَست | لوٗسُن ۔ پتٕ گژھُن ۔ |
| استوتھ | شُکر ۔ حمد ۔ شُکرانہٕ ۔ |
| اَئسر | ظاُلم ۔ راکھشُس |
| اکرٗوٗر | اکھ یادَو یُس بھگوان کرٛشن سُند پیٚتُر تہٕ تَسُند بکھتی اوس ۔ کمس اوس سُہ کرٛشنس تہٕ گوٗکلن سالس ونہٕ خاطرٕ پنٕنس زالس منٛز پھساونہٕ موکھہٕ سوٗزمُت ۔ |
| اگست | اَکھ ریوٗش ییٚمی سَمنُدرَس دام دیُت ۔ |
| اَگم | یوٚت نہٕ کانٛہہ گژھتھ ہیکہِ ۔ یوٚت نہٕ کانٛہہ واتتھ ہیکہِ ۔ |
| اگنی | نارُک تہٕ گاشُک دِوتا ۔ |
| اَگوٗژَر | یُس نہٕ زانہٕ تہٕ بوزنہٕ ییہ نہٕ ۔ |
| اَمر | یُس زانٛہہ مرِ نہٕ ۔ |
| اَمراوٗتی | سورگُک شہر ییٚمیُک راز یندر راز چھُ ۔ یندرٕ ۔ پُری ۔ |
| امرِتھ | آب حیات ۔ کھیٖرِ ساگر منٛدِتھ ییٚم ستھ چیز بوٚنٛٹھ کھٔتی تِمن تِن منٛز اوس امرِتھ تہٕ شاُمل ۔ |

| لفظ | زان |
|---|---|
| آکار | آنشانہٕ۔رۄُپ۔ |
| آکاش | آسمان۔نب۔ |
| آنند | رۄُحانی مسرت۔ |
| اَبلاش | کل۔اَمار۔تمناہ۔ |
| اَبیاگت | پھیرِوُن۔فقیر۔پۄ ژھ۔ |
| أبید | شکہٕ رۄُس۔میکھلہِ پٹھ یم پوٚنسہٕ لُکھ دِکھناپہٕ رٕنگی تڑ اوان چھِ تتھ تہِ چھِ أبید وونان۔فرق چھنہٕ کینہٕ سورُے چھُ گُنے۔ |
| اَبھمان | انّا۔اہنکار۔گھمنڈ |
| اَپراد | گناہ۔ناکارٕ کأم۔راہ۔ |
| اُپنشِد | ویدَن ہِندی تِم حصہٕ یِم پوٚتُس لیکھنہٕ آے۔ |
| اپوٗشان | ہوَن موکلنہٕ پتہٕ آژمن گرٕنی۔ |
| اَجودھیا | راز دشرتھ تہٕ رامہٕ ژٕندرٕنی راز دأنی۔ |
| ارپن | قوربان۔نأوی دیُن۔چھپہِ دیُن۔ |
| ارگ | وَزٕنوومُت توٗمُل یُس پوٗزِ چھُ لاگنہٕ یِوان۔ |
| اَرُن | صُبحُک دیوتا۔یہِ چھُ کشپ رِژ بڑاپتی سُند نیچو۔توَے چھُس گُرڈیُس وشنوہس سوارِ۔پانہٕ چھُ ارُن سری یہِ سُند رتھ بان۔ |

| لفظ | زان |
|---|---|
| بڑ ہما | پاؔ داؔ یشہِ ہُنٛد ماؔ لِک ۔ترِموٗرتی ہُنٛد گوڈنیک دیوتا۔ |
| بڑ ہمادیک | بڈؠ ریشی یمو پان پڑ زِنو مُت آسہِ۔ |
| بڑ ہم ریوٗش | تھوٗ دریوٗش۔ربشتیک تھوٗ دمقام۔ |
| بڑ ہم گیان | سو عظیم ہستی یتھ دَےونان چھِ پرِ زِ ناوُن۔ |
| پِر بتال | مشہوٗر رہالہِ۔گِندَن وول۔ |
| بڑ ہسپتی | عٔلمک دیوتا۔دِوتہٕن ہُنٛد گور۔ |
| بڑ ہمن | عظیم رُح۔ژون زاؔ ژَن منٛز تھز ذات۔ |
| برکھبان | رادھلیہِ ہُنٛد مول۔ |
| بَل | طاقت۔زور۔ |
| بلرام | بھگوان کرٛشنہٕ سُنٛد بوے۔یم دوشوَے باؔ ے آسؠ وِشنو سِنٛدؠ اوتار۔بلرامُن ہتھیار چھُ ہل یا اکہِ باؔنی۔ |
| بُدھ | بھگوان بُدھ۔وبدوان۔عاؔلم۔ |
| بھاگوان | ڈیکہِ بوٚڈ۔بختہٕ بوٚڈ۔قِسمتہٕ وول۔ |
| بھاگیرتھی | گنٛگایہِ ہُنٛد بیاکھ ناو۔پُرانو مطابقہٕ چھِ بھگتی رتھن گنٛگاسورگہٕ پیٹھہٕ بُت راؔ ژ پیٹھ اٛنی مٕژ۔ |
| بھاونا | عٔقیدت۔احترام۔ |
| بھاوٕ روٗپ | مثبت فطرت۔ |

| لفظ | زان |
|---|---|
| اَنادِ | لامحدوٗد۔ اٙنتھہٕ روٚس۔ |
| اَناہد | سوآواز یوسہٕ یوٗگین اندرٕ وٗزِ۔ |
| اَنتریاٚمی | سوٗرُے زانن وول یَس پرٛتھ کُنہِ چیزس پٔٹھ نظر چھےٚ۔ |
| اَنُگریہہٕ | مہربأنی۔ رٕژر۔ دَیا۔ |
| اناتھ | ڈٔکھہِ روٚس۔ یَس نہٕ کانٛہہ اتھہٕ رٹَنس آسہِ۔ یتیٖم۔ |
| اَندھکار | اَنہِ گٹہٕ۔ ٹھوٚر۔ تکبر۔ |
| اوٗشا | صُبح۔ گاشٕچ دیٖوی۔ |
| اوم | سُہ مُتبرک لفظ یُس پاٹھ وید یا کانٛہہ منتَر پرن وِزِ گوڈٕنتہٕ پوٗتُس زیٛوِ پٔٹھ چھُ یِوان۔ اُمیک معنے چھُ عظیٖم قوت۔ ابدی مسرت۔ کُنے۔ |
| اوِناش | یتھ نہٕ فنا آسہِ۔ یُس نہٕ سورِ۔ |
| اوبدیا | نہٕ زانُن۔ جہالت۔ غفلت۔ اگیان۔ |
| ایٖکانٛت | خلوق۔ شانت۔ |
| باسکر | پرٛ بزلوٗن سِری یہِ۔ |
| باندورنہٕ | تولق۔ رشتہٕ۔ واٹھ۔ |
| برِٛشَب | دانٛد |
| برٛہمچاٚری | ییٚمی نیتھر آسہِ نہٕ کوٚرمُت۔ انہٕ ہوٗر۔ |

| لفظ | زان |
| --- | --- |
| پرٛانایام | یوٗگہٕ آبیاسس منٛز شاہ قوبوٗ کرُن۔ |
| پارِجاتا | سورگُک اکھ گُل۔ |
| پرٛساد | دَیہٕ سنٛز مہربأنی۔ نٔوید۔ |
| پَرسرام | بھگوان وشنوٗ سُند شیٖیم اوتار۔ پورشہِ رام۔ |
| پرٛسنٛد | خوش۔ شاد۔ |
| پرٛشانت | شانت۔ |
| پرُشوتم | عظیم ۂستی۔ بھگوان کرٛشنہٕ سُند اکھ ناو۔ |
| پرٛکرٛتی | فطرت |
| پرم آنند | سو پوشہِ وِنی مُستی یتھ جورِ چھُنہٕ۔ |
| پَرمارتھ | موکجارتہٕ دَے پرٛاوُنچ وَتھ۔ اصلہٕ یتھ۔ |
| پرٛبزاپتی | کاینات بناوَن وول سارِنٕے زُوزأٹن ہُنٛد مألک۔ |
| پرٛیدی کھشن | طواف کرُن۔ أندی أندی چکر دیُن۔ پرٛکرم |
| پُشکر | نیٖول کمل۔ پمپوش پوٚکھر۔ |
| پوٗتنا | اکھ دیوٗنی یمہٕ سنٛدِس دودَس منٛز زہر اوس۔ کمساسورَن سوٗز سوگوکل زِ کرٛشنس چاوِ سو دودتہٕ واتناوِس آزار۔ یُتھے تَس کرٛشنن ژِ ہہ دیُت سو موٚیہٕ۔ |
| پورشہِ کار | محنت۔ وِژ دیوٗگ۔ |

| لفظ | زان |
|---|---|
| بھوٗشن | لال۔ جوآہر۔ زیور۔ |
| بھوٗگتا | لطف تُلن وول۔ بوٗگن وول۔ |
| بھوٚسَر | یہِ ماأدی دنیا۔ |
| بھیشم | کورَوَن تہٕ پانڈوَن ہُنٛد پیٚتٕر بُڈ ی بب۔ مأنٛزِ ہنٛز خأہش پوٗر کرنہٕ باپتھ رُوٗ دیہٕ وُمرِ کھاندٕر روٗ ستے۔ وندس منٛز چھِ أمِس بھشمہٕ اُٹھم ووہ سأری تز لیش دِوان۔ بھیشم اوس سبٹھاہ طاقتہٕ وول۔ مہابھارتہٕ یُس جنگس منٛز اوس یہِ کوروَن ہنٛدِ طرفہٕ لڑان تہٕ ارزنہٕ گوسورگس۔ |
| بکھتی | دَیہِ لول۔ |
| اپراد | گناہ۔ پاپھ۔ |
| پاتچھ | داں ڈور یُک سُہ ژھئن یُمہٕ منٛز آب بون وَسہِ۔ یہِ چھُ آب مینٛنگ میزان تہٕ۔ |
| پانٔنی | مشہور سنسکرت گرامر نوٗیس |
| پتی | شنکر۔ مألِک۔ روٗن۔ |
| پڑ ادہِن | دوٚیمبن ماتحت۔ |
| پڑ البد | حصہٕ۔ بوگ۔ نصیبہٕ |
| پڑ ان | شاہ |

| لفظ | زان |
|---|---|
| ڈُرواسا | اکھ ریوٗش۔ أمی چھُ شکُنتلایہِ اکہِ پھرِ شاپھ دیُتمُت۔ |
| درٛیدر | مُفلس۔غریب۔نبدور۔ |
| دُشنا | دوگنیار۔خرأبی۔دۄش لگُن۔ |
| دورلب | مُشکل۔کٔڈر۔سخت۔ |
| دیش کال | وق تہٕ وِز۔ |
| دیو | دِوتا۔ |
| دیوکنیا | دِوتاہٕنز أنہِرِ ش کوٗر۔ |
| دیوکی | بھگوان کرٛشنہٕ سٕنز مأج۔ |
| دیویوٗک | سُہ دنیا یتھ اندر دِوتا چھِ روزان۔ |
| دیوی | ماجہِ پاروتی ہُنٛد چھُ یہِ تہِ اکھ ناو۔ |
| دھارنا | یوٗگہِ اَبیاسس منٛز پٔنُن خیال کُنہِ أکِس جایہِ پیٹھ ڈٲرراوُن۔ |
| دھب | اکھ گاسہٕ یُس سبٕٹھاہ پوٗتر چھُ مانہٕ یوان۔درٕب۔ |
| دھرم | پزر۔سیٚز وتھ۔فرض۔ |
| دھیان | خیال۔سوچ۔کانٛسہِ ہٕنٛدِ رُو پٕک خیال۔من ڈٔنجہِ تھوٗن۔ |
| ڈنٛڈ | سزا۔ |
| ڈنٛڈوت | پادن پیوٗن۔نمسکار یا پرٛنام کرُن۔ |

| لفظ | زان |
| --- | --- |
| پورُش | سانکھ فلسفہِ موجوب چھُ پورُش آتما ہس (رُحس) ونان، پرٚکرتی چھِ ماد (Matter) ونان۔ پرٚکرٚتی تہٕ پورشہٕ ہندِ میلہٕ سٟتۍ چھےٚ یہِ کایناتھ بنان۔ پورُش چھُنہٕ زانہہ فنا گژھان۔ |
| پوشتہٕ | مُبارک |
| پہتر | تم یم مۄدۍ متۍ آسَن |
| ترٛاہہِ | رَچھ۔بچاوکر۔ |
| ترٛپت | یوچھِ روٗس۔مَس۔ |
| تورگ | گُر۔ |
| تُنہٕ | سیٚر۔ژال |
| تیز | خوٗبصوٗرتی۔رٚژھ جار۔نار۔چمک۔ |
| دَتاتٚری | أکِس ریشی سُند ناو۔ |
| دٕرشٹانت | ٹاکارٕ۔صاف۔أچھن بروٚنٹھہٕ کنہِ۔مثال۔ |
| درٚشٹی | نظر۔ |
| دارِکا | بھگوان کرٛشنہٕ سُند آباد کوٚر رمُت أکھ شہر۔ |
| دُرگا | شکھتی ہُند أکھ روٗپ یوسہٕ بکھتن ہنز دور گتھ (مصیبت) دوٗر کران چھےٚ۔دُرگا یہِ ہنٛدِس روٗپس منز چھُ اُمہٕ میشاسور مورمُت۔ |

| زان | لفظ |
| --- | --- |
| تہٕ سوُرے یہٕ یتھ کاینا تس منٛز موٗجوٗد چھُ۔ | ژراژر |
| سورٕگکی۔ جنتٕکی۔ | سورگی |
| بڑ ینہٕ سوٗر۔ گنہار سوٗر (سوٗرٕ کی یم قسم اُسی بڑ وٗنہہ پلوٗ چھلنس لگان) داہ ہتھ۔ | ساس |
| کرٛ ہنہٕ رنگہٕ کنہٕ ہُند لوٗکٹ وٹہٕ یتھ پیٹھ ژکرٕ ُ ت نشانہٕ آسان چھُ۔ یتھ اُپویت، یعنے یونہٕ ونان چھہِ۔ اتھ چھہِ وِشنو سٕندِس روٗپس منٛز یہنٛدی پوزا کران۔ شبیہہ۔ | سالِگرٛام |
| طاقت۔ ہمت۔ جرٲت۔ | سامرتھ |
| شام۔ | سایم |
| روٗحانٲنی نظم وضبط۔ ریاضت۔ | سادھنا |
| نوٗن۔ ٹاکارٕ۔ بروٗنٹھ کنہٕ۔ | ساکھیات |
| رٕژ صحبت۔ رٕتین پورخن ہُند میٖل۔ | ست سنگ |
| پوٗز مورشِد۔ بھگوان سُند گیان دِنہٕ وول گور۔ | ست گور |
| پوٗز وَنَن وول۔ پزرَس پیٹھ یقین تھاوَن وول۔ | سَتہِ واَدی |
| یہ چھُ اکھ ریوٗش اوسمُت۔ اُمی کوٗز راکھسن ہُند ناش کرنا ونہٕ باپت وِشنو سُند تپھ۔ اُخرس منٛز ہیوٗت وِشنوہن گاڈٕ روٗپس منٛز اوتار۔ اَمہِ وقتہٕ اُسی راکھسو دِوتا سخت تنگ کٔری متی۔ | ستھ بھرٛتھ (ستیہ ورت) |

| لفظ | زان |
|---|---|
| راس | رقصُک اکھ خاص قسم۔ بھگوان کرٛشن اوس گوٗپِین سٟتؠ راس گِندان۔ نژُنک اکھ خاص طریقہٕ۔ |
| راوٗن | لنکایہٕ ہُند راژ یُس رامہٕ ژُندرَنہٕ اتھہٕ مارِ گو۔ |
| رتی | کامدیوٗنی زنانہٕ۔ لتیٰ |
| رَتَن | موٗلُل لال |
| روٗدِر | اکہِ قسمُک گنہٕ دِوتا۔ یِم روٗدِر چھِ کایہ مانہٕ یِوان۔ ویدس منٛز چھُ روٗدُر لفظ اَگنی۔ بِشر وٗرن بیترِ دِوتاہن ہٕندِ خاطرِ استعمال یِوان کرنہٕ۔ روٗدِر لفظُک معنے گوخوفناک۔ تژہہٕ راوَن وول۔ ویدک دورَس منٛز چھُ یہ بِشوسُند اکھ خاص ناو۔ |
| رٕکل | لوکٕٹ ژُمتینہٕ ڈٔور۔ یتھ ژوداہ کُھری تامتھ دلنہٕ ووتھان آسہِ۔ خوشک زمینس چھنہٕ اکثر ربلہٕ آسان۔ لفظ رٕکل چھُ اکثر داں ژٕمینس سٟتؠ استعمال سپدان۔ |
| ذاتُک | سِتارَن ہٕندِ عٔلمہٕ موٗجُب گرٛند کرِتھ بروٛنٹھ یِنہٕ والین واقاتن ہُند تفصیل۔ برٛاہمنن منٛز چھُ یُژِ پاٹھی پرٛتھ کانٛسہِ ذاتُک آسان۔ |
| رَنُک راژ | بِستایہ ہُند رَچھن مول۔ راژ آسنہٕ علاوٕ اوس یہ سبٹھاہ عالم تہٕ رِژِ کامہِ کرن وول۔ اُمِس چھُ ریشِن ہُند مقام دِنہٕ آمُت۔ |

| لفظ | زان |
| --- | --- |
| | نِشہِ موکجار دِوان۔ سورگک بادشاہ چھُ یِندر راژٕ مانِنہٕ یِوان۔ |
| سنکادِکھ | سورُ ےوُچھِ وُن۔ |
| سوشیلا | سوداٗمنٕز زنانہٕ۔ |
| سوٚہم | اناالحق۔ بےٚ چھُس سُہ۔ آتماہس تہٕ پرماتماہس میُل کرن وول منتر۔ |
| سوٚہم پرٚکاش | وۄنٕدٕ گاشرُن۔ آتمہٕ گیان۔ |
| سَہزٕ بھاو | پان پزٕ زٕ ناوُن۔ آتماہس تہٕ پرماتمس رأبطہٕ قائیم سپدُن۔ |
| سہسرنامہٕ | ساسَن ناوَن ہنٛز کتاب۔ |
| شرٚنگ | کوہہٕ تھوٚنگ۔ کوہہٕ تیتھول۔ کوہہٕ تال۔ |
| شرٚدھا | یقین۔ اعتماد۔ پَژھ۔ |
| شرناگتھ | پناہ منگُن۔ شرن آمُت۔ |
| شش | زوٗن۔ ژٔندرمہٕ۔ |
| شکتی | طاقت۔ ماتاپاروٗتی ہُنٛد اکھ ناو۔ کایناتس یوٚسہٕ طاقت بخشہِ۔ تالس ہیٚرِ کنہِ جایہِ منٛز چھُ اکھ رس نیران، اَتھ چھِ شش |
| شش کل | کل وَنان۔ ژٔندرٕ کلا۔ |
| شَشوٗپال | اکھ راژٕ یُس بھگوان کرٛشنس ستیٚ دشمنی اُس۔ آخرس چھُ بھگوان کرٛشن تس ماران۔ |

| لفظ | زان |
| --- | --- |
| سرۄپ | دَیہِ ہنٛز گتھ پرٕز ناوٕنۍ۔شکل۔آ کار۔ |
| سرشٹی کار | پأدأیشہِ وۄجوٗد دِنہٕ وول۔برٛ ہما۔ |
| سرسوٕتی | عقلہِ تہٕ عٔلمٕچ دیوی۔ |
| سروٕمُکتی | سارِنٕے ہُنٛد موکجار/نجات۔موکھتی۔ |
| سکنٛد | باب۔حصہٕ۔بوگ۔ |
| سمواد | کتھ باتھ بحث ومبأحثہٕ۔ |
| سمہ درٛشٹ | سارِنٕے اَکے نظرِ سان وُچھن۔ہشر سان وُچھن۔ |
| سنٛپتا | رادھلیہِ ہنٛز مأج۔بجأے۔پاپر جأیِلی۔دَنہٕ دولت۔ |
| سنتوش | قناعت۔کم خرچی۔پننِس آسنس پٮ۪ٹھ مطمین روزُن۔ |
| سنکٹ | تکلیف۔دگ۔مُصیبت۔ |
| سنکلپ | خیال۔وِچار۔ |
| سنموکھ | بروٗنٹھ کنہِ۔وُٛنہِ یُن۔ |
| سُنٛز ژبتھ | پَلہِ۔پس انداز۔پتھ کُن موٗجوٗد۔سٔومُر مُت۔ |
| سوٗدام | بھگوان کرٛشنہٕ سُنٛد لوکچار ُک یار۔ |
| سورگ | رُت کرَن وألی چھِ مرنہٕ پتہٕ سورگس گژھان تہٕ پنہٕ نٮ۪ن جان کرمن ہُنٛد پھل ژُلان۔سورگس گژھِتھ چھ انسانس بیہٕ زنم ہیوٚن پیوان۔سورگس گژھُن چھُنہٕ انسانس پنہٕ گژھنہٕ |

| زان | لفظ |
| --- | --- |
| وَق ۔ وِز ۔ موت ۔ اَنٛد ۔ | کال |
| ماتا پارؤتی ہُنٛد کلہٕ مالہٕ نالٕی ترآوِتھ خوفناک رۄپ ۔ | کألی |
| بھگوان شِوٕ سُنٛد ٹھکانہٕ ۔ کألاسہٕ پربت ۔ | کألاس |
| سۄ دُرمنٛدِ تھ یوسہٕ گاو تمہٕ أندرٕ کھٔتھ ۔ | کامدہین |
| مۄحبتُک دیوتا ۔ رتی ہُنٛد رۄن ۔ اکہٕ لٹہٕ ییلہٕ شِوٕ سنٛزِ سماز منٛز کامہٕ دیون رُکاوٹ أنی تمہٕ وِزِ کۄر شِون تس ترییمہٕ أچھہ سٕتۍ سۄر ۔ پتہٕ پیو کامہٕ دیوس ناو ۔ اننگ گوتیمس نہٕ انٛگ یا تان آسن ۔ یُس جسمہٕ بغأر چھُ ۔ مگر جسمہٕ بغأر تہٕ چھُ کامہٕ دیو سارِنٕے زۄ ذأژن منٛز مۄحبت کِس رۄپس یا کامہٕ (Lust) جنس کِس رۄپس منٛز مۄجۄد ۔ | کامدیو |
| عمل ۔ حرکت ۔ کأم ۔ | کرَم |
| وِشنو سُنٛد دۄییم اوتار ۔ اَمہٕ لٹہٕ دیُت تمۍ کھیرٕ سۄدرس چھومپتہٕ اَمہٕ أندرٕ کھوژن اَمرِتھ ۔ | کرمہٕ رۄپ |
| یُس عملہٕ ہنٛدٕ ذٔریعہٕ موکجار حأصل کرنُک سٔژ کرِ ۔ | کرمہٕ یۆگی |
| أمِس چھِ کنٛس تہٕ ونان ۔ یہٕ اوس بھگوان کرشنس پُتٕر مام تہٕ تٔہنٛدی اتھہٕ گومارٕ ۔ | کمس |

| لفظ | زان |
|---|---|
| شامہٕ سوندر | ہلکہٕ نیلہِ رنگہٕ۔ مأری موٚند۔ بھگوان کرٛشن سُند اکھ ناو۔ |
| شنکا | شک۔ |
| شُکدیو | اکھ ریوٚش یہنٛز زبٲنی بھاگوت پرٛچھ ونہٕ آمُت۔ |
| شنکر | شِو ناتھُن اَکھ ناو۔ |
| شواسن | بھگوان شِو سُند آسُن (جاے) |
| شیش ناگ | اکھ سرُ پھ یَس ساس موکھ چھِ۔ یہِ چھُ بھگوان وِشنو سٕنٛز آرام جاے۔ |
| شِو | رٕژر کرن وأ لس بھگوان سُند ناو۔ شِوس متعلق چھُ شُمألی تہٕ جنوبی ہندوستانس منٛز الگ الگ تصورات تہٕ عقیدٕ۔ موہنجو دارو تہذیبکی بٲنی کار، لُکھ تہٕ آسی شِو سٕنٛز پوزا کران۔ یہِ چھُ ترٛ موٗرتی ہُند ترٛییم دِوتا۔ کشیرِ اندر اوس برونٛہہ کالہِ شِو فلسفُک زبردست زور۔ واریاہ لُکھ چھِ کأشرِ شِو فلسفن سٮ۪ٹھاہ متأثر کرٕ ی متٕ۔ شِو تہٕ شکتی چھ اَکے تصویرٕ کٕ زٕ م روخ تہٕ دوشوٕ ے چھِ اَکھ أکس ورأے نامکمل۔ یتھہٕ پأٹھی زٔون چھنہٕ ژندرس نِش بیوٚن تتھے پأٹھی چھنہٕ شِو شکتی نِشہِ بیوٚن۔ شِو چھُ گیانہٕ (Knowledge) روٗپ تہٕ شکتی چھےٚ کرِیا (Action) روٗپ۔ |

| لفظ | زان |
|---|---|
| کُنتی | راز پانڈُ سنٛز زِٹھ زنانہٕ۔ یودھشٹر، ارزُن تہٕ بھیم آسی أمی سے زاامتی۔ |
| کلکی | بھگوان وِشنو سُند دٔہم اوتار یُس لتس وُنہٕ دارنے چھُ۔ یہٕ اوتار چھُ لتس کلیوگس منٛز دارُن۔ أمِس چھِ کلکی اوتار تہٕ ونان۔ |
| گایتری | أکھ پوتر یا مُتبرک منٛتر۔ بھاگوت پورانس منٛز چھُ درج زِ کلہٕ یوگس منٛز یُس صرف اَے منٛتُرک پاٹھ کرِتس بنہٕ بھَو سرٕ تار۔ یہٕ منتر چھُ رگ وید منٛز۔ یُس یہٕ گایتری منٛز پرِ یا یُس یہٕ گیوِتس چھےٚ یہٕ گایتری دوکھہٕ منٛز کڈان تہٕ بچاوان۔ یونہٕ چھلنہٕ وِزِ چھُ یہٕ منتر پرنہٕ یوان۔ |
| گُپت | ژۄرِ۔ کھٹِتھ۔ |
| گتھ | بجر۔ تھزر۔ |
| گرٕڑ | أکھ جاناوار یُس بھگوان وِشنوہس سوار چھُ |
| کرٕشُن | ترٕسن۔ تمبلُن۔ |
| گرگہٕ ریوٗش | واسدیوٗن کول برٕہمُن۔ یُس برکھبانس کورِ مانگیہ گو۔ |
| گوپال | گۄر۔ گاوٕ رَچھن وول۔ |
| گۄپیہٕ | گۄرِ کورِ، یِمہٕ بھگوان کرٕشنس ستیٚ گِندان آسہٕ۔ |

| لفظ | زان |
|---|---|
| کشپ | بڑ ہماسُند نیچُو تہٕ کیشہ چھِ ونان زِیہِ اوس بڑ ہماسُند زُر۔ کشیرِ متعلق چھُ مشہور زِ ییٚتہِ کوٚڈ اُمی آب ییمہِ سٟزٕ زمین نٟز دڑلیہِ تہٕ آبادی لٟج۔ اِچھ ذِکر چھےٚ نیل مت پورانس منٛز میلان۔ |
| کلپ | ژون یوگن ہُنٛد اَکھ چکر۔ ژور یوگ چھِ ستیا یوگ، ترٛیتا یوٚگ، دٕوا پر یوگ تہٕ کلہٕ یوگ۔ |
| کُمبک | حبس دَم۔ پرٛانایامُک اکھ طریقہٕ۔ |
| کلیش | غم۔ فکر۔ |
| کیوٗل | گُنٕے۔ اَکُے۔ |
| کھیٚتری | ژون ورنن منٛز دوٚییم ورن۔ کھیٚتری چھِ سپاہ۔ |
| کھِما | بخشُن۔ معاف کرُن۔ |
| کوٗپ | خشِم۔ ژکھ۔ شرارت۔ |
| کورَو | پانڈوَن ہٕنٛدی پِتری بأے۔ یِم آسی دھرِت راشٹرٕ نٟچو تہٕ تیداداوسُکھ اَکھ ہتھ تہٕ اَکھ۔ |
| کوستِبھ منی | تِم جواہر یِم سوٚدرٕ مُنٛڈِتھ بوٚڈ کھٔتی تہٕ وِشنوس چھِ نالی۔ |
| کومبہٕ کرن | راوُنن بوے، اُمِس آس شُن رِتن بنٛدٕ رٕ پوان۔ اُمِس اَسی کن شینکھس ہی۔ |

| زان | لفظ |
|---|---|
| دوۄلتچ دیوی۔ یہ چھےٚ وِشنو سنز ہٲنٛز بوج۔ کھیرہ ساگر مندنہٕ پتہٕ یم چیز بوٚڈ ھ لگیٚ تِمن منز اۄس لکھمی تہٕ۔ | لکھمی |
| رَنگ، وٕہیٚ، صفت۔ قدرتکی تم گردش یم انسانس واریاہ کوٗشش کرِتھ تہٕ فکرِ چھُنہٕ تران۔ کھیل۔ تماشہٕ۔ | لیلا |
| شِونا تھُن آکار۔ لنگہٕ روٗپس منز یسٕنز پوٗزا چھےٚ یِوان کرنہٕ۔ | لنگ |
| سوٗ گاسہٕ کھیٚش ییمہٕ ستیٚ داں لاوِس گنڈ چھِ کران۔ کِسہٕ اَندٕ اتھہٕ کِس ڈٔندس تہٕ چھِ ماوو نان۔ اکھ میٚرٕ۔ | ماو |
| ویدانتہٕ فلسفہٕ موٗجوٗب گیٚہ مایا دو کھہٕ یعنے اَپزِس پوٚز باسُن، رزسرُ پھ باسُن۔ دنیا چھُ اپُر یہ پوٚز باسُن گیٚہ مایا۔ | مایا |
| بھگوان کرشنہٕ سُنْد اکھ ناو۔ امیک معنے چھُ ماتا لکھشمی ہُند مالِک/ساۄمی۔ | مادھو |
| سِری یہ دیوتا۔ کشیرِ اندر چھِ مٹن قصبس تہٕ مارتنڈ ونان تکیازِ اَتہٕ چھُ سِری یہ دِوتاسُند مندر یُس راجٕ للتادِتین بناونو وُمت اوس۔ | مارتنڈ |
| بھگوان کرشنہٕ سُنْد اکھ ناو۔ | مدسوٗ دَن |
| تاج۔ | مُکٹہٕ |
| بھگوان وِشنوٗ سُنْد اکھ ناو۔ | مُکنْد |

| زان | لفظ |
| --- | --- |
| ییمِہ گوور دھن پہاڑ کِسہِ پٹھ ٹُل۔ کرٚشن۔ | گوور دھن دأری |
| بھگوان کرشنٕن اَکھ ناو۔ | گووِند |
| سٔتی ماتایہِ ہُنٛد تہٕ شِو ناتھٕن نیچُو۔ زبُونے پیٚیہِ أمِس شنشچرٕن نظر۔ ییمہِ سٟتۍ أمِس کلہٕ غأب گو پتہٕ آو أمِس ۂسی کلہِ لاگنہٕ۔ کانٛہہ ہوٚن بیترٚ چھُنہٕ توٚ تامت مُکمل یوٚ تامتھ نہٕ گنیٚشس بوگ پیٚیہِ تھاونہٕ۔آدِ پوٗ۔ | گنیٚپت |
| ماتا پاروٗتی ہنٛز بینٛہٕ۔ بُتر اٚژیٚیلہِ أمۍ سُنٛد بار ہیوٚک نہٕ تِلتھ پیٚیہِ زٕٹ شِوٕ ناتھٕن پٔنٕنٮ۪ن جٹن منٛز۔ | گنٛگا |
| سور ژٕکی گیوٚن والی۔ | گنٛدھرو |
| صِفت یا خصوٗصیت۔ مگر سنٛزِس گرٚدِھتھ چھِ گون ترٚن چیٖزٕن کُن اشارٕ کران۔ یِمو منٛزٕ ییمہِ دُنیاہٕکی سأری چیٖز ووتلے ہٮ۪کۍ چھِ۔ گونن ہنٛدی ترٚے بأگی۔ ستوٗ گون، رجو گون، ستمو گون۔ | گون |
| اَکہِ روأیتی محلہِ خٲنہٕ، دپان اَتھ أسی باہ شتھ پور۔ یہ محلہ خٲنہٕ اوس دپان راونن تعمیر کوٚرمُت سیٚیہ اوس تھٔکی زۄِس پٹھ یتھ از کل لنکا چھِ ونان۔ | لنکا |

| لفظ | زان |
|---|---|
| نَنٛدٕ کِشور | بھگوان کرٛشن سُنٛد مایہِ بۆ رُت ناو۔ |
| نَنٛدٕ گوٗر | بھگوان کرٛشنہٕ سُنٛد دوٕد مول۔ یُس گوکلک دوٕد گوٗ راوس دوٕد ماجہِ او سُس جسد اناو۔ اَو ے تہِ چھِ کرٛشنس جسد انند تہِ ونان۔ |
| نِواس | روزن جاے۔ تھکہٕ پینڈ۔ |
| نونِد | نۆ وخزلنہٕ۔ |
| نیتر | أچھ، چشمہٕ۔ |
| نِتہٕ کرٕم | شاستر ومۆجوٗب مقرر کرنہٕ آمُت طریقہٕ کار۔ |
| نِسنگ | یَس نہٕ پیہٕ کانٛہہ ستیٕ چھُ |
| نِرمل | داغہ تہِ مِلہٕ مِش رۆس۔ صاف۔ |
| نِروات | ہوابغاٗر۔ شانت۔ |
| نِروان | ژھیٚتہٕ گرٛھُن۔ مرُن موکھتی۔ سانِکھ فلسفہٕ مۆجوٗب گو "نِروان" موکھتی۔ یعنے ینہٕ گرٛھنہٕ نِشہِ موکلُن۔ |
| نیٖل کنٹھ | کھیر۔ ساگر منٛدان کھوٚت اَمہِ أندرٕ زَہر یہِ بُترآژ بچاونہٕ تہِ عام لۄکن راٗچھ کرنہٕ مۆجوٗب چوٚ یہِ زہر بھگوان شِوَن پانس تہِ روٗٹُن ہٹس منٛز۔ زہرٕ ستیٕ گوٚ أمس ہوٚٹ نیٖول تہِ پیوس نیٖل کنٹھ ناو۔ |

| لفظ | زان |
|---|---|
| منتر | سُہ شبد (لفظ) ییمہٕ ستیٖن کانٛسہِ دِوتاسنٛز سِدی (کامیأبی) |
| | حأصل سپد۔ یا عجیب شکتی میلہِ۔ ویدٕکو منتر وستی چھِ پٔوزا |
| | پاٹھ بیترِ یوان کرنہٕ۔ |
| مؤلادر | یۄگس منٛز اکھ ژکرُک ناو۔ |
| منوہر | بھگوان کرٛشنہٕ سُند اکھ ناو۔ خوبصورت، مأرِ مۄند، رٕژھ |
| مہادیو | ۄن۔ سوندر۔ |
| مہا | پھل۔ حأصل۔ اَثر۔ بۄڈ۔ |
| مہابھارت | عظیم رزمیہ۔ ییہِ چھُ ویاس ریشی لیٛوکھمُت تہٕ بھگوت گیتا |
| مترآچأری | چھےٚ اَمیُک اَکھ حصہٕ۔ |
| ناب | تۄن |
| نانا | رنٛگہٕ رَنٛگہٕ۔ قسمہٕ قسمہٕ۔ |
| نارائن | وِشنو بھگوانہٕ سُند اَکھ ناو۔ |
| ناتھ | مألِکھ۔ ڈۄکھ۔ دوست۔ اَتھہٕ رَٹن وول۔ |
| نرسمہٕ اوتار | آدم جِسمہٕ سہہ سُند کلہٕ کرِتھ وِشنو بھگوان سُند پرٛہلادس |
| | بچاونہٕ باپتھ اَوتار۔ |
| نِشید | منع |
| نما | نمن۔ سلام کرٕنی۔ پادن پیٛون۔ پان پُشراوُن۔ نمسکار کرُن |

| لفظ | زان |
|---|---|
| وِشال | سبٹھاہ بۄڈ۔ وَسیع۔ |
| وشِٹھ | ویدک دورُک مشہوٗر ریوٗش۔ رِگ ویدٕکۍ کینٛہہ رِچایہِ/ منتر، چھِ أمۍ لیکھۍ مِتۍ۔ |
| وِشنو | ترٛ مورتی ہُنٛد دوٗیُم دِوتا۔ یہِ چھُ رَچھن وول تہٕ پالن وول۔ گنٛزراونہٕ یوان۔ أمۍ چھِ وُنٛہ تام نوٚ اوتار دٲرۍ مِتۍ۔ |
| وِشوامِتر | أکھ مشہوٗر کھیتری ریوٗش۔ أمۍ کٔر سورگہٕ حوٗر مینکایہِ تھٕری تہٕ شکنتلا آس أمۍ سنٛز کوٗر۔ کالیداسَن چھُ مشہوٗر ڈراما شکنتلا أتھۍ بُنیادِ پیٹھ لیوٗکھمُت۔ |
| وشوکرما | کاینات تعمیر کرن وول۔ سورگُک چھان۔ |
| وِگیٛان | شوٗدتہٕ پاک عٔلم۔ زان۔ پان پرٕزناونٕچ زان۔ |
| ویٛاپک | سٲری سے پیٹھ نظر گُزرتھاوَن وول۔ پرٛتھ جایہِ واتَن وول۔ سُہ یُس پرٛتھ جایہِ آسہِ۔ |
| ویٛاس | ستہٕ وتی ہُنٛد نیچو۔ وید چھِ أمۍ ترتیب دِتۍ مِتۍ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ ویٛاس مہابھارت، ویدانت سوٗترٕ بیترٕ کتابَن ہُنٛد مُصنف تہٕ گنٛزراونہٕ یوان۔ کرٛشن دوٛیپاین ویٛاسن چھِ ارداہ پُران تہٕ لیکھۍ مِتۍ۔ |
| ویٛاکُل | پریشان۔ یَس نہٕ مَن ڈنٛجہِ آسہِ۔ دُکھی۔ |

| زان | لفظ |
|---|---|
| (۱) حسَد۔ نفرت۔ ضِد (۲) لوٗکٹ باغ۔ یتھ منٛز سبزی یا پوٗش بیترِ وَونہٕ یِن۔ | واٗر |
| دُنیاتٕر اوٗن۔ دُنیاکِہ کارٕ بارٕ نِش پتٕھ اژُن۔ | واٗراگ |
| بھگوان کرشن یُس واسُد یوٗس تہٕ دیٖوکی ڈمبہٕ اوس زامُت۔ سُہ عظیم قوت ییمیُک جلوٕ یَتھ ساٗری ہے کاینانس منٛز نظرِ چھُ گژھان۔ | واسُد یو |
| کَل۔ فِکر۔ | واسَن |
| بالشتہٕ (ٹھِنگنہٕ) بھگوان وِشنوسُند اَکھ اوتار۔ اَکہِ لَٹہِ کُرتھ بُتراٗ ژٕتربن لامپَن منٛز بطورِ دان حاٗصل۔ بلہِ دانوس نِشہِ۔ | وامَن |
| وایوسُند کاشُر ناو۔ واوُک دیٖوتا۔ | واوٕلوٗکہٕ پال |
| زانن واٗلی۔ عقل مند۔ ریوٗش۔ وِدوان۔ | وِد |
| قونوٗن۔ طریقہٕ۔ | دِدھی |
| عِلم۔ زان۔ | دِدھیا |
| سمندرَس منٛز یُس نار آسان چھُ۔ | وُڈوانَل |
| سور۔ بھگوان وِشنوسُند اَکھ اوتار۔ اَمہِ وقتہٕ کھاٗرتھ آبہٕ أندرٕ بُتراتھ۔ | وراہ |
| ژَکھ۔ خشم۔ | وِروٗد |

| لفظ | زان |
| --- | --- |
| وبِچھ | تکلیف۔مشکل۔سختی۔ |
| وِپاد | مصیبت |
| وِتم | مُقدّس۔پاک۔صاف۔شۆد۔ |
| وِدُر | یُڈاکایے۔خاکی جسم۔ |
| وِدے | کھسُن۔نۆن گژھُن۔پژکُن (ہِری یہِ سُنُد) |
| وِمَرن | قربان کرُن۔بلایہِ لگُن۔ |
| وِما | پاروتی۔یہِ چھِ شِوسنز شکتی بوج۔ ہندِس رۄپس منز چھِ اُمِس واریاہ ناو۔مثلاً دُرگا،شارِکا،راگنیا،چنڈی،زالا بیتر۔بھوانی سہسرنامَس اندر چھُ اُمِس ساس ناوتہٕ اُمی سِندی نِے ناوَن ہُند چھُ پاٹھ کرنہٕ یِوان۔ |
| وِویک | پاسس تہٕ کھۆٹِس اندر فرق کرنٕچ صلاحیت۔جانس تہٕ ناکارَس منز فرق کڈٕنی۔ |
| ہانی | نقصان۔خسارٕ۔گاٹہٕ۔ |
| ہرنیاکش | ہرنیہِ کشپ سُند دُکوپر بوے یُس بھگوان وِشنوہَن سور سُند رۄپ دھارِتھ مور۔ |
| ہرِژندر | اکھ پژی زیور راژ ییمِس پۆز وَننہٕ باپتھ سبٹھاہ دوکھ پیو ٹُلن۔تارلیہٕ ہُند رۄن۔یہِ اوس ترشنکۆ سُند نیچُو۔ |

| لفظ | زان |
|---|---|
| ویتارنی | دوزکُک اَکھ خطرناک دٔریاو۔ نرٕچ ندی۔ |
| وید | ہیٚندٕ بن ہنٛز مُتبرک تہٕ مقدس کتابہٕ۔ وید چھِ ژور، رِگ وید، یجُر وید، اَتھر وید تہٕ سام وید۔ یمو کتابو علاوٕ چھُ برٛہمن گرنتھ تہٕ اُپنشِد تہِ ویدَن ستی گنٛزراونہٕ یِوان۔ تحقیق کرن والین ہُنٛد وَنُن چھُ زِ رِگ وید چھےٚ دُنیاہس اندر سارِوٕے کھوتہٕ پرٛانٕی کتاب۔ ساری وید چھِ منظوٗم۔ |
| وید انت | اُپنشِد یمن منٛز یِہ فلسفہٕ وَکھناونہٕ آمُت۔ ویدن ہُنٛد اند۔ ویدَ وپہتہٕ آو فلسفہٕ وجوٗد س منٛز۔ |
| وید | حکیم۔ ڈاکٹر۔ |
| وبٕژار | تلاش۔ ژھانٛڈ۔ سونٛچ۔ |
| وِمان | دیپان یِہ اوس پتھ کالُک ہوٲیی جہاز چالہِ کیٛا ہتام، یُس وُڈان اوس۔ |
| وِبن | رؤس۔ ورٲے۔ بغٲر۔ |
| وینا | اَکھ ساز۔ نارد مُنی چھُ اَکھ وینا وایان۔ سیتارٕ۔ |
| ویناک | دیوتاہن ہُنٛد زیٹھ۔ گنپت صٲب۔ شِوٕ سُنٛد نیچو۔ |
| ونتی | گُزٲرِش۔ عرضی۔ پرٛارتھنا۔ |
| ونٛجن | نِیامٔژ۔ خیامٔژ۔ سِنی۔ |

| لفظ | زان |
|---|---|
| ہری | بھگوان وِشنوسُند اکھ ناو۔ |
| ہلدر | بھگوان کرٛشنہٕ سُند بوے۔ یہ اوس سبٹھاہ بہوٗدر۔ دپان کرٛشنٕے یوت اوسنہٕ اَوتار۔ بلکہٕ اوس ہلدر تہٕمس بلرام تہٕ ونان چھہٕ وشنوسُند روٗپ۔ ہلدر چھُن ہتھیار چھُ الہٕ باٗنی۔ |
| ہنُو مان | بھگوان رامُن بٔھتہٕ تہٕ واندر پادشاہ سُگریوُن سِپہ سالار۔ |
| یادوکول | یتھ خاندانس منٛز بھگوان کرٛشن زامُت اوس تتھ اوس یادو کول ناو۔ |
| یَم | موتُک موکل۔ اُمِس چھہٕ دھرمہٕ راز تہٕ یَمراز ونان۔ |
| یٔنٛدر | ویدَک دوٗرُک اَکھ دیوتا۔ یہٕ چھُ سورگُک بادشاہ مانہٕ یوان۔ |
| یٔنٛدرَے | حواسِ خمسہ۔ |

☆☆☆

گرٕ ہیمالُن زِ آکھ توٕ

ست ژِتھ آنند وِگیانہٕ رٕو

کومہٕ بَجہِ بَجنا چوٗنے کرٕ    گاگرِ منٛز پتَم ژٕ ساگرٕ

زبو دِم ترٛژھ یُتھ زِ گیت گسوٕ

ست ژِتھ آنند وِگیانہٕ رٕو

کوبجہِ گرِ سَمواد گٔرِتھ    یوٗگہٕ برِتھ تہٕ وِگیانہٕ برِتھ

اَثر موکھہٕ ژِتھ اَنہٕ بوٕ

ست ژِتھ آنند وِگیانہٕ رٕو

گُنہِ گُنہِ دژامُت ژٕ ستہٕ پٔتی    سَتہٕ سنٛکلپہٕ ستےٚ ستےٚ ستی

ووتُکھ یێتہِ ودان رام جوٕ

ست ژِتھ آنند وِگیانہٕ رٕو

سیتا نیمژٕ اَس راونَن    رامہٕ جوٗ توٕ تِتہِ مُراد وَنَن

لبلہٕ دأنی گٔرنَستہٕ تہٕ ژھانڈوٕ

ست ژِتھ آنند وِگیانہٕ رٕو

دأرِتھ ژٕ منہٕ دارنایہِ دھیان    سٔنی یاسہٕ یوگہٕ رامہٕ رامہٕ زپان

انہٕ بوٕ سادنایہِ پرٛنوٕ

ست ژِتھ آنند وِگیانہٕ رٕو

ڈورِ دوٗرِ گٔری تھس پادِ پرٛنام    ست ژِتھ آنندٕ بولا بولا رام

گو پتہٕ نتہٕ برٛم سٔتی یے گوٕ

ست ژِتھ آنند وِگیانہٕ رٕو

# شِوٕلگن

رسہ[1] پوٗرنہٕ پرُم سَدا شِوٕ
سَت ژِتھ آنَنٛد وِگیانہٕ روٗ
واہن چاٗنۍ نوٗنَد اَشٹہٕ سِدٕ    زیوٗن ہِنٛدِ کرتا نَدٕ
گلہِ اَمرٕتھ یمو چھوٕ
سَت ژِتھ آنَنٛد وِگیانہٕ روٗ
اَمری شورِ ژِتھ رَنبہٕ شِلا    اُمراوتی ہِتھ پوٗرنہٕ کلا
پی پوٗشہٕ پی پوٗشہٕ کم نہٕ پھوٕ
سَت ژِتھ آنَنٛد وِگیانہٕ روٗ
سارِنۍ اَناتھن رَچھِ وِشات    دٲرِتھ اَوتار ویکوٗنٹھہٕ ناتھ
یَہٕ بوٕ سرِ یُتھنہٕ پھٹوٕ
سَت ژِتھ آنَنٛد وِگیانہٕ روٗ
ڈٲرِتھ گُپتِ پاٹھی ڈٲرِتھ گُپھا    لوٗکن ہِنٛزٕ پرُژ گُفا مُفا
سہہٕ اندر تے نبر لٕہی پھسوٕ
سَت ژِتھ آنَنٛد وِگیانہٕ روٗ
آمُت وَرنےٚ ژٕ پار وٕتی    دَکھہِ پڑہزا پٹنٕ سُتی

---

۱ رسہ بُرتھ۔ آنندے۔ (کلا) ۲ امرتھ۔

بازِس برسہِ گو سو دَوِ
ست ژبتھ آنند وِگیانہِ رَوِ
پھیرِتھ شرمہِ ستۍ آیہِ شَرَن یُتھ زِ کیا لیُوکھنم پرمیشورَن
کس وَنہِ پانس مے پانہِ گورِ
ست ژبتھ آنند وِگیانہِ رَوِ
رؤ دمت شِوِ ناتھ ہبتھ تہِ سماد دیوی سرِ نُس سوکھہِ دوپاد
کرِ کھیما شِو تہِ بوزِ دیِو
ست ژبتھ آنند وِگیانہِ رَوِ
دامہِ بھوگ آسن بسن چھُ آسن سنموکھ ترٗاونس مرگازَن
اتہِ بیٹہِ سپتا چھک زِ یِوِ
ست ژبتھ آنند وِگیانہِ رَوِ
یِی کھوت ستہِ زِ پڑایا چبتھ مُہہ مس چبتھ مُہہ تہِ مایا ژبتھ
لُج ہو فِکرَن ڈج زِ پوِ
ست ژبتھ آنند وِگیانہِ رَوِ
لَزِ لُج ہوسُتی وبکھپہِ دَشے یٔتہِ ہتھ کوِ پڑ یہ پشے
دِتہِ تمہِ نہِ یمن مے دود چوِ
ست ژبتھ آنند وِگیانہِ رَوِ
کرزِ گنڈِتھ توِ عرض کران شِوِ سُند دھیان منہِ منز دران
پمپوشہِ وَرشان اَشہِ لَوِ
ست ژبتھ آنند وِگیانہِ رَوِ

وُدِ یُستہٕ بیٚیہٕ گرِعتٕ سُتی    سأمی سے سأمی چھے
پرٕماتما ملیہٕ راگوٕ
ست ژِتھ آنند وِگیانہٕ رٕو
دوٚپ تھس شِوٕجیہٕ یوٚ ہے یوٚ ہے    ژٕرنیہٕ لوٗکس منٛز چھے یوٚ ہے
بیٚاکھ چھنہٕ کوٗنژا زِ وَنوٕ
ست ژِتھ آنند وِگیانہٕ رٕو
یَژھہِ چانہِ تَس چھنہٕ پژھ بڈان    اویدیایہٕ[1] مَن چھس مُہہ کڈان
اَسہِ تہٕ ماتیوٗت وٕنتھ زٕ ہکوٕ
ست ژِتھ آنند وِگیانہٕ رٕو
شنکایہِ منہٕ سِتہٕ بِتیہٕ موکھ    توٗت آیہ سموکھ تہٕ وِموکھ
منہٕ شنکا زِ کاسہا یوٚ یوٚ
ست ژِتھ آنند وِگیانہٕ رٕو
زون ے مے سیتا رام چھنا    یَس تَس روٗس وبشرام چھنا
نتہٕ چھا سہٕ یَس وَنہٕ وَوو رٕو
ست ژِتھ آنند وِگیانہٕ رٕو
یژم وُچھتہٕ سمسار زٕاَنی زِ کیا    لتہٕ کیا نوٗی زِ تہٕ پزٕاَنی زِ کیا
نتہٕ پوٗر یہ باز بوز دِوَیہٕ توٕ
ست ژِتھ آنند وِگیانہٕ رٕو
راعیہٕ جوٕ توٗرِتس یِی کتھ وٕنی    پتہٕ وَرتا نَزِ پَزِ کُنی زٕنی

---
[1] اگیانہٕ

اَن اَرتھٕ کتھِ دِتہٕ روژِ پژبھاو　　　انادرس ناو بھاو ژٕ تھاو
وَتہِ گژھ ووتھِہ کیٚاژِ باٗرِو
ست ژِتھ آنٛنٛد وِگیانہٕ رِو
اٗ گنیٚا زانُن ژٕ کتھ یژٕھی　　　کرمہٕ لیٚکھایہٕ تم تہِ تی ییٚژھی
پنٛکھی زن تہِ اوس وُڈِو
ست ژِتھ آنٛنٛد وِگیانہٕ رِو
شِہٕلوٗگ اسنَس تہٕ کوٗپہ ہوٚتُے　　　آدٕ انت ووٗنمُت موٚت موٚتُے
روٗٹھمُت ووٗنہٕ زانہہ تہِ مَنو
ست ژِتھ آنٛنٛد وِگیانہٕ رِو



مائِلس ماجہِ ہُند سریہہ زِگنیوم ؤدیٖ ؤدیٖ ئری ئری مے ژوٚروٗنیوم
وَرشہِ کے دَرشنہٕ پھولِو
ست ژبتھ آنند وِگیانہٕ رَوِ

دَکھِ پڑبولپَنت پگنز کران کورِ زامہِ ترسان گرِ بَران
پرانہِ غوصہٕ موٗٹھمُت سُہ بھیرِ
ست ژبتھ آنند وِگیانہٕ رَوِ

پڑون کوٗپھ وبگلِتھ آو نوٚو تمَے تِمَن گُتھنے گَن نہ تھوٚو
کال دِیِہ وِہہ بیٚول ووتھِو
ست ژبتھ آنند وِگیانہٕ رَوِ

وَننے ما ووٚتمت چھُ سوال مالُین آسہِ کیا تہٕ ماتا مال
وَنَن اوس شِو ووٚنی بیہ بَدِو
ست ژبتھ آنند وِگیانہٕ رَوِ

دیوی پھیرِتھ وَنبس وبنت ہی شِو چھمنہٕ ڈنجہِ روزان ژبتھ
بوز کتھ بوٚزہو چھُو میٚتہٕ یوِ
ست ژبتھ آنند وِگیانہٕ رَوِ

کِنسی سُند گرِ یاتہٕ پُرد پاس سویم آگتھ ووٚنکھ زِتھس نواس
کوٗنس گوھن پانہٕ وأنی بیہ ووپدر
ست ژبتھ آنند وِگیانہٕ رَوِ

دیہٕ لون زان کم کتھ مٹے ڈبکہٕ یَس بیہ لیوٗکھمُت تہٕ کتھ ہٹے
بوزنَس نہٕ ژکھِ ہوٚت وَنان شِو
ست ژبتھ آنند وِگیانہٕ رَوِ

گیلہِ بیٚنہِ مأج کورِ دِیہِ پام
وأرِو چھمنہِ بیٚیتہِ ہَش تَے زام
زِندہِ چھم سأری ستہِ کمن رَوِ
ست ژبتھ آنند وِگیانہِ رَوِ

ستہِ گوم تیُتھ بیٚیتہِ یُتھ کیٛاہ گوم
یؤنی کؤنی ستہِ لیُتھ کیٛاہ گوم
سرِ دِیہِ رۄس زۄن کتھِ نشَوِ
ست ژبتھ آنند وِگیانہِ رَوِ

چھٔنے ہِش سوتھرِ چھتہِ موچھِ مؤران
أچھِش سو آولنہِ لرِ ییران
مُتھ ہِش ژھاٹھ اتھہِ کھورَوِ
ست ژبتھ آنند وِگیانہِ رَوِ

ژھینٚز ہِش سو آشو پاشو سان
آشو مُٹہِ چھے پان دَپان
شِہ تھۄوے مےٚ آشِہ
ست ژبتھ آنند وِگیانہِ رَوِ

☆☆☆

# ستی ماتایہِ ہُند مالیُن واتُن

سوٗستی ییلہِ دکھن دیش وأژ
وُچھنس آیاس مالنٕ بأژ
دپہٕ نے زِ سوالس آوِ کوٕ
ست ژتھ آنند وِگیانہٕ روٕ

گیلہِ دِنہٕ پڑژھی پڑژھی کنہ پھِسرا ے
سوستی دَکھنس کوٕ پوٚت آ ے
از موٚتھس سُہ ویرِ یُس کران یوٕ
ست ژتھ آنند وِگیانہٕ روٕ

کہلیوٗس من نَزِ شیہلیوٗس
پتہٕ رُن پانس پائے پیوٗس
نوٗن پیوٗس زن چھوکس سُہ ہجوٕ
ست ژتھ آنند وِگیانہٕ روٕ

لُجہِ لُج ژٕنژ ژٕنژ ژبتایے
بہٕ اَسن اَسن کھسہٕ ژتایے
واسنایہِ ہُند بیوٗل توٕ توٕ
ست ژتھ آنند وِگیانہٕ روٕ

نَدٕ آسہِ پکہٕ وِنہٕ مَدٕ گیوٕ
ست ژِتھ آنٔند وِگیانہٕ رَوٕ

ڈیٖنٛٹھک تہٕ میچھرٕ سویم پرٛکاش
مہا آکاشس سو ژیتے آکاش

کلپَے گُلی ہے یُتھ تہِ دزٛاو موٕ
ست ژِتھ آنٔند وِگیانہٕ رَوٕ

ژھأرِتھ تتہِ چھِنہٕ کینٛہ تہِ لَبن
ژھارَے ییہِ لۆکو تہٕ ماجہِ بَبن

وُنہِ چھِے میٛتہِ سُے یہِ ژھانڈَوٕ
ست ژِتھ آنٔند وِگیانہٕ رَوٕ

پانَس پانَے چھُ میلہٕ وُنے
گِنٛدنا چھُ گِنٛدُن تہٕ گیلوٗنُے

سون نیرِ نارٕ منٛزٕ گلہِ زہٕوٕ
ست ژِتھ آنٔند وِگیانہٕ رَوٕ

پرمانندٕ بوز دَیہِ گتھ
وۆتھ ترٛوومُت سارٕ مُرٛژ مَت

کتھ بوز نتہٕ کیا بہٕ کرٕ گرٛاوٕ
ست ژِتھ آنٔند وِگیانہٕ رَوٕ

☆☆☆

# سٕتی ماجہِ ہُند پان زالُن

سأس یُن گوم یٚوت سِتم
یٚوری پتم نرِ توری نَتم
وُچھتہٕ بأرو میأنی ہا بأرَوٕ
ست ژِتھ آنند وِگیانہٕ رَوٕ

یِی وٕنتھ زوٚن سرکیہِ اکنہٕ کونڈس
میچ شاکھا اَوِشٹانہٕ مونڈس

پڑاُونرِ پِڑھ گتھ تہِ سبدَوٕ
ست ژِتھ آنند وِگیانہٕ رَوٕ

لگی ہَونہٕ گنہِ تتہِ پَنژ بوٚت
زالا درلیہِ اَگنہٕ جوٚت

راُگنٔیا توٕ چی کلشہٕ لَوٕ
ست ژِتھ آنند وِگیانہٕ رَوٕ

پربَت گٔیہِ تتھ اَگنہٕ[1] وٕتر[2]
دُمرٕ موکھہٕ آکاش چھتر

دٕپن تتہِ دِوتا تہِ وَنوٕ
ست ژِتھ آنند وِگیانہٕ رَوٕ

وَنہٕ وَنہٕ ژَندَنہٕ آرد نہٕ کاٹھ
واٹھ کیٚا تتہِ دھرتی گٔیہِ کاٹھ

گگنس[1] کو پَن[2] کھور اوٗ گُن  یاد پیٚوکھ پتھ کالہِ کُے لگُن

نٹن اوس پاتالہِ سان دزِو

ست ژتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

برہما وِشن یندرِ تہِ ریٚشی  ترأوِتھ ژلہِ ہَن سأری سُہ دیش

دیشہِ رشہِ روٗس پیٚوکھ ووپدزِو

ست ژتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

زانن تہِ کوٗنہہ کس کیا بَنے  کس سنا ہُرِ ستہِ کس چھونے

وانن دِتھ روٗدی پھاکو

ست ژتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

یعنے اُچھ تروٗپرِتھ دہن نیے  پتھ پتھر دھرتیہِ ستی سَنیے

ژمہِ یُس بیوٗل نیرِ تتھ تھوِ

ست ژتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

کرِشنس کاسُن اوس بھوٗمہِ بور  اَوتار دأرِتھ آیاو یور

گاجان کورَو پانڈو یادَوِ

ست ژتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

تتھے گو شِوِ اَوتار دکھِنَن  بومرن رن لوٗکن تہِ کھٹَن

کم نہ زِندِ اَمرِتھ لی چوِ

ست ژتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

---

[1] ازمین۔ بُتراتھ۔ [2] یم چیز ہونس ہیترِ مژ ہُمنہِ یوان چھِ تتھ چھا اگنہ دٕترونان مثلاً گبو۔ وُشکہِ پمچھ۔ شکر ہیترِ۔ کلا

# شیوٕ سُند ژٕکھِ ہوٚت دَکھہِ پرہٕزاپٹُن واتُن

یِی گو یُوٗگہِ سمبُوٗگہِ پرٛاپت    یوٚسہٕ دون بنہٕ یوٗگ پرٛاپت
راوٕنے زٕ پھل ما پرٛاوٕ
ست ژِتھ آننٛد وِگیانہٕ رٕو

دِہہِ درشٹی ژٕلہِ گلہِ ایمان    اَدٕ بنہٕ ست سوروٗپہٕ گیان
کرشنس یتھ آننٛدٕ وِگیانہٕ رٕو
ست ژِتھ آننٛد وِگیانہٕ رٕو

کوٗپیاو یوٗزِتھ یوٗتا ناتھ    دَکھِنَس گرٛہتھ کراُتھ پاتھ
موٗل زٕ پرٛیزٕ منٛز تھوٕ تھوٕ
ست ژِتھ آننٛد وِگیانہٕ رٕو

جٹہٕ گنگ یسٕتہٕ ہٕٹہ واسُک ناگ    سُتی ہیٛنز پرٛژ مہا وآراگ
یوٗگی شور تہٕ روٚم یوٗر بھوٕ
ست ژِتھ آننٛد وِگیانہٕ رٕو

تتھ دِکھِنہِ دیشس وُترٕ بُنٛیل    واتنہٕ روٚسٕتے ترٛاسن ٹُل
گٹہٕ وُنی زِ کتہٕ پِیہِ سِرکیہ پرٛہو
ست ژِتھ آننٛدٕ وِگیانہٕ رٕو

سنٛتہٕ ستہٕ پنٛچھی ییم بھوٗتھ تہٕ پرٛیتھ    سوندر موکھ داَرِتھ وپرٛ تتھ
کُن ڈوٚل دَکِھنَس تہٕ تالٕو
ست ژِتھ آننٛدٕ وِگیانہٕ رٕو

تَس ہِمالَینِز مینا وٗتی     سُتی بنہِ تتہِ نِے پاروٗتی
توتہِ نَس أسی تہِ تٔژ آسو
ست ژِتھ آنٔنڈِ وِگیانہِ رٔو

ؤنَس چھُ کارَن مُنی ریشے     پھاگنہِ گٔژہِ پچھ ترٔیوٗ دَشے
سوکھہِ موکھہِ بنہِ ییتھ ووتشہِ ژھسو
ست ژِتھ آنٔنڈِ وِگیانہِ رٔو

بوٗزِتھ چھُ شنکر ناتھ شمان     گرٔزَن تہِ أسی آکاشہِ وِمان
سارِنِے أرمان سُہ ڈیشو
ست ژِتھ آنٔنڈِ وِگیانہِ رٔو

تپسنہِ کٔلاشہِ شرٔنگ روٗد     دأرِتھ سمہادِ وُنہِ کروٗد
ساتہِ کٔے ییہَن گو

پرمانندِ تژاو کتھ     آشوریہِ شِو ناتھس چھ گتھ
لس کر ژِ مندبن تہِ رات شِو
ست ژِتھ آنٔنڈ وِگیانہِ رٔو



شرۆت یِی بۄزی تو کِیاہے　　بوزٕنس چھُو وِہٕارٕ ترٛاپے

مےٚ روو وٕنۍ تو راوٕو

ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانٕہٕ رَوٕ

تتہٕ منہٕ ساأری تٔژ شِیاہے　　شِوٕ دَرشنٕہٕ ہی گُن نَمیاپے

کیا سنا آستہٕ تیُٔتھ ڈیشوٕ

ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانٕہٕ رَوٕ

کوٗپس لیپن آے ریٚشی مُنی　　برہما دیکھ سیٚدی سادٕ مُنی

بولان تھدِ شِوَے شِو

ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانٕہٕ رَوٕ

سُٔتی روٚستےٚ چھٕنہٕ شہلان　　کوٗپہٕ ہوٚت تہٕ گَرِ گَرِ گٔہلان

برٛہما توتہٕ تَس تہٕ ماَدھوٕ

ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانٕہٕ رَوٕ

ہی شِو پانٕہٕ چھک برٛہم آگنی　　روزِ ما سو سُٔتی گُنٕی ژٕنی

ہیمہٕ گرٕ تمہِ دوٚپ یٚیمہِ زٕوٕ

ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانٕہٕ رَوٕ

تپسیایہِ ترٛاوِ اَبمان پرٛون　　پرٛانیوٗمُت یِہٕ　　مالِنی کرٛون

ژھاأرِتھ تہِ پرٛاوی ژےٚ شِو

ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانٕہٕ رَوٕ

پڑٲنہٕ وڑرژسورٕ وٕنۍ سوکوٗپہٕ مٔژ  شِوٕ درشَنسےٕ مٔژ گٔمٔژ

میلہِ کرسَنہٕ زوٗنہِ ستیٖ رَوٕ

ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

آرٕ کأژ راوٕ رِتھ دۄن تےَ رأژ  پڑیہٕ وٕنۍ پڑاوٕنَس سو دِیہِ گأژ

بڑمرِ یایہِ سیٚدبو تہٕ سادَھوٕ

ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

پانےٚ سَتہٕ ریٚشی وأتی تَس نِشے  دروٗڑٕ تایہِ ڈٲلہِ ماسو دویہٕ رٕشے

شِوٕ جی نو پیٚیہٕ وادَوٕ

ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

سوٗرٕ موٚت سُہ سورمَس ماپڑے  کھوژٕ ناوٕ وُن دیوٗن پیے

ساکھیات[1] شِمشانہٕ بأرَوٕ

ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

درشَن بھَیانک ہاوٕ وُن  نبتھہٕ نوٚن قبیلہ منٛدٕ چھاوٕ وُن

وۄلُمت سُہ کپالہِ[2] مالَوٕ

ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

سَنر بَن ہُند چھس یونہِ نأٹلی  وارٕ زونُمت چأنۍ ماجے مأٹلی

وأنسہِ کنٛی کأنسہِ کوٗنس ما سُہ بھَوٕ

ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

---

[1] بڑوٕتھہٕ کنہِ - [2] کلہٕ کھوپرٕ -

# پاروٕتی ہُنٛد ہمالنہِ گرِ زٕنم ہیوٚن

مینا وَت یوسہٕ مینا وٕتی    تتہٕ آیہٕ زٕنٛمس سو پاروٕتی
تیٚزٕ ژٕمکی ہٕندِ پیٚتہِ ہِری یے پژٕو
ست ژٕتھ آنٛدٕ وِگیانہٕ رَوٕ

آیایے گَند رٕو گبونس    دیویہِ تتہٕ دِوتا سپوٚنَس
اسنس تتہٕ وِسہِ نَس چھُ دَو دٕو
ست ژٕتھ آنٛدٕ وِگیانہٕ رَوٕ

زٕتھ اُس تپسی نیٚتہِ کران    سرسوتی نِشہِ ژور وید پَران
پَرمہٕ پد پژٕاُوِتھ سو دَھرمٕو
ست ژٕتھ آنٛدٕ وِگیانہٕ رَوٕ

ساٚنٛتوٕ ہٕو کتھ نہٕ کاٚنسہِ باوِ ہے    سَرِ ہے شِوٕ تتہٕ پانہٕ راوِ ہے
یُژٕ مُژٕ گاٚہژٕ تتہٕ فلَوٕ
ست ژٕتھ آنٛدٕ وِگیانہٕ رَوٕ

سورٕوٕنی دٕن تَے رات چھےٚنَس    شِوٕ یوٚد مےٚ پییہِ ہم وَرنس
دیٕو توٕ رودمُت زِ لَبوٕ
ست ژٕتھ آنٛدٕ وِگیانہٕ رَوٕ

ماجہِ مأٔلِس تتہِ کھَٹہٕ وِنی کتھ    أندرِم نبَر نہٕ ژَھٹہٕ وِنی گَتھ
لولہٕ أگنہٕ شولہٕ وِنی سو تیزَوٕ
ست ژٕتھ آنٛدٕ وِگیانہٕ رَوٕ

توہہِ پزٕ وَتھ ہاوِنۍ لۄکن        نَزِ وَتھ راوِ راوِنۍ لۄکن
زاؔنۍ ہتۍ تہٕ پزٕی ہتۍ ویدٕ
ست ژٕتھ آنٛدٕ وِگیانہٕ رَو
ویدِ ویپر ہت وأنۍ وَہنۍ        پانہٕ پزٕہزر ناوی تون بوذِ پٕنۍ
پزٕ کتھِ ژکھ مازِ پزٕبو
ست ژٕتھ آنٛدٕ وِگیانہٕ رَو
ہکہٕ مابہٕ تَس نٮ۪ندیا[1] کرِتھ        تیمۍ ہنز زندگی چھَم مرِتھ
مۄلہٕ تمۍ ہندِ دژ امُت تھو
ست ژٕتھ آنٛدٕ وِگیانہٕ رَو
پانہٕ چھوِ زانہٕ وِنۍ وارِ کتھ        کأنسہِ ماتَس رۆس کینٛہ چھےٚ گتھ
تَس دپوس سأری سیوٕ
ست ژٕتھ آنٛدٕ وِگیانہٕ رَو
سَتھ ژٕنۍ چھوِ تہٕ ستھ واکھ دیوم        شِو ورہم تۆ منہِ منٛز پزٕیوم
پزٕیہِ تیہنزے سأرۍ پزٕبو
ست ژٕتھ آنٛدٕ وِگیانہٕ رَو
بۆزِتھ سَتہٕ ریشۍ اَسہِ نٮ۪ش        ستی أسی آیہٕ کأڈاہہٕ نٮ۪ش
پٮ۪تہٕ پزاران چھےٚ ژٕےٚ شیوٕ جیو
ست ژٕتھ آنٛدٕ وِگیانہٕ رَو
سۄرِ مۄت سہ زِلیس ژٕ سوران        ویرِ چانہِ أسی سَرِ گی کران

---

۱۔ پۄت کتھ بہ غأبتھ۔

بالک چھکھنا راژ کمار شوبہٕ ہکھ ژٕ یێمہٕ موکھہٕ راژ وار
راژ زگتک گُل سارٕو
ست ژٕبتھ آنٹٕ وِگیانہٕ رٕو
گٕو راوِ رَکھ ژٕ تیسٕژٕ ے کلے سوٕر تنہٕ یُس ژَم تے بوٕر مَلے
بنگہٕ چرَسَن سہ ڈولمُت پٕو
ست ژٕبتھ آنٹٕ وِگیانہٕ رٕو
سون تہٕ روپھ تہٕ موختہٕ لال پژ ہے نژ تپہٕ ستٕر پان وَزِ ہے
راژ کُمارٕ وَرٕ رازٕو
ست ژٕبتھ آنٹٕ وِگیانہٕ رٕو
گرٕ چھسنہٕ کُنہٕ کتہٕ ژھارہَن سوٕز ہَس کوٕنژھ تہٕ گارہن
چھسنہٕ کُنہٕ نیب نِشانہٕ تھٕو
ست ژٕبتھ آنٹٕ وِگیانہٕ رٕو
راژ کورِ دوٕ پنگھ چھو ریش پژ ماتوہہٕ یُتھ زِ کالہٕ دیش
ژبتہٕ بژم گومُت چھٕو کٕو
ست ژٕبتھ آنٹٕ وِگیانہٕ رٕو
ریٖشی رَژَر گو زِ ریٖشی دھرم نژ کُرمس زِ پژاوُن بژم
ہَجہٕ وَتہٕ کُس زِ لوٕگ سبٕدٕو
ست ژٕبتھ آنٹٕ وِگیانہٕ رٕو

# پارؤتی ہٕندِ کھاندرُک تلاش

دوہہِ اِکہِ راژٕ رأژٕ سوران        راژٕ کورِ ہٕنز کتھٕ کتھ کران
بٔڈِ وآژ پرٛز ووٚنی تُس ویوا[1]
ست ژٕتھ آنٚندٕ وِگیانٕہٕ رَوٕ

راژٕ دارا جان میلہِ نا        زوٗنہِ سانہِ گُنہِ بھان[2] میلہِ نا
پان جان تٔمۍ ہےٚ زِ وَندَوٕ
ست ژٕتھ آنٚندٕ وِگیانٕہٕ رَوٕ

پروہِت یُس تِمٔس زِ کولہ گُے        تَس ووٚنُکھ أندرِمہِ لولہٕ گُے
راژٕ کورِ ویواہ زِ گرَوٕ
ست ژٕتھ آنٚندٕ وِگیانٕہٕ رَوٕ

گُنہِ شایہِ کوٚنہہ راژٕ وار وُچھ        گامہٕ گامہِ پرٕتھ شہار وُچھ
تیُتھ ہیوٚ یُتھ أسی تہِ تھکَوٕ
ست ژٕتھ آنٚندٕ وِگیانٕہٕ رَوٕ

گرمہٕ لیکھا یوٚدنہٕ زأنی زے        یوٚز ستیٚ جان جان مأنی زے
پٔیہِ نا جان تان منگَوٕ
ست ژٕتھ آنٚندٕ وِگیانٕہٕ رَوٕ

---

[1] کھاندر۔ [2] ہِرکیہ۔آفتاب

واٲرِ روٗس چھکھ تہٕ ژٕ رے سیوَوِ
ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوِ
یُس پیٚوھہِ یُس سُے تُس پیٚوٹھے     گرٛھہِ یُس سے سُے لَس گرٛھے
پیٚوھہِ پڑھہِ تمُ بے پڑارَوِ
ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوِ
یۄھہٕ نُس ژٕ تَستہٕ تَستہٕ چاٲنی وپر     أزی چی نہٕ یہٕ چھےٚ پرٲنی زپر
دۄرنہٕ روٗزِتھ تہٕ نیر نیر چھِوِ
ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوِ
ساٲرے چھےٚ تیپرٕ ے دَیہٕ گتھ     ژٕ سَرُن سُہ پڑاو نَزِ یہٕ گتھ
پھیر یوٗت نیرِ کیا کتھَوِ
ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوِ
تُس تہٕ چھنہٕ آنند ژےٚ سِوا     شِو چھتہٕ کر تیپرٕ ے سیوا
کھبما کر ژٕ أسی تہٕ گرٛھَوِ
ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوِ
أسہِ تہٕ چھُ رَکھپال[1] آسہٕ وُن     ویادٕ[2] أپاد ساٲری کاسہٕ وُن
ناوِ بَندٕ یوٗگہٕ دھیان سَروِ
ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوِ
گُیہٕ تم یِی وُنتھ سُہ پتھ کران     یِژ کال گوکھ شِوے زَپھ کران
تپہٕ زَپہٕ باونایہٕ باووِ
ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوِ

---

[1] راچھ کرن وول۔ [2] دوکھ دادری۔ مُصیبتھ۔

بۆزِتھ تہٕ پانٕے گرٕ گٔیس باوناہِ بڑٕ آدرٕ گٔیس
پَزٕ کتھ مُژرأوِن زٕو
ست ژٕتھ آنٛدٕ وِگیانہٕ رٕو

بژہمنہٕ کیا چھے ژٕ‎ے وَننٕے پرالبہٕ چھُ پنہٕ نٕے پنہٕ نٕے
دٕو لانہِ وۆومُت زِلونٕو
ست ژٕتھ آنٛدٕ وِگیانہٕ رٕو

وَنہٕ ہا پٕزٕ کتھا ژٕ بوز کھے تھسکہٕ ہگ تہٕ پان تورسوز کھے
یٕژٕ تھسکِتھ تہٕ ٹیُتھ توٕے وَنٕو
ست ژٕتھ آنٛدٕ وِگیانہٕ رٕو



یُتھ ہیٚو زانکھ ژٕ ہیٚو اَسے     لَسہِ سُے اَدٕ اَسہِ وۄلسے
کرٛانہٕ قبیلہٕ سانہٕ نَشوٕ
ست ژٕبتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

بۄزِتھ تہٕ پرٛوٚہتہِ سَکھر[1] یاو     گوڑٕ سونتہٕ پھۄلمُت بۄڈ ناو
چھِوٕ نَس آو گنڈُن چھوٕ
ست ژٕبتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

واراہ رازَن تہٕ رأنۍ یے     وَنہٕ ہَس میچھِ پچھِ وأنۍ یے
پٔتا تہٕ ہٕبتھ پرٛوٚہت گُنے گوٕ
ست ژٕبتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

سأنۍ کۄر کیا تہٕ نتہٕ چأنۍ کۄر     کھۄژی زِنہٕ پکہٕ نَس نیٚو رتہٕ ڈۄر
دورِ نیر دِوٕ گُنہٕ سَموٕ
ست ژٕبتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

ذاتک تہٕ وارٕ وُچھ زِمیلہِ یُتھ     پتہٕ برٛونٹھہٕ کانژ ھانہٕ گیلہِ یُتھ
جوٕ اَستھ تہٕ ہٕبن ہٕجوٕ
ست ژٕبتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

دژاو پرٛوٚہتِ راز پچھتَرٕ[2]     وارٕ پأٹھی روخصت ہٕبتھ گرٕ
رازٕ کورِ تی وَژُن کنن گوٕ
ست ژٕبتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

---

[1] گۄرٕ جی۔ [2] ساتھ۔ مُہرتھ۔ گُنہٕ رٕژ کامہِ گۄڈنہٕ وِزِچھ بٹہٕ بیترِ مُہرٕ تۄ چھان۔

تتہِ چھےٚ شیشہ خانہٕ شیشرٕس      ہِشر چھُنہٕ کُنہِ ایشرٕس

لال موختہٕ دَنہٕ دیار تۄدٕو

ست ژبتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

تنٛبلیومُت تتھٕ نےٚ بہار      رنبہٕ وُن ڈیشتھ سو زنبہٕ وار

نوکر تتہِ یئندٕر تتہٕ یئندروٕ

ست ژبتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

تتہِ چھےٚ چھَپنس سونتھ ہرُد      پانہٕ وأنی مُیترُت کِنہٕ زِسہ وِرُد

دین چھےٚ تتہٕ دہو دأنوٕ

ست ژبتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

جتن تتہِ ہارُن تاپھ      ماگ تژاو پھاگنہٕ سورٕ شاپھ

رۄد واو تژٹہٕ شین کیا گوٕ

ست ژبتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

پَزٕ کتھہٕ پَزٕ پژھ سارِنےٚ      پۄز بوز یۄد ژےٚ پزٕ مارٕ نَے

پزٕ پۄز یہٕ زِ پزٕ پَزٕوٕ

ست ژبتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ



# پارؤتی برٛہمنس شیو ناتھُن پےٚ وَنُن

یَتھ دارَس چھُ کرمہٕ لون میون  تۄ رۄس گۄ پیٚپہٕ ہی تھسکون
پکہٕ پکہٕ تہٕ تھکہٕ تڑاوۄ
ست ژبتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوۄ
واتُک میون وُچھتھ ستہٕ ریشو  برٛہمنو پنٛڈی تو جو تٕشو
وۄنہم پھل منٛز ہتھ شِوۄ
ست ژبتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوۄ
وۄترس دیشَس ژٕ آشوٗ چھے  سارِ نےٚ ہُند سو بۄگی گُنے
تتھ دیشَس کُن ژٕ تڑاو رَوۄ
ست ژبتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوۄ
ملیہٕ چانہٕ وۄنےٚ پۄز ژٕ بوز  تورُکن لار وۄنی بیٚتہٕ مہٕ روز
بیٚتہٕ کاٗلاس پرٛبَت تہٕ شِوۄ
ست ژبتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوۄ
تتہٕ یِی ڈیشکھ تہٕ تی چھے سار  تتی تھے پزار اورِ یور مہٕ لار
تتہٕ چھے موختہٕ ہارَن لوۄ
ست ژبتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوۄ
سوٗھکہٕ لرِ نےٚ چھُ تتہٕ موختہٕ دیٛون  تتی بےٚ چھے کرمےٚ لون میون
تتہٕ تپہٕ سان چھے شِوۄ جیوۄ
ست ژبتھ آنند وِگیانہٕ رَوۄ

گرٕ پزٕ وِنہٕ آکاشہِ نٔدٕ وُچھن     وُچھن اوس سرپھٔن مےٚ مانچھن

ننہٕ وور کھوٚنڈری لَد لٔدِتھ چھوٕ

ست زٕبتھ آننٛدٕ وِگیانہٕ رٕوٕ

سرَ پھ اٚسی کلہٕ نےٚ نال ؤلِتھ     وَتہٕ روومُت تہٕ ہیٚکہٕ ماژٕلِتھ

پزٕاوٕ یختیارٕ روٗس گوٕ

ست زٕبتھ آننٛدٕ وِگیانہٕ رٕوٕ

پانس کرٕ وُن سولبل تہٕ وأنی     پزٕ کتھ یٔژھ تمی اٚپزٕ زأنی

پکنٛس پکان اٚشی دارٕوٕ

ست زٕبتھ آننٛدٕ وِگیانہٕ رٕوٕ

پتھہٕ تِتھہٕ پکہٕ بیٚہٕ یوٗزنا     میلہِ دہٕ وَکھنا تہٕ پوٗزنا

مُدا سمشَیہٕ سان گوٕ

ست زٕبتھ آننٛدٕ وِگیانہٕ رٕوٕ

آس کور گرٛھہِ کور کیاہ بٔنیوم     کیا سنا یور کیٚا اٚسم مے کوم

لوٗکہٕ گتھِ بزٕہروٗس بو کوٕ

ست زٕبتھ آننٛدٕ وِگیانہٕ رٕوٕ

کھوٗ زی کھوٗ زی پکٔن گوشوٗ زی پأٹھی     آشہِ روٗس تزٕ آوِتھ سأری ٹاٹھی

ؤسی ؤسی کھٔسی کھٔسی ؤستھ پہوٕ

ست زٕبتھ آننٛدٕ وِگیانہٕ رٕوٕ

پانس پُشران کالہِ سےٕ     لوٚگمُت مُہہٕ جنجالسے

پزٕاربد کرمَو سُہ تور نٕوٕ

ست زٕبتھ آننٛدٕ وِگیانہٕ رٕوٕ

# برٛہمن چھُ شِوناتھنہِ وتہِ گُن نیران

برٛہمنس تہِ پزٛ گتھِ آیہِ پژھ     پۆز دۆپنس وارِ تور گژھ
تنٛبلیومُت سُہ دراو ہیٚتھ دوٚرِ
ست ژٕتھ آنٛندٕ وِگیانہٕ رٕوِ

وتہِ دۆرِتھ یِژ دۆر     دپَن اوس ووٚنی پھیرِ ہلبہٕ یور
سنگرَن تہٕ بالَن لۆگُس گوٚ
ست ژٕتھ آنٛندٕ وِگیانہٕ رٕوِ

وتہِ راوِ رُس رادِ کنے     یور کرٛہیڈ کُنڈی تہٕ کھمبرِ کنے
کھور مےٚ گلِم پھٕلی مہٕ پلوِ
ست ژٕتھ آنٛندٕ وِگیانہٕ رٕوِ

لُکہٕ گتھِ برٛمروٗس بۆز رۆس     ناو چھُم برٛہمن تہٕ ۆز رۆس
ہاوِہم ووٚنی درشُن شِوِ
ست ژٕتھ آنٛندٕ وِگیانہٕ رٕوِ

نہٕ وور واتہٕ کور کھور پھٕلِم     یور کور آس کونہٕ ساس مۆلُم
شُری تہٕ بأژ کتہِ چھِ تہٕ باندَوِ
ست ژٕتھ آنٛندٕ وِگیانہٕ رٕوِ

گژھہِ ہانتہٕ مَن چھُ تمبلان     موختہٕ دارِ شنکایہِ چھےٚ ژلان
دِیوِ شِوِ درشَن تہِ ڈیشوِ
ست ژٕتھ آنٛندٕ وِگیانہٕ رٕوِ

گوسانٛی دوٗپنَس زانٛی روٗس  آکھ کُہ یور ییٚتہِ کوٗنہہ نہٕ لوٗس
آشہِ ستیٚ گژھہٕ گَیہِ گاشُو
ست ژِتھ آننٛدٕ وِگیانہٕ رُو

مانشہِ مانشہِ کھوٗتُے ژرٛے  کیاگوٗےکونہٕ کیٚنہہ موٗٹھُے ژرٛے
جنگلس منٛز پرٛاہ ژرٛے گوٗے گُو
ست ژِتھ آننٛدٕ وِگیانہٕ رُو

شُری تَے باٗژ وَن کیا کرنَے  بوٗزِتھ مَرُن چون مرنَے
سُل چھے تہٕ ژِل ژُلتہٕ پَکُو
ست ژِتھ آننٛدٕ وِگیانہٕ رُو

ییٚتھِ ترِ منٛز چھے نہٕ نار پھاہ  گنٛیانہٕ روٗس تہٕ پانٛی پانہٕ گوٚیہِ داہ
برہمنس کنٛن گوٚیہِ ییہِ کرٕ رُو
ست ژِتھ آننٛدٕ وِگیانہٕ رُو

اُچھ وُسہٕ رأوِتھ اوس وُچھان  جوٗگیاتہِ ڈیشتھ زاپھ گژھان
منہٕ کَنٛی لوٗگ کرنہِ شِو شِو
ست ژِتھ آننٛدٕ وِگیانہٕ رُو



# شِوٕ ناتھس نِشہِ برٛہمنٕہ سُند واتُن

ڈیوٗنٹھُن اَکھ گوسوٗنیا پہتھ ‏ سہم[1] آسنہٕ یئندرَے[2] جیت

جٕتہٕ مُکٹٕہ اُگنہٕ نتٕرٕو

ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانٕہ رٕو

گرٕ ژٕرمہِ واسو نالٕی سرپھٕہ ہار ‏ کلہٕ کھپرٕبن تہٕ کیٛنہ تتہِ شمار

ژٕنہِ ٹاری کیٛنہ نکٕہ واریو

ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانٕہ رٕو

مُرِتھ زن پادن ورٕتھ مُنٹھس ‏ شِوٕ شِوٕ زیوِ پٕٹھ ہتھ موٗنٹھُس

وٕسرنہٕ آو پتھ پتھ سُہ گوٕ

ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانٕہ رٕو

تھرٕ تھرٕ ژلیہِ تَس تہٕ پیوٕ پتھر ‏ پتھرَن پٕٹھ ترٛاوِتھ سُہ تھر

پھیشان وُٹھ تہٕ ژاپان زٕیو

ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانٕہ رٕو

گوسانٛیٛ ڈٕیشتھ تہٕ تھوٕدوٕ وتھان ‏ وُتتھ سادِ منٛز ییُٛس ووتھان

تھانٕہ نِشہِ تھانٕہ دار کر زِ پیوٕ

ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانٕہ رٕو

ڈیوٗنٹھُن برٛہمنس غش گومُت ‏ پیومُت پتھر وارِ آرٕ کوٚت

وٚلُمت تہٕ بوٚڈُمت سُہ پھیٚنو

ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانٕہ رٕو

---

[1] ہمیہ [2] خاہش

ملیہِ پأٹھی راز کورِ وۆنتَم کألاسہٕ پربتھ تُل قدم
ئتٕۍ موختہٕ ہار مولوٕ
ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانہٕ رٕوٕ

توٕ روٚستے گوٚھن چھے تھکُن اَشُن مۄون تٕۍ تہٕ ہیوٚت تٕمۍ تھکٕن
مۆکھہِ دارُنہ سُہ تتہِ موختہٕ ڈیرٕوٕ
ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانہٕ رٕوٕ

ہکٕہِ ما یو یُتھ تھکُن تٕۍ تھٕکتھ پکُن اوسُم تتہٕ ووٚتُس تھٕکتھ
زیوٚٹھ منزل مےٚ کرۄٹھ کوٚت پیوٕ
ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانہٕ رٕوٕ

تَمہِ تھکٕنُک چھُمنہٕ نیب پِوان گرٕ کیا چارٕ چھُ نیب ہوٕان
ساسہٕ منزٕ اکھ نِشانہٕ کتہِ تتہٕ کوٕ
ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانہٕ رٕوٕ

ژٕ ے سِوا کیا یَتھ وَنس نہٕ کوٚنہہ پرٚیہٕ وُن یُتھ لُس منزنہٕ کوٚنہہ
آس کتہِ کوٚت مےٚ واتُن پیوٕ
ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانہٕ رٕوٕ

اَنہِ گٹہِ لأنۍ أنۍ نَم وَدل بوز ووٕنۍ سیٕز وَتھ گیٕہِ مےٚ بدل
رٕوٕ دیہٕ لأنس کِنہٕ رٕوٕ
ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانہٕ رٕوٕ

ژھارنہِ کیا دژاس کیا وُچھم وَنہٕ کیا کوتاہ وُچھُن مےٚ چھُم
رازٕ دار کتہِ تتہٕ کَتہِ ژھارٕوٕ
ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانہٕ رٕوٕ

# برٛہمن چھُ پٔنٕن حال وَنان

گوسوٲنی سَرپھو وۄڑلُمتے    بچھنَس چھُ برٛہمن ڈۄلُمتے
پرٛژھنس جۄگی آکھ یۄت گۄ
ست ژٕتھ آنٕنٛدٕ وِگیانٕہ رَوٕ
کُمی اَن ہیٚتی ہاوٕنے یہِ وَتھ    کمہِ کتھہِ ژھٔنڈٕ وُن چھکھ یَژتھ
بۄژِتھ برٛہمنس آیہِ زٕوٕ
ست ژٕتھ آنٕنٛدٕ وِگیانٕہ رَوٕ
کوٚل گُتھر وَرَن آشرِم پٔنٕن    ہیٚوتنَس زنمہِ بۄمہِ سان وُنُن
پٔز پٔز وارتا وَنان گۄ
ست ژٕتھ آنٕنٛدٕ وِگیانٕہ رَوٕ
وَپٔنَس شیٚچھ ہمالہٕ پرٕبتٕچ    چھس کنیا ہمالہٕ کھوتہٕ پرٕبتٕچ
ژھاران تَس کیا آس وٕوٕ
ست ژٕتھ آنٕنٛدٕ وِگیانٕہ رَوٕ
ژھارنس تی کیا بہٕ سوزٕ ہَس    سو پاتھ برتھا وۄچھنس
ژھأرِتھ زگدِ راز پۆترٕوٕ
ست ژٕتھ آنٕنٛدٕ وِگیانٕہ رَوٕ
لیس ہیوٕ تہِ بیاکھ آسہِ نہٕ    کرمہٕ لون یۄدٕ زِ کونہہ کاسہِ نہٕ
درمہٕ پرٛژھہٕ مٔٹہِ ہٕتھ دژاسہٕ توٕ
ست ژٕتھ آنٕنٛدٕ وِگیانٕہ رَوٕ

راز کورِ ہُندے مأج تے مول
بوزِ ناوَتکھ تہٕ مہ دِ کتھِ دول
گُنہٕ دوہہٕ پلزَے بوتہٕ دیوٕ
ست ژبتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

یِی ژٕ وَنہٕ نکھ تہٕ تی بوزنَے
گَن کتھن دأرِتھ روزنَے
پوٗزِنَے ز تانٔی کتھِ جان پہوٕ
ست ژبتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

کرمہٕ لون پھیرٕ ژٕے پھرَکھ
تار دِتہٕ وُچھتہٕ اَدٕ ما پرَکھ
پھیرنکھ نہٕ پربھَو تہٕ بالَوٕ
ست ژبتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

## برہمنہٕ سُند گوسأنِس جواب

برہمَن دوٗپنِس چھا ہشر
ڈیشتھ ژٕ رازٕ کورِ گوتھِ شَر
کتہِ دَتُر تَے کتہِ ہی لَوٕ
ست ژبتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

# شِونا تھُن برٛہمنس زارِ پارٕ کرُن

کرُنس تاڈٕ گوسائٕ وبنت[1]
ساتہٕ رنگہٕ زار تھاوتم منت
مےٚ کُن کرتہٕ کتھِ بأرَوِ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رَوِ

راز کورِ وَنتہٕ یُتھ میون پرٛبس
میأنٕ کتھ ذِمہٕ ہٕتھ روز دِلس
مٹہِ ہٕتہٕ ژٕتہٕ سوتہٕ بوزِ دیوِ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رَوِ

کُن تہٕ کیول چأنٕ روٗز مےٚ آش
اُسی نے ژیٚتہٕ یترٕ پوٚترٕ گاش
پاٹھم نہٕ مول مأج تہٕ باندَوِ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رَوِ

سُمہٕ سوٚتھ ذیُن چھُ برہمنہٕ پوٚنٕ
ویشنہٕ اَرپن یہٕ کأم کرتہٕ ووٚنٕ
سمسارِ منزٕ کمٕ زِ کیا نِوِ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رَوِ

---

[1] زارِ پارٕ

# گوسأنۍ سُند جواب

وۆنَس گوسأنۍ چھُکھ اَزان
وارتا زأنۍ مۄژ چھُکھ نہٕ بَران
گنڈٕ گنڈ ییہِ گُرمۄژ گَرمَو
ست ژ‍ٕتھ آننٕد وِگیانہٕ رَوٕ
نۆیشہِ بۆد ہو لاگ برٛہمنہٕ
پیۆتہِ ترأوَس کھوچر منہٕ
کرمہٕ لیکھایہٕ کرزِ پھیرَوٕ
ست ژ‍ٕتھ آننٕد وِگیانہٕ رَوٕ
سۄرس تہٕ اَنَس چھُ وارٕ مأل
پانہٕ وأنۍ تِمنے پرٛأنۍ ہأل
نارٕ نِشہِ پان ووتھ پتھ گَوٕ
ست ژ‍ٕتھ آننٕد وِگیانہٕ رَوٕ

# برٛہمنہٕ سُنٛد جواب

دۆپنَس گوسانہِ گَر پُنٛن
کتھ بوز میأنۍ پتہِ چھا بُنٛن
رازٕ کمارِ پھیرِ وَنٕو
ست ژ‍ٕتھ آننٕد وِگیانہٕ رَوٕ

روشن سو پوشکہِ مُشکہِ ستیٖ
توشن چھِ تَس دِوتا زِ کتیٖ

یئندرانیہِ ورِ یئندر رٕو
ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رٕو

تَپہِ ستیٖ روپہِ کاے ژٔندرَمہِ
سرٕ یَس توٕ تیژٕ گو بدلہِ
یتھ واکھیہِ کتھ آیی زٕو
ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رٕو

یِژھ کتھ گوسانہِ کٔمی زِ مانٔز
راژٕ کورِ شوٗبیا ژٔرے ہیوٕ گوسانٔز
مَندلَس پیٹھ چھے نہٕ پَلَو
ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رٕو

شیشس تہٕ سوٗرَس میٖل چھا
تیل نیرِ گنہِ منٛزٕ تیل چھا
نارَس تہٕ پانٔس واٹھ گوٕ
ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رٕو

مانَن نہٕ راژٕ رانٔز ٹھانٔز کیا
کتھ پانہٕ وانٔز چانٔز میانٔز کیا
مانٔس تہٕ ماجہِ تختیارٕ گوٕ
ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رٕو

زۄنہِ ہُند دِہہ ووت گگنہِ[1] منڈل
برٛہمنس وَنہِ نُکھ رۄد نہِ بَل
گَیہِ تَس ہرِ سےٚ منٛز زبِو
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

مُڈِس سیٚہ زَن زِندَے مرُن
سُمرُن ناو پرمیشوَرُن
اَنٛدری گو تَس شِو شِوِ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

جۄگی وۄتھ زِ برٛہمنس رۄگ کَڈِس
بۄگہِ مایایہِ سَم یۄگ کَڈِس
پرمہِ گتھ پڑاوِ ناوَن تَوِ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

بنگہِ ڈِس اوٗسس برۄنٛٹھہِ گنے
لۄگ وَگنہِ برٛہمنس ہَنہِ ہَنے
لۄژِ راوَن اَتھہِ کھورَوِ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

پیٚہِ پایَس تہِ ویوٚد اوزبہِ
دَپہِ کتھ چاُنی بو ہمہِ ذِمہِ
کھزنَس ژھوگ بیٚیہِ دارِ لَوِ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

---

[1] آکاش۔آسمان۔

پڑھ کتھا گڑھہِ یوٚد زِ تتھ شہار
پیٚیہِ ہے مےٚ تہٕ ژھیٚتہِ پیٚپی لار
ژٕ گُنے تہٕ مےٚ چھہِ بند تہٕ باندَوٕ
ست ژٕ تھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

# شِوٕ ناتھُن ژَکھہِ گڑھُن

کوٚ پیاہ بوٚ زِتھ یٚژ گوسونٛ
کوہ کُملاوِتھ زِ گڑھِ پونٛ
آکاش تہٕ وُڑٕ ناوِ رازَوٕ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ
شیشہِ توٚنہٕ پٹھ آو شیٚن گرٚزیکے
پڑان دژاپہِ برہمنٛس لگنہٕ کرٚزیکے
گاشِنے ووٚل سہ اَنہِ گٹوٕ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ
پوَن آو تتھ جایہِ ڈوٚن وَتے
پڑتھوِیہِ زون اوٚن تہٕ کون پڑتھے
یود لوٚگ واوِ لوٚکہٕ پالَوٕ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

یۆ دوَے زوُنم مےٚ مارِ ہَم
مارِ ہَم گوسانہٕ تارِ ہَم
مَرِد یۆد بہٕ اَتھہٕ چانہٕ کَتھہٕ زیوٕ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رَوٕ

شمیَس یَنٛدرَے تتہٕ بود سمیَس
ژمہِ آسی دآدی آدی یِم ژمیَس
تتہٕ نَس کرِژھ آیَس زیوٕ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رَوٕ

پرنَس لۄگ سُہ تورِ رازِ تیٚتھر
شِو سرِتھ وشالہٕ نیتھر
پۆز کرہَس بو بہل پتٕرَوٕ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رَوٕ

وُچھنَس بگتھہٕ باونایہٕ ستی
برٛاہمنس وید بۆد آیہٕ ستی
پرٛیمہٕ پرٛاگاشہٕ شَبدٕ پرَنوٕ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رَوٕ

گوسائی سَنتوشٹ[1] برہمنَس
گراہ پورشارتھ روشٹ[2] برہمنس
یوٚدٕ دوکھہٕ سوکھہٕ پرٛاوٕ بہٕ توٕ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رَوٕ

---

[1] خوش۔ [2] رۄٹھمت یُس آسہِ۔ کُلا

ژیٹھِ یِتھہٕ پاٹھن دۄ پنس
زیٹھِت ژھۄٹراوِ برہمنس
گرموٗ أنٛدرٕ نیٖرٕ نرموٗ
ست ژتھ آننٛدٕ وِگیانہٕ رٕوِ

## برہمنہٕ سنٛز آرادھنا

دۄپنَس جوٗگہِ کیا نشہِ کھۄتےٚ
چھوکہِ لَد کوٚر تھَس بو تھۄک مُتےٚ
چھٕرِ دارِ ہُند آر چھےٚ نہٕ کوٗ
ست ژتھ آننٛدٕ وِگیانہٕ رٕوِ

مائنٛم چانٛژ گتھ تالہِ پٹھ
اِدِ کونہٕ کھَسی ژےٚ شوٗدِ ٹٹھ
یِی ژٕ دَپہم تہٕ تی کرٕوِ
ست ژتھ آننٛدٕ وِگیانہٕ رٕوِ

کوٗت ووٚنُس نہٕ گوم یُتھ حال
زونمکھ ژٕ شِو تہٕ پژہتھ شوال
موٗکھہِ چانہِ مُکتی أسی زِ پژاوٕوِ
ست ژتھ آننٛدٕ وِگیانہٕ رٕوِ

پاتھم نہٕ کیٛنہٕ چھُس دٕنگ اناتھ
سوٚرِ ساسہٕ روٚستے نہٕ کیٛنہٕ بِساط
اتھ دِنہٕ نگھہٕ وَسہٕ نہٕ گتھٕو
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رٕو

نیٖرِ پرٛٔژھِ ژٕنہٕ پأنشہٕ ہتہٕ ستۍ
آسہم کیٛنہٕ تہٕ یوٚت یِہان کتۍ
سونہٕ کھوتہٕ پیٛتہٕ ژٕنہٕ مول پیٛو
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رٕو

## شِوٕ ناتھ چھُ برٛٲہمنس دٔکھِنا دِوان

برٛٲہمنَن ژیوٗنُن نہٕ ژٕنہٕ کیا
ژِنہٕ آو دوٚپنم ژِنہٕ کیا
مُرے بوٚزنَم دٕنو تہٕ دِیا رٕو
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رٕو

بےٚ پان ژھوٚر ہتھ واتہٕ ہا
زندگی پڑاوِ ہا اَکھ دوہا
پانہٕ وٲنی درشُن تہٕ گرٕو
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رٕو

موکلاوِ ہے تَستہِ پیٛوس ژٕتس
میأنی کأم کرِ نَے چھےٚ وُنہِ تَس
دوٚپنَس تھوٚد ووتھ ژٕ باندَوِ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوِ

توٕ تَس وبگلیاو پژٕکرتھ سوبھاو
جوگہِ دوٚپنَس مےٚ گرِ واتناو
کبتھہٕ منٛز وَتہِ پٹھ مےٚ واو پیٖوِ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوِ

وبہہ کھنَم نہٕ شُری بأژ وبہہ کھنَم
پژٕ وہَت شژاد دوہ کیکھنَم
کژیہِ ماسہٕ وارِ کرِ نَم توٕ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوِ

دوٚپنَس دم دِی ژٕ غم مہٕ بَر
وُنی وُچھکھ پنہٕ نُے ٹوٚٹھ ٹَبر
موکلاوِتھ ژٕ بند باندَوِ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوِ

کوٚرتھم ژےٚ ووپہٕ کار یُتھ پژے
مندچھنہِ لوٚگمُت چھُس لژے
پژٕ ہی ژےٚ تہِ میأنہِ مٹہِ سیٖوِ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوِ

آسہِ ما پزٕ کتھا مے لَز ہورہم
یوٚت تیِم گوسوٗنی لَرِ لوٗرہم
سیٚزِ و کتھہِ پَزٕ کتھہِ لَزٕ وِ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوِ

دِمکھے گوسوٗنی سوٗر مٔلِتھ
تِم وَپَن رَژِ روٗ دمُت ژٔلِتھ
رازٕ جوٗگیَن ستیٚ تتہِ پَزٕ وِ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوِ

یُتھ وُچھم تیُتھ وَنکھ بوٗ مانیَے
مانن تتہِ کتھ پوٚزٕ زانیَے
بوز ویشہ تَس پزٕمان یِی گَوِ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوِ

رازٕ رازَن ستیٚ پرَن
نوبت دوٚ ٹیک دۄن تتہِ رات وَدَن
رازٕ وار تتہِ نتہٕ کُنہِ وُچھوِ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوِ

کاٰلاسہٕ پرَبتَنٕے پتھر
چھس منتھرٕ ذَن پمپوشہٕ پَتر
دیِو لانہِ بَنہِ تی پَتو دیِوِ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوِ

ژِتھہِ تِتھہِ بَگھہِ بوزِ کوتھجی
تھجِن تہٕ کُرِنس ژِنہِ دیٲرِ چی
زارِ پارِ روخصت کر اُمیشو
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رو

چھِنہِ کُنہِ شین شان واو تہٕ وش
لایُن مارُن وَدُن تہٕ اوش
کربکہٕ ناد برہمنس کنن گو
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رو

ورِشٹہِ تل آو تُس دیش پتُن
دیشہٕ کالن ہوو دیش پتُن
ژیوُن تہٕ مندچھان ژے نو
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رو

ژِنہِ تراوتھ ژھنبن وُچھن نہٕ پتھ
ژِنہِ ہتھ دوپن آو پرِؤہت
گرِ ووت گولمت سُہ فِکرِو
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رو

سورِ وُن گرِ گرِ وَنہٕ کیٲ
سوپناہ ڈیوٹھم تہٕ وَنہٕ کیا
رازِ کُس تہٕ مہرازِ کُس گو
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رو

---

نظر۔

ڈ ٕیشتھ راز رأنی پیٔیس پرَن
زنتہٕ درشُن دِتھ ایشرَن
دَر شنکٕے ورشُن پیٚوٕ
ست ژتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

برٛمہٕ ہوٚت برٛہمن چھُ لی ونان
نبرمنہٕ کوٚر سأنی چھےٚ بھاگوان
راژ دارا بڈٕ باگہٕ چھوٕ
ست ژتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

## برٛہمن چھُ شِوٕ ناتھٕنی گوٚن گنزران

رازٕ پوترل تہٕ کیٖشہ نہٕ مولہٕ وُن ہاٚرسانہٕ طوطہٕ زَن سہ بولہٕ وُن
منٛدٕ چھان توٕ تیزٕ ستی رَوٕ
ست ژتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ
وُچھمُت تہٕ چھُم نہٕ گوٚمُت کُنَن تیٚلہٕ نہٕ یئیٚلہٕ یہٕ کتھ آسہٕ بَنن
توٚتِنس کرٛژھ یہٕ کتہٕ اَنہٕ زیوٕ
ست ژتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ
پرٛالبہٕ بوٗزی تو کتھ چھَ موٗل بڈٕ کتھ چھےٚ کتھ کرنی قبول
کتھ کیا چھےٚ دَیہٕ گتھ اَند چھوٕ
ست ژتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

تام گوم موکجار پنہٕ نُے
شرپہٕ وُن چھم تمن دِپہٕ نُے
تیٚلہِ بوز ییٚلہِ لگہِ بأرِو
ست ژٕتھ آننٕدٕ وِگیانہٕ رَوِ

تام ڈٕنن بگھِ بوزٕ کوتھجی
نیرِتھ سونہٕ داٗنیا ژٕجی
ژھٹہٕ لس وارٕ سونہٕ ژٕنہٕ پہٕوِ
ست ژٕتھ آننٕدٕ وِگیانہٕ رَوِ

ژٕنہٕ گیٚیس سونہٕ دادِ نار پیٚوس
وار کونہٕ اَنم آوارٕ گوس
ژٕنہِ سون کتہِ سَنہٕ سَنوِ
ست ژٕتھ آئنٕدٕ وِگیانہٕ رَوِ

افسوس کھٕتھ لوٗگ سُہ تھارنُے
وَتہِ وَتہِ نیرٕ ہا ژھارنُے
ہبڈٕ نم لوٗکھ دیوانہٕ گوِ
ست ژٕتھ آننٕدٕ وِگیانہٕ رَوِ

سوٚری سوٚری اوٚش ژٕ اوان سُہ روٗد
تی ژإٔلتھ تَے گإٔلتھ کروٗد
رازٕ دار ووت زن سُہ پوٗرٕ رَوِ
ست ژٕتھ آننٕدٕ وِگیانہٕ رَوِ

# برہمن چھُ پأنی پأنس تانہٕ دِوان تہٕ ژٔور روزان

کتھہِ وَنہِ مَژ میانہِ اَپزے ییٚلہِ ئَکَن تیٚلہِ بَنَن بے مزے

مزٕ ہن تہٕ لَزٕ نار دَرَوٕ

ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

تَوٕ پُژھ برٛہمن پیٚژ ژھیپھ براہمنہٕ دوٚپُن لوٚکن ژٕ دَپھ

ترِتھ یاترایہ برٛہمن گَوٕ

ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

کیوٚنژ کال برہمُن روٗد کھٔٹِتھ بوز کیا دیہ گتھ دژلیہ پھٔٹِتھ

دوہہٕ اکہِ وأتِتھ پہو نارَد جیوٕ

ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

# نارَد جیُن یُن تہٕ اصل کتھِ ننہِ کرُن

پادَن پیٚیس کوٚرہَس پرٛنام

پوٗزاہ پولُکھ سُہ سالِگرام

باو اَرگہِ تہٕ سورگہِ پوشوٕ

ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوٕ

برہمَن کتھ تمن زِ فِکرِ ژاَنی ہرشَس یِژ آیہِ راز راَنی
وِنی ولتہِ ہے موخہِ وَندَوِ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

## رازِ تہٕ راَنی چھِ کھاندرُک آنکار کران

کر ولتہِ پوٗزا تَس گرو موکھہِ تِمندے اَسی تہِ سوکھ بَرو
سوکھہِ موکھہِ درشُن کرَوِ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ ۔

روزِہ تہِ فرصت پژارنچ دِہن تہِ رات نز پران کھارنچ
کرٔ شنے درشُن وُچھوِ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

تتہِ منہِ کل توٗری گُن گیِکھ توٗ دیانہِ بود نرمل گیِکھ
موٗنگمُت یِی تی سو پھل گوٗ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

سوٗرَس یِی روٗ دی رات تَے دوہ پھاگُن یِیہِ سورِ ماگ تے پوہ
سوٗنتھ زَن ہردَے پھولیوِ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

کیوٗنژ کال گو زون برہمَن میٗون اَپُز آسہِ ووٗنی نَنَن
وَنتم وُنی ہِتِس ہِشر تہِ گوٗ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

پۆزَن تَے بۆزن کھیٚاوَنس
برٛہمنَس ٹاچھِ کتھِۍ باوِنس
بھگوان گور کور دَپان گوٚ
ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رۄ
ژھر آش ہیٚتھ سُہ ؤر برٛنَس
لۆگمُت سُہ پَز نستہٕ ستہٕ لَرزنَس
پُھور پرتھ ستہٕ دَوٕ دَوٕ
ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رۄ
نارَد کاُلاس کُن پکان
گو پیٚتہِ شِوٕ ناتھُن مکان
آرِ کۆت گومُت وُچھن شِوٕ
ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رۄ
نیٚتہِ نیٚیم نرَو کلپہٕ ہیٚتھ سماد
نارون تُلس تانِ وبدٕ واد
مہرازٕ وزِنا وَنہٕ وَوٕ
ست ژِتھ آنندٕ وِگیانہٕ رۄ

## کھاندرُک سئزِتہٕ سکھراو

مہرازٕ میٚانے ژے شِوَے
نرِ پان آلوَے دِم آلوَے

وُنی نکھ شێچھ پتھ کالہٕ چی
پان زانِج تہٕ جنجالہٕ چی
چھُ سُتی پاروتی پتی سہ شِوٕ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رٕوٕ

پھاگنہٕ گٹہٕ پچھ ترُوا تبتھ
رازٕ کورِ آش ییہٕ یێنہٕ وول ہتھ
کھاندرُک سٕز مٕز کونہٕ وُچھوٕ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رٕوٕ

رازٕ راُنی یِژھ گیہٕ ہرٕشنے
درشنہٕ کُے گو مےٚ ورشنُے
ریوٚش گوتہٕ برٕہمنس لوٚگ ژھانڈٕوٕ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رٕوٕ

کور گوٚ گور برٕہمن وٚونُکھ
پُزاُری ژھارٕ گاُرِتھ اوٚنُکھ
سٕز تہٕ سامانہٕ تس زِ پٕزژھوٕ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رٕوٕ

پٕژھ چھُنہٕ برٕہمنس کُنہِ یِوان
لوگھم نوٚو نوٚو کیا ییہٕ وان
بێیہٕ وان سہ آشا شایہ گوٕ
ست ژٕتھ آنندٕ وگیانہ روٕ

یوگنیہ وَنہٕ وان ونہٕ وِوَے
نَرِ پان آلوَے دِم آلوَے
بۆڈ تہٕ ژۆر کیا سمٛیوو یێنہٕ وول
مہراز مَدتَس نہٕ مأج نہٕ مول
مول سارِنٕے سُے مونوَے
نَرِ پان آلوَے دِم آلوَے

## مہرازٕ سُند ہوٗرگن نیرُن تہٕ واتُن

پکہٕ نچ تہٕ ژٕکہٕ نچ آیہٕ وأری
یێتہٕ پٮ۪ٹھہٕ توٚت تام لُج سوأری
جلدٕ ے رٕژتھ أسی جلوَے
نَرِ پان آلوَے دِم آلوَے
دَبدَبہٕ پھوٚ ہمالہ پربَتس
وَلوَلہٕ ژاو پرٕبتھ پربَتس
برونٹھ دراس مہرازٕ وُچھوَے
نَرِ پان آلوَے دِم آلوَے
یِتمو مہرازٕ پأری لگے
سوران چھنہٕ یێنہٕ وألی تگے
پژارنس نہٕ أسی کتہٕ پوشوَے
نَرِ پان آلوَے دِم آلوَے

ژو جی بۄزِتھ پڑسند گو
کھاندرَس آرزو منٛد گو
گارنہٕ لۆگ بنٛد تٔے باندوَے
زِ پان آلوَے دِم آلوَے
کاٗلاسہٕ پربَت آو بُرٕتھ
بأرو وتال[1] تہٕ ژھو ڈٕتھ
بٔرہما جیوَس آیہٕ پتٕر زاے
لکھمی یہٕ لأج یٔزمَن باے
ژہ پأری پَران أسی ژھٕ ژھوے
زِ پان آلوَے دِم آلوَے
شرَن آے وادرِ لۆکہٕ پال توٚتے
یٔندرٕ اوس نِندرِ وُنہٕ نوومُتے
أکھ أکِس ستی ستی پگوَے
زِ پان آلوَے دِم آلوَے
گنگا آیہٕ گنہٕ شرٛان کَرنَس
سوٚنتھ آو پمپوش وتھرٕنَس
پانہٕ واٗژ اتھہٕ واس کروَے
زِ پان آلوَے دِم آلوَے
ماٗژ مَلہٕ پادَن وُزِ منَوٕ
اَنگن کوملَن چھِس مَلَن

---

[1] بھوت، پریت

ژگر اوس شولہِ وَنہٕ آمتُے
ڈیوٹھک مہرازٕ وارِ چھوٚتُے
دود دَپان نہٕ وَدَوے
ژَرِ پان آلوَے دِم آلوَے
ہیٚرِ بونہٕ سَرپھو نال وٕلِتھ
اَتھِ کپال کپال وٕلِتھ
جولہِ جنٛبلہِ چوٚلہِ پکوَے
ژَرِ پان آلوَے دِم آلوَے
اَچھرس زوٗنٛن نہٕ مانے کیا
زانہِ یُس نہٕ یَس لتس سُہ مانے کیا
منٛدچھان دنٛدٕ تل ہبتھ زوَے
ژَرِ پان آلوَے دِم آلوَے
چانہِ وأنسہِ ہژٕ کأنسہِ چھا خبر
سامنہٕ کھوتہٕ چون موکھ زبَر
بب ووٚنمت چھےٚ ژیےٚ بوَے
ژَرِ پان آلوَے دِم آلوَے
ڈیشتھ یہِ دیش لوٚگ کھوژنے
کیٛژھا تتہِ لگی نہٕ روزنے
میناوت آیہِ ہبتھ دِوَے
ژَرِ پان آلوَے دِم آلوَے

پرمانند اوس یی ونان
تانۍ کیا چھہِ دیوا گتھ بنان
ییمہِ درشٹہِ ڈیوٹھ سہ شوے
نرِ پان آلوَے دِم آلوَے
موٗلمُت وہوٗتی ہُند بوٗتھ
ستۍ ستۍ کھوژ وِنی پرہت تہ بھوٗت
ڈیشتھ ڈلی وُچھوٗن پوٗے
نرِ پان آلوَے دِم آلوَے
یُتھ ییٚنہِ وول تہ مہراز کھوٗتے
کھاندرس شوٗبہِ ہی بس یُتے
گُس وُچھون گس وَنہِ ناوِ وَے
نرِ پان آلوَے دِم آلوَے
چھُسنہِ سورمہِ چشمن نہِ مانز نمن
سانٛس وانسہِ بُڈ آو بروٗنٹھہ تمن
مہراز کتہِ نس زِ نموَے
نرِ پان آلوَے دِم آلوَے
جوٗگی زن سہ یوٗگن بوٗر مُتے
مہراز نتہِ ، وتہِ آمُتے
موٗت وُچھتھ اَسی تہ ماز متوَے
نرِ پان آلوَے دِم آلوَے

جولہِ منٛز زِ بالک ننٛوٗ کڈِن

بوچھہِ ہُتوٗ تہٕ یُٔژ دوہ دہن کڈِن

دۄ پنکھ زِ وتھرُن کتہِ چھوٚ

ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رٕوِ

زٕے زٔنی چھوٚ سالرٕ یمٕے نیٚش

اَکھ کُمارجی بیٚیہِ شری گنیش

بوچھہِ ہتہٕ نہٕ بوچھِہ کاسی توٚ

ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رٕوِ

اوٚ نمُت تہٕ روٚ نمُت بِسیار اوس

بالکو کھوٚ تہٕ ژھوٚر روٚدُکھ بوس

بَڈِ بَڈِ دِوان بوچھہِ بارَوِ

ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رٕوِ

ترٛیشہِ ترٛیشہِ گرِ وِنی بوچھِ بوچھے

للہِ وان تہٕ سُلہِ وان ہتھ کوٚچھے

شرَنن پے ہیمائلنی توٚ

ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رٕوِ

بالک تہِ کھتھ تہِ یِوان چھِ ٹٹھ

گرٛاو گرٛاو سأنی پانہٕ وأنی مُٹھ

سارلری یِوان کیازِ ساکوٚ

ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رٕوِ

نموکھ مہرازَس سو رُوٗز
چھُکھ ژٕ کتہِ بروٗنٛھ کتھِ تہٕ پوٗز
وُٹھی ژتی چھی دارِ چھِی ہیے لوَے
زٕرِ پان آلوَے دِم آلوَے
پژارنَس پَزٕ ہی کیوٗنژ کال
وُنہِ چھی پھٹہٕ وِنی گونژھِ وال
بُجرس یوت سانگ چھے کوَے
زٕرِ پان آلوَے دِم آلوَے
کُن زوٗن اوٗنمُت تہٕ راوِ نم
کھٕنہٕ والہِ روٗس چھُکھ تہٕ کم کھٕنم
سالہٕ ستیٚ سمسار سالوَے
زٕرِ پان آلوَے دِم آلوَے

# سالک حال

بوٗزِتھ تی وارِ روٗد تَس
تس دِیہٕ نہٕ درشُن تہٕ اَدِ کَس
بکھتہٕ بَکٕی موکھی لُب زِ بھکھی تتھٕ
ست ژتھ آنندٕ وِگیانہٕ رَوِ

یانٛی وَنہٕ نوٗن تانٛی چھم مےٚ ہاژے
صاف اُنس مےٚ ژٕ دَپھتہٕ کأژے
کاژٕ زوٗن زَن گجِس بہٕ کاژٕو
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رٕو۔

تاژو اَدٕ موکلِنہٕ کاژٕ لَد
یا ژٕ اَس تامَتھ مےٚ ژٕ وَد
وَنہٕ ناو ستےٚ ستےٚ اوٗدٕوہوٕ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رٕو

بوٗزِتھ یی مینٛاوتی
زوٗنُن بےٚ وۄنُس پارٕوتی
لولہٕ یاژٕ[1] نایہٕ لَجِ تہٕ ڈٕج پٕو
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رٕو

رَسہٕ رَسہٕ سادَن چھےٚ ونہٕ وان
سرسوتی لأیِنس کنہٕ وان
سوے شِو بھکتی اَسی تہٕ وَنٕو
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رٕو

نأوِتھ مےٚ تھأو مے پاروَتی
بَسمہٕ رنگہٕ سانگہٕ کوہ چھی چھٔتی
سو دَرشنہٕ چانہٕ ہرشیٕو
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رٕو

---

۱ منگن

ؤسی ؤسی أسی أسی نبہٕ پیٚیے
اَکھ أکِس پٹھ سبہِ سبہِ پیٚیے
کینٛہ اَسان کینٛہ دپان وَدَوٕ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانٕہ رَوٕ

رازٕ کورِ تانٛی ماجہِ ناد دِتُن
ووپدآیش یِی تَس یاد دِتُن
اَنہٕ گرٛیہہ وۆنس اَنہٕ بَوٕ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانٕہ رَوٕ

مۆت وُچھ مأج کتھ بوزمہٕ مَتھ
ہوش کرِنہٕ روزِ پتہٕ یہِ کتھ
روشہِ پأٹھی تَس پوش لاگَوٕ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانٕہ رَوٕ

پڑآنٛی چھم ہان چھُم نہٕ تی ژلان
ژآنٛھے ووٚنی آسہم ژلان
اَدٕ کِتھہٕ گنہِ پوشَوٕ
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانٕہ رَوٕ

وار چھُم نہٕ مأج گژھ مہٕ تڑاو
گاش آم بیٚیہِ مے أزراو
گٹہِ منٛزٕ پانہٕ بیٚیہِ سرک یہِ پڑبٕو
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانٕہ رَوٕ

سوٗندر موکھہٕ وبکاسَس آو
رازٕ وُچھنے وَنواسس آو

ویوٗگ وَرتہٕ پمپوشہٕ پادٕو
پڑانے ہٕتی تہٕ توٕ نوَوٕ

وارٕ لگیٕ کرنَس دارٕ پوٗزا
براندَس دَپان اُسی دارِ وُزا

پوشہٕ مالہٕ پرِتھ دارٕو
پڑانے ہٕتی تہٕ توٕ نوَوٕ

ییٚنہٕ وول یتھ ژٕج گیٚنٛز ڈٕکس
مہرازٕ مہریٚنہٕ وَنہٕ تھوٗکُس

دوشوٕنی وَنہٕ وَن شو بھوٕ
پڑانے ہٕتی تہٕ توٕ نوَوٕ

کھبتھ چبتھ سأری گۓ وبن زَن
لگنَس پیٹھ بیٹھی براہمَن

بوٗز پڑدان تَے پوٗرمُت ویدٕو
پڑانے ہٕتی تہٕ توٕ نوَوٕ

پرمانند وُنہٕ تہٕ چھے پڑمان
دیوی تہٕ دِوتا چھِی سمان

اَرژُن چھے ژٕے دیوٕ سُہ شِوٕ
پڑانے ہٕتی تہٕ توٕ نوَوٕ

سونذر موکھ ژٕ گنڈرٕ ہاو
چھاو آو لولہٕ اَسہٕ ووٚنی مےٚ چھاو
گٹہٕ گاش گاشر گاشو
ست ژٕتھ آنندٕ وِگیانہٕ رٕو

## پاروٚتی ہُند قبیلہٕ چھُ شِوٕ ناتھُن بجر وکھناوان

درشنہٕ ترتھہٕ پان ناوٕو
پڑانے ہٕتی تہٕ تٕو نٕوٕو
سوٚرٕ موٚت تانی وُچھون سوٚر موٚتیے
تمہٕ یوٚگہٕ مایایہٕ پوٚرمُتیے
گاش آس پڑیمہٕ پڑیکاشو
پڑانے ہٕتی تہٕ تٕو نٕوٕو
پوٚزنہٕ لگی سالہٕ گڑامیے
ڈیشہٕ وُن سون گوکھ ترامیے
پارتھی یہٕ آرتھی پوٚزٕو
پڑانے ہٕتی تہٕ تٕو نٕوٕو
ہَرپدٕ در مندرَس منز وَتھروس
باوناہٕ پوشہٕ پوٚزا کروس
گنڈوس کنٹھہٕ زنٹڈٕ مالٕو
پڑانے ہٕتی تہٕ تٕو نٕوٕو

# وَژُن

ژَن وَژَن ون میٛناؤتی یے
سُتی یے شِوٕ جی ورنے اوے
پارؤتی یے شِوٕ جی ورنے اوے
ژُندِ کلا چھس شُبہِ وِنٛ مُتِس
اَتھس کپالہِ تہٕ ترٛشوٗل ہتھ
بژیشبہ آسنہٕ بَسمہ رنگ چھس چھٔتی یے
سُتی یے شِوٕ جی ورنے اوے
پارؤتی یے شِوٕ جی ورنے اوے
ستی ستی برٛہما وشن تہٕ ریٛشیے
وہشہِ کالہِ رؤستے تہٕ رِشٕ ترٛاوِتھ۔
کُمار تہٕ گنیش جولہِ لولہِ پُتی یے
سُتی یے شِوٕ جی ورنے اوے
پارؤتی یے شِوٕ جی ورنے اوے
یہہ ژالہٕ وٕجہٕ تہٕ نالہٕ سَرپھہٕ مالے
روٗزِتھ مَگن پاٹھی وِگنہٕ ہَرتار
یمہٕ کینکر تہٕ یم گاٹتی پُتی یے
سُتی یے شِوٕ جی ورنے اوے
پارؤتی یے شِوٕ جی ورنے اوے

لۄکن اوس اَرِدھ راتھ اُدلیس
پرٛیزٕ ناوتم آیہٕ بوٗد بَس
ژُپَت گےٚ ریشۍ مُنی تہٕ بأرو
پژانے مٔتی تہٕ توٚ نوَو

برٛہمن وبدوأنی وَنن
سالرٕن سارِنے تی کَنَن
بوزٕنی گےٚ بۆز بۆزَو
پژانے مٔتی تہٕ توٚ نوَو

بۆزِتھ تہٕ یژمن باے آے
پوٚہرنہٕ مہرینہٕ بوزٕ ناے
ونہٕ وان آسہٕ ییٚژھہٕ لو لَو
پژانے مٔتی تہٕ توٚ نوَو

وأتِتھ پیوٚمُت یٔندرٕ لۄک
سُرٕ منڈل منڈون کوٚرُوکھ
رازٕ ہی مالنہٕ گرِ توٚ
پژانے مٔتی تہٕ توٚ نوَو

پرمانند بۆزِتھ ژٕ روز
گندروٚ[1] گوٚنس کیا چھُ سوز
اَنہٕ کتہٕ تتھ وَنس بو زبو
پژانے مٔتی تہٕ توٚ نوَو

---

[1] دِوتابن ہنٛز اکھ ذاتھ۔

پرمانندِ روز ساوِدان بوٗزِتھ
شِوِ بکھتِ موکھت کرِونی بکھتین
یِژ ونو ستھ واہ ما سوتیپے
ستھ یے شِوِجی ورنے اوے
پاروٗتی یے شِوِ جی ورنے اوے

# روخصتانہ/پرٛستھان

پرٛبھات پھوٗل تہٕ سکھرِتھ وژاے
کاٗلاسہٕ پربت گٔن گیایے
ماتا پاروٗتی ہتھ شِوِ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رَوِ
ونہٕ کیا بو کمہٕ وِلاسہٕ تَے
پتہٕ پتہٕ پوپھہٕ تے ماسہٕ تَے
راژِ سارِنے پادَن پیٚوِ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رَوِ
چھِے مَژِ تتہٕ درشُنَے
زن تہٕ امرہتہٕ دَرشُنے
لولہٕ ستھ پتہٕ ہتھ دَوِ
ست ژِتھ آنندِ وِگیانہٕ رَوِ

أ ٕگن چھُ لولُک سٕہ پھِر نایے
دۆگُن چھُ پڑیمُک وُزِنٛس سریٚہہ
لگنہٕ پٮ۪ٹھہٕ وٕنۍ دِتہٕ ساگتیے
سُتۍ یے شِوٕ جی ورنے اوے
پاروٕتی یے شِوٕ جی ورنے اوے
زَنمہٕ زَنمہٕ آسہٕ وٕنۍ أسۍ تہٕ دوپنک
دامَس وداُسۍ کوٕ روزن تہٕ کیٛا
گرِ گرِ زِندٕ گاٹمتۍ تہٕ مؤمتۍ یے
سُتۍ یے شِوٕ جی ورنے اوے
پاروٕتی یے شِوٕ جی ورنے اوے
آش گژھہِ سوپھل یژھہِ پژھہِ ستی
ءکتۍ نتہٕ پژھہِ پانہٕ آمتۍ تہٕ گے
نٕوی نٕوی تژاو پژاو پرأنۍ یم ذٕتی یے
سُتۍ یے شِوٕ جی ورنے اوے
پاروٕتی یے شِوٕ جی ورنے اوے
وَنُن چھُ پٔنُن تہٕ بٔنُن داوَے
سَنٕن چھُ جگرس لولُک کان
تنہٕ منہٕ نتہٕ تنہٕ تتہٕ گاٹمتۍ یے
سُتۍ یے شِوٕ جی ورنے اوے
پاروٕتی یے شِوٕ جی ورنے اوے

لولہِ ستیَ وولہِ ستھ آیہ رَگ
لولہِ ستیَ چھُم بُرتھ پیَے تہِ رَگ
لولہِ پرمہِ آننّد پڑاوِو
ست ژبتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

## شبری[1]

بۆزہو ژےٚ آسی شبری
ونواس رامہِ نام تمہِ پۆرُے
ریٚشی باے لاَگِتھ سو وبدوا
تیٚپہ ریٚشین گو سُہ وار سبٹھا
پانہِ واُنی ننبدیا تَس کرَن
ناو سورَس اُسِکھ کھرَن
تمہِ ننبدیاپیہ[2] تَس نہِ ابھمان
بۆزی بۆزی پانس سو چھ کران
دوہہ جنگلس پھلی ژھارِ ہے
نادان پاُٹھی رام گارِ ہے
پیہِ نا سُہ میانہِ دُسرے
ڈیرِ میانس ڈیرَس کرے
تپسیا یُہ کال کُر تمے

---

۱ یہ اُس بھیل زاتُ ژہشراکھ زنانہ یوسہ رام جی سنز بکھتہ اُس۔ ۲ غأبتھ، بۆت کتھ۔

تیُتھ لول ماپیہِ وَنہِ نس
چھاوِ بوتہِ پنہِ نِس مَنس
لولہِ باغکی پوش پڑاوَوِ
ست ژبتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

لوٗلے چھُ اورِ یور مولہِ وان
لوٗلے چھُ اورِ یور للہِ وان
لولہِ ستیٖ سُے لولہِ یو للہِ وِ
ست ژبتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

لولہِ ستیٖ میلان اکھ أکِس
لولہِ ستیٖ سأری وَنہِ وان چھِس
لوٗلے چھُ اورِ یور ژھارَوِ
ست ژبتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

کیٚتھ چھنہِ لولہِ روٚس آسہِ وُن
لوٗلے چھُ سأرِوٕ یادٕ[1] کاسہِ وُن
لولہِ کے گاشہِ گٹہِ کاسَوِ
ست ژبتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

لولہِ بوز وولہِ ووٚنی بو وَنَے
لوٗلے چھُ ژوداہ بھونَے
شولہِ وُن چھُ سورُے لولَوِ
ست ژبتھ آنندِ وِگیانہِ رَوِ

[1] دوکھ، مُصیبت ہیتر۔

چھُم نہٕ کینٛہ کانٛسہِ ہتھن وِرُود
گوڑٕ ییٚلہِ ووٚتُس ییٚمی سُنٛدُے
توٚ کنٛی کیا چھُس اُمی سُنٛدُے
پرٛژھہٕ نس رامہٕ جو اوس تمن
درشنٕچ کانٛکھیا[1] اُس تمن
کیا ریٚشو سوکھ سان پاٚٹھی چھِوا
زگہِ روٚگس ونٛک تپھ دوا
توٚہی چھِوٕ زنٛمس بھاگوان
دٛن رات سرِ وُن سہ بھگوان
پرٛمانند چھوٕ سوکھ سان
زن تمن سہ بھگوان سام ہوٚان
زانہٕ وِنٛی ریٚشی رامہٕ جُوس اُسی
بھگوان بُری ہَس پریمہٕ کھاسی
سون وولہِ پادٕن میٹھی دِموٗے
پرٛیمہٕ بُری ہتی چاٗنی پرٛیم برٗوے
یانٛے چانہِ دَیایہِ موٗختصر
سوکھہٕ آسنہٕ ستی بُری ہتی سَر
سُے یوت دوکھ آمُت کھٹن
ترٛیشہِ ترٛیشہِ کیا وَنوٗے کوٗت کھٹن
بیٚیہِ چھنہٕ کینٛہ فِکرا منٛس

---

[1] بھگوانس

ونواس دوہہ دوہہ کیٛا ہیٛے

زلنہٕ ہے نہٕ پاڑھ پوٗز نیٛتہٕ نیٛیم
ووٗنی سَرٕ ووٗنی کیٛا سنہٕ نیٛیم
ژاُری ژاُری ژِہہٕ ژِہہٕ پھَل تھون
دوہہ دوہہ ژھٔنڈِتھ سور دٕبن
میٛٹ یم تم تھاوَن ژٕھتھ
وارٕ پاُٹھی ٹاُٹھِس رٕکژھ رچھِت
یُتھ یُتھ بوٗزی بوٗزی ریٛشی اَسان
تیُتھ ونن یُتھ زِ چھِکھ پاپ کھسان
ڈیرٕ پیٛٹھہٕ ویر آس یارٕ بل
تالاب زَن تِمن تہٕ نرمَل
لگی ہتہٕ تیُٹھی مہہ مَلہٕ ہے
سوٗے پیٛیہٕ سارٕبن زلہٕ ہے
دَیہٕ لون ییٛتی پیوٗو ونواُسی
رامہٕ جیوٗنس تیٛتھ پیٛیہٕ
ڈیرٕ تمی تُسنڈُے گرِ کوٗر
ییٛمہٕ دٕبن تہٕ رات سُے دیٛان سوٗر
ریٛشی اُسی توتہٕ نس تہٕ پوٗزنس
سوٗنے پیٛیہٕ کینہہ بوزنس
یِتھہٕ تِتھہٕ موخصر تیٔی زِ روٗد

زانو ہَۓ کرمہٕ لیکھایہٕ ژھل
کرٕ وُن رام کامنایہٕ سبد
تپہٕ ریٚشبن وٕنن بیہٕ بیاکھ وبد
پاد میأنۍ چھٕلی تَو ژَلہِ نا
وڈیاد[1] دوپاد یژھِ زِ گلہِ نا
یی أسی کاچھوٕنۍ تپہٕ ریٚشی
زونٕکھ یوٕ ستۍ ژلہِ لیٚشی
یُژ گۓ ساودان پأٹھی پرٕسند
دوٚنٕوٕ نشہِ ترٕاوِتھ سور ووٚند
پیٚتہٕ اوس توٕ کھوتَے گٕہیُل
اَمہِ نش تہٕ تمن ناو شٕہُل
دین آے یژلپن رامہٕ جُوٕس
ہی رامہٕ جوٕ کھنہٕ سأنۍ وَس
یُتھ گھٹُن پاپ یا تہٕ شاپھ کیا
ژَلہِ گتہِ بُتھ سنتاپھ کیا
فِکرَن أندر رامہٕ جو گومتے
زَن تہٕ دوپایس پیومُتے
یژکال دوٚ پنٕکھ زِ موکلِو
شبہٕ رِیہٕ دوشوَے پاد چھٕلو
تی زل دبوٕ کاسہِ مَل زلَس

[1] دوکھداأ دکۍ بیترٕ۔

وَنُن اوسُے کیا زنارِ دَنس[1]
اَنِدِ وَند نتہِ کیۆژ کال گَو
نِرمل زَلس یُتھ حال گو
رامہِ جیپن دۆپنکھ پرأنی وَنن
تیہِ ریٚشی یِم چھِ بیُٹھی مِتی وَنن
بۆزمُت آسہِ توہہِ تَے سُہ واد
سۆرِ پادِ تِہُند سۆرِ وۄپاد
ژۆرنو دِکھ پتُن پننہِ نُے
پننہِ نمن کھیٚون گوھہِ ژینہِ نُے
تَوِ ستیٖ تَتھ زَلس مل ژلے
تیہِ ریٚشِمن تہِ سوے کل ژلے
ریٚشی پادَن چھےٚ پژھ مِہما
تورِ ستیٖ مل زَلس ژلہِ نا
درشن کَرِتھ بۆزِتھ تہِ گَے
سرنس لگُو زلُک آشچرے
واریاہ وۄپاے کیٛا کربکھ
پاد چھلِو چھلِو تالاب بربکھ
سوے گَیہِ زیادِ زیادِ دیاوِ وان
داد و فُرِی یاد بیٚیہِ آے ودان
بھگونہِ نِرمل گو نہِ زَل

مَنہٕ سےٚ نِشہِ مکھول وُزَے
زل ہبتھ گَے نرمل گری یوٗ
آے تسلا گری گری گری یو
یٚیتہِ کیا تہٕ تتہِ کیا کوٕ پُژے
وونی زبنہٕ کوٗپان چھو توٕ پُژے
منہٕ نِشہِ وُزِ یَس لول وُزے
منہٕ سےٚ نِشہِ مکھول وُزے
من چھُ پژاوان نِروان چھُ من
ژٔمی ژٔمی مَنہٕ سےٚ چھےٚ ژمن
پورشس تہٕ پرکرتہِ نِشہِ زاو
منہٕ سےٚ پژوات تہٕ نِروات سوبھاو
مَن اَہنکار دار آدِکار
ووپکار نِشہِ روٗد آدِکار
بٚیہٕ تپہٕ ریشبن ریشی زٕ اَسی
ہبنہٕ رامہٕ جوٗ تمن سوے زہہٕ کاسی
پرمانندٕ بوز وارٕ کتھ
کتھ چھے پرمانندٕ گتھ
ژسچہِ یانے اَجہِ اَجہِ گاٗمژے
ہَجہِ کَجہِ یمہٕ پتھر پے مژے
لوٗلس تمیز چھنہٕ ہانژ

آہ و زار چھِ ایشر نبر مَلَس
یُس گٔیتھ چھُ مایا ہتھ چھٔپتھ
سأری تٔسندے نام زٔپتھ
موکلاوِ کیا سُے لیس تہٕ تَس
موکھ چھے سارِنے تٔسندے وٕنی زِکس
یِی تَس کرُن آسہِ تی کرُن
لیس ییُتھ پزِ تَس سُے وزُن
شبری ماتا یہِ پاد چھٔلِکھ
مَنہٕ نِشہِ پیٚتہِ ایمان گٔلِکھ
سُے زل چھٔلہِ نَس سوٚرِنے
سرِ گوکھ سُہ چھُ سرِنے
مُہما زونٛکھ تہٕ یون نَمیے
پانہٕ وأنی یکہِ وٕتٔن سمیے
وأریُس اُگنیانہٕ ستیٚ گیاکھ
تِہ پھل ییُتھ وأتتھ پیاکھ
سُے گٔلِتھ تہٕ مَن نرمل بٔنیوکھ
زل تہٕ نرمل تِتھے کیا گٔیوکھ
مَن چھُ اَدِ شٹھان سارِ کُے
مَن خارِ کُے وبٔزارِ کُے
منہٕ نِشہِ وُزِ یَس لول وُزے

نتہٕ کیا اَرزُم ماجہِ زٕتھ
برٛم شُری تہٕ بآٹز پاتھم نہٕ کاٛنہہ
پاتھم نہٕ کاٛنہہ ساتھم نہٕ کاٛنہہ
بَجہ شرٛ دھلیہِ شوٗژی شانت پاٗٹھی
ٹاٗٹھی پھٲلی گیہِ ٹاٗٹھی کِتھہٕ پاٗٹھی
لولہٕ یِستہٕ تُس کرمہٕ لون مول
اَبدَس نہٕ ژٕھ سوٚر یم نہٕ لول

# بھجن

یَم چانہِ دیابہِ روٗزِتھ تہِ پٔراران     گاران چھُہَکھ شِوَے
تِمَن ژٕ گاران یَم چھی گاران     گاران چھُہَکھ شِوَے
روٗگہٕ روٚس چھُہَکھ یوٗگس کھاران     شَمہٕ دَمہٕ اوٚم بوٗر بھَوَے
یِوٕ بھَوٕ سَرٕ نِشہِ اَپور تاران     گاران چھُہَکھ شِوَے
تِم چھِنہٕ اَپور یِپور لاران!     پَزٕ چھُک آمُت تھَوَے
پَرٛدھِ چھِنہٕ ڈَلان یوٚد چھُہَکھ لاران     گاران چھُہَکھ شِوَے
ژٕ ے وَن وہو ہارَس یَم چھِ تھاران     زانَن نہٕ کیا آو کیا گوَے
کوٗنجو کریٛنجلہِ پوٗنٛ چھِ ساران     گاران چھُہَکھ شِوَے
ہوران تِمَن یِمن ژٕ داماں     ڈٕلیٕ متی نہٕ آسان پوَے

لوٗلس تہٕ اُنہٕ اَکھ تہٕ بیاکھ کاژ
اُنہٕ کھوتہٕ تہٕ نتہٕ تَس چھُ شیشہٕ صاف
من ترٛاُوِتھ کالہٕ دیشہٕ صاف
بوٗچھِ ہوٚت زن سُہ زنمہٕ زنمکے
ساد کُری کُری تمن سبٹھا تھکےٚ
ریٚشو اُسی وُچھنَس رِشہٕ راسی
پھیٚشِل گاٹتی تہٕ گیہٕ پھرٹسی
مویہٕ مویہٕ ڈیشن مویہٕ مویے
نوِ زندگی ہُند وُدَیے
پی گو لول یتھ نہٕ مول کینٛہہ
پڑاوِ ما سَنہٕ تیمی نہٕ مول کینٛہہ
اَشرٛ دھ اَوَرنَس پھل چھُنہٕ
زلاشرے تہٕ نرمل چھُنہٕ
ہتھ روزِ پاژٕ پانہٕ روزِ سےٚ
وارِ کتھ بوزِ یُس بوزِ سےٚ
یَژھ چھم اِکادِشہٕ کنہٕ چی
پژھ چھم وَنہٕ نچ ونہٕ چی
ہی شِوِ کرتَم تی سوچھل
یوِ روزِ ہے ژےٚ پادَن تَل
دِن رات چونے دھیان ہتھ

پَرِ یِلی تہٕ کرٕناو تہٕ مےٚ    زٕتھ زٕتھ مَتہٕ سَرناو تہٕ مےٚ
پرمانند یوگہِ ابیاس اَناتھ!
داس گوٕ چھُس بو وودِاس اناتھ



## اَنٛد

برٛہمنَس سون تہٕ موختہٕ دِکھنا    دِژٕہَس واراہ پگہِ نا
تھکہِ نا سُہ پَزِ پَزِ پزَوٕ    ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانہٕ رٕوٕ
پرٛوہِت تہٕ منٛزیم یورِ تہِ اوس    پانَے سُہ اورٕ بیٚیہِ یورٕ تہِ اوس
دوٕیہِ گنہِ روٚٹ تَس دژاو توٕ    ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانہٕ رٕوٕ
یُتھ پرٛیسنٛد پَزِہے تیٚتُے دُرکھ    دوٕشہٕ وٕنی دَنہٕ دیارَو بوٚرُکھ
موختَو تہٕ لالَو تہٕ بوٚرُکھ    ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانہٕ رٕوٕ
دِوتاہ شرٛدھایہِ پھَل دِوان    لوٗنُن تی یِی چھی وَوان
پرمانندٕ بیٛوٗل وَوٕ!    ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانہٕ رٕوٕ
شِوٕ سنز توتا زانہِ سُے شِوٕ    مےٚ ووٚنُم تہٕ تمی دِژنم زٕوٕ
لکھمن بیٚتہِ پادَن پیوٚ
ست ژٕتھ آنٛنٛدٕ وِگیانہٕ رٕوٕ



ہارُن وأتِھ چھِ ما ہاران گاران چھُہکھ شِوَے
پرٕ مانند بوز آس وٕستاران بڑہما تہٕ گوٚ کیشِوے
پہوے شِوتہٕ پہوے ناران
گاران چھُہکھ شِوَے



# بھجن

آشہِ چانہِ برَ تل آس اَناتھ ! داس کوٚ چھُس بوٚ وٕ داس اَناتھ
ژٕ یہِ تاپہ ہوٚ کھمُت پریُمک رَس ! نیٚہہ چھَم نہٕ ژٕ یےوَن کھیٚمناو یہہ
ژٕیشہِ ژٕیشہِ زَنمہٕ پپاس اَناتھ داس کوٚ چھُس بوٚ وٕ داس اَناتھ
یٔندرَے ہٕندٕ رأوِتھ چھُم مَن سندرِتھ لولہٕ رٕیہہ چھَم نہٕ زبوٚ ن
دوٚدرِت گمہٕ کیکاس اَناتھ داس کوٚ چھُس بوٚ وٕ داس اَناتھ
ہوٚنبن اَتہِ پیوٚمُت شال زَن ہانژٕ ہتی روٗ دُم نہٕ نَم تہٕ نیال زن
کالہٕ گوٚپھِ سہہ سُند ژٕاس اَناتھ داس کوٚ چھُس بوٚ وٕ داس اَناتھ
ساس کروٚ ہہ ژٕھنڈِتھ تہِ آشا دان! اَتھہٕ چھوٚن یوٚری پھیرِی پھیرِی یِوان
یٚیہِ توٚ زَن برٕنیاس اَناتھ داس کوٚ چھُس بوٚ وٕ داس اَناتھ
ہوٚشن بہٕ ووٚنژمُت روشن چھُے وَنہٕ کیا حال ژٕ یے گوٚش چھُے
پیوٚمُت بوٚ چانہِ عام خاصہٕ اَناتھ داس کوٚ چھُس بوٚ وٕ داس اَناتھ

# بڑٛ نہہ ووٛ تُر

مۆز کال کِبن سانِبن گونہٕ ماتن مۆز چھُ پرمانند بہلہٕ پایہٕ گونہٕ ماتن ہنز
گرٛنز مۆز یِوان، اوَے گرٛ ھِنہٕ یہٕ وُنُن کینٛہ گوٚب ہیٚو زِپنہٕ نِس رنٛگس مۆز چھُ
سُہ أزِ یٚک تام تہٕ جوٗرٕ روٗ ن ۔ بکھتہٕ باوٕ وبٛرٛ ھناون والین شاعرن مۆز چھے
أمی سُنز شخصیت گاشہٕ تارِکی پأٹھی پرٛ زلان تہٕ گاہ دِوان ۔ أمِس تارِکس یُس
تہٕ ژٕتھ دِتھ وُ چھان چھُ سُہ چھُ مۆت متوالہٕ گرٛ ھان۔

پرمانند چھُنہٕ شاعرِ ے یوت بلکہ چھُ سُہ کرشنہٕ بکھتی ہنز لے وُ زناون
وول گوڈنیک شاعر ۔ اَمہٕ کِنہٕ اگر أسی یہٕ وَنو زِ سُہ چھُ کرشنہٕ بکتھی ہُند ناگہٕ راد
ترٛیش چنہٕ والین کأشرین شاعرن ہُند زیٗٹھ ۔ اسہٕ چھُ باسان زِتہٕ گرٛ ھِ نہٕ
کُنہِ تہٕ رنگہٕ تہِ ویوٗ ٹھ۔

کأشرِس مۆز بکھتہٕ باوکون والین شاعرن ہنز گرٛند چھُنہٕ ژٕ رکینٛہ تہِ یہٕ
گرٛند چھےٚ تیٚرٛ ژھوٚٹ زِ اوٚ نگجہٕ ٹیٚنڈ بن پیٚٹھ ہیٚکہِ گنٛز رنہٕ تتھ ۔

''ترکہِ درشن'' چھُ فلسفس کٔشیرِ ہُند دیُت اَمہِ لنجہٕ ہنز وکھنَے تہٕ وبٛرٛ ھنے
کرن والو مۆز چھِ لل دید، مہر زِ کاکھ تہٕ لچھ کاکھ بیترِ ناوٕ ہیٚنہٕ لایق ۔ شیخ العالمسؒ
پیٚٹھ تہٕ چھُ ترکہِ درشنک کاسہٕ اثر اوسمُت ۔

رام بکھتی دَس ٹُلن وول چھُ پرٛ کاش کری گأمی تہٕ کرشن بکھتی ہنز لے
وُ زناوٕ پرمانند جیٚن ۔ کرٛشنہٕ راز دان تہِ چھُنہٕ کُنہِ رنگہٕ کم پایک گونماتھ کینٛہ،
فن کأری، زبأنی ہُند میچھر تہٕ تلمیحن ہندس ورتاوس مۆز چھُ سُہ بے بدل ۔

منزِم گوٗل چھُ یُتھٕ پأٹھۍ شیوٗ۔ اَتھ مقابلہٕ چھُ پرمانندنہٕ شأعری، خاص کٔرِتھ رادھاسویم وَرتہٕ سوٗدام ژرٕ یتر، تَمہِ ملک گیر تحریکہٕ ہُند اکھ حصہٕ یتھ أسۍ وِشنوی تحریک وَنان چھِ۔ تہٕ یتھ پتہٕ واریاہ لنجہٕ دژ لیہٕ۔ أمۍ ہنز شأعری چھےٚ بکھتی ہنز شأعری۔ اَتھ منز چھُ بکھتہٕ باوٕک رَس تہٕ باوَنایہٕ ہنٛد پوشہٕ وُن بہار۔

یہٕ کتھ تہٕ چھےٚ پننہٕ جایہٕ سبٹھا اہم زِ پرمانندَن چھےٚ شیوتہٕ شکتی ہنز توتاتہٕ کٔرمٕژ۔ مگر تہنز شأعری منز چھُ ژوٚز دیاٗن رادھایہٕ تہٕ کرشنس کُن۔ امہٕ حسابہٕ چھُ سُہ ولبھ آچاریہ، مادھوآچاریہ تہٕ چیتن مہاپربھوٗہس سبٹھا نکھہٕ، سُہ چھُ سوٗردس میرابأیی چنڈی داس تہٕ وِدیاپتی ہِندِ قبیلُک شأعر۔

رادھا کرٛشن بکھتی چھےٚ پرمانند شأعری ہُند شوخ رَسیل تہٕ مأری موٗند رنگ۔ اَتھ رنٛگس رنگ بران بران چھِ تمۍ پننہٕ فنکی تہٕ پننہٕ زأنی ہندی سأری زورازمأوی تہٕ وَرتأوی متۍ۔ یِم شوخ تہٕ رنبہٕ وٕنی رنگ سمجھنہٕ خأطرٕ چھُ ضروری زِ تِمن زأوی جارَن ہنز گرٛھ انسانس زان آسنۍ یِم زأوی جارورتأوِتھ تمۍ بکھتہٕ باوِ چ راز دأنی کھأرمٕژ چھےٚ۔

پرمانندنہٕ شأعری پتہٕ چھُ علامتَن، اشارَن، تلمیحن تہٕ تشبیہَن ہُند اکھ پُراسرارتہٕ گہیُل فضا۔ اَتھ فضہَس کوم تہٕ اَمہِ سدرٕ ترٛیش چینٛژ چھَنہٕ گٕندن کتھا کینٛہ بازے بازے چھُ اَکھ شار اکھ دلیل بنان تہٕ اکھ اشارٕ چھُ وجدأنیت کنِن آگرن وُزنٕی تہٕ وُسچار بخشان۔ پوٚز تیٚلی ییٚلہِ انسان تَمہِ پوٚت گوشہ پھیرِتھ آسہِ آمُت، یتھ پوٚت گوشس سأکہٕ پھیرنہٕ پتہٕ یہٕ شأعری تھنہٕ چھےٚ پیٚمٕژ تہٕ آسے چھُس لوٗ گمُت۔ نتہٕ چھُ ازانس وُٹھیوٗت گرٛھان تہٕ سُہ چھُ

پۆز ے بۆ زِ وتہٕ راز دان صأبس پتہٕ گونہٕ بکھتہٕ باوُک کانہہ تہٕ قد اورتہٕ تھدِ پایک شاعر ییتہٕ پأدَ ے ۔ سُہ اوس اکہٕ پژ زِلونہٕ دوُرک پتّم گاشہٕ تارُک۔

راز دان صأبس پتہٕ یمولؤ گو بکھتہٕ باوچہٕ وَتہٕ پکھ شارِ وٕنتھ پٕژن وونۍ بوو تمن منز چھِ لچھمن بلبل، واسدیو جی، باسکر راز دان، ٹھوکر منوٹی، بالک رام، وشنہٕ کول، ملنہٕ جو عطار تہٕ نیلہٕ کنٹھ شرما ژھتس تھاوِنی لایق۔

پرمانندنہٕ زندگی تہٕ فنس پٮ۪ٹھ چھُ وُنستام واریاہو لؤکو لیوکھمُت یمن منز ماسٹر زِندہ کول، عبد الاحد آزاد، تہٕ پروفیسر کول بیتر شأمل چھِ۔ ماسٹر جیُن بوٚڈ کارنامہٕ چھُ یہِ کتھ زِ تمو کوٚر پرمانندنس ژاری ہتس کلامس انگریزی ترجمہ۔ یتھہٕ پأٹھی سپُد تمن لوٚکن ہِندِ باپتھ تہٕ أمی سُند کلامہٕ سمجن ممکن یم کأشُر زانان أسی نہٕ یا آسن نہٕ۔ اماپوٚز ماسٹر جیُن یمہٕ ترتیبہٕ رادھا سویمور پیش کوٚر تتھ چھُ کأفی ژھو چر۔ شارن چھُ منزی منزی اورِ یور کرنہٕ آمُت، ترٚے یا ژور بند ژھوٹرأوِتھ چھُ تمو اکُے بند بنومُت یہِ زن جان چھُنہٕ۔

پرمانندنہٕ شأعری متعلق لیکھن والیو منز چھُنہٕ کانٛسہٕ اکہِ تہٕ أمی سنز شأعری تأریخی پوٚت گوش برونہہ کنہٕ رٹتھ سام ہیژمژ۔ تمو چھُ یہِ وٕنتھ کتھِ اندبوٚر دیُتمُت زِ لل دیدِ پتہٕ چھُ پرمانند بکھتہٕ باوُک اکھ بالا تھوٚنگ۔ یوٚدوَے لل دید تہٕ پرمانندا کی وَتہٕ ہندی وَتہٕ گتھ چھِ مگر یم چھِ اکھ أکس سبٹھاہ نکھہٕ اُستھ تہٕ واریاہ دوٗر۔ دوٗر یمہٕ کتھِ کنۍ زِ پرماتما زانہٕ خأطرٕ چھےٚ دوشوٚے بیوٚن بیوٚن وَتہٕ ژارِمژ۔ لل دیدِ ہُند فلسفہٕ چھُ چھرا کأشُر۔ تہنز شأعری چھےٚ شیوی فلسفک اُنہٕ۔ أمی ہندی واکھ چھِ ترکہٕ شاستر چ زبو تہٕ امیک

ہند رٟژر باپتھ چھُ کأم کران۔ سارِنٕے پٔتھ چھس ہشی نظر۔ تہندس دِلس
چھنہٕ خأہشہِ وُبُدرٕٹلان۔ تس چھُ پانس پٔٹھ قوبوٗ، مزاز چھُس میوٗٹھ تہٕ اہنکار
نِشہِ چھُ دوٗر۔"

پوٗز بٔھکتی چھُ اکھ آدرش پورُش تہٕ یہ آدرش پورُش چھُ زندٕ زُوٚے موکجار
پژاوان۔ أمی سٕے آدرش پورشس کوٚر شاستر وجیوٗن مکُت ناو۔ انسان رٕٹی
تَن بکھتہٕ باوِچ کانہہ اکھ وَتھ تہٕ مگر یم اصول پٔٹھہٕ کنہٕ زیرِ بحث آے یم چھِ
سارِنٕے ہندی وَتہٕ باوِکی۔

بکھتہٕ باوِچ شاعری چھےٚ دراصل یمنٕے اصوٗلن تہٕ کتھن ہنز وِبژھنے تہٕ
وَکھنے۔ وون گوٚیس یتھ بٕڑ آسہِ سُہ چھُ تیتھ وَنان تہٕ وَنہٕ وان۔ یہ وَتھ
چھنہٕ بخشا بخشی[1] تہٕ عقلہِ ہنز وتھ، یہ چھےٚ ییژھ پژھتہٕ پان پُشراوُنٕچ وَتھ۔ ییٚتہٕ
اہم گِلتھ سوٚ ہم چھُ پژاوُن تہٕ پرٕز ناوُن آسان بکھتہٕ باوُک بجر وکھناوان
وکھناوان چھُ یوٗگہٕ سوٗتُر وَنان:۔

"دیہ بکھتی ستی چھُ بکھتی آنند پژاوان۔"

مگر یہ آنند پژاونہٕ خأطرٕ چھُ پھیرِس سوٚ درس منز بٕژرُن آسان تہٕ ژٕتہٕ
بُہک نیاے ترٛاوُن آسان۔

بکھتی ہنز یہ لَے یوٗ دوٚے پتھ کالہٕ پٔتھے چلہٕ وِنی اُس مگر اتھ لیہ توٚ و
اظہارتہٕ نوٚ وروٗپ دِنس منز کرآچاریہ روٗمانج جیَن کأفی کأم تہٕ تمی دِژ اَتھ اکھ
باقاعدٕ فلسفیانہ بُنیاد تہٕ اکہِ تحریکہِ ہندِس رنگس منز بوٚرنس گوڈ۔ کہی مہ ہتی لِکی
أمی تھدِ پایہ عألمن تہٕ فلسفین دُیٔت بکھتہٕ باوَس "زانن یوٗگہ" کھوتہٕ تہٕ

[1] ونُنک مطلب چھُنہٕ یہ زِ بکھتی چھےٚ سوٚچنٕکی سأری درواز بند کران۔ پزر چھُ یہ زِ بوزشوژ کرنٕکی
دروازِ چھِ پژتھ وِزِ وُژھی۔ آدِشنکر آچاری چھُ بوزٕ شوژِ بُژھوٚ دُدرجہ دِوان۔

راوان تہٕ دُولنہٕ لگان۔

یوٚ تامتھ زَن بکھتی ہُند تولق چھُ ہندو درمس منز چھُنہٕ یہِ مُنز کینہہ آمٕت۔ اُمیک گوڈ چھُ ویدک دورس منزٕ ے لوٚ گمُت۔ وید چھِ پانہٕ تہٕ بکھتہٕ باوچھِ نٔہج وُتُش دِوان تہٕ گوڈ بران۔ بیٚون بیٚون دیوی دِوتہن ہُند بجر تہٕ تھزر گیوٚتھ چھِ ویدتٕ اُکس دَیہ سنز آرادھنا کران تہٕ کیاز ِسارے دیوِیہ تہٕ دِوتا چھ بذاُتی اکہِ تھدِ پزٕرکی علاحدٕ علاحدٕ اظہار۔ نارد مُنی سُند بکھتی سوٗتر چھُ اتھ سلسلس منز سبٹھاہ پرون تہٕ اَتھ چھُ کنہٕ گنہٕ ہُند درجہِ حاصل۔ اتھ منز چھُ سہ وَنان:۔

"بکھتہٕ باوٕچ وَتھ چھنہٕ ژھوٚٹ تہٕ نہ چھےٚ بند۔ اَتھ منزٕ چھنہٕ ذات، پرٕن لیکھُن، آسُن بسُن یا کانٛسہٕ ہُند بوٚڈ آسُن کانٛہہ اہمیت تھاوان۔ بلکہ یُس اکھاپزٕ دِلہٕ اَتھ وَتہِ کُن قدم تراوِ سہ چھُ منزٕلس واتان۔ پوٚز بکھتہٕ باوچھُ پانے وَتھ تہِ تہٕ منزل تہٕ۔"

بکھتی ہِندِس اُتھی بجرس کُن وُچھتھ چھُ سبد پورشو اَتھ یوٗگُک درجہٕ دِتھمُت۔ یتھ بکھتہٕ یوٗگ وَنان چھِ۔ شریمد بھگوت گیتایہِ منز چھُ بگوان کرٛشن بکھتہٕ باوُک بجر یِمہِ آیہِ وِکھناوان:۔

"ہے ارزن میون آسُن ہیکہِ سُے یوت پزٕی پاٹھی زاُنتھ تہٕ ژینتھ یُس پزٕلولہٕ مےٚ کُن پیہ، مےٚ پٹھ تھاوِ پزٕھ، مےٚ کُن کرِ کل، ساری دُنیایی بندن ژٕاوِ، کانٛسہِ تہٕ کانٛچھِ نہٕ بَد......سہ چھُ مےٚ تام واتان۔"

"میون بکھتی چھُ سارِنی زوٗ ذاُژن ماے بران، کانٛسہِ ستۍ چھُنہٕ دُشمنی۔ تس چھےٚ ژبڈ۔ پوٚز چھُ تسُند بل، سہ چھُ یچھ چیزٕ وِنشہِ لوٚب تہٕ سارِنی

پأٹھی کران تہٕ پأٹھی تُلسی داس بگوان رامہٕ سُند گژ یہ کانچھان اوس۔

کرشنہٕ بکتن تہٕ چھہِ زٕ ڈٕ ری، أڈی چھہِ بگوان کرشن تہٕ ماتاہِ لکھمنی ہنز پوزا تہٕ سمرن کران تہٕ أڈی بگوان کرشنس تہٕ رادھاماتایہٕ پٔنُن من تہٕ پٔنُن تن ارپن کرِتھ پیٚژھہِ تہٕ پژھہِ ہندی پوشہٕ دستہٕ پوٗ زِ لاگان۔ یم بکھتی کرشن تہٕ رکھمنی ہنز تو تا چھہِ کران تِمن منز چھہِ نام دیو، اکھ ناتھ تِم تکارام ژٕ ری مشہوٗ ر۔ دوٚیمہٕ لنجہٕ ستی چھہِ تِم بارکا، وشنوارامی تہٕ چیتن مہاپر بھوٗ بیترِ یوان۔ بکھتہٕ شاستر چھُ گوڈنچہٕ لنجہٕ ''کنٹھ باوٗ'' تہٕ دوٚیمہٕ لنجہٕ ''موٗ درِ باوٗ'' ناودِوان۔ پر مانند چھُ پننہٕ شأعری ہندِس ژٕرِس حصص منز موٗ درِ باوٕچ وکھنے کران۔

موٗ درِ باوَس رٕتھہٕ لوٗگ گوڈیہٕ کتھ چھےٚ وُنہٕ تہٕ پوٗرِ پأٹھی اندنے تہٕ بیٚیہٕ ہن ژھأنڈ دِنچ چھےٚ کأنی گنجأیش۔ موٗ درِ باوٕچ یا رادھا کرشن بکھتی ہُند ذکر چھُنہٕ وشنو پوٗ ران۔ شریمد باگوت تہٕ ہروَنش پوٗ رانس منز گُنہٕ تہٕ جلیہٕ نظرِ گژھان۔ امہٕ لنجہٕ ہنز تھٔزتہٕ بڈٕ علامتھ چھےٚ رادھا۔ رادھا چھنہٕ بِذأتی کانہہ تأریخی شخصیت۔ باگوت پوٗ رانس منز چھُ صرف یِتے یوت درِج زِ گوٗپیو منزٕ یمہٕ بگوانس پان وند اس آسہٕ اُس اکھ گوٗ پی تس سبٹھاہ ٹأٹھ، أمی ہے گوٗ پیہ پتہٕ بکھتین ہنزِ زیوٚ رادھا ناو تہٕ یہ بنے یہ آنتھہٕ روٗ س لول تہٕ مایہ ہنز اکھ پوشہٕ وٕنی علامت۔

رادھا کرشن بکھتی ہند آگُر چھُ دکھنس منز أکس بکھتی نم بارکا ہنز ن کتابن منز اَسہٕ گوڈنیتھے نظرِ گژھان۔ یہ اوس تِلگو علاقُک روزَن وول مگر بکھتہٕ باوَن گٔنی رأوِس تیژ کل زِ گرِ تر ووٗ ن تہٕ آوٕ بند رابن روزنہٕ۔ نم بارکا ہنز ن کتابن منز چھُ رادھا کرشن وشنو تہٕ لکھمی ہُند روٗ پ پژ اوان۔ رادھا

تھۆدمرتبہٕ۔یہٕ مرتبہٕ پژٲوِتھ لۆب بکھتی تحریکہِ سر بہہ تہٕ سگ تہٕ وار یاہ لۆکھ آیہٕ امہِ کِس دٲیرس منز۔

رامانج آچاریس پتہٕ دِژ اَتھ تحریکہِ مادھو آچاری تہٕ وٕلبھ آچارین (پنداٗ ہم ہٹیل) لبیہٕ ہن پوچھر تہٕ تحریک بنے یہ اکھ بُنیادتہٕ فلسفہٕ ڈکھِ ہتھ اکھ بااثر تہٕ ہمہ گیر تحریک۔

برۆنہہ پہن پکتھ گیہٕ دکھنس منز بکھتی تحریکہِ زٕ باگنیہٕ۔اکھ جماعتھ بنے یہٕ وشنوی تہٕ بیاکھ شیوی۔شمٲلی علاقن منز پھاپھلے یہٕ سوے تحریک ییمُک مۆل تہٕ مُژ بگوان وشنو چھُ۔وشنوی تحریکہِ تہٕ گیہٕ زٕ حصہٕ۔اکھ لَنڈ بنےیہٕ بگوان رام تہٕ بیاکھ بگوان کرشنہٕ سنز پُزاری۔بگوان وشنو سندی یم دٕہ شوٕ ے رۆپ چھِ دشہِ اوتارن ہنز گژ نز منز یوان۔

رام بکتن ہنز تحریکہِ ہُند زٕیٹھ چھُ رامانند۔تُلسی داس،بگت کبیر بیتر چھِ اَمی لنجہِ منز اَسی مِتی اماپۆز کبیر چھُ ہَن کھنڈ بیون۔تمی سنز شاعری تہٕ فلسفس تہٕ چھُ ویدانتک رنگ کھۆتمت۔سُہ چھُ کرم،سمسار،مایا،لیلا موکھش تہٕ وٲراگ بیترِ کتھہِ مانان۔نامہٕ سُمرن (ذکرحق) تہٕ گورِ لنہٕ گژ یہہ تہٕ چھُ سُہ مانان،مگر سُہ چھُنہٕ مۆرتی پۆزا،اوتار بیترِ کتھہِ مانان تہٕ مٹہٕ ہوان۔سُہ چھُ اکہِ حسابہٕ نبر گون واد مانان۔نابھ داس،مالک داس،چرن داس وغاٗر چھِ راماندنہٕ جمٲعژ مَنز یوان۔

سون پرمانند ییمہٕ لنجہِ ہُند بلبل اوس سوئنڈ چھےٚ رادھا کرشن بکھتی ہنز لَنڈ۔پرمانند چھُ تُلسی داسنی پٲٹھی نامہٕ سُمرن کران تہٕ سارِنےٚ باونایہٕ ہندی پۆش پۆزِ لاگان مگر دل چھُس بگوان کرشنہٕ سندبن پمپوشہِ پادَن ہُند تمنا تتھے

تتھ مقأمی رٕوایژ پٮ۪ٹھ کھورمُت یوسہٕ رٕوایت ہِندرابنس منز زبأنی زبأنی چلان اَس۔ سُہ رؠ دبندرابنہٕ بسکین ہٕتھ تہٕ بکھتہٕ باوس دِتُن اکھ نٔو آتماتہٕ نٔو رنگ۔ أمِس پتہٕ دیُت اتھ پرٛٔھ جے دیوَن ''گیت گوبند'' لیکھِتھ یِیہٕ ہن پوچھرتہٕ ہُر بر۔ نم بارکاہن دِیُت رادھا کرشن بکھتی فلسفیانہٕ گوڈتہٕ جے دیون وٕلی اَتھ بأتن ہِندی جامہٕ۔

یِیتِھن چھِ یہِ کتھ ژرتراوِنی لایق زِ یِیمہِ کتھِ ہُند چھُنہٕ اسہِ نشہِ کانہہ ثبوت زِ جے دیوَن کیا چھِ نم بارکاسُند اثر قبول کۆرمُت۔ جے دیواوس نم بارکاہَس پتہٕ اکھ پیر۔

گیانیشوَرتہِ چھُ رادھا کرشن بکھتی ہنٛد اکھ تھوٚنگ اوسمُت أمِس متعلق چھُ یُتے یوت دٔریافت سپُدمُت زِ سُہ اوس تُروأہمس ۂتِ لِس منزتہٕ أمی سُند عقیدٕ اوس تتھ زمانس منز سبٹھاہ مقبول۔

ژودأہمس تہِ پندأہمس ۂتِ لِس منز لوٚب رارادھا کرشن بکھتی نوٚو لوکچار۔ رادھایہِ تہٕ بگوان کرشنٕنی لولن دیُت شأعری ہِندِس أکِس میٹھِس سٔدرس گرٛزیُس گرٛزوٚنہٕ آتماہَس شھجارتہٕ انتاکرنن سوکھ چھُواتناوان اَتھ دوران یِمو گونماتو رادھا کرشن بکھتی موکھتہٕ جوٚرتہٕ مایے بأگر تمن منز چھِ چنڈی داس (بنگال) ودیاپتی (بہار) میرابائی (راجستھان) تہٕ نرسمہامہتا (گجرات) کأفی مشہوٗر۔ یِمن بہلہٕ پایہِ گونماتن ہِندی۔کنۍ لوٚگ بگھتہٕ باوچہِ اتھ لنجہٕ سوٚنتگ سگ تہٕ شمأ لی علاقس منز بنے یہِ اَچھ بنیاد سبٹھاپایدار تہٕ وُسوار۔ دیہِ وَتہٕ ہِندو بے شماروَتہٕ گتوٚاأج یِہندہن بأتن تہٕ بجنن گنگرامے کرِنی۔

سویم ورس منز تہٕ چھُ پرماننديوٗ ہے درجہ رادھا ماتایہ دِوان ۔

دوٗ گنیار کاسی توٗ تہٕ اَدٕ وو گنن شانہٕ
رٲدھا چھےٚ لکھمی سُہ نارانو
لکھمی ناران ژھاران پژارانہٕ
ژٕتھ ویمرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

یا

پانہٕ اوس شِوٕ جی وژشبے[1] واہانہٕ
برہما تہٕ ہمس کھسانو
ڈیٚشن سُہ کرشنہٕ جیو گرڈس پٹھ پانہٕ
ژٕتھ وِمرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

بیٚپس اَکس جایہِ چھُ سُہ ونان

پمپوش اٲسی لکھمی پٲتی
شیشہِ ناگس پٹھ شوٗنگی متی
شنکھ ژٕکر گدا دٲری
گوٗپال گووردھن دٲری
رادھا چھےٚ گایتری ساوِتری آسانہٕ
سرسوٚتی تہِ لیس چھی وکھنانو
پرٕتھ کولہِ چھِ یشٹہٕ دیوی آسانہٕ
ژٕتھ وِمرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

تحقیق چھُ یتھ کتھِ نبر کران زِ رادھا کرشن بھکتی ہندِ کُن چھُ نم بار کاہن

---

[1] داند

شخصیتس پڑھ ہُند در برتہٕ تجرٕ بن ہُند گاش۔ یتھہٕ پأٹھی بنے یہ رادھا ساسہٕ بدٕ بن بجنن، لیلا ین تہٕ ڈرامہن ہُند آتماتہٕ سورگہ لوٚکچ پیٹ رأنی۔ چیتن اوس نہٕ پانہٕ لیکھان مگر تمی سند بوشیوٚ شِشو گرٛتس پتہٕ تہند فلسفچ وَکھنے تہٕ کأفی ادب، لیلا یہ فلسفیانہٕ مقالہٕ آے لوٚکن بروٚنہہ کُن۔ یمن لوٚکن پھوٚ گو سوأمی ناو تہٕ یِیے بنے یہ بروٚنہہ کُن امہٕ لنجہٕ ہندی زِٹھی۔

رادھا کرشن بکھتی ہند بجر گوٚن وأل چھ چیتن دیو تہٕ ولبھ آچاری سنزٕ لنجہٕ منزٕ۔ بکھتی تحریکہٕ ہُند تأریخی تہٕ ارتقأیی پوٚت گوٚش ژھوٚڈی پأٹھی بیان کرنہٕ پتہٕ چھےٚ یہ کتھ اَنزراوٕنی باقے زِ بکھتی چھایہ کینہہ رنگ تہٕ بکھتہٕ باو کیا گو۔

بھگوت گیتایہ منز چھُ بھگوان ونان:-

"ہے ارزن، مےٚ چھ ژورِ قسمہٕ بکھتی پوٚزان، دوکھہٕ لَد، دولت ژھانڈَن وألی، پرٛزِرگمُتی تہٕ گأٹلی۔"

شاستر چھ پانہٕ بکھتن ہنزٕن یمن ژوشوٚنی ذأژن ہُند وٚن انان۔ دٕ ریوٚ دھن بُس دربارس منزٕ لجھو دروپدی۔ یہ چھےٚ دوکھہٕ لَد بکھتی دیہ لنہٕ گرٕ یہہ ژھانڈان...... دُردا...... یہ چھُ دَنہٕ دیا رژھانڈن وول مہابھارتک ہیروارزُن۔ یہ چھُ پرٛزر ژھانڈن وول۔ پرٛہلادنارد تہٕ بیٚیہ تِتھی کینہہ لُکھ چھ گأٹلی، یمن چھُ اصلیتُک پَے۔ ترٛٹہٕ تہٕ گٹہٕ منز چھنہٕ یمن کھورن ڈلاین تہٕ یقینس کھےٚ لگان۔

یوٚ دوَے زَن بکھتہٕ باوٕچ پرٛتھ لنڈ یوٚشہٕ بہارُک مالیُن چھےٚ اماپوٚز پرٛزُرک وٚن آسن وأ لِس چھُ ہنا زیاد دَے تھز رتہٕ کیازِ تمی چھُ پنُن آتما پرم آتماہس ستی بڑرو ومُت آسان۔ پرمانندس تہٕ چھ پرٛزُرک وَسہ سہٕ چھُ ونان۔

شُر اہمہ ہٕتی لِکلِن گوڑ نِکلِن پنٕز ہن ؤری ین منز چھِ رادھا کرشن بکھتی ہندی زٕ مہان عالم اَسہِ بروٚنہہ کُن یوان ۔ یم چھِ ولبھ آچاریہ (۱۵۳۱-۱۴۷۹ء) تہٕ چیتن دیو۔ یمو دوشوٕے تھاوٕ رادھا کرشن بکھتی پتھٕ پننہٕ فلسفٕچ بُنیاد۔

ولبھ چھُ پُشٹی مارگک بانی کارتہٕ اَمی سندِ فلسفٕچ بنیاد چھےٚ یہِ کتھ زِ لنہٕ گرٕ یہہ (پُشٹی) ہیکہِ انسانس بگوان کرشنس تام واتناوِتھ، تیٚمی سُند ستھان، برٛہمہٕ لوٗکہٕ، وشنہٕ لوٗکہٕ تہٕ شِو لوٗکہٕ کھوتہٕ تہٕ تھوٚد چھُ۔ سُہ چھُ ونان زِ کرشن چھُ ابدی حقیقت تہٕ رادھا چھےٚ اندٕ وند تہنز شکتی بوج۔ ولبھ آچاریہ سندیو مانن والیو کھاوٕ تھی بُنیادٕ بٕہتھ برج بھاشایہِ منز واریاہ کیٚنہہ بٕاتن ہندِس رنگس منز۔

چیتن دیو (۱۵۳۳-۱۴۸۵) اوس بنگٲلی ۔ یہِ اوس ولبھ آچاری سُند وقتہٕ بوج۔ گوڑٕ گوڑٕ اوس سُہ صرف اکھ بوٚڈ عالم مگر پتہٕ کوٚر سُہ مادھو آچاری تہٕ رادھا کرشن بکھتی ہندیو دوٚیمو بڈیو عالمو تہٕ گونہٕ ماتو ہنہٕ ہنہٕ متاثر۔ پتو لاکن بنیو سُہ سنیاسی۔ سنیاسی بٕنتھ پھیوٚرسُہ واریہس علاقس تہٕ آخرکار ہیوٚتُن پوٗری منز جگن ناتھ مندرس نشہٕ داسُت ۔ سُہ اوس زیادٕ وقتس نژان تہٕ گیوان تہٕ ونان اوس زِ بگوان کرشنہٕ سُند لول نالہٕ مَتہٕ رٹُن چھُ ساری درمُک سار۔ چیتن دیو یہِ کینژھا وَنان اوس تمیُک ٹاکار ثبوٗت اوس تہنز پننی زندگی۔ دپان ییلہٕ تہٕ سُہ بگوان کرشنہٕ سُند آکار ڈیٚھان اوس، سُہ اوس مَس گوٚھان تہٕ سوزٕے باس اوسُس راوان تہٕ ژوپٲری اوسُس رادھا تہٕ کرشن بوزنہٕ یوان ۔ چیتن دیوس اوس زانی ہند شیٚچھار یمہِ کنہِ بے شمار لوٗکو تہندِس وقتس پنُن پان وٚند۔

چیتن دیوٕ سندیو پٔر زلونیو روٗحانی تجربوٗ دیُت رادھایہِ ہندِس پُر اسرار

پزٕ چھِ وَنِتہٕ کُن قدم تُلِہ، مَن تھاوِڈنجہِ، دیٚان سورِتہٕ پان مشُراوِ۔ اَتھ کتھِ چھُ پرمانند تتھِ پأٹھی وہٕشناوان۔

کرشنہٕ کرشنہٕ کُرِ زے دہن تہٕ راتھ برِ زے
سُرِ زے تتہٕ منہٕ ست گور دیٚان

دیٚان سورن چھُنہٕ گِندِ باشہِ کرنہِ۔ یہِ دیٚانِ سوران سوران چھُ شریر مارُن تہٕ آتمازندِ تھاوُن پیوان۔ انسانس چھُ کُل دبد ہنزی کتھِ نیبرِ اندر اَڑُن پیوان۔

اُپنشِد چھِ ونان:-

"پُٹن بل پھِر نیٚبرِ موچیزٕ ونِش یِم چیز واسنایِن ہندِ برکتہٕ وُنہِ چھِ پیوان۔ پُٹن یِہ بل لاگ پُٹن آتماوَنہِ انِس کُن، یُس پانس منز بسِتھ چھے۔"

اُپنشِدن منزٕ وَننہٕ آمُت یِہ پزٕ رچھُ پرمانند یِمہِ آیِہ وکھناوان۔

ترٚوپ نو دار وات نو دَل
وأتِتھ ژلی زنٛجِ وَدَل
دِہِہ یا ترٚایِی گیِہ سوپھل
من تھِر کر پوٗزُن پزٕ بھوٗ

نو دار ترٚوپ رأوِتھ نو دَل واتنے چھے سمادھ تہٕ اَتی چھُ انسانس سُہ آنند باگہِ یِوان یُس پزٕ ادنہٕ موکھِہ زَنمہِ زنما ترن لوٗکھ وہ پاسناتہٕ آرادھنا چھِ کران۔ سوُرے چھُ سُہ پرم آتماتہٕ تہٕ اَسِتھ چھُنہٕ سُہ کہیں۔ سُہ یُس حواسو تھوٗد چھُ تہٕ یُس ژِیتِہ تہٕ وَنہٕ چھُنہٕ سُہ چھُ برہمن۔ اَتھ کینہٕ تہٕ آسنس چھُ پرمانند بڈٕ باوٕ تہٕ ملیہ سان وہٕشنے کران۔

یُتھ چون درشُن تیُتھ مےٚ ہاوتم
کیوٗلس بڈِس متہٕ منٛدٕ چھاوتم
دَیہِ ناوس پاٲتی لِگتھ چھُ سُہ یٖیمہِ چھُنہٕ اتہٕ گتہٕ نشہِ موکجار ژھاران
کیشوٗ چھیٚتہِ کیشہٕ متہٕ دٕشی راوتم
ہاوتم پنہٕ نی اپشرٕ گتھ

اُپنشد چھِ ونان:-

''یَس اَکس ژٕ پاٲری آتما باسہِ، ونہِ یِیہٕ تہٕ نظرِ گژھِ، تس کُس غم تہٕ کوسہٕ فکر چھےٚ۔''

پرماند چھُنہٕ پانس اَندی پٔکھی نظر دِتھ تُمس پرماتمس بِدوٗن کینٛہ تہِ نظرِ گژھان، یُس پرٛتھ یَند تہٕ پرٛتھ نیاسہٕ نٔزتہٕ ٹاکارٕ پاٲٹھی ژھالہٕ چھُ نوان، سُہ چھُ تمی سند بن یمن جلوٕن پان وَندان تہٕ شادِ بران۔

اپاٲری یپاٲری پانے ژٕ پاری
بہٕ پاٲری لگس نایے لولو
سُے لوٗب تمو یِیے تمی گاٲری
نتہٕ چھا اندن نٔیایے لولو
رٕ دکیا موٗ دسود نقصان تمی ژٲری
بہٕ پاٲری لگس نایے لولو

یٔیتین چھےٚ پرمانندٕنی نظرتہٕ وتھ ولبھ آچاری ہٕندِس پُشٹی مارگس ہٕتی واٹھ کھوٗان، یمیُک سارے چھُ زِ انسانس چھُ موکجار دیہِ انہِ گرٕ یہ ہٕتی بنان نتہٕ ہرگاہ کانہہ کھونہٕ وٹہٕ کھوڈکھنہِ کینٛہ تہِ ییس نہٕ اتھہِ مگرانہِ گرٕ یہ تہِ بنہِ تسی یُس

رادھا سوئیم ور پَران پَران چھُ انسانس گُمانہٕ گژھان زِ زَنتہٕ سُہ
بِندرابن[1] ووت تہٕ رادھا کرٛشن چھِ تس أچھن دریٛٹھمان، سُہ تہٕ چھُ تموٗمنز
اکھ یمو کرٛشنہٕ درشُن کوٗرمُت چھُ۔ شاعری منز یمہِ خلوٗصچ تہٕ صداقچ
ضرورتھ چھےٚ سُہ خلوٗص تہٕ سوصداقت چھےٚ اتھ زاتھس نظمس منز موٗجوٗد۔

ییٚژھ تہٕ پژھہِ چھےٚ ڈاکٹر رادھا کرٛشنہٕ وَننہٕ موٗجوٗب بکھتہٕ باوٕچ بُنیاد۔
یمہِ یَژھ تہٕ پژھہِ سان پرٛمانندن رادھا سوئیم وَرلیوٗ کھمُت چھُ، تتھ چھُنہٕ
کأشرِس جوڑ۔

یوٗ دوَے زَن بکھتی پننہِ جایہِ اکھ مکمل پزر چھےٚ مگر اتھ تہٕ چھِ کیٛنہہ خاص
روٗپ تہٕ رنگ۔ أڈی چھِ امکی شےٚ تہٕ أڈی کاہ روٗپ ہاوان، پرٛمانندنہِ بکھتہٕ
باوُک بجر چھُ یہ زِ بکھتی ہنز وسارِوے کھوَچوتلہٕ چھُ رادھا سوئیم ورتہٕ سودام
ژژیترٕ پاسہٕ سون نیران۔ یمہٕ زٕ زیچھِہ نظمہٕ چھےٚ بکھتی ہندبن سارِنے روٗپن
ہنز وَکھنے تمہِ آیہ تہٕ تمہِ انمانہٕ کران زِ دل چھُ متان تہٕ منس چھےٚ شیٚہلتھ
پیوان۔

پرٛمانند یوٗ دوَے ژکہِ موٗدر باوُک بکھتی چھُ مگر دیہ لوٗس منز بوٗڈِتھ چھُنہٕ
تس رنگہٕ وألی سُند کانہہ رنگ وَنہٕ اُنٛ تہٕ بدِ کڈُن مُشتھ گژھان۔

رادھا سو یمورس چھُ واریاہس حدس تام نٔم بارکا سندِس کھرِ گری متس
فلسفس ستےٚ واٹھ، یہِ پلاٹ کتہٕ اوٗن تمی ییٚلہِ زن پوٗرانن منز امیک کانہہ حوالہٕ
موجود چھُنہٕ۔ باسان چھُ زِ مٹنگ بسکین آسنہٕ سببہٕ آسہِ ہے پرٛمانندس
واریہٕن یمن لوٗکن ستےٚ ووتھہٕ بیٛٹھ روٗزمٕژ یم رادھا کرٛشن بکھتی ہنز وَتہٕ

---

[1] ورنداون

دِہ تہٕ من تہٕ بود تہٕ چھُنا
وبد ربد سبد تہٕ چھُنا
مُہہ تہٕ برٛم مد تہٕ چھُنا
سہز وبژار کرُن
وبدو چھُ وۄن مُتے
بُدھو وَنہٕ اوٚن مُتے
بُدھی نِشہٕ ژھیٚون مُتے
سہز وبژار کرُن

پٔنُن پان وَنہٕ اَنہٕ باپتھ چھُ سہ منٛزی نبر گون وادس کُن تہٕ گژھان۔ مگر تہنز زیادٕ تر شأعری چھےٚ سوگون وادس وکھنےٚ کران۔ دَیہٕ ہندی بیٚون بیٚون ناو ہیتھ چھُ سہ پٔنُن پان تمن گرٛنز روٗس ڈری یاوَن ہندی پأٹھی سٔدرَس سٟتی گنے کرُن یژھان یِم سٔدرٕ چہ کھوتہٕ منزٕ اُتھ پننہٕ آسنہٕ نِشہٕ بےخبر چھِ سپدان۔ پوٚتُس چھُ سہ رادھایہ تہٕ بگوان کرٛشنہٕ ہندٚن کھوَرن تل پان ترٛ اوان۔ رادھاسویم ورٕنتھ چھےٚ تمی دراصل دَیُس کرٛشن تہٕ رادھایہ ہندِ روٗپہ نامہٕ سُمرن تہٕ آرادھنا کرمژ۔ یتھہٕ پأٹھی چھُ رادھاسویم ورتھنِد بکھتہٕ باوُک ہرتہٕ تر۔ اَتھ منز چھُ تہٕ سورُے موجود یہٕ زَن پزٕ بکھتہٕ باوٕ خأطرٕ بُنیأدی حیثیت چھُ تھاوان۔ بکھتی چھےٚ مکمل باونایہ تہٕ لوٚلچ وَتھ، یٚمہٕ وَتہٕ انسان تتھ پزٕ رَس تام واتان چھُ یُس کلُہم زُوٕ زاُ ژَن تہٕ کأیناتن ہنز گوٗج چھُ، یُس سارِنےٕ صفتن ہُند آگُر تہٕ آکار چھُ۔ بکھتی ہُند معنے چھُ دوٚ یمن لفظن منز پٔنُن یراد تہٕ پٔنُن لول وَتہٕ لاگُن۔

واوِ لۄکہِ پال دژاولڑھ ڈٕونا ولنہٕ
یٔندراز وَتہٕ لِوٕ ناوانو
بسنت رنگہٕ رنگہٕ پوش وَتھراونہٕ
ژٕتھ وبرَ شہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
سرِ یہِ ژٔندرمہٕ ہتھ شمع چراغانہٕ
وُزملہٕ اتھِ ہتھ تاپہٕ دانو
وُزِ یُتھنہٕ منزٕلس مایا ألرانہٕ
ژٕتھ وبرَ شہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
مُکٹس اوس موکھتہٕ جۆ رمُت پژ زلانہٕ
ستہٕ ریٚشی تتہٕ تیز منگانو
ست زَن تنہٕ منہٕ سُے دیان دارلنہٕ
ژٕتھ وبرَ شہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
یوٗگنی آکاش لۄکہِ آسہٕ نژانہٕ
گوٗکلہٕ گوٗری چھِنہٕ وبژانو
نژِ ہے بُتراتھ لۄکھ چھِس نہٕ پژانہٕ
ژٕتھ وبرَ شہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

یِیمہِ شاعری ہُند حظ تُلنہٕ باپتھ چھےٚ سنسکرت اَدٕنچ زان آسٕنی تہٕ دیو مالایہِ ہُند وۄن آسُن ضروری۔

شاسترن منز چھُ آمُت زِ ادبک مُداتہٕ مطلب چھُ مُنش پننہِ اصلیتہٕ نِشہِ واقف کرُن تہٕ تِہُند ذِہن پژ رونہِ کڈنس کُن پھِرُن مشہور یوٗنانی فلسفی سقراط

آسہٕ ہَن پکان ۔ پتھ کالُک اکھ ترتھ آسنہٕ سببہٕ چھُ پتھ کالہٕ پٹھہٕ اور جان جان لوٗکن یِن گرٛھُن روٗدمُت، ممکن چھُ کانٛسہٕ یاترؠ ہٕندؠ ڈؠسؠ ما آسہٕ ہے ''گرگہٕ سمتاپہٕ'' منز درج یہ کتھ پرمانندس تام تہٕ واتِھ ژھرِٛ ۔ سُہ چھُ پانہٕ تہٕ گرگہٕ سمتاپہٕ ڈلیلہٕ ہُند آگرُ ونان۔

رادھاسو یمورتہٕ سودام ژژیتر چھُ تہٕندِ اُنتھہٕ روٗس دَیہ لولُک سٕدرؠتھ صرف پرمانندس ہیوٗے کانہہ پوٗز بھگتی کوم کُرتھ ہیکہٕ ہے۔ اَتھ منز چھنہٕ تگن گرؠ تہٕ ژھل باٗزی ۔ یہ چھُنہٕ نقلی تلاو بلکہ چھُ ملرَن گنٛدوٗن سٕدرؠتھ بزٕ نزِ پتہٕ پزٕ نزِ رنگ چھُ بدلان ۔ بےٚ شوٗنکؠ پاٗٹھؠ چھُ یمن منز شاعری ہٕند بن وصفن ہُند استعمال سپُدمُت ۔ یمہٕ ستؠ دوشوٗنی نظمن منز معنیٚک سنر تہٕ حسنُک تہٕ میچھرُک فضاپادٕ چھُ گومُت ۔

پٔنجہٕ منزٕ ہؠ لنجہٕ ڈنجہٕ چھنہٕ روزانہٕ
اَسہٕ وِنہٕ ہونجہٕ چھِس اَسانو
یُس وُچھنس لس تسنہٕ کوٗنہہ وُچھانہٕ
ژٕتھ وبرٛشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
رَتھس پٹھ بہتھ بگوان پاٗنی پانہٕ
اَتھس پرٛیمہٕ پیٛالہٕ پاٗرانو
متھس پوٗرنہٕ ژٔندرمہٕ پزٕلانہٕ
ژٕتھ وبرٛشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

رادھاسو یمورس منز چھُ پرَن وول سُہ حصہٕ پَران پَران وَجدس یوان یتھ منز پرمانند کرٛشنہٕ سُند ہووُر گرٛھنُک منظر بیان چھُ کران۔

۴ر سوندر وند یومن پادن

بُلبل اندتر اوُن چھُ پر مانندُن مرتبہٕ مشخص کرنس منز ساںٛبن بزرگن تہٕ روٗٹ کوٚرمُت تہٕ اتھ ہٕتی چھےٚ بلبُلس ہٕتی تہٕ ناانصأفی گأمژ۔ افر اتفری ہُند یہ سلسلہٕ چھُ سبٹھا بروٗنٹھہٕ پٹھہٕ شروع گومُت تہٕ اَزتہٕ چھُ جأری۔

''گیان پرٛکاش'' ناوچہِ کتابہِ منز چھُ اَتھ اورٕ یورس ہٕکن لوٚگمُت اتھ کتابہِ منز چھےٚ اکھ مشہور لیلا۔

پرمہٕ دامُک مےٚ چاوتم دامو

ست گوٚرو موٗکھ دایک رامو

یہِ لیلا چھےٚ کتابہِ منز بُلبلس کُن منسوٗب مگر چھےٚ بالک رامن لیچھمژ۔ بالک رام بٹ یُس اکثر پانس بلرام چھُ لیکھان چھُ ناگمیک روزن وول اوسمُت تہٕ اوس بلبُل ناگمیُن شش۔ واریاہ لیلایہِ لیکھنہٕ علاوٕ چھُ أمۍ ہریش ژندرُن قصہٕ تہٕ کأشر مثنوی ہندِس روٗپس منز منظوم کوٚرمُت۔ بدقسمتی کنۍ چھِنہٕ بالکرامُن کانہہ چیز ہیٚرِ کنہِ درٕج لیلایہِ ورأے چھاپ سپُد مُت۔ بالک رامَس چھُ شأعری ہُند رُت سلیقہٕ اوسمُت تہٕ ہٕمۍ چھِ کینٛہ مأری مُندۍ چیز پتھ کُن تراوۍ مٕتۍ۔

پننہِ کتابہِ "Studies in Kashmir" منز چھِ پروفیسر جے لال کول صأبن زِ تم وَژن پرمانندنہٕ گیچھِ گنڈۍ مٕتۍ یم تہندِ قلمہٕ دژامٕتۍ چھِنہٕ۔ أکِس وژنس چھُ ووجیہٕ[1]

---

[1] حال حالے سپُد مولوٗم زِ یہِ وَژُن چھُ ٹھوکر نیم منوتی سُند۔ أمۍ ہٕنز ''امر بتھ ساگر'' ناوٕچ کتاب چھےٚ بروٗنہہ چھپےمژ۔

چھُ وَنان:-

''سارے تلاشہٕ کھوتہٕ رُت تلاش چھُ یہٕ زِ انسان ژھارِ زِ سہ کیا گژھہِ آسُن تہٕ تَس کتھ پتھ گژھہِ دِل لگُن۔''

یہٕ پزٕ رنظرِ تل أنتھ ییٚلہِ أسی پرمانندٕنی شاعری پرکھاوان چھِ یہٕ چھےٚ یِہے مقصد ہیتھ لیکھنہٕ آمژٕ تہٕ تھنہٕ پیٚمژٕ۔یہٕ شاعری چھےٚ بکھتہٕ باوٕچ سولے یوسہٕ میٹھ موٚدٕر، دردٕ ہٕژ تہٕ سنہٕ وٕنی چھےٚ۔اتھ منز چھُ ''پزٕ کہٕ پزٕرُک'' سربہہ تہٕ شیٚہجار، یُس چھاونہٕ خاطرِ صاحب نظرتہٕ صاحبِ دِل آسنٕچ ضرورتھ چھےٚ۔

رادھاسویموٚ رس پیٹھ کتھ کرن وِزِ چھےٚ اکثر اکھ غلطی کرنہٕ آمژ سو یہٕ زِ سویموٚرس ستیٚ چھُنہٕ بلُبلُ ناگامیُن ذِکر کرنہٕ آمُت۔وجہ چھُ یہٕ زِ رادھاسویمور چھُنہٕ صرف پرمانندٕنی قلمہٕ دژٕ امُت بلکہ چھُ اَتھ منظوم قصس اندبوٚرِ دِنس منز بلُبلُن تہٕ اتھہِ۔رادھاسویموٚرٕکی کینہٕ ماری مُندی وٕژن چھِ بُلبلنہِ قلمہٕ دژٕ امٕتی تہٕ ییٚہ چھُ منظوم قصُک اکھ حصہٕ بُلبُلنی لیوٚکھمُت ییٚچ باضابطہٕ پاٚٹھی أزی چِھ لٹہِ کتابہِ منز نشاندہی کرنہٕ چھےٚ آمژ۔بُلبُلن بجر چھُ یہٕ زِ رادھاسویموٚرُک یُس حصہٕ تِہندِ قلمہٕ چھُ دژٕ امُت سُہ چھُنہٕ ہرگزتہٕ وٕوپرباسان تہٕ صرف زٕأنی کار شخصےٚ یوت ہیکہِ تمہِ حصُک پَےٚ پتاہ لیٚکھُت وُچھتھ کڈِتھ۔یہٕ حصہٕ چھُ امہِ داستانُک تیُتھ حصہٕ ییمہِ ورآے کتھ اندواتہٕ نہٕ۔رادھاسویموٚرس منز درٕج یِمہِ لیلایہٕ بُلبُلنہِ تخلیق چھےٚ تمن ہُند نقل چھُ یتہٕ تہٕ کُنٕ:-

۱ر وُتھی وِی سکھی یُسکھرِ وی ون کرٕشنہٕ درشُن کرٕ ی وی لولو

۲رشامہٕ سوندرمورلی ووُلے کھیلہ بناراسہٕ منڈ ولے

۳رلالولالولالہٕ گوٚپالو     کرِیوژیےٚ رِکژٕ پوٚشن مالو

مر پانہٕ پتو چھے مرنے
کر کیثہٕ تہٕ ژٕ مورۄ نے آس

زندٕ پانہٕ چھُ تمی تہٕ سورُے کیثہٕ کرِتھ تھووُمت یِیمہٕ عتہٕ سُہ مرِتھ تہٕ زندٕ رے چھُ۔ بلبُلن کلامہٕ کیاز چھُ پھِری پھِری پرمانندس مٹہٕ مرنہٕ یِوان اَمیُک بوٚڈ بارٕ وجہ چھےٚ یہٕ کتھ زِ تہُند سورُے کلامہٕ چھُ قریبَن "سام نامہٕ" ورأے وُنہِ چھاپ سپدِ نَے۔ دوٚیِم کتھ چھےٚ یہٕ زِ پٔنُن تخلص استعمال کرنچہِ جایہِ چھُ بلبُل گوڈٕ پرمانندُن ناو ہسوان تہٕ اَدٕ پٔنُن۔

پرمانند سے گونڈِ لَچھمن تے
وَندٕ لَس وندِ لس زُو تَے جان
توٚ آسہٕ پرمہٕ آنند پڑاون تے
بٹہٕ پکہٕ وَٹہٕ رٹھ من تے پران
ہردیانندٕ پرمانندٕ سوندرو
رامہٕ ژٕندرٕ لچھمن اوے شرنے
وُزناوتن مَتہٕ پاوتس نِندرو
سوندرو مندرس وتھرے مے

یہے کتھ نظرِ تل رٔٹِتھ چھُ پرَن والین لیلایہ یا وژُنک مقطع وُچھن وِزِ بلبُل مُشتھ گژھان تہٕ پرمانند ژٔبس روزان۔

پرمانندنہِ شاعری متعلق چھےٚ یہٕ کتھ مُنزی مُنزی کنن گژھان زِ امچ زبان چھےٚ مشکل۔ ہرگاہ أسی کتھِ وارٕ پأٹھی سنوتہٕ دَل دِمواَسہِ چھُنہٕ پرمانند امیُک ذمہ دار باسان۔ تہنز زبان مشکل آسنُک بوٚڈ وجہ چھُ سُہ ماحول یتھ منز سُہ

آنند گنہٕ ٹاٹھ میٲنے

تہٕ دۆیم وٕژُن چھُ۔

آکاشہِ سِرکیہِ پرٛکاش نۆن دزٲو
گاش آو رادھا کرٛشنہٕ درشُن ہاو

گوڈنیک وٕژُن چھُ گستام گمنام گونہٕ ماتہٕ سُندیُس "بکھتی" تخلص چھُ کران اوسمُت۔ اُمی سنز واریاہ لیلایہِ چھےٚ ازتہٕ لۆکن زبٲنی یاد پۆز چھپےٚ مژ چھےٚ زٕم ژورے۔ دۆیم وژُن چھُ ٹاکارٕ پٲٹھی لکھمن بُلبلن امیک پٔتیم بند چھُ۔

ویلہٕ ووت امرتہٕ وٕرشنکُے
پرٕ ماندنے درشنہٕ کُے
لکھمنہٕ لولہٕ چے دارِ وُسراو
گاش آو رادھا کرٛشنہٕ درشن ہاو

بُلبلنی بٲتھ پرمانندس مٕتہِ مرٕنی پھٕنہٕ اُتی تھےٚ اندواتان، پرٛتھوی ناتھ مدھوپ صأبن چھُ پننہِ ہیٚندی کتابہِ (کوی شری مالا...... پرمانند) منز بُلبلنی اکھ مشہور شِو لیلا پرمانندنس کھاتس وصول ترٛاومٕژ۔

شِو پرمہ شِوے ترٕبوَن سارو
شۆمبو نرنجن نہرٕ آکارو

دۆیمبن ہندی لیکھی متی چیز پرمانندنس کھاتس منز ترٛاونہٕ ستی سپدِنہٕ ہرگز تہٕ پرمانندس ستی انصاف تہٕ نہٕ ہُرِتس کاڈٕ۔ یمی چھُ پانہٕ تیوٚت تہٕ تیٚتھ لیوٚکھمُت، یمہِ چھِ بُنیاد پیٚٹھ سُہ کشیٖرِ ہندبن تھدِ تھۆد شاعرن ہنزِ گرٕژ منز یِوان چھُ۔ سُہ چھُ پانہٕ وٕنان۔

ہلہٕ کر یُتھنہٕ روزِ پٹھ کانہہ ربل
سنتوشہِ بیٛالہِ بوِ آنٛنٛدٕ پھل

پَرم آتما تہٕ اپَر
دیشٕ کالہِ روٗس تہٕ ست گور
بوٗ رمُت تیٚمیٚ ژرا ژر
سہزٕ وبٔار کرُن

اوٗمس ارتھس اوٗمکِس نیٛاے چھُ روٗ دمُت یے
اوما پرٛلے اوٗم زندَے چھُ موٗ دمُت یے
کیُتھ پان سوپنَس یُتھ زِشونگمُت چھُ دوٗ دمُت یے
پی چھکُھ تہٕ تی چھکُھ چھکھ نہٕ بیٚیَن وُچھون یے

مُہہ سیٛنڈِ سُمہِ کنہِ یئندرَے دار چھی
یم یار گے تم دشہِ اوتار چھی
ژہہٕ شُمراو ژہہ خدمت گار چھی
کر ژٕ دشہِ ہار کر ژٕ دشہِ ہار

سُمے منڈٕ لِکہِ رُمے ریٛشے
اوٗم شبدٕ امرتہٕ مےٚ چمہٕ نا
ان اُپیکھبت ہتھ ژلہِ ہم تریشے
کاستم دِے تے دُشپنا

تھنہٕ اوس پیوٚمُت تہٕ سُہ مواد یتھ تِمَو تُلہٕ ترٛاو کرٕ تہٕ بأتن ہُند مزٕ ھیُل تہٕ مأری موٚندانہار دِیُت۔

پرمانندس مُشکل زبان آسنک بورمہٕ کھارُنک الزام چھُ تِتھے یُتھ ملٹنس Paradise Last دوہدِ شِچہ زبأنی منز لیکھنُک مطالبہٕ کرُن آسہِ ہے۔ تس اُس نہٕ دوٚیم کانہہ ترٛتھ وَتھ یپأرِ سُہ زندگی ہِندِ بن تھدِ بن پزرَن تہٕ شاسترَن ہِندِ بن اوٗیلبن تہٕ زأویلبن نوکتن سہل پأٹھی وِبرٛ ھناوِ ہے۔

تِمَو ہِنز شأعری منز چھِ زأنی ہِندی تِم زأوِلی راز باونہٕ آمتی یِم باونہٕ خأطرٕ سانہِ اکثر علاقأیی زبأنی تیار چھنہٕ۔ منتر شاسترُک مشہوٗ رعألِم سرجان وُڈرٛوٗی چھُ وَنان زِ شاسترَن ہِندی گرٛزروٚ س لفظ چھِ تِتھی یِمن ہُند انگریزی روٗپ مقرر کرُن ممکن چھنہٕ۔ اَکِس اَکِس لفظس وارِیاہ معنے لیکھتھ تہٕ چھُ سُہ وَنان زِ اصل کتھ واتھنہٕ وُنہِ تہٕ پرَن وألِس تام تہٕ کیازِ اصل لفظ چھُ وارِیاہ کینٛہ ہُرے مانہٕ باوان۔ یِہ گو انگریزی یک حال کاشرِ چ چھنہٕ کتھے۔ پزر چھُ یِہ زِ بجہِ کتھہٕ چھےٚ بڈی پأٹھی وننہٕ یِوان۔ پرمانندن اُس شاسترٛن ہِندِس گرٛزوِنس سٕدرَس منز ڈُنگ دِژمِژ۔ یِمہِ سٕدرُک گرٛزبوٗزی تھِے از تہٕ کأتھن لوٗکن منٛج ترٛیش تہٕ دِلُک دزُن ہمان چھُ۔ تِمَو اوس شرٛ تی ہِندِ سکولہٕ پرِنہٕ علاوٕ سمرتی ہِندِ ناگرادِ تہٕ قرار کوٚ رمُت۔

پرمانند کیا کأنہہ بڈِ کھوتہٕ بوٚڈ گونہٕ ماتھ تہٕ ہیکِہ نہٕ نومہ کتھہٕ زیادٕ سہل پأٹھی وِبرٛ ھنأوِتھ۔

دوٚ یِہ پڑانہٕ دِبن تہٕ راتھ داندٕ جوٚری والے
کمبٕے کرٕ زورٕ تِمنے لاے

# رادھاسوٕ یمٕوَر

## گوڑ

گوکل ہردَے میٛون تتہِ چون گوٚری ولنہٕ
ژٕبتھ[1] وبمرشہٕ[2] دِپتہٕ[3] مانہٕ بگوانو

وَرژٕ میٛانہِ گوٚپِیہٕ ژٕے پتہٕ لارلنہٕ
بنسری ناد واد مَتانو

ٲشرِتھ حبس تہٕ ہوش مٔشرِتھ پرَتہٕ پانہٕ
ژٕبتھ وبمرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

اَتھہٕ واس ژٕے ستِبن تےٚ راس کھیلانہٕ
ویٛاس نارُد تہٕ پٔتۍ آسانو

داسہٕ باوٕ رادھا کرٛشنہٕ زِپانہٕ
ژٕبتھ وبمرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

دیوی تہٕ دِوتا سیوٕ ژٕے کرلنہٕ
یوٕ سرِ تو تار لَبانو

گوان رِیوان زیو چھکھنہٕ لوسانہٕ
ژٕبتھ وبمرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

اَسہٕ وٕنۍ کوسم موکھہٕ چانہٕ پھولانہٕ
گُس تب تہٕ زِ آسہِ شہلانو

---

[1] من۔ [2] شو چھُ پزکاش تہٕ وبمرش، کٔز بدِ یوان کڈنہٕ۔ عالمہٕ ہیوٚر چھُ یہ پزکاش، کس یعنے خاٗلص نوٗر، کس روٗپس منز چھُ عالمس منز آسان۔ وبمرش چھُ تٔسند مجاٗزی روٗپ۔ پزکاش گو آسُن تہٕ وبمرش گو باسُن۔ [3] چھکُن۔ شوٗبہِ وُن۔

زَگ چھُ سنگراماتہٕ مَن چھے رازٕ تَمہِ کُے زینہٕ وُن
واسنا نبرِ واسنا ہتھ کیُتھ اپرٕ مان ینہٕ وُن
چھُمنہٕ پتھ پھیران وونی وَنہٕ ہان کینژھا زے منس
اَن اپکھبت پرٕاوِناوِم پُرنہٕ آنند مے منس

پرماننٛد نِس کلامس منز چھے یُتھٕ پاٹھی تژھہٕ اصطلاحہٕ آمژٕ یمن ہُند تولُق سیدِ سیوٚ دیوگ، شاستر تہٕ روٗحانی ابیاسن ستیٚ چھُ ۔ یہِ کتھ چھنہٕ پرماننٛدس متعلقٕ یوت صحی بلکہ چھے لل دیدِ پتھٕ باسکر رازدانس تام سارِنے متعلق دُرٕس ۔ یمن ہُند تولُق بکھتہِ باوس ستیٚ چھُ ۔ اَتہِ چھنہٕ پُرن لیکھُن بکاریوان بلکہ چھُ اندریم پرٕ کاش وَتھ ہاوان ۔

ڈاکٹر صوفی ینٛن یہِ لیکھُن چھنہٕ دُرٕس زِ پرماننٛدن کیا چھُ اُپنشدن ہُند ترجمہٕ ''اپ نکھت'' ناوِ کوٚ رمُت تہٕ تتھے پاٹھی چھنہٕ پروفیسر سروٗری ینٛن یہِ وُنن تہِ دُرٕس زِ کرٕشنہٕ رازدان کیا اوس پرماننٛدن شِشْ ۔

پرماننٛدنی کینٛہہ رَلہِ باتھ چھِ اَسہِ رادھا سوٗیمورمنزٕ یمہِ موکھہٕ ترٕ آوی مَتی زِیم اَسی پنہٕ کانہہ خاص مطلب تھاوان ۔ اَسی چھِ ناگمہٕ کِس ارزن ناتھ بٹ صابٔنی شکرگزار زِ تمو تھوٚ وَاسہِ پنہٕ نِس بُڈی بب بالک رامُن اتھہٕ لیوٚکھمُت نُسخہٕ آیتن ۔

ایس کے توشخانی
موتی لال ساقی

سرینگر: ۲۳ نومبر ۱۹۷۳ء

دَرشنہٕ چانہٕ چھُکھ امربتھ وَرشانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

تپہٕ ریشی بڈٕ اَبھانہٕ آے توشانہٕ
آے سوٗری سوٗری آے کریشانو

نیاے نَے اندنکھ تہٕ ووٗنہٕ چھی مندلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

گارٕہَن کوٗنژھا تہٕ ہاوٕ ہَس پان پانہٕ
لَبہِ روزٕ نا تہٕ لَبہِ پاُنٕی پانو

سوربس بنہٕ موٗکھی ساٗری سوکھ پرٛاولنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

راتھ دبن پرمانند چھےٚ ژےٚ کانچھانہٕ
پرمہٕ آنند یوٗد چھُ پاُنٕی پانو

وَنہٕ وَنہٕ وَنہٕ ننہٕ وُنٕی ژےٚ دِوانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

# وَسُدیو تہٕ دیوکی ہُند بگھوان سنتان روٗپ کانچھن تہٕ بگھوانہٕ سُند اَوتاردارُن

وَسُدیو تہٕ دیوکی تپ اُسی کرانہٕ
گوٗژھہکھ ژےٚ زیون سنتانو

جسودا تہٕ ننہٕ گوٗپ ژےٚ کوچھہِ رچھانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

کوستب ژُنڈ تہِ مالہِ آسہِ ہوے پأرانہِ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو

مایایہِ ستبن ژِ شایہِ شایہِ آسانہِ
کایایہِ منز نہِ بیُون روزانو

سِری یہ کہِ آسنہِ ژھایا چھےٚ باسانہِ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو

اوٚم شبدِ گایتری شکھتی ژےٚ زَ پانہِ
ہُمہِ یگنہِ تپہِ زَپہِ جگہِ سانو

شمہِ دَمہِ یمہِ نیمہِ دیانہِ دار نایہِ سانہِ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو

آکاش موکھہِ چھُکھ آکاش باسانہِ
تَت سَت پرٚکاش آسانو

دیوَن ہندِ دیوٕ پرٚانن ہٕندِ پرٚانہِ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو

یُس یُتھ سرے لَس تیُتھ چھُکھ ہاوانہِ
موکھ ہاو مےٚ تہِ شرٚی نارانو

پرٚارنچ فرصت روٗزمژ چھمنہِ دلنہِ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو

تپہِ زَپہِ باوٕ باونایہِ ژےٚ سادانہِ
سادَن تورَے ژٕ سادانو

پوٗرَن پتھ گاگھ یُس ییہِ اوس منگانہٕ
سارِنےٚ ژٕ واٮ۪ سور نیرانو
پنہٕ نے پنہٕ نے کرمہٕ پھلہٕ کے بانہٕ
ژٕہتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

یُس یی یێژھِ تَے پَژھہِ چھُے پڑٕاونہٕ
کرمہٕ پھلہٕ داتہٕ ژٕےٚ وکھانو
ہٕنہٕ دیٚن پنہٕ نُے تہِ لوٗکھ لوٗکن بہانہٕ
ژٕہتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

عارتبن ہٕنزِ پُژھی ژٕ اوتار دارانہٕ
داران یَس ییہِ تٕس تہِ ہورانو
ہوٗری ہوٗری ہورىن ژٕےٚ نہٕ زانہہ سورانہٕ
ژٕہتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو



کمساسور راز بۆڈ پہلوانہٕ
بَلہٕ ویرَن تہٕ ژھلہٕ راوانو
مَرِ ہے چانہٕ اتھ تی اوس کانچھانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

گۆری گۆپی تہٕ کامدہینہٕ ژے یژھانہٕ
کامدہینہٕ[1] ژے ستیٖ رچھانو
پانڈو تہٕ کورو بۆڈ یود کرانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

سوٗدام ارزُن وودو وبڑھانہٕ
أبید بکھتی چاژی کرانو
وبن تہٕ راتھ سوکھ ساتھ ژے ستیٖ بَرہلنہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

راکھِ سَو تہٕ یِی مۆنگمُت تی لَبانہٕ
رَکھِ پال ژٕے دکھِ پالانو
وبد زَن ژٕ سارِنے دادَن واتانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

رادِکا ماتا کرٛشنہٕ بولانہٕ
شامہٕ روٗپہٕ کامہٕ دیٖو کرٛیشانو
زَنمہٕ زَنمہٕ زۆن زَن سِری یَس میلانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

---

[1] گاو۔

# بگھوانۂ سُند جسدایہِ نِش واتُن

## (لیلا)

پیٚتہِ زاو کرٛشنہٕ جۄ آو اَوتارس
گوکل ووت نِشہٕ جسدایے
مَہما چون وپدٕن تہٕ اومکارس
دٔرمس تہٕ دانس تہٕ یاتڑایے
کرٛشنہٕ ناوِ طوطہِ وۄتٕمت سمسارس
گوکل ووت نِشہٕ جسدایے
بڑٕہما دیکھ وأتی ہتؠ تتھ دارس
توتہٕ نس کرٛشنس گیت آیے
تانؠ وأژ سوے شیٚچھ بڑشبا سورس
گوکل ووت نِشہٕ جسدایے
پرٕمانندِ وَنتہٕ وَنتہٕ نۄو بہارس
تتھ بہارس کم کم نہٕ آیے
وَنہٕ نے وأنی شاہ ما کھارس
گوکل ووت نِشہٕ جسدایے

# کرٛیشنٕ زٕنہٕ لیلا

زاکھ نَنٛدٕ گورِنہٕ اکِہ نَنٛدِنَے
آکھ زَگہِ[1] کاسنہٕ مؤہہٕ[2] اندٕکار

یادَو کولہٕ کے کولہٕ دِپیَے
لولہٕ چانہٕ شولہٕ وُنہٕ آو سمسار

وولہٕ سون از چھے پوشہٕ پۆزیے
آکھ زَگہِ کاسنہٕ مؤہہٕ اندٕکار

لولہٕ کے منزلے لٔلی لٔلی کرِیے
مٔلی ہمہٕ ہتھ چھمنہٕ موکھتہٕ تہٕ دیٛار

مؤکھی گرٛشہٕ ہا چانہٕ شوبہٕ درشنَے
آکھ زَگہِ کاسنہٕ مؤہہٕ اندٕکار

زیوٚن چون زگہِ منٛز سری یہٕ وو دیے
زَگہِ منٛز پیٚتہٕ تتہِ پڑانا دار

لگہٕ ہے ناوَس رَگہٕ ونٛدِیے
آکھ زَگہِ کاسنہٕ مؤہہٕ اندٕکار

ساکھیٛات[3] کار چأنی اوتاریے
چارٕ میٛون بوٕ سرٕ لگہِ ہمہ تار

پرٕمانند چھے ژٔے کرٛشنہٕ سوندرِیے
آکھ زَگہِ کاسنہٕ مؤہہٕ اندٕکار

---

[1] دُنیاہ۔ [2] اگیان، جہالت۔ [3] مُیل۔

وَڈگیا نند گوال کا آنگن
چانگنہ بچ گیاں کو سارے
بالکہ کنیا کو بھی ڈرایو
آیو سدا شِو گوکُل میں

گجندر چرم اور مرگہ چھالا سے
سہم آسن کر بیٹھ رہا
ابدؤن کا سمادھ لگایو
آیو سدا شِو گوکُل میں

نا کچھ سمجھا نا کچھ بولا
کھولا نا ہی نیتر و شال
مؤنی ہوکے دھؤنی چڑھایو
آیو سدا شِو گوکُل میں

ویلا چیلا کھیلا میلا
کیسا اکیلا بھؤتی ناتھ
ململ کے سوا سوار بچھایو
آیو سدا شِو گوکُل میں

پاتر ہیرا موتی بھر کے
جوگی شور پھر پھر مانگا
دان سنے کان جسودا منگایو
آیو سدا شِو گوکُل میں

# بگھوان شنکر سُند کرٛشنہٕ اَوتارس درشنس یُن

بیٚکھیا مانگنہِ سانگ بنایو
آیو سدا شِو گوکُل میں
درشن کرنے کو دھیان دَھرایو
آیو سدا شِو گوکُل میں

ننگے سِر اور ننگے پیرے
نندٕ کشورا سواری نا
اَنگنہٕ بھَسمہٕ بھبھوت چڑھایو
آیو سدا شِو گوکُل میں

ہاتھوں میں ترِشول کانوں میں مُندرا
سُندر مُکھ کو کُرا کرال
گھنٹا شبد اور شنکھ بجایو
آیو سدا شِو گوکُل میں

گل میں نا گِندر ہارا پَل میں
جل میں جیسی اُٹھی ترنگ
گوٗکل میں بھوٗ کنٛپ اُٹھایو
آیو سدا شِو گوکُل میں

جوگی زنگم اٹھارہ پنگت
وید کہاں یہ دھرم کہاں
سنتن کاست دھرم سُنایو
آیو سدا شِو گوکُل میں

ہنس ہنس بولا پنکج مُکھ سے
گِرز چرم درہ ستی پتی
بالک اُس کا اُس کو بنایو
آیو سدا شِو گوکُل میں

تاولہٖ تاولہٖ جسودا آکھا
تُمری جیا میں نشکل نا
دانہ پکڑنے کا دھرم جتایو
آیو سدا شِو گوکُل میں

یہ بالک ہے جسودا مائی
تِر جگتان کا سوامی ہے
جِس کو بتایو اُس کو بتایو
آیو سدا شِو گوکُل میں

ناوید آکھ سکے نا بھاکھا
وِیاس پراشر شری شکدیو
مَہما جس کا ہم کو دکھایو
آیو سدا شِو گوکُل میں

انتر جامی سوا می دیکھا
بیتر باہر پور نۂ مے
بال کرشن مُکھ اُس سے چھپایو
آیو سدا شِو گوُکل میں
تاوَل لے کے ساول داس کو
داس جسی کا برہما دیکھ
جسودا جاکر گھر میں سُنایو
آیو سدا شِو گوُکل میں
لے کر زانہ مُڑ آیو جسودا
وَسُدیو کا وسُدیو نا ساتھ
سامنے ہوکے ہاتھ جوڑایو
آیو سدا شِو گوُکل میں
دانہ پکڑ ہی دانہ پکڑ لے
روندا میرا بال گو پال
بالہٖ بتالا تم کو منایو
آیو سدا شِو گوُکل میں
نارا کھانا راکھوں نا رکھا
مگن رہا کر وِگنہٖ ہرتار
ہاتھ نہ کھولا آنکھ نہ ہٹالو
آیو سدا شِو گوُکل میں

بڑاندس واو لۄک پال لژھ ڈُوانہٕ
شاندَس پٮ۪ٹھ وٕژھی ساوانو
داندَس بڑشبس شِو جی زاگانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

پڑانو سوکر مَو سُہ آمُت نوانہٕ
اِکہِ ہنگہِ زیٹُھ لتس مانانو
گۄری گوکہِ لِکی لتس بۄڈ گۄر مانانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

تُتی آیہِ رادِکا زَنمس چھِ وَنانہٕ
کرٛشنہٕ کرٛشنہٕ کرٛشنہٕ اُس زَپانو
ماٲلس تہٕ ماجہِ زٕتھ پڑھ چھس نہٕ یِوانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

اوسُکھ نہٕ زامُت ییٚہِ کینٛہ سنتانہٕ
پۄترٕ بوچھِ تیچھ کوچھِ رچھانو
تۄ کنی دیوی زَنمس آیہِ پانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

تھنہٕ پٮ۪ٹھ تہٕ رٲتنو ستی کۄرہس شرانہٕ
اتھہٕ پٮ۪ٹھ اتھہٕ چھس للہِ وانو
ٹاچھر سُہ آشرٛر وٕنتھ بو گو زانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

پاہہِ مام پاہے کرٛشنہِ مُراری
پرمانند کو سُمرت کہاں
گاوے گیت جو سب نے گایو
آیو سدا شِو گوکُل میں

## کیتھ

رادھا وَنچ مےٛ کانٛکھیا آسانہِ
تی دورٛلُب تۂ کرنہِ آسانو
یَتھا وَتھ یُتھ بہ آسھا ونانہِ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو
گوکلہِ گوٗرا اکھ بوٚڈ بڑکھیانہِ
کولہِ بوٚڈ تۂ مولہِ ژوٚڈ باگوانو
ساسہِ بُدی گوٗری تَس کا مدہنہِ رچھانو
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو
دِیارَن نہِ انت لَس کھمی ہند تھانہِ
بٔھتی زَن تۂ منہِ ساوی ساو دانو
بٲری یایہِ اَسِس سَمپتا وَنانہِ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو

مؤہہٕ بڈ اَنٛدٕ کارٕ کوٗنہہ چھُس ستہٕ زانانہٕ
اوٚن گُنے چھُ دوہ تہٕ راتھ گنٛزرانو
مانہٕ یُس زانہٕ تِتھ تہٕ کوٗنژھا آسانہٕ
ژٕتھ وہرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

نارَد جُو تہٕ اوس دوٗرِ دوٗرِ روازنو
یہہٕ تیزٕ بوتہٕ نزٕ روزانو
شِو پاروٗتی ٹوٹھ لَس جان وندانہٕ
ژٕتھ وہرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

یٔندراز اَمربتہٕ دود ہٕتھ واتانہٕ
یتھ گوٗری پانہٕ واُنی وَرتانو
تِتھبن گوربن تِتھی گوٗری پزانہٕ
ژٕتھ وہرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

زَگہٕ ہنز ماتا دود اُس چَوانہٕ
سٔدرٕچ کوٗر[ا] یوسہٕ آسانہٕ
للہٕ وان گوٗری لَس کوٗر لَس ونانہٕ
ژٕتھ وہرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

دہنہٕ ژٔندرَمہٕ زَن آیہٕ بڈانہٕ
آیہٕ ذٕر تہٕ مارے چھمنہٕ مشانو
کاے لَس روپہٕ ہنز لُر زَن سپدانہٕ
ژٕتھ وہرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو :

---

[ا] یہِ چھُ ماتا لکھمی ہُنٛ اشارٕ یوسہٕ کھیر ساگرٕ اَندرٕ کھوٗت۔ پرٕ مانندُن وُنن چھُ زِرادھا اُس لکھمی زنمس آمٕژ

ژٔندَن منزِلس آ ٔسس اُلرانہٕ
سونہٕ جالاۓ موکھتہٕ وُردانو
ڈیشہ ڈیشہ موکھہٕتس موکھتس اوش پِوانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

تیُتھ چھنہٕ آکاشہِ ژٔندرمہٕ پرٛزلانہٕ
یُندرِ لوٗک سوندَر اسانو
موکھتہٕ پھوٗل سٕہ دلیہٕ دُبہٕ وأنِج کرانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

اَمرِتہٕ وُٹھ مےٚ دوداوس چوانہٕ
دَرشنہٕ زندِگی پرٛاوانو
بَرہے مول مأج لوٗکھ شادِ برانو
ژھتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

ساس ساس کامدینہٕ برہمنن دِوان دانہٕ
ییٚژھِ پرٛژھِ وٕژھی سونہٕ روپہٕ سانو
ہمنگ پرٛی موکھتہٕ جُری جُری ژٔری دودِ بانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

دیوی دِیوتا مَنہِ تَس سورانہٕ
ہنہٕ ہَنہِ یَس چھی مانانو
وَنہ کَس روزِ وَنہِ سُے نیب نشانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

وآرِ روٗس ہاٗر زَن کتھِ آس کرانہِ
ہرنہِ سندی پاٗٹھی ژھالہِ مارانو
ہر چیتھ دودِ کُے ہر ژبتھ کرانہِ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو

رتن زِ کنہِ نِیے کن آس دارانہِ
ہنچھِ ہَن تہِ کتھِ چھکھ نہِ پِوانو
قند آسی مندچھَن دند تہِ زیو ژاپانہِ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو

سورگہِ دارِ دیو کنیایہِ آسہِ وَنہِ ولنہِ
دیوس سیونس کانچھانو
روان تام بوٗزی بوٗزی نہِ پیولنہِ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو

پکنس تہِ کُکلے پری آسہِ ترٛاولنہِ
بُتراتھ راتھ دِین زانانو
نچھتر رِتی رِتی ساتھ ہیتھ یِولنہِ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو

گندرِو لوٗکہِ پیٹھہِ گیت آسی گاولنہِ
بوٗت پریت یُوٗ پریت پالانو
ہیتہِ ہیتہِ ساٗری سُہ درشن کانچھانہِ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو

سِرِیلیس ہتہٕ وُچھ وُچھ نہہٕ پھولانہٕ
زگتس آش گاش دِوانو
پمپوشہٕ گنہٕ پوٗزِ پوٗزِ نین لاگانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
نارد جُو ییٚلہٕ ذاتُک لیکھانہٕ
وُچھ وُچھ اَچھ اوس موٗرانو
وٗنی دِتھ ہتہٕ ویٚندِتھ وٗنتھ سٕہٕ زانانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
پادَن میٹھی دِنی سادَن چھُ اَرمانہٕ
یِم پاد ہَربِدٕ لوٗکھ دارانو
کرٕشنہٕ پادٕ نٮ۪تہٕ نیٖم نٮ۪تھ ہربِدٕ[1] روزلنہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
پتھ زَپھ جگ ہُم زگہٕ ژٕے کرانہٕ
سوٗے مایا چھُکھ ورانو
دیوی نام اَتھ نامَس چھِ وَنانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
سَت زَن چھِس ہردِ منٛزلِس لدانہٕ
مایایہِ منٛز چھِس للہٕ وانو
ترکاران لَس چھِ کہاٗری شوٗبانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

---

[1] دِلس منٛز۔

دوہہٕ اکہِ مأج لتس ٹوکھ ٹوکھ کرانہٕ
دوکھ زٕنمُک منہٕ مُشرانوٚ
یمے ناو اُس نیٚوٕ پٕٹھ ہوانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

رادھا چھےٚ گایٕتری ساوِتری آسانہٕ
سرسوٚتی تہِ لیس چھی وکھنانو
پرٕتھ کولہِ چی یشٹہٕ دیوی آسانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

بھگوتی زَن چھس سرٕو شکتی مانانہٕ
نیٚتہِ نیٚیم تَس کیا چھہِ پوٚزانو
مأج کونڈلِنی تہِ شُری چھس پانژھ پرٕانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

جمنا یمنا گنگا آسانہٕ
ترٕپُر پشوری[1] تہِ وَکھنانو
ستی پارؤتی امراؤتی وَنانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

ترٕیلوکی راجہِ لکھمی تہِ وَنانہٕ
ماجہِ زامُت دود چھُ چولنوٚ
بُدی چھےٚ سدٕ لکھمی چھےٚ پانہٕ[2]
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

---

[1] دیوی ہُنٛد ناو [2] یہِ سطر چھےٚ گیان پرٕکاشس منٛز یتھہٕ کٕنۍ: بُدھی چھےٚ سدٕ لکھمی چھہِ پرٕاوانہٕ

شوکدپۆ رادھا بھکھتۍ اوس آسانہٕ
تتنہٕ مَنہٕ سُے دیان دارانو
پورانس تۆ کینہہ چھُس نہٕ پھورانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

گرگہٕ سمیتا بوز بۆڈ گرٕنتھ آسانہٕ
تتہِ کیا چھِ رادِکایہِ ونہٕ وانو
یِی گنہٕ بۄز تی زیٚوِ چھےٚ ونانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

کھبما مُرکھس گاڑلۍ چھِ کرانہٕ
گاٹہٕ چھُکھنہٕ تۆ ستۍ پہولنہٕ
پاٹہٕ پۄزایہِ کھوتہٕ مُرکھس تی جانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

تگہِ ہَمرتہٕ زَگہٕ منٛز آسہٕ ہا تھبکانہٕ
وبہِ کٕرُس تتہِ سأری وبپانو
گنٛزچ کتھ چھےٚ سنٛرس شرٕ پانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

پرمانند نا انٛدٕ کنہِ روزانہٕ
بنٛدٕ گیہِ زنتہٕ بنٛدٕ روزانو
بکھتۍ کانٛچھانہٕ مۄکھِ گیت گاوانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

روشہِ روشہِ توشان اکھ اَکس ڈیشانہٕ
پڑز ناوِتھ تہٕ پڑز ناوانو
روشن سورے تہٕ لُکہٕ وُرژ روشانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

نارُد تہٕ دوٗرِ دوٗرِ وینا وایانہٕ
سمپتا تسنزے گنزرانو
اَنزرِتھ ہیکہٕ کُس واَنس آسہِ بٔشرانہٕ[1]
ژٕتھ ۔ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

پڑیہٕ ستیٖ زیوٗ آسی ہیٖہ کیٛابا چانہٕ
زُوِ ما کوٗنہہ زِ آسہِ زانانو
زیوٗ روٗس پرمانند چھے وَنانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

گوٗری گوٗری شُری گوٗری کورِ آسہٕ نژانہٕ
کور گوم یاوُن مےٚ سورانو
پرمانند نبتھ سوکھہٕ سان روزانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

وُژھی تہٕ گاو گوٗری کورِ گوٗری آسی سمانہٕ
سمسارِ نِشہِ بیوٗن روزانو
مرُن تہٕ زیوٗن ووٗنی وَنہِ چھکھنہٕ پیوانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

---

[1] یہ سطر چھےٚ یتمہِ آیہٕ (گ-پ) ''اَنزرِتھ ہیکہٕ کُس ویٚز آسہ ٔغرانہٕ''

سہسرٕ نامہٕ روٗپہٕ بیٚون بیٚون زٕ پانہٕ
سامہٕ ویدٕ بنگ نامہٕ گسوانو
شامہٕ سوندرس منہٕ منٛز پرٕزٕ ناولنہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
گوٗری بابہٕ نژُس تہٕ گُنہٕ چھٔنہٕ وبژلنہٕ
مژٕ گاٗمژ مسہٕ چھوانو
ترٕیشہٕ ہرٛ یٔژ رٕژ پھٔلہٕ وُٹھہٕ ونولنہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ساٗری چھِ دِوتا تہٕ گندھروٕ آسانہٕ
شُری تہٕ باٗژ دبن تہٕ راتھ برانو
سور سوکھ پانہٕ واٗنی موکھہٕ چھاولنہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ستی ستہٕ ستہٕ وٗریشی واتانہٕ
کوربن ستہٕ وٗژھی رچھانو
سنگر مالن سو ہی زن پھولانہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
کرٛشنہٕ جُو تہٕ وٗژھی ہبتھ توٗری اوس نیرلنہٕ
وتہٕ پٹھ پیٛژھہٕ پژھہٕ چھِ میلانو
گژھی تمہٕ مےٚ دوشوٗ ے اچھ گاش پہلنہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

ہوشس تہٕ لۄکھ اُسی کُنہِ کُنہِ یِوانہٕ
دوٚن تِمن کُنہِ چھِنہٕ ڈیشانو
یِمن ہنز پُژھی سہ سانگ اوسِ شوٗبانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

سِری یہٕ ژٕندرمہٕ روٗس زگ چھا پژزلانہٕ
بگوانہٕ روٗس پران اپر بانو
لگہِ ہس نیٚیتہِ نیٚیم روزِ ہم سندانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

پرٕتھ دوہہٕ یِتھی یِتھی سانگ لاگانہٕ
کورِ تی چھِ ماجبن وَنانو
وٕنی وٕنی شُری کتھہ ونہِ چھُکنہِ روزانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

موٗہہٕ مایایہِ نالہِ رٕٹی ہتی آسانہٕ
شُری گِندُنا چھِ لۄکھ زانانو
دوٗرِ پیٚٹھن پھیری پھیری زَن تہٕ یِوانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

مالٕی ماجہِ مارَن تہٕ پالیس نہٕ پھوانہٕ
اکھ اُکس ہاژ ہاژ لاگانو
ہاژ نہٕ نتہٕ ژرٕے چھکھ شرمہٕ روٗس آسانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

ڈیش ڈیش نارُد تہٕ دۄشہِ رۆس گڑھانہٕ
دیشہٕ کالہِ رٔسِتِس ژھارانو
برونٹھ برونٹھ ڈیوُٹھمُت بروٚنٹھ دریٚنٹھ پِوانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ساسہٕ بَزٕ گۄری کورِ شُری آسی گندانہٕ
وٗژھی تہٕ گآو یٔڑ تہٕ کۄنہہ نہٕ گِندانو
وَنہٕ کی گُلی تہٕ گٔڑ کرٛشنس گوندانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
مورلی بۄزی سورِ آسہٕ ڈلانہٕ
اَسان کُنہِ کُنہِ شایہِ ووانو
نبتھ نہٕ گۄری کنہِ آرِ کنہِ چھاوانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
وٗژھی تہٕ کامدیٚنہٕ[1] آسہٕ گاسہٕ کھیٚون تڑ اوانہٕ
مورلی ییٚلہِ آسہٕ بوزانو
ویاس سنیاسی نارُو تہٕ ساس ملانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ہانگل تہٕ ہرنہٕ بیٚیہِ سانگل میلانہٕ
گانگل نہٕ منزٕ کیٚنہٕ آسانو
رادھا چھےٚ کرشنس دۄرِ ژۄرِ روزانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

---

[1] گآو۔

ژۄر چھکھنہٕ وَنہٕ ژۄرِ نیۄمُت ژھارلنہٕ
دورِ نیرِ پَے چھکھنہٕ پوانو
وبہٕ ما ژھپہٕ ئے ژۄر آسہِ روزانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

ژندَن کُلِس پبٹھ مورلی وایانہٕ
کرشنہٕ جۄ مٹھہٕ آسانو
آرِ روٗس عاٗرتبن اٗرژر کاسانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

کالہٕ شھمار ژندنس نالہٕ رٹانہٕ
آورن تِمن دۄرِ ہاوانو
ہاوَن تہٕ ترٛاوَن نہٕ کھٔڑ کھٔڑ تھاولنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

ژۄرِ ما چھُ یُس ژۄر پنہٕ نی ہاولنہٕ
شرطل تہِ ما آسہِ چھورانو
زارس چھُ لاب بیاکھ موچھہِ آسہٕ مۄرانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

وار چھکھنہٕ نبتھ ننہِ زلہٕ نشہِ نیرِ ہلنہٕ
کَنہِ زَن - سَرس پھٹانو
اتھہٕ تس پرٛنام زیوٚ تَس توتانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

کوربن شُری تہٕ شُری کوربن چھاوانہٕ
مندچھن تہٕ بێیہٕ مندٕ چھاوانو
چھانہٕ ڈُکھ بۆستۆر آسہٕ روزانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

# کرٛشن چھُ شرٛانہٕ وِزِ گوٗپین پلو نِوان

دوہا اکھ آو وکھنن چھُ پورانہٕ
جمنایہٕ آسہٕ شرٛان کرانو
ژۆر ہتھ آورن[1] ژۆرِ چھُکھ روزانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ژھاران زَلس منز رۆزِتھ ننگہٕ پانہٕ
ژۆرس عار چھُنہٕ یِوانو
آر رۆس ژۆر وۆنمت چھُو سلطانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ژرَس رۆستے ژۆرِ چھُنہٕ آسانہٕ
گرس منز ووپر روزانو
أندریم ژۆر دُنہٕ کُنہٕ چھُنہٕ یِوانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

---

[1] پلو ۔ پوشاکھ ۔ (کلا)

راوِ یَستہٕ لَس چھی ساس پاپہٕ لدانہٕ
نوٕ نِس چھُ پاپاہ آسانو
لۄکن زِہانٛژ چھا پانہٕ چھوٕ راولنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

ژۄر چھٕنہٕ کانٛسہِ ہُند یاتے پاسبانہٕ
چھوٕ مےٚ وونی ہانٛژ لاگانو
بوزِ یُس مشِون سُے لبہِ سورِ سامانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

ہاتھ جۄرِتھ آسہٕ ووتھ دنہِ روزانہٕ
تاتھ[1] کال مان تژاو اِسمانو
بات کیٚاژِ آسہٕ نہٕ روومُت لبانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

زَلہٕ نِشہِ پمپوشن زنتہٕ آسہٕ نیرانہٕ
مَلہٕ نِشہِ پان آسہٕ چھلانو
پَلہٕ اکہِ بگوان تمن تارِ تارانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

نارِ دژاو سون گو شنکابہٕ رۄس پانہٕ
وارِ لَس آمہٕ تاو نیرانو
چھاوِ ہتھ چکہٕ چاو پانٛس برانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

---

[1] یکدم۔

بۆزی بۆزی بوزَن بٔیِہ بٔیِہ ہاولنہٕ
ہاوان ہاوان چھاوانو
چھاوان لۆکھ پانہٕ بہار چھاولنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

انگیکار دِتھ بٔیِہ درٕے ہاولنہٕ
مۆژ راوِتھ مۆژ راوانو
ژۆرَن دِتھ تہٕ ژۆر بٔیِہ وٗڈرلنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

ٹنگہٕ آیہِ ننگہٕ ترمہٕ نیرتھ نہٕ زانانہٕ
ۂنڈرے بیہِ أنڈرٕ آیہِ دَزانو
شامہٕ سوندرس رنگہٕ رنگہٕ آسہٕ ژرژلنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

داس چھےَ أسی چانہِ کونہٕ چھکھ مانانہٕ
لٲگِزیا پنہٕ نمن تہِ بے گانو
شرم چھے نہٕ چھے پَرن پہولنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

دۆ پنکھ راوِ یستہٕ کونہٕ آسہٕ ژھارلنہٕ
لۆکن تہِ ہانژ آسہٕ لاگانو
گواہ رۆس ما چھَ ژۆر مٹہِ کھسانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

بۆشن لۆبتھ وِپِشنس توشانہٕ[1]
لنکایہِ ہُند راج لبانو
راونٕکۍ سُہ راوُن مورمُت ڈیشانہٕ
ژٕھتھ وبرشہِ دِپہِتہِ مانہٕ بگوانو

پاپَن ناش گوکھ شاپ آکھ اندلنہٕ
تاپھ تہِتھ شیِن وبگلاوانو!
آپس میں دۆشہِ رژھرِ پژاولنہٕ
ژٕھتھ وبرشہِ دِپہِتہِ مانہٕ بگوانو

وَنہٕ نِچ جاے چھمنہٕ وٕنتھ کوِ زلنہٕ
سنہٕ نِچ یہِ کتھ بیاکھ آسانو
بنہِ یَس پانس سُہ وٕنتھ نہٕ زانانہٕ
ژٕھتھ وبرشہِ دِپہِتہِ مانہٕ بگوانو

نٕبتھ ننہِ رن کھنہِ کرِ ترمہِ پأنٕ پانہٕ
ننبر ترمن یُیٖ ووِلہِ ساوانو
انبر ژلہِ بیٖلہِ پان آسہِ ہاولنہٕ
ژٕھتھ وبرشہِ دِپہِتہِ مانہٕ بگوانو

نارد جۆ تہِ اوس توت تام واتانہٕ
ژھاران تس یَس چھُ توتانو
بھکھی تبن تِپندبن تہِ تس واتناولنہٕ
ژٕھتھ وبرشہِ دِپہِتہِ مانہٕ بگوانو

---

[1] بۆشن لۆبتھ تیُتھ ڈیشن تہِ توشانہٕ (گ۔پ)

پۆ رہٕ دۆ رہٕ نِشہِ آسہٕ واتانہٕ
ژۆرِ نیٛومُت تہٕ آسہٕ لَبانو
مورَے کھور مُرِ موکھتہٕ آسہٕ لَدانہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

سِر گرٛژھ سورگس تہٕ سوربس ارمانہٕ
سور پھَل کرمک نہٕ سورانو
پرَم آتما پژاوِ آسبس نہٕ سورانہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

بَیہٕ دۆر گاٹژ زَلہٕ آیہٕ نیرانہٕ
تِتھہٕ پاٹھی یُتھ آسہٕ بوزانو
ڈیٛونٹھُک سُہ بگوان جُو وید ویدانہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

شنکھ ژٕکھر گدا تہٕ پمپوش دارانہٕ
لکھمی سہتِ گرَڈ واہانو
نابہٕ کملے نِشہِ برٛہما نیرانہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

روٗزِتھ نہٕ کُنہِ لَس کانٛسے ڈیشانہٕ
ڈیشان ڈیشان مشانو
مایا برٛمہٕ برٛہما تہٕ چھُنہٕ پوشانہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

کرشن آتما ہرد گوکل رہندا
نارِد وویک سچ سنِیا
برہم اور مایا دو نہیں بھاستا
سپُن وِشے دیکھ کچھ نا واسطہ
کیول روندا کس کارن ہنستا
ورتی اور سنکلپ گوپی گوالا
گیان بِنا پہچانتا نا ہی
بچھ گیان باستا رکھ پالا
پھیل پیو کھیل میں نندلالا
مرگہِ ترشنا مُکھ جگ کو آکھا
آگ میں جلنا جل نا راکھا
ڈھونڈ پھری سب کو ہے بھاکھا
گیان بِنا پہچانتا نا ہی
جل میں چھایا پایا برکھ نے
اس پر پنکھی بیٹھ نہ سکنے
مؤرکھ چاہتا یہ گھر رکھنے
گیان بِنا پہچانتا نا ہی
جاگتہ جگ میں جوگ پتی ہے
آکھتہِ مایا شری پاروتی ہے
جیو ابھیاگتہ اپہ گتی ہے

آش ژر مایایہِ ہُند یُژ وَنانہٕ
وۄپارے تتھ کۄنہہ سنہٕ زانانو
بگوت مایا پڑزٕ ناو یُژ گیٚانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
پرمانندِ شرٛان دیٚان کیٚشہ سنہٕ زانانہٕ
پرمانند مےٚ چھُ توتانو
مووونڈٕ آنند کرٛشنہٕ کرٛشنہٕ زپانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو



# لیلا

کیا ہے جگ کوئی جانتا نا ہی
گیان بنا پہچانتا نا ہی
جانتا نا ہی پہچانتا نا ہی
جمنا جمنا، پھر پھر مرنا
جمنا ماہی مایا کو پار ترنا
گیان بِنا پہچانتا نا ہی
جمنا کمسا بن پڑان ہرنا
من کنسا تن متھرا ہوندا

# گوٗپی چھےٚ بھگوانس زارِ پارِ کران

سارے تِمہٕ تَس وٕنتھ کرانہٕ
مِنتھ ساسہٕ رنگہٕ ہسوٕانو
ہٕنتھ گوکھ رادھایہٕ تام آسہٕ ودانہٕ
ژٕنتھ وٕمرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

پھیرن تِمن تی زِ پھیرٕنہِ نیٚانہٕ
پھیرن توے آسہٕ حأرانو
ہٕنتھ رادھایہ گوکھ وانٹہٕ چھُکھنہٕ پھیرانہٕ
ژٕنتھ وٕمرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

زونٛگھ نہٕ کوٚ دیشہٕ نِشہِ چھُکھ راوانہٕ
ایشر سُہ مایایہٕ چھاوانو
دٕیشہِ رٕستِس دَہہٕ دیشہِ آسنہٕ ژھارانہٕ
ژٕنتھ وٕمرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

رادھایہِ پتہٕ پتہٕ یاد آیہِ وُچھانہٕ
ناد آیہِ مورلی بوزانو
پاد رٹنو سورِ دوٚہ پاد سورانہٕ
ژٕنتھ وٕمرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

گیان بِنا پہچانتا نا ہی
رہنے کیا رہنے کا ویلا
ہے کیا یہ یک دو دن کا میلا
آیو اکیلا پھر جایو اکیلا
گیان بِنا پہچانتا نا ہی
بولنا کرشن کو اور کھولنا اکھیان
دیکھنا پیار اُس دا گوپی سکھیان
پیر تھنوں پر راکھت دُکھیاں
گیان بِنا پہچانتا نا ہی
سب جگ میں اور اُس دا ساتھی
کیا ویمان کیا گھوڑا ہاتھی
یاد کرشن کا ملنا ماتھے
گیان بِنا پہچانتا نا ہی
کرشن سودام اور نند وہی ہے
دن راتر رویند وہی ہے
پرمان پرمانند وہی ہے
گیان بِنا پہچانتا نا ہی



گد گد وأنِہ شۄچھ آسہٕ سوزلنہٕ
یُس وَتہِ ترٲوِتھ گرٛھانو
وَتہِ ترٛاوِتھ گوم أسس پژارلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

باکہِ باکہِ ونہٕ نَس واکھ چھُس نہٕ پھورلنہٕ
ساکھ چھٕنہٕ اَن ہێوت آسانو
چاکھ گاٚم جگرس آکھ چھِم نہٕ ژلانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

پکان پکان کھور آم تھکانہٕ
توشان أسس ہو تھبکانو
نکھ نومرِتھ سُہ مےٚ نکھہِ نکھہِ روزلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوآنو

ٹاٹھ گیِہ سس تہٕ منہٕ أسس ہرشانہٕ[1]
ٹوٹھ یَس ووٕنہٕ چھُس وندانو
وُنیب کرِتھ گوم تام کور زانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

اہنکار گوم دۄ توے چھُم ہلنہٕ
وُنے کُنہِ ڈیشہِ ہا نو
جسۆدا نندس داس[2] آسہٕ روزلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

---

۱ خوش گوھان۔ ۲ نوکر

ژھاران لولہٕ ہٕژ مٕژ گیہٕ دیوانہٕ
کھوٕرٕ پھٔلی زٕ آیاکھ لوسانو

مےٚ تہٕ پادَن تل مٕز تِکا[1] مانانہٕ
ژٕنتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

ژوپاٗری پھیری پھیری کینٛہ چھٔس نہٕ لَبانہٕ
موٗرلی یاٗژ دوٗرِ بوزانو

سوٗرٕ ڈجہِ ہٕژ براٗنتی ژھایَن گرژھانہٕ
ژٕنتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

موٗرلی آلوَن آلہٕ وَن نٕرٕ پانہٕ
موکھتہٕ لرٕ چھانگرٕ گرژھانو

موکھتہٕ ہار ژھاران موکھتہٕ آسہٕ ہارانہٕ
ژٕنتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

منہٕ منشہِ مٕژ ونواسن پرٕژھانہٕ
سنٛی یاٗسی گُنہِ چھٕنہٕ ڈیشانو

موٗلُمت سوٗر تنہِ پان آسہٕ مارانہٕ
ژٕنتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

رادھا ڈیٹھکھ وَتہٕ پٕٹھ وَدانہٕ
لوٗبُمت سُہ لٔس تہٕ وَتہٕ راوانو

پرٕژھ ہس حال، وَنہٕ ہے چھٕنہٕ پھورانہٕ
ژٕنتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

---

[1] ٹیو۔ گرد۔

وہلا پھ یۂتہ شێچھ لۆکن پڑژھانہ
وأنسہِ منز کأنسہِ یُس نہٕ میلانو
مورلی وایان توہؠ چھہِ بوزلنہٕ
ژۂتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

## رادھا چھے شام سوندرس وُنی دِوان

نا تُم دیکھو کرشنا شیاما پتا پیارا میرا لوکو
بازیگر نے بازی گری کی جگر ہمارا یارا لوکو
جس کا اکھیان کملا نیائی کملا ہم کو بھی بنورے
ڈھونڈتے ڈھونڈتے روندا روندا جل بیچ میں ڈوب ڈرا لوکو
نا تُم دیکھو کرشنا شیاما پتا پیارا میرا لوکو
ہم کو پاگل میں رسیاں پر یمونکی پھرنس گئے نس کے
اُس بن کس کو آکھوں پل بھر کر لے ہم کو چالا لوکو
نا تُم دیکھو کرشنا شیاما پتا پیارا میرا لوکو
پڑانوں سے بھی نا بچ رہنا اس بن بچنا میں نا چاہوں
اس پیارے کو بچنا ساڑا آکھ کرو گوارا لوکو
نا تُم دیکھو کرشنا شیاما پتا پیارا میرا لوکو
بج بجکے بانسری بجادے بجنا سے بھی ڈروں جاوے
سونا سانوں آگ میں پاوے سونا سونا پارا لوکو
نا تُم دیکھو کرشنا شیاما پتا پیارا میرا لوکو

چھسن نہٕ ڈیشن بو دیشہِ ژھارانہٕ
پڑاران چھس چھُم نہٕ یوانو

ٲدی لۆسیٕ مٔتی ؤدی ؤدی ژٔدی برانہٕ
ژھتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

یِی بۆزِتھ تہٕ دڑایہِ سأری پھیرانہٕ
بڑم یا سۆپُن سُہ دَم چھِ مانانو

وۍشنہٕ مایایہِ چھُنہٕ آدِ انت آسانہٕ
ژھتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

دیشہِ رٔستِس یۆد چھُنہٕ کۆنہہ تہٕ مکانہٕ
سیوٚد بوز سیوٚدُے چھُ گرژھانو

اہم ترٲوِتھ تہٕ سۆہم پڑاوانہٕ
ژھتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

ژھاران جنگل تہٕ بێیہِ بیابانہٕ
وۍاپکس کُنہِ چھِنہٕ یا پانو

رِشہِ رۆس ریٚش زن چھِ لتس نِشہِ واتانہٕ
ژھتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

وَنہٕ وَنہٕ پھیران کرشنس وَنہٕ وانہٕ
ہٲرِ گیٕہ وِرِ ٹنگ منگانو

ہیٚرِ بونہٕ ژھاٲرِتھ تہٕ امیر آسہِ نۆمرانہٕ
ژھتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

نا تُم دیکھو کرشنا شیاما پپتا پیارا میرا لوکو
آکھوں گا نا نا کہہ رکھوں گا نا گھوں گا تو مرجاؤں گا
اس کے نسنا اُس کے ہنسنا چوراں کا انکارا لوکو
نا تُم دیکھو کرشنا شیاما پپتا پیارا میرا لوکو
بھوشن دی رادِھکا چُرایو چوراندا ہے مائی باپ وہ
لے گئے رادھا رستے چھوڑا ہے کیا یہ اُپہ کارا لوکو
نا تُم دیکھو کرشنا شیاما پپتا پیارا میرا لوکو
بہوواری اُس چور رہنا یا جسودا نے پھر چھوڑ دیا ہے
تاڑن اس کے کوئی کرے گا کرنہ سکے دوبالا لوکو
نا تُم دیکھو کرشنا شیاما پپتا پیارا میرا لوکو
نیتر پڑ کا شک سؤرج ساڑا ہم کو نہ آوے دیکھن میں وہ
ایسا ساڑا دیکھو لوکو جیسا جل میں تارا لوکو
وید پوراں کچھ ناہی جانوں باشا نا ہے جگ واسطہ ناہی
پریم کڑیا ہم سب سے نیارا کرشن بنا وہ سارا لوکو
نا تُم دیکھو کرشنا شیاما پپتا پیارا میرا لوکو
دوارِکا ناتھ کو لے کے ہم سودام شری کنگالا ہوون
نادیوے وہ سودام درشن کھاؤنگا پھر گارا لوکو
نا تُم دیکھو کرشنا شیاما پپتا پیارا میرا لوکو
آدہن ہو کے چاہتا ہوں میں دین و دیا سمجھو گے بھی

بات ہمارا سمجھو کوئی اس نوں بھی سمجھاؤ جاؤ
بیچاروں کو رستہ گوا چاکر لیوے بیچارا لؤکو
نا تُم دیکھو کرشنا شیاما پیتا پیارا میرا لؤکو
شیام کلیور شیام کلیجا اس نوں کد انصاف ہوندا ہے
پراکھیاں بھی کالا ہوکیوں ہوندا تجّس سارا لؤکو
نا تُم دیکھو کرشنا شیاما پیتا پیارا میرا لؤکو
پادکمل جو لگ گیا رستے چم چمکے اُس میں بچ رہندا
نام سمجھنا اس دنیا نا بارم بارا مارا لؤکو
نا تُم دیکھو کرشنا شیاما پیتا پیارا میرا لؤکو
پوچھو کس گل چھڑ کے آیا رستے پر سب ساتھی اپنا
یہ کس آگے میتر کریگا ایسا مترا چارا لؤکو
نا تُم دیکھو کرشنا شیاما پیتا پیارا میرا لؤکو
بھونرا وہ ہم بوٹا پھل کا بچلا گیلیا بچ کیا رہندا
کچھ نا رکھ کے ہم کو دیکھو بھونرا کریگا باورا لؤکو
نا تُم دیکھو کرشنا شیاما پیتا پیارا میرا لؤکو
ہم کو چھڑ کے کس اوپر من موہن ہوا پیارا ساڑا
چل چلکے کس کارن آکھا دس دیوی گزرا لؤکو
نا تُم دیکھو کرشنا شیاما پیتا پیارا میرا لؤکو
یہ کیا آشچر یہ کیا مایا بے پروائی اتنا کتنا
سیاں کیاں خزانے چھڑ کے راکھ لیا اُوجارا لؤکو

ہی ما دَوِ ہی یادوِ ہی دینہٕ دیالہٕ
ہی گو وندِ ہی گوٗپالہٕ ہی کرٛ پالہٕ لالہٕ
والیہٕ وینا مورلی منوہر
گال پاپ شاپ سنتاپ ترٛے زرِ
مُہہ مَد زَن جراسند شِشوٗ پالہٕ
ہی گو وندِ ہی گوٗپالہٕ ہی کرٛ پالہٕ لالہٕ
ولہٕ داسہٕ آس پاس چھےٚ ژھاران
راس کھیل ویٲس نارُد تہٕ پرٛاران
اتھہٕ واس کُرِتھ گوٗپیہٕ تہٕ گوٗ پالہٕ
ہی گو وندِ ہی گوٗپالہٕ ہی کرٛ پالہٕ لالہٕ
ژھلیہٕ کوِ روٗزِتھ چھُکھ ونہٕ نہٕ
نتہٕ ونہٕ ونےٚ منٛزمنہٕ نہٕ
پرٛاران پریمہٕ چھے اتھہٕ ہتھ تہٕ پیالہٕ
ہی گو وندِ ہی گوٗپالہٕ ہی کرٛ پالہٕ لالہٕ
کمسٲری چھُکھ نہٕ سمسٲری
زانہٕ نے بالکس گٕم سٲری
دَن باگہٕ لَتس یَس میلکھ انتہٕ[1] کالہٕ
ہی گو وندِ ہی گوٗپالہٕ ہی کرٛ پالہٕ لالہٕ
بندرابن میں اِندرا آیا
کوٹی دیوی اور دیوتا

---

[1] مرنہٕ وِزِ

تال بجاؤں نال رہے گا ناچن کا بچ کارا لؤکو
پرمانند تم جیت رہو گے پیتامبر کا پاوَ گے پریت
جگ میں اکھیاں کھولو دیکھو جو کوئی آیا ہارا لؤکو
نا تُم دیکھو کرٛشنا شیاما پیتا پیارا میرا لؤکو

## رادھاچھے گوٛپین وونٛدٕ باوان

رادِکا کورٕن اُس ہیٛچھٕ ناوٕلنہٕ
کرٛشنہٕ جُو گرٛاد چھٕنہٕ بوزانو
باہٕ رِشہِ روٗس ریٛشی چھِ زن توتانہٕ
ژٕتھ وٕمرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
تو بتس پیہٕ منہٕ پڑیہ تی آسہٕ وَنانہٕ
وَنٕس منز ڈالہٕ دِوانو
وَنس بو تہِ ژٕ تہِ کونہٕ چھُکھ بوزانہٕ
ژٕتھ وٕمرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

## گوٛپیہٕ چھے بگھوانس زارٕ پارٕ کران

ہی گو وِندٕ ہی گوٛپالہٕ ہی کرٛپالہٕ لالہٕ
پاُرو مور مُکٹہٕ اور کوستب مالہٕ
اُرتی چھِ چاُنی آرادنا کران
منٛدٕ چھٕنہٕ کے ناگہٕ رادٕ منزٕ سرٛان

موکلاو اَسہِ ییمہِ سمسار زالہٕ
ہی گو وہنۍ ہی گوٗپالہٕ ہی کرٛپالہٕ لالہٕ
پرٛمانندس وبتھا بوز
دوہ گوم لوٗستھ ساتھا روز
بالہٕ گوٗپالہٕ وُچھتہٕ چھُتٕ گآم بلالہٕ
گوٗپالہٕ ہی کرٛپالہٕ لالہٕ

## گوٗپیہٕ چھہِ کرٛشنہٕ درشُن کران

یِی وٕنتھ ڈیوٗنھکھ سُہ نژانہٕ نژانہٕ
وُچھنَس کُنہِ چھُنہٕ وہژانو
پریمہٕ ہتہِ منہِ چھنہٕ اَچھن تہِ پژانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
زونکھ نہٕ روٗٹھمُت اَسِس منوانہٕ
نبتھ زَن سُہ یتہٕ راوَس آسانو
وَدُن نہٕ یاد کآنسہِ آسن آسانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
گنِدنس تہِ رنگہٕ رنگہٕ ٹنگہٕ چھُنہٕ یوانہٕ
منگہٕ ہے بو تہِ شژی نارانو
ہنگہٕ تَے منگہٕ روزتم سنتوشٹانہٕ[1]
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

---

[1] خوش

سیوا کرنے تہٕ چھِی کران سالہٕ
ہی گو وہندِ ہی گوٗپالہٕ ہی کرٛپالہٕ لالہٕ
پڑبھ سب گل اب شوب کرو سِدھ
ہنس ہنس کے نسنا کِس وِد
پیارے تو نا رکھ ساڑے ملالہٕ
ہی گو وہندِ ہی گوٗپالہٕ ہی کرٛپالہٕ[1] لالہٕ
وَنہٕ وَنہٕ وَن کتہٕ ژٔنی یودِ مے
شو دِ منہٕ تھاوتم ژٕ چھُکھ یود مے
ہَرِ منہٕ کر تم ہَرٕنہٕ ڈالہٕ
ہی گو وہندِ ہی گوٗپالہٕ ہی کرٛپالہٕ لالہٕ
ژمہِ یَس وونہِ لَس ژمہِ پیٚیہِ نار
ژَمہِ شال زَن یوٚد آسہٕ بہہ تا
مشہِ نَس اَدِ چھرِ کٹہٕ نہٕ ژھالہٕ
ہی گو وہندِ ہی گوٗپالہٕ ہی کرٛپالہٕ لالہٕ
دوٗر مو روٗزِتھ ژوٗرِ مو ہاو
دُردانہٕ دوٗر دانہٕ کتھ مو تھاو
اَتھہٕ واس مو ژٹھ مو دِم ڈالہٕ
ہی گو وہندِ ہی گوٗپالہٕ ہی کرٛپالہٕ لالہٕ
رازِ ہمسہٕ لاَ جتھ والہٕ واشے
تازِ تازٕ مو کر شُرِی باشے

---

۱؎ دیا کرن وول۔ رحم کرن وول۔

منگن موکھت[1] توتہٕ روزان بند
تتہٕ کیٚا کریٖشُن چھُ پرمانند
تتہٕ زَپہٕ لبنس چھِ ژھاران ءکتہٕ
لۄبمُت سُہ رووُمت سُہ سارٕن ءستہٕ
آدِ انت رۄس سادنا ناد بہند
تتہٕ کیٚا کریٖشُن چھُ پرمانند
زگہِ ہند بۄگی سُہ یۄگی شور
سارِنے گورن ہُند ست گور
اتھ وأتتھ اندے وَند[2]
تتہٕ کیٚا کریٖشُن چھُ پرمانند
وپدیس تہٕ بیٚیہٕ شیشہٕ ناگ گوان
ساسہِ زیوٕ وَنس چھُنہٕ پوشان
یتھ کالہِ وۄنمُت ست ژتھ آنند
تتہٕ کیٚا کریٖشُن چھُ پرمانند
سیتایہٕ ءستہٕ یُس گیاو وَنواس
لکھمن دوشوٕنی روزاکھ داس
داسک سُہ راوُن شری رام چند
تتہٕ کیٚا کریٖشُن چھُ پرمانند
سُے یُس دیوکی گربس آو
جسودا ماتایہٕ زَن زایاو

---

[1] موکھ [2] اتھس وأتتھ اندے وَند (گ۔پ)

اَنت چھنہٕ بگوتھ مایایہٕ آسانہٕ
آیایہٕ تتہٕ ءکتیٚ کژیشانو
ژھاُرِتھ تہٕ گاُرِتھ لُبتھ تہٕ راولنہٕ
ژبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
دوہہٕ دوہہٕ یُژکال یُتھ حال آسانہٕ
راتُک نہٕ کاُنسہٕ یاد روزانو
نوٚ نوِ باشہٕ یام نوٚو گاش پھولنہٕ
ژبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
پڑیے گونہٕ ہنہٕ ہنہٕ نیٖر بگولنہٕ
تتُی تھیٚے چھیٚے مایا گلانو
ییٚتہٕ نیٚ پرمانند چھُس ژھارانہٕ
ژبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو



# لیلا

ڈیشِن چھِ ساُری سروانند
تتہٕ کیٚا کریٚشُن چھُ پرمانند
ریٚشِن سوٚری سوٚری روٚد ارمان
پھیٚشِن چھِ وُٹھ تہٕ زیو چھکھنہٕ سمان

گچھِ رأژ منز زَنتہِ چڑھ گیا چند
تتہِ کیا کریشن چھُ پرمانند
نبترن منز باگ وتھروو ہَس
منہِ منز باگن ڈیرِ تژووہَس

بیٹھِ تۂ بیٹھِ بہہ تتہِ مسند
تتہِ کیا کریشن چھُ پرمانند
تھکۂ نس آءِژ وولہِ سنۂ ستی
روٗٹھُمت ڈیوٗٹھُمت چھُکھ ستی ستی

وَندَس تۂ سوٗنتس گوکھ پے وند
تتہِ کیا کریشن چھُ پرمانند
ہرشس گئے یۂ ڈیشتھ سو درشُن
تژیشہِ ہژنِے امرِتۂ ورشُن

مَسن دِتھ اس آو ژوٗر ژوٗل قند
تتہِ کیا کریشن چھُ پرمانند
چھٔلِتھ آبرَن[1] ترٛمہِ ساسہِ سوٗرَے
وٗستر مٔلِتھ کونگہِ کوفوٗرَے

وٗلِتھ نبتھہِ نتۂ وژلیہِ پرسند[2]
تتہِ کیا کریشن چھُ پرمانند
اوشکھ وونْدس سأری وندوس ٹاٹھی
ناردِنی تۂ بٹیِہ شوکدیوِنی پاٹھی

---

[1] زیور۔ [2] وٗلِتھ نتہِ منہِ وژلیہِ پرسند (گ۔پ)

ژرتِن تھِندٕ بن کمیُ لوب اند
تتہِ کیا کریشُن چھُ پرمانند
سُے یُس بوزان چھُس نیتہِ نیم
تیمی یُتھ لوب تمیُ دوپ پورِ پریم

رؤزِتھ سأری چھِ پژاژِ یا دَند
تتہِ کیا کریشُن چھُ پرمانند
سُے یُس سُہ ژھاران چھُس دٕبن تہٕ راتھ
تژکارن چھِسنہٕ ڈیشن ذاتھ

کھبنہٕ ما تژا وِمرشہِ منہِ پسند
تتہِ کیا کریشُن چھُ پرمانند
سُے یُس رؤزِتھ سارِنٕے ستی
پانہٕ رؤزِتھ تس لبان اکی

لبہِ سُے یُس روزِ مُشرِتھ گرند
تتہِ کیا کریشُن چھُ پرمانند
ژھأرِتھ لوبمکھ زنتہٕ رؤٹھمُت اوس
ڈیشتھ بُرِتھ آکھ امرہتہٕ بوس

منڈِ چھان سودام اَتھِ ہبتھ تند
تتہِ کیا کریشُن چھُ پرمانند
دُوِتِس منز سرِی یہِ ووذے پیوکھ
ژندنہٕ أندریم پتھ شیہلیوکھ

تنو دون پادَن مَلان
یِمہٕ آسہٕ نیٚترو تَس وُچھان
حلب آینہٕ ساس متھان
تِم پاد موٗکھس ساس متھان
نارَد وسِشٹھ ویاس متھان
یِمہٕ آسہٕ نیٚترو تَس وُچھان
سنہٕ منہٕ گاٛمرٕش[1] تِمہٕ نَمان
تِمہٕ چھنہٕ دے کوٗٹھس نمان
ربد سبد تہٕ چھنہٕ مانن پرٛمان
تِمہٕ آسہٕ نیٚترو تَس وُچھان
مٹھہٕ مٹھہٕ میچھہٕ میچھہٕ وُٹھو کتھہٕ کران
پمپوش ہوی مائزِ اتھہٕ کران
پتھ توتہٕ مہارتھ[2] کران
تِمہٕ آسہٕ نیٚترو تَس وُچھان
پریمک رَس چبتھ راس گِندان
کرٛشنس کھاسبن آسہٕ گِندان
گرٕ تژاوِتھ ونواس گِندان
تِمہٕ آسہٕ نیٚترو تَس وُچھان
ژوٗرِ دود چنبس یِژ وُژھ کران
گاٚو پَژھِ پٔنٔے وُژھ کران

---

[1] سورگس۔ جنت [2] بھگوان سُندناو۔

پڑھ چھےٚ نہٕ گڑھ بوز دشم اسکند
تتہِ کیٚا کریٚشن چھُ پرمانند
مُشرِتھ مول ماأج نُشرِتھ پان
پرٚیمہٕ اَگنہٕ زاآلِتھ گیان اگنیٚان
ترٛاوِتھ قبیلہٕ ساأری باندو بند
تتہِ کیٚا کریٚشن چھُ پرمانند
زاأنِتھ نہ یَس کوٚنہہ ماأنِتھ ساأری
سُے درشُن یَس چھُ ژوپاأری
سیٚند کِنٛز سبند سُے ہبند کِنٛز ہبند
تتہِ کیٚا کریٚشن چھُ پرمانند
وَنِنو سِتھِن ننہِ نو کینٛہہ
پان پُشرِنہٕ روٗس بَنہِ نو کینٛہہ
پرمانند یوٚد چھُ پرمانند
تتہِ کیٚا کریٚشن چھُ پرمانند

## لیلا

تِمہٕ آسہٕ خاصہٕ باگِوان
یِمہٕ آسہٕ نیٚترولٕ تَس وُچھان
کنِو تِمنٛز کتھہٕ بوزان
منو تُمند دیٚان سوران

---

ل اُچھو۔

تِمہٕ آسہٕ نیٚترو تَس وُچھان
باوِنٛۍ گٔژ رۄنہِ گوڈ وَزان
راگھو راگھو بھکِتھی بزان[۱]
باغو بُلبُل تتہٕ گُل گرٛزان

تِمہٕ آسہٕ نیٚترو تَس وُچھان
پکہٕ وِنٛی پنکھی گَن دِوان
تِمہٕ پانہٕ شِلہٕ واسن دِوان
تِمہٕ آسہٕ نیٚترو تَس وُچھان

رادھا ہٮ۪تھ کتھ اند روزان
نتہٕ سِری سیہٕ أستھ اندٕ روزان
بیٚتہٕ کرٛشنہٕ جو تتہٕ اند روزان
تِمہٕ آسہٕ نیٚترو تَس وُچھان

پرمانندس ووندٕ وُزان
وَندس کرٛشنس پٕژن پان
وَندس تتہٕ نو بہار چھاوان
تِمہٕ آسہٕ خاصہٕ باگوان



---

۱؎ بجن کران۔ تُتھنہٕ ناو سوران یا تس سیوا کران۔

پریمہٕ ہٕرٛ وأنٛج وٕڑھ کران
تِمہٕ آسہٕ نیٚترٕو تَس وُچھان
دوٚد چَتھ لوٗکن مُہہٕ ملان
ژٕڈی ہَنہٕ أندریُم سریٚہہ چھلان
پوٗز وَنَس روٗشی روٗشی ژلان
تِمہٕ آسہٕ نیٚترٕو تَس وُچھان
جمنایہِ بَٹھِ تَس سبھ چھکان[۱]
موکھتہٕ نہٕ تتھ بڑونٹھہٕ یِتھ ہبکان
موکھت گیہِ سبھ موکھتس تھبکان
تِمہٕ آسہٕ نیٚترٕو تَس وُچھان
ہرشس یٕژ أسی أسی پھوان
دپو تَتہِ نبہٕ وٕسی وٕسی پھوان
ڈیشتھ نہ پالیس آسہٕ پھوان
تِمہٕ آسہٕ نیٚترٕو تَس وُچھان
کنہِ کٕن نہٕ کینٛہ زبن دژم پاوان
گرٕ بار ترأوِتھ کُنہِ کُنہِ سان
تِمہٕ آسہٕ نیٚترٕو تَس وُچھان
نرکانٛن ییٚلہِ واہ کھان
نرٕ ویرٛن چھٹہٕ واہ کھسان
ہرٕ بوٗلن بَڈِ واکھے سان

# لیلا

جاگو جاگو شیاما چڑھ گیا دن
آوَ دودھ پینے جا نہا بَدن
جانگہ آنگنہ بچ بچھیاں
دودھ ناپیوندا اگنیاں کچیاں
پہلے کروں گا گوپال پوُجن
آوَ دودھ پینے جا نہا بَدن
پنجروں میں شوگا شارک اور
ناچنہ گاونہ مور چکور
ہنسنہ پیو دودھ سبب پیون
آوَ دودھ پینے جا نہا بَدن
پھولوں گا مالا لیکے بھوَن پر
سب گوُپکا گوُپ راکھا نظر
آوَ تو پاوَ گل کھاو مکھن
آوَ دودھ پینے جا نہا بَدن
چڑگیا سر پر چیرا دار
بھوشن پاوَ اور النکار
ناہی تو آو نانگنہ مانگن
آوَ دودھ پینے جا نہا بَدن

# گۄ ری شُری تہٕ گۄ پیہِ چھےٚ شری
# کرٚشنس نیٚنڈ رِ ٹُلنہِ یوان

پڑتھ پڑ باتہٕ بڑاندس پیٹھ آسہٕ سمانہٕ
گۄری شُری تہٕ کورِ سورِ سامانو

کوٚمل واُنی یَو لتس وُزِ ناولنہٕ
ژ بتھ وبہرٚشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

ہیٚنڈی زیٚوِ ستیٚ آسس توتانہٕ
ہارِ طوطہٕ اَڈٕ کجہِ بولانو

زونمت نہٕ کیٚشہ پڑیمہٕ وید آسہٕ پرلنہٕ
ژ بتھ وبہرٚشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

رادِھکا چھےٚ پانے سرسوتی آسانہٕ
سورے مَنہٕ چھس وُزانو

وبدٚن تہٕ تُسندے انو گرٚ یہہ آسانہٕ
ژ بتھ وبہرٚشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

یِتھہٕ پاٹھی چھس دوہہٕ اکہِ وُزِ ناولنہٕ
بوزِ وِنبن چھُ سُہ بوزانو

پوٚز بوز مایا چھُ رنگہٕ رنگہٕ ہاولنہٕ
ژ بتھ وبہرٚشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

کملا مُکھ ہنس ہنس کھولو
جو کچھ بولو ہم کو بولو
نا چکھنا نا ہی ہم کو نا بولن
آوَ دودھ پینے جا نہا بَدن
پرمانند کو لے چل ساتھ
لُڑ نہ سکے تم پکڑو ہاتھ
آج سے بیچارے کو نارکھ ببن
آوَ دودھ پینے جا نہا بَدن



# گوٗپیَن چھےٚ بگھوانہٕ سنٛز کتھ فکرِ تراَن

وَن منز بوٗزِکھ سُہ تنہا واتانہٕ
ریٚشن سو درشن ہاوانو
کریٚشن یم زِ زَنمہٕ زَہمکی آسانہٕ
ژٕبتھ وبرَشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
گوٗری شُری ستہٕ کورِتس پتہٕ پتہٕ لارانہٕ
دوٕد چیٚتھ سُہ پڑتھ گرِ نیرانو
وَنس تام اتھہِ کُنہِ چھُکھنہٕ یِوانہٕ
ژٕبتھ وبرَشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

آنگن میں جی بہیو پار پرساد
مانگنہ ملنے جو نہ آوے سواد
وڈ گھر گھر چھپ چھپ دے سن
آوَ دودھ پینے جا نہا بَدن
بھر بھر بھانڈا گھر گھر ہے
شکر سری کا شکر ہے
پیا جورا کی پی گھر پر تمن
آوَ دودھ پینے جا نہا بَدن
مندنہ دودھ نا پاے سِد
مدناپی مدناپی وِد
مدنا رکھ ہم کو مد نا چن
آوَ دودھ پینے جا نہا بَدن
بچھ گنیاں کو کچھ لیکے چل
شچھ گل مانو چھوڑ سب وَل ڑھل
اسی مانو تاڑی تُسی ساڑھے من
آوَ دودھ پینے جا نہا بَدن
ما تنگہ نایی بن کھلوں گا
رکھیاں کو برکھباں میلوں گا
سکھیاں کو اکھ ناچ گاون
آوَ دودھ پینے جا نہا بَدن

# لیلا

ۄتھ وِی سکھرِ و سکھرِ و وَن[۱]
کرٛشنہٕ درشُن گٔری وی لولو
سورٕ موٗرلی تھٔوی وی گن
کرٛشنہٕ درشُن گٔری وی لولو

شامہٕ نیٖرتھ گوم صُبحن
دُبہٕ وٲنٛج چھم پھیرن
حُبہٕ وَنڈٕ سے دوٗن پادَن
کرٛشنہٕ درشُن گٔری وی لولو

موٗکھہٕ ڈیۄنٹھُم پمپوش زَن
روشہِ نیۄنم ہوش بۄمبرَن
ناٖلی پوشہِ مالہٕ وٲلی گوشن
کرٛشنہٕ درشُن گٔری وی لولو

شیرِ مُکٹہٕ کیٚاُ چھُ شۄبَن
گٹہٕ منز گاش ییندِ[۱] تارَن
ساس باسکر تیزٕ باسَن
کرٛشنہٕ درشُن گٔری وی لولو

---

۱ یہ وژُن بُلبُلنٕ تخلیق ۲ ژٕ ندرمہٕ

وأتھ وَن دۄرِ دۄرِ پڑزناولنہٕ
ژۄرِ ژۄلمُت سُہ پۄرِ روزانو
کیشولیس چھُ شِوٕ توتنس روزانہٕ
ژٕتھ وٕیمرَشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

ست سنگ سمواد ریٚش بوزٕ ناولنہٕ
مُہہ مَلہٕ من ناوِ ناوانو
تُسندے ناو ناوِ بوٕ سرٕ تارلنہٕ
ژٕتھ وٕیمرَشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

شُری تہٕ کورِ وَنہٕ منٛزی تامتھ چھُ ڈیشانہٕ
نژلس سُہ منز باگ یِوانو
یُتھ لۄکھ زاننس سانے چھُ آسانہٕ
ژٕتھ وٕیمرَشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

یُژ پڑیمہ ستیٚ ستیٚ چھُکھ نژانہٕ
پیتامبر موکھ چھُ کھٹانو
تیٚ نے اُستھ دزیٹھ چھُکھنہٕ یِوانہٕ
ژٕتھ وٕیمرَشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

ژھاران سارےٚ پان آسہٕ مارلنہٕ
منز جنگلس وُنی دِوانو
وَنہٕ وَنہٕ پانہٕ وأنی یی آسہٕ ونانہٕ
ژٕتھ وٕیمرَشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

پتہٕ اوٚبرن وٕلی شامَن
شامہٕ لٹہِ پھوٚ ہِری یہِ بالَن
ژھلیہٕ لگ سے پوٚت ژھایَن
کرٛشنہٕ درشُن گٔری وی لولو

پڑے ہرٛ دیس کوستب مَن[1]
نبہٕ گٕے ہِری یہِ زَن چمکن
گاش تمہِ گٕے آکاشَن
کرٛشنہٕ درشُن گٔری وی لولو

کونگہٕ ژندنہٕ کوٗمل اَنگَن
رنگہٕ رِوٕنس ملہٕ ہَن ہَن
ہی بوٚمبرس لاگہٕ تنہِ تَن
کرٛشنہٕ درشُن گٔری وی لولو

دوٕدِ ژوٗرس لدٕ کیا سَن
شوٗد باونایہِ ہِندی وہرٛن
مدٕ چھوٚ ہِے کرٕ ارپن
کرٛشنہٕ درشُن گٔری وی لولو

---

[1] کوستب من۔ گوجواہر یا رٕتن۔ بھگوان وِشنوہس تہٕ کرٛشنس تہِ چھُ یہ رٕتن نٲلی۔

موٚرِ تاج دِتھ راژِ کوربن
باج لاگن تژین بۄنَن
دۄپو بیۆن بیۆن چھِس سیۆن
کرٛشنہٕ درشُن گرِی وی لولو

مٲتۍ مٲتۍ چھَس پتہٕ لارَن
سَتہِ وأدی ساد سنت زَن
پڑھ پٔنے سُہ پراوِ ناوَن
کرٛشنہٕ درشُن گرِی وی لولو

شانہٕ گرِی نے پانہٕ پٹن
پیٚتہِ گٹن چھُ مول مشکن
عشقہٕ پیچاًنی وۄلنم مَن
کرٛشنہٕ درشُن گرِی وی لولو

من جوٚرمُت کنہِ مَندرَن
ستہِ ریٚشی تتہِ رۄدی گوشن
وُچھتہٕ وُز ملہٕ کیٛا چھَ چھٔندرَن
کرٛشنہٕ درشُن گرِی وی لولو

## کتھ

أندرِمۍ سریٚھہ تمہِ بیۆن بیۆن وناںہٕ[1]
دۆ ربر پۆ ربر پڑ مانو
ژھٹان ؤرژ بندن نہٕ پڑان کھٹلنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

## گوٗپیہِ چھےٚ بگھوانہٕ سٔندی گوٗن گوٚان

مُکھ نا چھُپا کر رکھنا شیاما پیتامبر سے
اسی آئی تاڑے کنے راما اجوٗدھیا نگر سے
رما ہوں اُسی تم راما[2]
تَم کرشنہٕ اسی سُداما
کرکا منا سدھ کاما
نا کر ادھر اُدھر سے
مُکھ نا چھُپا کر رکھنا شیاما پیتامبر سے
من میں پریتی پایا
یا چک تواڑے آیا
واچ دیا ہے پیا
دیکھو نگاب کیا کرسے
مُکھ نا چھُپا رکھنا شیاما پیتامبر سے

---

[1] أندرمہِ شہرِ تمہٕ بیۆن بیۆن وناںہٕ
کھٹان پان واژ بندن نہ گھٹانہ
دۆ ربر پۆ ربر پڑاونو
ژبتھ وبرشہ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

[2] یہِ بند چھُ نہٕ گیان پرکاشس منز

بُمہٕ ہارنجہِ لۆدنم گَن
رُمہٕ رُمہٕ چھُم گُمہٕ وُزن
چھُم سینہٕ شۆبہِ کانہٕ کاںٔن
کرٛشنہٕ درشُن کٔری وی لولو

باگہِ بۆڈ کیٛا چھُ بندرابن
یٔندٕر لۆکس یُس چھُ گیلن
مالہٕ مۆت میۆن تٔتی کھلین
کرٛشنہٕ درشُن کٔری وی لولو

پۆتناہٕ دامہٕ دژنس تَن
کامہٕ دپوس گٔیہِ شرَن
سۆدام دژاو دِہہٕ جامن
کرٛشنہٕ درشُن کٔری وی لولو

نندٕ لال دَرِ گو وَردھن
گۆ کلہٕ کمٕن کرِ پرٛٚسن
پرمہٕ آنند پژاوِ لکھیٖ مَن
کرٛشنہٕ درشُن کٔری وی لولو

تم کرشن تم شری بگوان
دینے کو لے لو سمان
دینا کیا بھگتوان کو پڑان
لینا کمسا سورسے
مُکھ نا چھُپاکر رکھنا شیاما پیتامبر سے
پرمانند کیا کروں
لیپ کیلیے کرشن کو گھروں
پانا کیا اس کھروں
جب کرشنہٕ دِن راترسے
مُکھ نا چھُپاکر رکھنا شیاما پیتامبر سے

## گوٚری چھ کتھِ ہنٛد پَن ٹُلان

انت چھُنہٕ بگوت لیلایہٕ یوانہٕ
انت چھُنہٕ مایایہٕ بآسانو
ست زَن چھِنہٕ تمہِ چرچہِ روٚس روزانہ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
شوکدیو جیوس جے جے پرانہٕ
سنموکھ بھکتی اوس کرانو
رادھا یہٕ کرشنس لے اوس زانانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

تاڑے درشن کا تل
ناوید آکھ سکے پھَل
برہمن جو ہووے سو کل
لکھ جگ کرے ترتھنہِ ترسے
مُکھ نا چھُپا کر رکھنا شیاما پیتامبر سے

برہما جو برہن پایا
بچ گائیاں کو چُرایا
دیکھا جو وہ وِشنہ مایا
مُڑ کے آیو در سے
مُکھ نا چھُپا کر رکھنا کر شیاما پیتامبر سے

یندراجیا بو ہو موہَن
لاگیو ست دِن ورشُن
تُم نے دارا درا گووَردھن
ست کیا ست برس برسے
مُکھ نا چھُپا کر رکھنا شیاما پیتامبر سے

راجا یُدھشٹر ہارا
لے گئے دریو دھن سادا
تُم دروپدی کا پیارا
چھت چڑاوَ سے برسے
مُکھ نا چھُپا کر رکھنا شیاما پیتامبر سے

---

۲؎ یَیم زِ بند چھِنہِ ''گیان پرؐکاش'' کتابہِ منزِ۔

اَنت گو نژنس تۍ اَتھس نۍ پوانۍ
ٹیتھ گِنڈن زِ زُگتس چھُ اَرمانو
یُتھ دبن تۍ راتھ گۄری کورِ ہیتھ نژانۍ
ژیتھ وبرشہِ دِپتۍ ملنۍ بگوانو

گۄری کورِ رادھایہِ ہنزِ ماجہِ وَنانۍ
کورِ کونۍ مأج چھکھ ژٕ پرٕنانو
کرشنس ستۍبن کُنی زٕنی چَھ پھیرانۍ
ژیتھ وبرشہِ دِپتۍ ملنۍ بگوانو

ترٲوِتھ گوری کورِ زٕے ژھایہِ روزانۍ
ژھپہِ ژھپربن چھِ اَسہِ روزانو
وبہِ یُتس نۍ کُنہِ سے ژھپہِ کیا آسہِ روزانو
ژیتھ وبرشہِ دِپتۍ ملنۍ بگوانو

سرٲنچ تۍ وارتا وارٕ بوزٕ ناوانۍ
مندِ چھنۍ سرٲن تس گژھانو
وونِدِ آس پھٹنس وُنتھ نۍ زانانۍ
ژیتھ وبرشہِ دِپتۍ ملنۍ بگوانو

رادھایہِ تہا نتھ تہِ آس وَنانۍ
گۄری تانۍ کورِ ریژھ ٹلانو
تانۍ ہیتۍ مول نتۍ کیا کڈی تانۍ تانۍ
ژیتھ وبرشہِ دِپتۍ ملنۍ بگوانو

لتس رۆس وَننس چھُنہٕ یژھانہٕ
لتس رۆس یُس چُھنہٕ زانانو
گرگہٕ ریۆش یہٕ وارتا[1] وارٕ اوس ونانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
پژتھ یوٗگہٕ بگوان اورتار دارانہٕ
رادھایہِ رۆس چھُنہٕ روزانو
ست زَن نێتہِ نیم منہٕ لتس دارانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
پانَے چھُ بگوان پانَس وَنہٕ وانہٕ
بوزنَس دنہٕ دیار خرچانو
روزنس زگہِ منز وار چھُس نہٕ یِوانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
نبرا کارس[2] کینژہ تہٕ چھُنہٕ کھسانہٕ
ساکارٕ سرُو کار آسانو
تمہٕ ییمہِ سُمرِتھ وَننس یِوانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
مایایہِ ستےٚ ژھلپہٕ ژھپر بن گِندانہٕ
ہاوی ہاوی موکھ کیا چھُ کھٹانو
ڈیشان ڈیشان یێہِ چھِس نہٕ ڈیشانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

---

[1] کتھ۔ [2] بھگوان چھُ نبرا کارتہٕ ساکارتہٕ۔ نبرا کار گوٚیس نہٕ کانہہ آکار (شکل) آسہِ۔ ساکار گوٚیس شکل آسہِ۔

یێتہِ اوس بگوان مورلی وایانہٕ
دور دۄرِ لیۆٹھ زَن وایانو
دٕبن بھاگیہ وَنہِ منزٕ یم سُہ باغ چھاونہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
تتہِ آسہٕ تمہِ شبدٕ کنہِ زِندٕ گرٛھانہٕ
مَنہِ پھٔلی سومنہِ منز وُچھانو
اَنہِ گٹہِ گۆری کنگن گاش پوانہٕ[1]
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
کرٛشنس رۆس تتہِ کۆنہہ چھنہٕ ڈیشانہٕ
کرٛشنے چھُ کرٛشنس کرٛیشانو
پتھ بروٗنٹھ یێپہٕ کینٛہہ دریٖنٹھ چھنہٕ پوانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
جنگلس منز باگ آشرٛر وُچھانہٕ
دِوتا تتہٕ گندرَو گیوانو
رادھا کرٛشنے چھہِ پنکھی بولانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
سمپتا رادِھکایہِ چھنہٕ پرٛزِناونہٕ
سنٛد وٕنٛد اَسس دِوانو
وَنہِ نَس جاے چھنہٕ ژھپہٕ نَس مکانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

---

[1] اَنہِ گٹہِ کورِ منہٕ گاش پیوانہٕ (گ۔پ)

رادھایہِ دوٚپنَس مأج چھکھہِ بوزلنہٕ
کوٚنہہ چھنہٕ کأنسہِ ستیٖ گِندانو
کرٛشنس روٚس تتہِ کوٚنہہ چھنہٕ آسانہٕ
ژٕتھ وبرٛشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ڈیشی ڈیشی تتہِ وشنہٕ مایایہِ تنبہٕ لانہٕ
ایشر تہٕ چھنہٕ پرٛزناوانو
شمع چھُ سُے تتہِ ڈیشہِ کأژی پروانہٕ
ژٕتھ وبرٛشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
سوٚنپس منز مأج موج کیٛا ڈیشانہٕ
یٔندرِ لوٗکی یندرِ وُزِ وانو
سأری چھا مُتیٖ کوٚنہہ چھنہٕ زانانہٕ
ژٕتھ وبرٛشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
کرٛشنٕہ چھُ گوٗر گوٗری بایہِ شُری تہٕ کورِ پانہٕ
کوٚنہہ چھنہٕ یُس نہٕ سُے آسانو
لوٗکھ اُسی کتھِ مأج موج ہوٗلنہٕ
ژٕتھ وبرٛشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
تام گو ناداوس مورلی وایانہٕ
أنو گرٛیہہ تتھ تی چھُ ورتانو
مُتیٖ مُتیٖ مأج وزایہِ کورِ پتہٕ لارانہٕ
ژٕتھ وبرٛشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

رادھا کرشنے ژہ پأری بوزلنہٖ
رادھا کرشنے چھِ ڈیشانو
تیُتھ گوٗکلہٖ کٕہن گوربن اوس بانہٖ
ژٕھتھ وبرشہِ دِپتہٖ ملنہٖ بگوانو
ہێندی زیٚوٗ اُسی سندیہہ کاسنہٖ
گوٗن تٔمی ہٕندی وَرتانو
ٹھٹھہٖ پأٹھی ٹأٹھِس ژھلہٖ ولنہٖ سُلہٖ ولنہٖ
ژٕھتھ وبرشہِ دِپتہٖ ملنہٖ بگوانو

## گوٗپیہٕ چھے گیوٗان

گنیان کڈو پربھو[1] نیاری ارے
اسی کیوں راکھوں بچھ ٹاری ارے
نانند مہر کا چاکر میں
ناتمری ساتھ پیاری ارے
گنیان کڈو پربھو نیاری ارے
بیچ بن میں لے کے رادھا کو
لج نا تھی تم کو یہ کنواری ارے
گنیان کڈو پربھو نیاری ارے
گھر میں چوری کھانا دودھ مکھن
بن میں دینا ناہی واری ارے

---

[1] پربھو

گِندنس مُژ گیہِ کورِ سورِ سامنہٕ
شُربن تہِ بۄڈ سڑیہہ وُزانو
سورِ چھوٕ سےٚ سأری وندِ ہانس پانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

پوٕنپُر شمعس چھُ سنہٕ زالان پانہٕ
لاۓسنہٕ اکہِ توٗری لارانو
پروانہٕ میلہِ یَس تہِ پروانہٕ پروانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

ہوشہِ ڈٕجمژ روشہِ ژجہِ مَژ دیوانہٕ
ٹھٹھہِ آسہٕ پانہٕ وأنۍ کرانو
گُنزُرک مس چیتھ یُژ مِژ مستانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

نۄن نۄن کرٕشنس گُن آسہٕ وَنانہٕ
بۄزِتھ سُہ گنہٕ ڈول دِوانو
اومانہٕ[1] مانہٕ[2] بیٚون رۄزِتھ یکسانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

گُنزرکہِ سنزَے ڈنگہِ ڈنگہٕ کرانہٕ
تُمیٚز تَتہِ تَل پھٹانو
نبٹھ کرنس پانہٕ وأنۍ یُژ وبٹھانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

---

[1] یژت - [2] یژت

پرمانند کو یوں تاری ارے
گنیان کڈو پربھو نیاری ارے

# داستان

زونُکھ نہٕ تیُتھ ٹیوٗٹھ کرٛشنس وَنانہٕ
بالُک چھُ مٔدریر بڑٕ بہانو
پزٕ پزٕز رزِ سرپھس کیٚا کھوژانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
زآنی کرٛشنس چھِ آشرٕ ر زانانہٕ
زآنی زآنی یئٔژ گرٛ ھان نادانو
چھےٚ مایا سِری یَس ژھایا چھاوانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
ستٕۍ ستٕۍ أستھ کتٕۍ چھِس آسانہٕ
بوٚ ڈ زانُن چھُ بڈٕ ایمانو
آدہن روزنس تہِ وید چھےٚ وَنانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
رازٕ جوٗگی أگن تہٕ جل وَنانہٕ
کأنسہِ ہندی نہٕ تِم وأنسہِ سپنانو
تِمن ساری نَمن تہٕ نیمانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

گنیان کڈو پربھو نیاری ارے
نابا بو تم ہو گور گوسانی ہمارا
نا تم چیلا چاکر چاری ارے
گنیان کڈو پربھو نیاری ارے
کھیل بن تجھکو کچھ نا ہی کم
غم چھوڑا ہے کمساری اَرے
گنیان کڈو پربھو نیاری ارے
اس کنوں آکھوں تم گاون راکھ
چاہتا تو گرڈ سواری ارے
گنیان کڈو پربھو نیاری ارے
آج تک جو ہوا سو ہوا
آج سے ہو ہم سے کناری ارے
گنیان کڈو پربھو نیاری ارے
جی تن جیتن دیوَں جبیں کو
کنوں دیوی جس کو ہی ہاری ارے
گنیان کڈو پربھو نیاری ارے
کرنا ٹہل جس کو رہنا یاد
کیوں اس کو جو بساری ارے
گنیان کڈو پربھو نیاری ارے
جگ میں جگ سے ہووے اوپارے

پان پُشراوِتھ مۄ پان پھۄلنہٕ
وۄنی مۄ وُسی وُسی پھۄانو

پانہٕ اُٹھ پانہٕ رنگہٕ وُٹھو وَنانہٕ
ژھتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

کرٛشنس مورلی شبدس لارلنہٕ
وَنہٕ کٔمن ہرنہٕ ہانگلن سانو

کامدینہٕ وُژھی تہٕ گوٗری شُری کورِ حاۤرانہٕ
ژھتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

وَدنس ژاپہٕ بڑِ بڑِ ناد لایانہٕ
رادھا چھےٚ کوربن ہیٚچھِ وانو

پادَن شیر کونہٕ وَتہٕ چھِو وَندانہٕ
ژھتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

باگِوان سو وَتھ ییمہٕ وَتہٕ گو پکانہٕ
پادَن آسہٕ مێٹھی دِوانو

سادَن تہٕ سنتن تہٕ دور لب ارمانہٕ
ژھتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

کرٛشنہٕ کرٛشنہٕ کونہٕ چھِو تنہٕ منہٕ زپانہٕ
دُشنا تۄ آسہٕ کاسانو

تِسنزے نامہٕ سُمرنہٕ چھِ لوٗکھ موکلانہٕ
ژھتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

پِی بوٗ ژِتھ دژاو نژان نژانہٕ
مورلی ساسہٕ سورٕ وایانو
توٗ کارنہٕ دیو دانو آسی سمانہٕ
ژِتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
گُپتھ گوٗپین کوٗپتہٕ کرانہٕ
یمہٕ پتہٕ پتہٕ تَس لارانو
ڈیوٗنٹھک نہٕ واد زَن کاو زَن وُپھانہٕ
ژِتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
وُچھان وُچھان وَتہٕ چھُکھ راوانہٕ
دَہِ دِشہِ نِشہِ بیٚون روزانو
دَہ پندریہِ مَنہٕ یوٗگہٕ ابیٛاسہٕ گنیانہٕ
ژِتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
سأری ژھارَن تہٕ کوٗنہہ چھُس نہٕ لَبانہٕ
تَس روٗس یُس نہٕ پانہٕ روزانو
تراوُن پراوُن راونہٕ رٔژھرانہٕ
ژِتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
وٗژھی تہٕ کامدینہٕ تتھ شبدس لارانہٕ
شُری تہٕ کورِ پھرنس نہٕ پوشانو
وَدنس گھَرٕ ہرٕ یٔژ ہرٕ دیوانہٕ
ژِتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

# گوٗپِیَن ہنٛز آرادھنا

شرِی شامہٕ سوندر مورلی منوہر
ازرِ[1] امرِ موراٗری
زانٛی نہٕ برٛہما ویشنو مہیشرٕ
ازرِ امرِ موراٗری
کیشو کیشو کرِ ہوے ژاٮ۪ژ
ژےٚ شِو گرٛیشوٚتھ ژوٚپاٗری
ریٚشو ڈیوٗنٛٹھُک نہ ہی ویشمبر
ازرِ امرِ موراٗری
ستٕن سٕدرَن ہٕندے آگرٕ
یَم تارٕ ترٛی تم گٔمی تاٗری
ژوٚداہ رَتٕن تہٕ ژےٚ دژاکھ شژٕ درٕ
ازرِ امرِ موراٗری
شُرا زاٗنتھ شُرٕبن اندر
گِنٛدان ژٮ۪ےٚ ستہٕ اٗسی ساٗری
شُراہ سِنگار پرٕتھ رتندرٕ
ازرِ امرِ موراٗری
دیٖو کٔژیاین منٛز ییہٕ شنکرٕ
شنکر وُٹھ اسہٕ وُساٗری

---

[1] ایٚس نہٕ زانہہ بُڈٕ۔

پَشن چھےٚ گوٗری گورِ یُژ پَشتاولنہٕ
پُش ہٕش چھَنہٕ اَسہِ زانانو
پشیمان پُشہ پان کرٛشنس پُشرلنہٕ
ژٕتھ وٕبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

ہی کرٛشنہٕ پاپ ساٗنۍ ژٕرے چھُکھ ڈیشانہٕ
شاپ کاس اَسہِ آسہٕ نادانو
کھمبا کرِٕو پالیس۔ چھےٚ پہولنہٕ
ژٕتھ وٕبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

ٹاچھِ چانہِ رادھایہٕ یاد آیہِ لوسانہٕ
سو تہِ چھَنہٕ ترٛاوِنۍ آسانو
باوِ بھکھتبن آو بگوان ٹوٹھانہٕ
ژٕتھ وٕبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

واٗرِ روٚس واٗر سوست چھُنہٕ زانہہ وولانہٕ
لولِہ سٕتبن کیا چھُ وولِہ[1] سانو
سورتس روشن تہِ چھُنہٕ زانہہ روشانہٕ
ژٕتھ وٕبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

پڑیہِ چھَس بیٚہٕ بیٚہٕ وٕنت کرانہٕ
گووبندٕ گیت چھُے گبوانو
پرمانند چھُ تی بوٗزِتھ وَنانہٕ
ژٕتھ وٕبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

---

[1] خوش گوہان۔

اپشرٕ درشنہٕ ژلہِ ہے یہِ شرٕ
ازرٕ امرٕ موراٗری
گوٗکل منز ییٚلہِ واتے یہِ خبرٕ
لۆب ہٲکھنہٕ ژھاٲرِتھ ژوپاٲری
ژھارنہِ لگنے أندرٕ نیٚرٕ
ازرٕ امرٕ موراٗری
ونہٕ ونہٕ وَدان أزٕ چانہِ آسرٕ
پان ہاو لگوے ژ ے پاٲری[1]
جسوٗدا ننٕدنہِ وسُدیو یۆترٕ
ازرٕ امرٕ موراٗری
پرمانند وَنہِ ونان اَچھرٕ
ارمان ہیتھ گاٲمتی ساٲری
پرملنہٕ پٕنٕنی کرِ کوٗنژھاہ ہرٕ
ازرٕ امرٕ موراٗری



---

[1] گیان پرکاشکس ۱۹۵٦ء م۔پ بِکس ایڈیشنس منز چھُنہٕ یہِ بند موجود۔

گندریہِ[1] گبوان چھےٚ کرٛشنہٕ گندرٕ
ازٕر امرٕ مورٲری
پوٗربہٕ پچھمہٕ دَکھنہٕ ووترٕ
وُچھان وُنے مٔتی ٹٲری
بوچھے ہتبن سِرِ یہٕ لوٗگ لگنہِ درٕ
ازٕر امرٕ مورٲری
وَدان أشِس گُرِ مٔتی انبر
ژٕ چھُکھنہٕ بوزان یِم زٲری
مَنَن گاش سورگنن چھُ اثرٕ
ازٕر امرٕ مورٲری
پتھر پیٚیہِ أسی ژٕٚے ووندٕ گوٚے پتھرٕ
وَتن نبترٕ ووتھٲری
درشن دِتہٕ ووٚنی اَسہِ رچھ نبترٕ
ازٕر امرٕ مورٲری
وٕژھی تہٕ گاو روٗزِتھ چانے پھریژٕر
پٔژھی زَن چھِہ روٗزِتھ اَندٕ ہٲری
گژھی اَسہِ تہِ نہٕ ہٕتھ گرٛژھ ہوگرٕ
ازٕر امرٕ مورٲری
ووما چھِہ أسی کینٛہ کھما ساگرٕ
ژٕٚے ما نفا یہِ اَسہِ خٲری

---

[1] گندروں ہُنز زنانہ۔

سُمتھ وُژھی تہٕ کامدینہٕ دین روزانہٕ
کرٛشنس پرٛیدی[۱] کھنہٕ پھیرانو
گوٗری گوٗپیہٕ تہٕ شُری تہٕ کورِ باٗژ وندانہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

توشان توتایہِ نٮ۪ندیایہِ روشانہٕ
سانگہٕ پُرٛژھِ نتہٕ کیٛا چھےٚ تَس ہانو
نٕردوپاد پانہٕ ووپاد کھارانہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

رَسہٕ رَسہٕ رَسہٕ آیہِ راس آسہٕ کھیلانہٕ
رادھا کرٛشنہٕ کرٛشنہٕ بولانو
گوٗری کورِ گوٗپی تہٕ لایہِ کرٛشنہٕ جیوٗ کانہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

نٕژنس آرٕ ونہِ رونہِ آسہٕ وَزانہٕ
وَژنس وینایہِ وایانو
پانس تہٕ رونہِ پتہٕ رونہِ پٔٹھ نژانہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

مورلی منوہر مورلی وایانہٕ
سورٕ لیہٕ گاٗمژ بوزانو
رادھا کرٛشنہٕ کرٛشنہٕ تنہٕ منہٕ زَپانہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

---

[۱] اندی أندی پھیرُن ۔ پرٛکرم کرُن ۔ تواف کرُن ۔ کلاّ ۔

# کتھ

ڈیُوٹھُک سُہ یام تام شامہِ سوندرِ پانہِ
کامہِ دیُو کامنایہِ پوٗرانو
پامہِ مُشرِتھ یِم برونٹھ اوس بوزانہِ
ژِتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہِ بگوانو

گُل زَن تہِ منز باگ باغس پھولانہِ
تھیکِتھ زَن پوشہِ مالہِ پأرانو
نوِشنس سُہ یُس غوصہِ زَنتہِ اوس روشانہِ
ژِتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہِ بگوانو

مُہہِ مایایہِ ہنز گٹہِ دوٗر کاسانہِ
رٹنس نالہِ مالہِ پأرانو
پھٹنس ٹاپھرِ ووندِ چھُکھنہِ یوانہِ
ژِتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہِ بگوانو

ٹُلہِ کترِیک ٹھوٗر چھُ ساتھا پوشانہِ
یوٗ تام باسکر باسانو
ڈاس گو[1] روشنس سُہ بگوان روشانہِ
ژِتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو

---

[1] داس گوروشن۔ یہِ چھُ سےٗ صحی باسان۔ داس گونو کر۔

گجرٔ تتہِ سارٕبن دٕپہہ ووپادا
رادھارادھارادھارادھا کرٛشنہٕ جی

سُٹھکےٚ بُترٛاتھ شانتے مرٔ
برتھا زأنتھ تتھ دَیہِ گرٔ

کامہٕ دٕپونہِ کامنایہِ ہێتھ کامہٕ سادا
رادھارادھارادھارادھا کرٛشنہٕ جی

یِی گیہِ بھکتہِ باونا یوٗگہِ گیٖان
پانہٕ میٖانہِ نشچے کرِتھ یِی مان
اَتھ دوٚیُکھ ووتھانس منز سمادا
رادھارادھارادھارادھا کرٛشنہٕ جی

ترٛیلوٗکی گاہٕ وَنواس
جوٗگی زَنگم سبد ساد سٕنٛز یاس
موکھُت گاہٕتی بوٗزتھ سموادا
رادھارادھارادھارادھا کرٛشنہٕ جی

آدِتیہِ کشیپس یُس زایاو
بَلہِ وانس ژھلہِ رٕنہِ آیاو
ترٛے بوٗن رٕٹِتھ پیٚپس ارد پادا
رادھارادھارادھارادھا کرٛشنہٕ جی

دَشرَتھ راژس تہِ کوشلیاییے
وَنو اٚسی ڈاس کرِ لنکاییے

نارَد جُو اوس مورِ چھلہِ کرانہِ
ہَلدر تہِ ہَلہِ مردِ یہِ سانو
راس آسہِ کھیلان راکھسِن گالانہِ
ژٕنتھ وبھرشہِ دِپتہِ ملنہِ بگوانو

## لیلا

گوٗری گوٗپی تہِ وٕژھی تہِ گاوٗ ہٕنتھ یہِ وادا
رادھارادھارادھا رادھا کرٛشنہِ جی
راسہِ منڈلس چینتھ پریمکۍ رَس
ساسہِ بٔرٕ مرٕ گاٚمرٕ نژنس
اکھ أکِس اَتھ واس لایان آسہِ نادا
رادھا رادھا رادھا کرٛشنہِ جی
توٚت آٚیتی تتہِ متی گاٚمتی
نیاے أنزرِتھ پایس نہِ پیٚمتی
نارُد شوکدیو درٛووٕ[1] پرٛ ہلادا
رادھارادھارادھارادھا کرٛشنہِ جی
ینٛدرِ لوٗکھ کتھ وٕنی زِ ینٛدرابَن
ینٛدرِ اندرِ تتہِ چھِنہِ ڈیشن

---

[1] شاپھ دِتھ چھُ درٛووا آسمانس پیٹھ تارُکھ بٕنتھ چمکان۔

راس گو آسنہٕ روٗدمُت اَپرادا
رادھارادھارادھارادھا کرٛشنہٕ جی
راس گو ست سنگ راس گو پاٹھ
راس گو چوراسی چھِس ژاٹھ

راسس نارُد پرٛلنہِ پرٛون وہستادا
رادھارادھارادھارادھا کرٛشنہٕ جی
راس گو جگہٕ جگہٕ جاگہِ جگدیش
راس گو دیشہِ کالہِ روٗس وہپدیش

راس ہُم راس یگنٛی راس ستھ راس شرٛادا
رادھارادھارادھارادھا کرٛشنہٕ جی
اَکھے سُہ کرٛشنہٕ جوٗ سارٕبن ستہٕ
زیٖو گونہٕ کوٖ زلنہِ تتہِ اَسی ہتہٕ

کرٛشنٕے اویا مان تَس روٗس سأری پادا
رادھارادھارادھارادھا کرٛشنہٕ جی
پرمانند ژٕے لگی یے
پوٗشی نٕے یوٚہے پرٛیم انٛدِ وَند

سرسوٗتی رادھا کرٕی نٕے یِی پرٛسادا
رادھارادھارادھارادھا کرٛشنہٕ جی

☆☆☆

راونس راج راونس کرِ وبشادا
رادھارادھارادھارادھا کرٛشنہٕ جی
سُے بلہٕ ویرٕنش ژۆلَ اَٹل
ہلدر رام اَتھہِ ہٕتھ موسل
چوراسی راس کھیلہٕ ٹٕک اوس کادا
رادھارادھارادھارادھا کرٛشنہٕ جی
اَکُے دۄن زَن تہٕ اکہٕ وُہ راٰژ
ترٕ زَگتھ وُچھ وُچھ گیہِ آرٕ کاٰژ
تتہِ کۆہ زلنہِ کتیٕ یوگ گیٖہ آدا
رادھارادھارادھارادھا کرٛشنہٕ جی
سٕہہ آے شالن منزٕ باوَس
طوطہٕ روومُت گرٛبھہٕ بۄگی کاوَس
گۆلمُت وَاَر حسد ژکھ بوٗغض عنادا
رادھارادھارادھارادھا کرٛشنہٕ جی
کُلی کچھ کنہِ موٗنہِ وُسراٰوِتھ
سینہٕ منزٕ باغُک سیر باوِتھ
گوٕکلی موٗکھی گیہِ داوٕ پرَ دادا
رادھا رادھا رادھا رادھا کرٛشنہٕ جی
راس گۆوسمہِ پیٚتہٕ رَسہٕ سُمدر
راس گو ژمہِ تَے ٹیٚوٹھ تہٕ موٗدُر

پالوٕنی از واڈ سون پوٚلے
کھیلہٕ بنا راسہٕ منڈوٚلے
موٗرِ مُکٹہٕ دأرِتھ سوٗندر
از چھُ توشان پوشن اندر
وألی گوشن نألی زَنگوٚلے
کھیلہٕ بنا راسہٕ منڈوٚلے
کوٗنگہٕ ژَندنہٕ ٹیوٚک تَس مَتھے
بانسری بیٚیہٕ پمپوش اَتھے
کیشوَس[۱] کیش رنبوٚلے
کھیلہٕ بنا راسہٕ منڈوٚلے
رادھا اکھ بیٚیہٕ گوٗری کنے
آرَو منزِ نٕتھے ننے
مان ایمان یموٚ زِ گوٚلے
کھیلہٕ بنا راسہٕ منڈوٚلے
راسہٕ رَس چیٚتھ متے مَرٕے
کرٛیشہٕ وٕنے ترٛیشہٕ ہَرٕے
اَژھہٕ رَژن تتہٕ من ڈوٚلے
کھیلہٕ بنا راسہٕ منڈوٚلے
ووٚلہٕ سنے آمٕژ ووٚسے
کوٚئی روٚیے کوٚئی ہنسے

---

۱۔ بھگوان کرشنس۔

# راسہٕ لیلا

شامہٕ سوندر مورلی ووٗلے
کھیلہِ بنا راسہٕ منڈوٗلے

کاژ زوٗن زَن چمکان دژایے
واژ بَندَن یاد چھوٚنا یے

یاژ نایے یُژ بُرو لوٚیے
کھیلہِ بنا راسہٕ منڈوٗلے

کوٚ لَجہٕ مَژ چھوٚ جنجالس
لزِ وَجہٕ مژ مُہنس زانس

شُری تہٕ باَژ ہیٚہٕ ماَج تَے موٗلے
کھیلہِ بنا راسہٕ منڈوٗلے

گنگہٕ زَلے چھٔلی وِی تَتے
کونگ مٔلی وِی ہیٚہٕ ژندَے

لولہٕ کروَس لولہِ منزوٗلے
کھیلہِ بنا راسہٕ منڈوٗلے

روشہِ گٔری وی پوشن .والے
پوٚشہِ نوٗلس ڈوٗوی ژندے

ہولہٕ گجہ مَژ کَرِتھ گوٗلے
کھیلہِ بنا راسہٕ منڈوٗلے
ساد ستھ[1] زَن بۄمبُر بٔنِتھ
پوشہِ اَمبرن تل رۄدی سٔنِتھ
ژَر نہِ کملن ہُند چھکھ لوٗلے
کھیلہِ بنا راسہٕ منڈوٗلے
ترٛ کارَن پوش ورشنس
ہرشنس تتھ درشنس
کرٛشنہٕ گوٗنن دِوان زوٗلے
کھیلہِ بنا راسہٕ منڈوٗلے
ژٔندرٕ منڈٕلکو لُکھ پٮ۪ہِ پتھر
شبنم اَسِتھ زَن گٔیہِ پتھر
کرٛشنن زَن ووٗمو کھتہٕ بیوٗلے
کھیلہِ بنا راسہٕ منڈوٗلے
لکھمنَس پی اوس منَس
گیت وَنس زنار دَنس
پرمانند آوے لوٗلے
کھیلہِ بنا راسہٕ منڈوٗلے

☆☆☆

---

[1] رُتی ژٔنی - رُتی انسان-

وَسہِ منزے پھۆل اکہِ بئۆلے
کھیلہِ بنا راسہِ منڈولے

دیٖو سوندرِ گندھروِ آیے
دیٖو سأری سُمتھ آیے
ئتی جہِ زَن وپرِ ییرن اولے
کھیلہِ بنا راسہِ منڈولے

زَنہِ پتہٕ زوٗن ستۍ نژَن
سارِنےِ منز کُنہِ چھُنہِ وچھَن
واجہِ ہُندے کرینٛکھ مولولے
کھیلہِ بنا راسہِ منڈولے

ویٛاس نارد تہِ أندی پٔکھی روٗزِتھ
سورِ ڈٲلی ہتی سُہ سوز بوٗزِتھ
ساز سارنگ مرٛدنگ ڈولے
کھیلہِ بنا راسہِ منڈولے

ریٖشی تہِ مُنی وُتھی ہتی تپو
لیٖن گاٗرِہتی وہناہِ زَپو
مُہہ جنگل ییمو زِ زولے
کھیلہِ بنا راسہِ منڈولے

تارِ گومُت تارا منڈل
دیٖو کنہِ گن آمُت وَدل

رادھا چھےٚ کوٗرا سو پاتھ آسانہٕ
مأیِلس ناو تس برکھبانو
قبیلہٕ بڈٕ تہٕ کرٛانہٕ ژٕ ڈٕ ٹأٹھی للہٕ ناونہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

رِتہٕ موکھہٕ سورسوکھہٕ اَسان تہٕ گِندلنہٕ "م"
رٕتی سو کامدیو ژھارانو
کرٛشنہٕ کرٛشنہٕ بولانہٕ کرٛشنس پرٛملنہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

صلاح پیٚوکھ لی زِ رادھایہِ منگہانہٕ
برٛکھبانس کوٗنہہ سوزٕ ہأنو
گرٛگہٕ ریوٗش تامتھ چھُ گوکل واتانہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

وَسُدیو راژن سٕہ پروہتھ آسانہٕ
یُژ وید پوٗرمُت تہٕ پرٛمانو
ہیٚتہٕ کارِ کِس تس کتھ کیٚا چھِ باونہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

ریٚشِس چھےٚ جسوٗدا پادَن پیوانہٕ
پرٛشِن تہِ کَتھہِ ہُند کرانو
لگُن روٗٹ تمیٚ تہٕ لگِن چھُ گنزرانہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

# کتھ

وِشنٕہ مایایے کوٚنہہ تہٕ چھنٕہ واتانہٕ
نانا نامہٕ رٕپھ ہاوانو
دِیہٕ یَس سوٚ روٗپہٕ گیان تَس زانہٕ ناولنہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِیتہٕ مانہٕ بگوانو
وُچھ وُچھ آش ژر کیا آسہٕ زانانہٕ
سچ گل کیا کیا پڑمانو
وُچھنَس سُہ پانَے یُس وُچھ ناولنہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِیتہٕ مانہٕ بگوانو
پِرٛتھ دَیہٕ گرٛ یِرٛ یِرٛ آسی گندانہٕ
تتھ پرٛژِ کوٚنہہ تہٕ پوٚلنہٕ
مُرٛ گیہٕ درتھی لولہٕ ہُرٛ ڈیشانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِیتہٕ مانہٕ بگوانو
گوٚکل یی کوٚرکھ دٕبن تہٕ راتھ واتانہٕ
شُری تہٕ کورِ کیا چھےٚ راس کھیلانو
کرٛشنس تہٕ رادِھکایہٕ ژوٚرٕ پم آسانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِیتہٕ مانہٕ بگوانو

پرُژھس ریشہِ کوٚ دیشہِ چھکھ یوٚلنہٕ
رِشہِ روٚس اَسی چھِتھ زانانو
موکھہٕ چانہٕ اسہِ ژجہِ زمن ہنز ہلنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

درشنہٕ گرٛگہٕ ریوٚش یُژ پرکاش ولنہٕ
آکاش واُنیہ وکھنانو
پرٛنام کوٚرہس تہٕ زَن اوس بگولنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

دوٚشوٚنی پادَن دوٚشوٚے پھولنہٕ
پوٚزَن تہٕ بوٚزَن پرٛژھانو
کروَیہِ اَسی کِنہٕ کرکھ پاُنی پانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

لادَن نہٕ لَس یَس بگوان سوزلنہٕ
سادَن چھِ ساُری پوٚزلنہٕ
بوزنہٕ پُژھی یُژ واکھ چھکھنہٕ مچھانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

پوٚرن گرٛش ستیٚ یُژ ویدانہٕ
شوب کامہِ ہنز کتھہٕ باچانو
رادھایہِ کرٛشنس زِ کرمہٕ لون ملہٕ ولنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

لکِھنو دۆپنکھ تار چھُنہٕ آسانہٕ
بگوان کرِوُن چھُ آسانو
دِکھنا دِتھ چھِس اُرژر وَنانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

کرمہٕ لون یۆ دوٚے کانہہ چھُنہٕ زانانہٕ
درمہٕ پُرٛژھِ مٔٹہِ ہٕتھ چھُ نیرانو
گرِگہٕ جی رادھایہ منگنس گرٛھانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

زاتُک ہٕتھ یۆت ستھ وٕرِژٕ آسانہٕ
تتھ لِکھنس کوٚنہہ نہٕ واتانو
گرٛکہِ ریۆش ورگہٕ پاٹھی درٛگہٕ داروانانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

وأتتھ تتھ دیشس چھُ دوٚش ژلانہٕ
یِپتہِ رادِھکا اُس بسانو
پرٛنام کوٚرہس تہٕ یِژٕ چھِس توتانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

پان وَتھروہس تہٕ جان چھِس وندانہٕ
مان کوٚرہس یُتھ چھُ پزانو
درشنہٕ تہندے ہنہِ چھُکھ وٕٹھانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

نو پانژُک چھُکھنہٕ یوٗگ چھُکھ میلانہٕ
بوٗگی باوٗس چھُ کھانو
شوبہٕ پھل تہٕ شوبہٕ گرٕ یہہ ووٚدیس یوانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
وُچھ وُچھ گرگہٕ جی یٔژ یٔژ ہرشانہٕ
وَرشہِ پھل تہٕ تم وارِ بوزانو
نارُد زِ زہنہٕ کالہٕ یِی اوس وَنانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
سبد گو ذاتُک شوبہٕ پھل ونانہٕ
دوٗشہِ روٗس دوشوٗے چھِ آسانو
شرٕی نارایِن تہٕ یِی آسہِ یژھانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
سمپتا دون پادَن چھس پیوانہٕ
ہاتھ جوڑان ستیٚ بڑکھانو
کھما کرٕی زِ ریشہِ بیٚیہٕ چھس وَنانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
بوٚزوان[1] بوٚز پوٗر وَکھ کامہِ کرانہٕ
سنز پانہٕ بگوان دِوانو
کرمہٕ لون توٚ وتہٕ پرون کوٗنہہ چھازانانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

---

[1] عقل مند۔ گائل۔

نندٕ گوٗپ زاُنیٖوٗنہٕ اوسُکھ ونانہٕ
تس کرٛشن اَکُے سنتانو
پزٕ پاُٹھی ٹوٹھ یُتھ بھکتَن بگولنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

کولہٕ مولہٕ زاُنیٖوٗکھ توہہِ ہیُو آسانہٕ
ہشرس کوٗنہہ چھُنہٕ پرٛژھانو
پرٛژھہٕ گاُر پرٛژھی پرٛژھُن میونٕے بہانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

دوٗ گنیار کاُسی توٗ تہٕ اَدٕ ووگَن شانہٕ
رادھا چھےٚ لکھمی سُہ نارانو
لکھمی ناران ژھاران تہٕ پرٛزارلنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

اساُے ریشی کتھ گوڈٕ اُسی کھوٗلنہٕ
باُوی توم زاتک تہٕ وُچھانو
میلہِ دون سودا تہٕ کوٗنہہ چھُنہٕ گیلانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

زاتک ہووہس تہٕ وارٕ اوس گنزرانہٕ
تارِ پھل تہٕ ژارٕ اَنزراوانو
نوٗ امشہِ باگہٕ روٗس وہباگ دِولنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

ژھلہٕ بَلہٕ وپَرن ہُند ویر آسانہٕ
شُربن ستیٚ شُر[1] لاگانو
دپوتا زَن تہٕ ہٕڈی راکھبس مارنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

لوکٹِس چھِ ہٕڈی ہٕڈی عاب غاب گرژھانہٕ
ہٕڈِس چھِنہٕ تم شوٗبانو
رانڈٕ چھُ تہٕ توٕ مصلحت چھَنہٕ پہوانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

مإٔلس تہٕ ماجہِ شُر یُژ ٹوٗٹھ آسانہٕ
ٹاچھر وٕنتھ نہٕ ہبکانو
لُکہٕ شُری ہتھ کتھہٕ تہٕ دوٕدِ ژوٗر پھیرانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

موشور دوٕدِ ژوٗر گرژگہٕ جی چھا جانہٕ"
کوٗر کوٗر کوٗنہہ نہٕ راوِ راوانو[1]
ڈبکہٕ وُسرِتھ یوٚد کوٗنہہ چھِن وُچھانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

مإٔس ماجہِ شُریُتھ تیُتھ پڑیانہٕ
سَبہِ منز لَبہِ آسہِ روزانو
ریٚشو کتھہٕ اَسہِ پچھِ چھےٚ پھورانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

---

[1] یہِ سطر چھُ ماشٔرجی نِتھہٕ پأٹھی لیکھان: "کوٗر موٗر چھِنہٕ راوِ راوانو"

نندٕ گۄپ تہٕ جسۄدا اُسی تہٕ کیا بوزلنہٕ
یَتھ سمیَس منز باگِوانو

اَکھے سنتان تہٕ یِژ ٹوٹھ آسانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

کرٛشنہٕ ناویَس وۄنتھ سُے آسہِ آسانہٕ
وۄن یَس سُہ دٕہن تہٕ راتھ نژانو

تھٕنہٕ دوٕدٕ ژۄرِ گۄری شُری ہٕتھ نِولنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

پرٛتھ گرِ ژۄرِ ہانژٕلتس کیا چھِ لاگانہٕ
گۄری بابہِ ژرِ مونجہِ ہوٕانو

تھنہِ ریژٕہن پپٕٹھ چھِس نژٕناولنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

گۄری گۄری بابہِ چھِس پتہٕ پتہٕ لارلنہٕ
وَتہِ تَس متہِ وادٕ ہوٕانو

یِتہِ بۄز بالُک تہٕ بلہٕ ویرٕ مارلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

وٲنسہِ چھُ لۄک بیٚہِ لۄکھ چھِس زانانہٕ
کھیلنس کۄنہہ چھُس نہٕ پوشانو

لوٗکٹ تہٕ بٔڈی بٔڈی بۄڈ چھِس زانانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

پھیرنہٕ واکھ وأنی چھ،س وَنانہٕ
شوب کامہِ یَژھ شژی نارانو
اما چھِ مَنہٕ مٔنزی بیٛاکھ کتھ سورانہٕ
ژ٘ھتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

کرنس زِ پزی پاٗٹھی من چھٔنہٕ یوانہٕ
سرنس چھِ کرمہٕ لون تہٕ آسانو
درمہٕ نِشہِ ڈلہٕ ہَن تہٕ لۆکھ لدنکھ ہلنہٕ
ژ٘ھتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

گرٛگہٕ ریٛوش گۆکل گُن گو پکانہٕ[1]
پژکھبانٛژ چھُ فِکرِ کرانو
کوٗمس سمرتھ تہٕ مصلحتھ پژژھلنہٕ
ژ٘ھتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

رنگہٕ رنگہٕ مصلحتھ تہٕ کیٛنہ چھکھنہٕ پھولنہٕ
سأری چھِ زبو تہٕ وُٹھ پھیشانو
ریٛوان اکہِ پکھہِ بیٛیہٕ پکھہِ رِوانہٕ
ژ٘ھتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

---

[1] ماشٹر جیٖن چھُ واریاہن جاین زِ بندرٲوِتھ اژی شارتژ اۆویٕمتی تہٕ اکھ بند ترتیب دیُتمت چنانچہ پیٛتمن تہٕ چھُ اَسہِ یِی نظرِ گوٚژھان۔ زیرِ بحث بندٕچ اکھ سطر چھےٚ تمو بیٛیس بندس ستیٚ رلٲوِتھ یہِ بندٕ یتھہٕ پاٗٹھی ترتیب دیُتمت:

کوٗمس سمرت چھِ مصلحت پژژھلنہٕ　　سأری چھِ زبو تہٕ وُٹھ پھیشانو
رِوان اکہِ پکھ بیٛیہٕ پکھہٕ روانہٕ　　ژ٘ھتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

پۆ پتہٕ مصلحتھ کرِتھ تہِ گُنہٕ آنہٕ
سوے شنچھ آسوے لدانو

یِی اَدِ بوزکھ تہٕ تی گو پڑ ملنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

رۍشی واکھس ما کوٗنہہ آسہِ پھیرلنہٕ
پۆ اکہِ کتھِ کیا چھِ پھیرانو

بوزن رۍوش پوٗزنہٕ بوزُن منگانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

پڑسند رۍوش گوٕ تہٕ بوزن چھُ کرانہٕ
ستھ بوٗزن کھبتھ تہِ پڑ مانو

ستہِ[1] وأدی کیا چھُ ست واکھ مانانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

رۍشی واکھ پھیرنہٕ چھِم پانہٕ وَنانہٕ
کوِ چھس بو اَپڑیور لاگانو

واکھ دیتُم وارِ تی چھِم پزانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

اَن کھبتھ دَنہٕ چھس دِکھنا دِولنہٕ
پادَن بٹھ شیر تھاوانو

کھمبا کرٕی زِ رۍشہِ سو منہٕ ساوِدلنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

---

[1] پوٗزون وول

رکھی نے کیا بات سنایا
گمبجہ وانگر سمدر پی وے
بائی کو بالکہ نیاے ریوے
رکھی نے کیا بات سنایا
نگر سومن دو دودھ پیا
یاوَن میں وہ کیسا جینا
رکھی نے کیا بات سنایا
چور چور اوت کا بدنا ہے
جس کو بدھ نا بھی سُدنا ہے
رکھی نے کیا بات سنایا
چور وہی جو نا پکڑے کوئی
نالوک اکھن اووئی اووئی
رکھی نے کیا بات سنایا
چور ہوا پَر، پکا نا ہی
لور دمڑی اور ٹکا نا ہی
رکھی نے کیا بات سنایا
پرمانند تم نشچے جانو
اوس کا بھکھتاں اوسدا جانو
رکھی نے کیا بات سنایا
آپ وداہی بیچ وس ہردا

مانو نتہٕ پتہٕ کُس آسہِ زانانہٕ
کرمہٕ لون کُس کیٛا چھُہ آسانو
کرٛشننیٚ ئُنیٚ ئُنیٚ بوزَن افسانہٕ
ژَبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

ژھلہٕ ما موکلونہٕ آسوٕ نہٕ پوشانہٕ
آسن لوٗکھ اوٕ اَسانو
ہیرِ ہیرِ کتھ پھیرِ آسن زِ ہسبڑانہٕ
ژَبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

پھیروے واوٕ وأژھ مَن چھنہٕ پژانہٕ
پھولہِ نتہٕ آسونہٕ پھولانو
رنگہٕ رنگہٕ گنز رِتھ کیٛشہ تہٕ چھِنہٕ أنزرلنہٕ
ژَبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو



## لیلا[۱]

رِکھی[۲] نے کیا بات سنایا
چوراں کو سبد ساد بنایا
سادھوٗ ہووے پاونہٕ ہاری
مالوکن گل پاونہٕ ہاری

---

۱۔ یہ لیلا چھنہٕ ماشٹر جی سنہٕ سومبرنہٕ منز شأمل

۲۔ یہٕ چھُہ میانہِ خیالہٕ رِکھی کُن اشارٕ۔ یمن نندن ستۍ یہ نشانہ چھُہ تم چھِنہٕ گیان پرکاشس منز موجود

دَیِہ لون بَیِہ دوٗر کرِ چھِنہٕ زانانہٕ
ژ‍ٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

پیٚہِ نالایق تہٕ بیٚیہِ بیٚیہِ چھِ ونانہٕ
کُنہِ ننبدن تہٕ کُنہِ توتانو

یُژ کال پانہٕ وأنی ونن تہٕ بوزلنہٕ
ژ‍ٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

کرِتھ کأم کارٕچ نَے گرٛشھِ جانہٕ"م"
آسو یُژ پشتا وانو

پامہٕ لوٗکہٕ ہنز تَے پنہٕ نُے تاولنہٕ
ژ‍ٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

مالا زِ أسکھ موچھِچ چھِ وَنانہٕ
اکھ پھوٗل نہٕ تیُتھ کأنسہِ آسانو

رازٕ دار تیُتھ نتہٕ بازارٕ میلانہٕ
ژ‍ٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

سُے پیٛوکھ پوٚکھ بوگ تمنے لدہلنہٕ
بأکِس دوٗگُن تورٕ پُشرانو

اوٚگُن تہٕ نیربکھ نہٕ آسن منٛدِ چھانہٕ
ژ‍ٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

یِی گوکھ جواب آسن بوزلنہٕ
آسو نہٕ أسی تہٕ واکھِ پھرانو

شانتی کرنا والا شردا
رِکھی نے کیا بات سنایا
کُل نند ستت کس کو آکھا
وید شُرتی سمرتی اور باکھا
رِکھی نے کیا بات سنایا
کمسا سور وِس ویری جانا
اس کو سورگ سویرے جانا
رِکھی نے کیا بات سنایا
لیوے نا ہی موتی مالا
پاوے گل میں کیا نندلالا
رِکھی نے کیا بات سنایا
بن میں بیجی بیرج موتی
دیکھا دیکھا گی ویبؤتی
رِکھی نے کیا بات سنایا
ایسا آپس میں بہت آکھا
کچھ پرمانا نا ہی راکھا
رِکھی نے کیا بات سنایا



## گرگہ جی چھ گوکل گرشهان

کائتیاه یئش یئش کرئژ آسہٖ کرانہٖ
پڑژهی پڑژهی اکھ أکِس دپانو

نِژ ہے بُتراتھ لؤکھ چھِس نہٕ پژلنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

دیٕو لؤکہٕ دیٕو کنیایہِ وَنہٕ ناولنہٕ
گؤیندٕ گیت تمہٕ گسوانو

گندرو اَژھہٕ[1] رژھہٕ یئندرٕ لؤکہٕ ریٚولنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

کلاونت باٹھ بھگت واتانہٕ
مرٕفنگ بُنگہٕ دُٕکر وایانو

سام وید اُبید بھکھتیٕ اَسی کرلنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

ریٚشِس سوردیش ڈیشی ڈیشی پرٕژھلنہٕ
دؤرِ پیٹھہِ لتِس نِشہِ واتانو

پرٕژھِ گاَریٔشتہِ واَری پرٕژھنس نہٕ یِولنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

جسؤدا ماتایہِ کُن اوس وَنانہٕ
پرٕیہِ وُن سوکتھ چھِ تم تہِ مانانو

کرٕشنہٕ جؤ چھُ ترُک لوٕ توٕ تاَر آسانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو



---

[1] سور گچھِ ہوٕر۔

تِمن جواب تی کھسہِ نزٕ اسہِ ہلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
اَمہِ کتھِ سارِنے سیوٚد پھو نشانہٕ
تَمہٕ آنہٕ ووگنے یکھ شانو[1]
بگوت مایا یہٕ اٹھ ما چھِ زانانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
رٕتنو تہٕ بیٚیہٕ تَمہِ موکھتہٕ مالایہِ سانہٕ
پرٕوٚہت تور ہٕتھ چھِ سوزانو
واتہِ گوڈٕ گرگہٕ جی گوٚکل چھِ وَنانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ڈیشتھ تہِ گوکلکین گاش یوانہٕ
پژیدی کھنہٕ سأری لس چھِ پھیرانو
نِکی بڈٕی تنہٕ منہٕ جان پان وَندانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
عنبر تہٕ اَدفر وَتن چھِ چھکانہٕ
ستن سدٕرن تہٕ ارمانو
زَل[2] تیٚوت سوٚمبرأوِتھ چھٕنہٕ سمانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
یوٚگنی آکاش لوٚکہٕ آسہٕ نژانہٕ
گوٚکلہٕ گوٚری چھٕنہٕ وبژانو

---

[1] تَمہِ آنہٕ زونگھ رُت شانو (گ۔پ) [2] پوٚنی۔آب

کٕژھی خور وۄن نس یہِ چھُکھنا بوزانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
ییتھی شونڈٕ چھے نہٕ نیتھرٕ میلانہٕ
کم پأتھر چھِہم لاگانو
تِتھہٕ پأٹھی ٹأٹِھس ٹٹھ مبٹھ[1] کرانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
تامَت چھُ سۄزمُت پژوہت واَتانہٕ
رتنوتہٕ موکھتہٕ مالایہ سانو
ڈیوٗنٹھکھ تہٕ موٗٹھکھ یہِ کیٛشہٕ أمی ونانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
پرنام پانہٕ وأنی پزٕ کھوتہٕ کرانہٕ
اکھ أکِس ڈیشی ڈیشی وِسانو
بأکِس توٕ پتہٕ گنڈٕ وُسژاوانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
موکھتہٕ مالہِ کرٕشنہٕ جوٗ چھُ تام تھچھ دِوانہٕ
گل کیٛازِ گل میں پاوانو
ژھل اوس ییُتھے چھِنہٕ ژلن ڈیشانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
أسان لۄکھ چھِنہٕ رٹنس پوشانہٕ
پژوہت ہٕتھ پتہٕ لارانو

---

[1] تِتھہٕ پأٹھی ٹأٹِھس پامن دِوانہٕ (گ۔پ)

# گرگہٕ جی چھُ شێچھ ہێتھ واتان

زانِنو تَم تہٕ کولہٕ قبیلہٕ کرِ انہٕ سانہٕ
میٚتہٕ ووٚنمکھ تہٕ پیوکھ پڑ مانو
شێچھ بوڑ ہێتھ یور کوٚنہہ آسہٕ واتانہٕ
ژٕھتھ وہرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
کرٛشنن گونہٕ واد سأری چھِ بوزانہٕ
بوٚز پوٚروک کیٛا چھِ مانانو
نتہٕ چھُنہٕ کرٛشنس برٛہما تہٕ زانانہٕ
ژٕھتھ وہرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
سِریلیس گُس آسہٕ پٮ۪یہٕ منز کھٹانہٕ
زگہٕ منز کرٛشنس رٹانو
وٹہٕ دیُن موکھتس آسنہٕ وَٹانہٕ
ژٕھتھ وہرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
سارِوے یہٕ ووٚنہس تی اوس ونانہٕ
کرٛشنہٕ جوٚ تہٕ کن دِتھ بوزانو
تنہٕ منہٕ بوٚزِتھ کنہٕ ڈول دِوانہٕ
ژٕھتھ وہرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
جسوٚدا ماجہٕ اوس تونہٕ پھٔلی منگانہٕ
توٚ روٚس چھُس نہٕ وٚژھی رچھانو

بالَو بو تھِچسو بالو پھیرانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِیتہٕ ملنہٕ بگوانو
لَبہٕ روز پانس آسکھ لَبانہٕ
پرمانند یَس چھُ ژھارانو
ژھاَرِ ژھاَرِ پریمہٕ موٚت یور چھُنہٕ یوانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِیتہٕ ملنہٕ بگوانو



# جسوداچھےٚ کرٛشنس نادٕ دِوان

## (لیلا)

ژالہٕ چھم اَشنے کوتاہ بو ژالہٕ لالہٕ
بالہٕ گوٗپالہٕ میأنۍ پالنا کر
گِندٕنس چھُ بم تَے پانس نہٕ پیومُت[1]
نیٚاے أنزراو نتہٕ راوَے بو
تژٕ اُوِتھ مےٚ کرمہٕ کرمہٕ ڈالہٕ وُ ڈالہٕ لالہٕ[2]
بالہٕ گوٗپالہٕ میأنۍ پالنا کر
دِژے چھم مےٚ کرشنہٕ چاأنۍ داے بوزکھ نَے
لاے نہٕ موکھتہٕ مالہِ پُژ مو کھوژ

---

[1] گندنس چھُ آمت پالیس نہٕ پیومُت (گ۔پ)

[2] تژٕ اُوِتھ مےٚ کرنہٕ ڈالہٕ بالہٕ ڈیشانہٕ لالہٕ (گ۔پ)

جسوٗدا بڈِ بڈِ ناد ناد لایانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
جسوٗدا آس پأنٕی پانس ونانہٕ
ووٗنہس یہٕ تی چھس ڈیشانو
روٗدما ہیتھ لوٗکھ اَپرُے چھِ ونانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
یتھ موکھتہٕ مالہِ پُترٕاونس پوشہِ ہانہٕ
پُترٕاونس پان مارانو
پنہٕ نُے راوِ ہسکھ تہٕ یُژ آسی پشانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
رنگہٕ رنگہٕ وَرلاپھ لوٗکھ آسی کرانہٕ
کیژٕ جان کیژٕ پچھ وَنانو
جسوٗدا وَندس تل زیو ہیتھ منہٕ چھانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ہیرِ بون پتھ برونٹھ پھِری پھِری وُچھانہٕ
کرٕشنہٕ کرٕشنہٕ وآنیو وَنہٕ وانو
دیوانہٕ گآمژ لُکہٕ کتھہٕ بوزانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
لالو بو رٹھو نالہٕ متہٕ وَنانہٕ
آلو نہٕ کُنہِ کُنہِ بوزانو

موکھتہٕ مالہِ پُژٕ تختہٕ پڑان گو برہمن
سختہٕ آس پانس زِ واپس ژاو
ییہِ نَے اَتھِ وُچھان پان زالہٕ لالہٕ
بالہٕ گوٗپالہٕ میأنٔی پالنا کر
أرِس تہٕ دَرِس روٗگ پیٚوس وآتِتھ
ژرِس گاٹس کھُر کیا آس
راز ہمس زالہِ لوٚگ تہٕ ژلنس نہٕ زالہٕ لالہٕ
بالہٕ گوٗپالہٕ میأنٔی پالنا کر
بارنا چھُ سمسار باز آ باز آ[1]
گومُت یہِ باز گُس پھیرِتھ آو
کیا شش پَنٛج دو چار سیٚہہ چالہٕ لالہٕ
بالہٕ گوٗپالہٕ میأنٔی پالنا کر
موکھتہٕ ہار پرمانند کتھِ کُن تھاو
سَن سَن ییٚتہِ کیا سَن چھنہٕ دِنٔی
موٗکھی گژھِ یُس نہٕ کرِ موکھتس مالہٕ لالہٕ
بالہٕ گوٗپالہٕ میأنٔی پالنا کر
پرمانند چتدٕ چھوٚن وُچھان پانس
نتہٕ کتہِ اوس تتہِ موکھتس مول
پراوِ موٗکھی تژاوِ یَس دَنہٕ دیٛار مالہٕ لالہٕ
بالہٕ گوٗپالہٕ میأنٔی پالنا کر

---

[1] سمسار بژم چھے باز آ باز آ (گ۔پ)

اَکھ رَٹتھ نالہٕ لالہٕ ہیٚہ گنڈے مالہٕ لالہٕ
بالہٕ گوٗپالہٕ میأنی پالنا کر
دیوتا تہٕ پی اَسی أندی پکھی بوزنس
سیو کرنس تس بگوانس
سنتوٗر وایٕنس بأرو بتالہٕ لالہٕ
بالہٕ گوٗپالہٕ میأنی پالنا کر
پُشراونس کیُت مےٚ من اوس تھاران
پُشراونس پان ماران بو[1]
پنہٕ نُے راوِ ہکھ تہٕ وَنم چھنارلالہٕ
بالہٕ گوٗپالہٕ میأنی پالنا کر
ہیٚر بونہٕ لوٗب مکھنہٕ لوٗکھ ما ہسڈنم
چھکھ بالُک چھے نہٕ ہرش شوٗک کینہٕ
کرٛشنہٕ یَم وَنان چھی وَننے گتالہٕ لالہٕ
بالہٕ گوٗپالہٕ میأنی پالنا کر
منس برٛہمنس وَنس منز آکھول
زناردنس وَنس منز
کال اوس پوٗز تےَ مارنم اکالہٕ لالہٕ
بالہٕ گوٗپالہٕ میأنی پالنا کر

---

ا۔ پُشرون چھُ موکھتہٕ مالہٕ مالہٕ کوٗژ چنم
موکھتہٕ ہار پُژبو موکھتہٕ ہاران چھس
دایتگ نہٕ پنہٕ نُے ونم چھنالہٕ لالہٕ (گ۔پ)

روٗ دمُت چھُ سمشے روٗد موکھتہٕ والانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
جسوٗدا چھےٚ موہہٕ مایایہِ حبہٕ ڈالانہٕ
موکھتہٕ کیازِ تتھ موکھتہٕ زانانو
یُتھ چھُنہٕ منز مُکتہِ دارس تہِ میلانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
انیہٕ ناٗوِتھ چھُس نہٕ تمنا سورانہٕ
رنیہٕ وِنہٕ موکھتہٕ مالہِ سورانو
چھکرِتھ مالہِ بالہِ چھُم تمبلا وانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ہیتھ کیا گژھِ ووٗنی پروہتِ وَنانہٕ
ہیتھ چھُمنہٕ رہت کیا کوٕ زانو
ہُنتھ کیا آم وٗنتھ کوٕ زانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
کرٕنم نہٕ پڑھ موکھتہٕ لڑھ چھُنہٕ آسانہٕ
یڑھ کیا چھے شڑی نارانو
میٖڑ اٗس وَتھ یُڑ یُڑ اٗسی برانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
جسوٗدایہِ حبس ہوش نٔر روٗ ومُت دانہٕ
موکھتہٕ دانہٕ پُڑھِ دان منانو

موکھتہٕ مالہِ روٗس تام کرٛشنس چھِ ڈیشانہٕ
لارَن نٹھٕ تہٕ نالہٕ متہٕ رَٹانو
موکھ تہِ ڈیوٗ ٹھٔمس نتہٕ موٗکھی آسی گرٛ ھانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
شاہ چھُس نہٕ پھوران تہٕ تور چھُس پرٛ ژھانہٕ
مأج موکھتہٕ بیوٗل چھا وَوانو
میٚتہٕ ؤوی بیاٗلی کھل کونہٕ چھوٕ سُمرانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ہاوَے بہٕ کھیتہٕ لچھِ گُلی کھسانہٕ[1]
باغس چھِ ساسہٕ ۂدی باغوانو
تسلی گوم چھُم کرٛشن مُرٛ راوانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
موکھتس میٚژ چھُنہٕ بالُک زانانہٕ
مےٚ ژےٚ کیا یمہٕ فِکرٕ آسانو[2]
موژِ کیا پتھ کُن بہٕ یَس آسہِ روزانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
کرٛشنے ہیکہِ سیکہِ موکھتہٕ اوس کرانہٕ
ییٚژھِ پرٛژھِ کوٗنہہ چھُنہٕ روزانو

---

۱ ہاوَے بہٕ کتی لچھِ گُلی کھسانہٕ

۲ یہ سطر چھُ ماسٹر جی ہٕتھہٕ پاٗٹھی لیکھان: ''میٚژِ کیا چھُ یُژ پھکھ آسانو'' (گ۔پ)

أنی زَن چھِ تَم تہِ تتہِ اَسہِ ہوی گرٛھانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
سوٚمبرآوی لۆکو موکھتہِ انبار خانہٕ
نندٕ گوپ پانہٕ تہِ بأگرانو
پاژٕژٕر باگن پھتہِ پھَتہِ مینانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
پرٕوہت سُہ سوٚزمُت گنٛزِشہِ ترٛکھ سوٚمبرانہٕ
دِکھنا ییہِ پرٛژ أنزراوانو
پَرٛھ چھَنہِ لۆکن یوان تہِ نِولنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
گرِ بٔری بٔری ووٕنی چھُکھنہٕ روژلنہٕ
موکھتے لۆکھ ترٛپھ گرٛھانو
بگوان چھُ ژوپأری موکھتے چھُکرانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
گرِ آے پروہت ہبتھ سورسامانہٕ
درٕم تہِ دان یٔژ چھِ کرانو
گوٚری کامدینٛن موکھتہِ مالہِ پارلنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
گوٚگلکبن بھکھتی مُکھت آس کرانہٕ
موکھ تسُندے سوکھ دِوانو

موختصر مایاہِ کوٚنہہ تہٕ چھنہٕ واتانہٕ[1]
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
زَگتس موٚہہَ اندر کار آو ولانہٕ
بود چھکھنہٕ سبد چھنہٕ پژاوانو
ربدسبدتس ی۔س سنتوش آسانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
غرض منڈلوٚکھ وٚنی ہتی چھِ دیوانہٕ
کرٛشنہٕ کتھہِ چھِ پٔژھ کرانو
نیرِ ما وپرٹنگ دیوٚ نیرِ ارمانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
پکن تہٕ کرٛشنس پتہٕ پتہٕ لارانہٕ
جنگلس منٛز باگ چھِ ڈیشانو
موکھتہٕ کلی بٔری بٔری موکھتہٕ پھلی نیرانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
بٔری بٔری چھِ موکھتہٕ لنگ تہٕ پتھر نمانہٕ
مفت زَن سُہ موکھتہٕ ڈار میلانو
متھرایہِ بوٚ زمُت موکھتہٕ ون گوٚ ری ولنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
آش ژر مایایہِ آیایہِ وُچھانہٕ
کارَن تہٕ ریشیٚ ژٔنی یوٚسانو

---

[1] ماسٹر جیَن چھُ پھِر تھُر کرِتھ بییہِ بند چ سطر اتھ جایہِ اَنی مژ۔ سطر چھےٚ امہِ پتہٕ بییہِ بند چ آخری سطر

وَنہِ شرۆنَس چھُنہِ میون ہیوٗ خزانہٕ
ژ ٲتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
بڑکھبانٮ۪ن وَتہِ گُن أچھ لوسانہٕ
بڑ ہمنس چھِ تام دوٗرِ ڈیشانو
راج زَن پڑ اُوِتھ باج ہٮ۪تھ یِولنہٕ
ژ ٲتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
باربن چھُ موکھتہِ سون تہٕ سارگی سامانہٕ
ساسہِ ہٕدی لوٗکھ ہٮ۪تھ چھِ پکانو
بار بار ڈیشان بار بار وَنانہٕ
ژ ٲتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
کوٗرمُت سُہ تدبیر گرِ چھُکھ روزانہٕ
بگوت مایایہِ ڈیشانو
وُچھنس تہِ وَنہِ نس تہِ بوزنَس نہٕ یِولنہٕ
ژ ٲتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
وَنہِ کیا کوٗنژھا وَنہِ چھا یِولنہٕ
بڑ ہمنس چھا پڑزِ ناوانو
سوشیلایہِ زَنتہِ سو دام واتانہٕ
ژ ٲتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
ڈیشتھ موکھتہِ مالہِ رتن تہِ سونہٕ بانہٕ
موکھتہِ مالہِ پنہٕ نے چھِ مندِ چھانو

موکھتس تٕسندِس تتہٕ منہٕ گٔیہ یہ کانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ساسہٕ بٕژ موکھتہٕ مالہٕ مالہٕ کھوتہٕ جانہٕ
رٔتنو جُری جُری چھہِ وُرانو
سوٗنبن چھہِ بوگ ہٮ۪تھ پروہت سوزانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
توٗ پتہٕ گوٗکلکی جگ تہٕ ہُم کرلنہٕ
دیوتا کرٛشنس چھ پوزانو
یژھا بوٗزن برٛہمنن کھیٚا وانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
نژنس تہٕ گندنس چھےٚ گوٗری بایہٕ توشانہٕ
شُربن تہِ رَٹہٕ نس نہٕ پوشانو
کرٛشنس تہٕ رادھا ماتایہٕ وَنوانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
پرمانند تتہٕ پادَن پھولنہٕ
سادَن چھُ سُے پھل منگانو
ٹوٗٹھی نس رادھا سہت کرٛشنہٕ بگوانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
پروٗہت سُہ سوٗزمُت موکھتہٕ دکھنایہٕ سانہٕ
گسوٗان گوٗو تہٕ یژٕ ریٚوانو

دیو کنِکن منۂ پژکاش پھوانۂ
ژبتھ وبرشہِ دِپتۂ مانۂ بگوانو
دیوی تۂ دیوتا دارنایہ[1] دارا نۂ
رادھا کرشنۂ کرشنۂ زپانو
راجہ لکھمی ماجہِ کوچھہِ کبتھ ہوانۂ
ژبتھ وبرشہِ دِپتۂ مانۂ بگوانو
وبہٕ تے داسہٕ یمہٕ تَس خاص خاصانۂ
تمبٕے ستی گرِ گِنڈانو
گرِ گرِ کرِ ہے منۂ کرشنُن دیانۂ
ژبتھ وبرشہِ دِپتۂ مانۂ بگوانو
یی منہ پھوران تی آسہِ سورانۂ
پژیہٕ ستی دأنی یہٕ وَنانو
بیٖہٕ بیٖہٕ وٗنی وٗنی تۂ بیٖہٕ بیٖہٕ وَنانۂ
ژبتھ وبرشہِ دِپتۂ مانۂ بگوانو
پرمانند اوس بات کوسہٕ مانانۂ
سونا موکھتۂ مولی تۂ میلانو
ہنۂ لرِ خزانۂ ڈیشتھ تۂ نِہانۂ
ژبتھ وبرشہِ دِپتۂ مانۂ بگوانو



---

[1] یادکرنُک طاقت۔ منس منز گنہ خیالس منز سرُن۔

پنہٕ پاَر پنہٕ نی چھُ سودام ژھارانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ڈیشِن سور دیش اسن تہٕ گنِدانہٕ
رادھا ماتایہِ توتانو
ڈبکہٕ بڈِ ہیکہٕ کُس یُتھ پوٗز چھُ نیرانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
سمپتا نژنس تہٕ وژن وَنانہٕ
ہرشش گومُت سُہ بژھبا نو
شَرن کرشنس چھےٚ رادھا بار گوانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
چھنہٕ پامہٕ تھَنہٕ ژوٗرس چھِنہٕ دِوانہٕ
وَنہٕ وبھوٗتی ہاوانو
ونہٕ وَنہٕ منہٕ چبن ہِنٛدی یَن کاسانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
برٛاہمن ابیاگتھ تہٕ ریٖشی سوٗمبراوانہٕ
پرٛزِ کھوتہٕ دَنہٕ خرچاوانو
رزتے پرٛزِ منزیہٕ آش ژر زانانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
جگہٕ ہُمہٕ تپہٕ زپہٕ ریٖشی مُنی پوٗزانہٕ
توشان دوشوٗنی دَنہٕ وانو

پرمانند اسی سمادھی سے
کے ہووے ستہ وادی سے
بنْد بھکھت کانیاے مُکاوے
میرا من کیسا سُکھ پاوے
نارد انیک ابید بھکتی کرے
گیانہ دھیان شم شکھتی کرے
انا ہد بنسری بجاوے
میرا من کیسا سُکھ پاوے
آپ چیلا ہووے آپ آچاری
آپ بن باسی آپ ویو ہاری
ناپاوے کچھ ناپشتاوے
میرا من کیسا سُکھ پاوے
جمنا کا جمنا پار ترے
ست سنگ گنگ اشنان کرے
ناونہ ترتھہ تن ناوے
میرا من کیسا سُکھ پاوے

☆

# گیت

۱

شیاما مُکھ سُندر دِکھاوے
میرا من کیسا سُکھ پاوے
ابدوں کے ست شبدونسے
پھَل دیوے پرار بدوں سے
تَن مَن سَت گور ملاوے
میرا من کیسا سُکھ پاوے
یندر نگری کا راجا یندر ہووے
مُہہ لنکا کا رام چندر ہووے
کنُبھ کرن کرنے کا جگادے
میرا من کیسا سُکھ پاوے
دھ دارِ کا کامن شری کرشن جی
بوگیہ یڑھا آٹھ پٹہ رمائی
وَکھ وَکھ گر مکھ بچاوے
میرا من کیسا سُکھ پاوے
اَنتا کرنوں کی شُدھی سے
من ژیتن تن بُدھی سے
گت میں پریم پڑ ہہ دووے
میرا من کیسا سُکھ پاوے

بَیہِ دۄر گوس مۄہہِ کھے ووندِ کاسانہِ
ژ̆ئتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانہِ
کرٛشنُن درشُن منہِ آسہِ کانچھانہِ
ہَنہِ ہَنہِ مَنہِ سرٛیہہ وُزانو
واوَس ہتہِ کاوس کُن آسہِ وَنانہِ
ژ̆ئتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانہِ
پرٛزوآژ ءتی آس اَنہِ گرٛیہہ وُزنانہِ
سُنز سنکپھچہ یَژھانو
کرٛشنس وُچھنس سوکھہِ موکھہِ کانچھانہِ
ژ̆ئتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانہِ

# گوٗپیہِ چھےٚ بگھوانس نادِ دوان

سد کے بُلاوَ اُس کو سد کے سد کے
کیا آناتد کے ہرجانا جد کے
سدِ کے بلاؤ اُس کو سد کے سد کے
اَبد پوُری ہیں جمنا پاوَں
اودِ رام نام بو لاوَں
ناشنہِ ناش نوندِہ آٹھ سد کے
سدکے بُلاوَ اُس کو سد کے سد کے
سمجھوں گا گل میں پاوَنگا گل میں

# داستان

پڑژھس سۄ پرۄہت یاد چھُکھنہٕ پیوانہٕ
بۄزی توم لۄکو سۄ وَنانو
وَنہٕ چھا موکھتہٕ بیۄل ۄنی تو کھسانہٕ
ژٕھتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانہٕ
موکھتہٕ بیۄل ۄوِتھ راتِبے چھُ کھسانہٕ
راتِبے منز چھا پپا نو
راتِنہٕ منزی وَوَن پَپن تہٕ لونانہٕ
ژٕھتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانہٕ
ڈیوٗنٹھُمت ییہٕ آش ژرنی اوس ونانہٕ
ۄنتھ دَپان چھُس نہٕ زانانو
کرٛشنہٕ کرٛشنہٕ کُری توسۄ آسہٕ پانہٕ بگوانہٕ
ژٕھتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانہٕ
پرمانند ییُس آنند منگانہٕ
مہرازٕ بھکتن سۄ دِوانو
وَندہس بہ جان پان یِی اوس پژھانہٕ
ژٕھتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانہٕ
لے گئے ییہٕ ہرشس زَے اَسہٕ بولانہٕ
زوٗنن زِ دَے آم ٹوٗٹھانو

## کتھ

دپش سورُے دٕمن تہٕ راتھ اوس وَنانہٕ
دیشہٕ رۄس تی اوس بوزانو
انتر یائمی سُہ سورُے زانانہٕ
ژٕہتھ وہرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
ساکلہٕ مایایسنہٕ وۄیا کل کرلنہٕ
شاکلہٕ شیتہٕ دپہ سمانو
وابُدیو موکھس چھِ ساسہ رنگہٕ پۄزلنہٕ
ژٕہتھ وہرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
پرمانند وندِ سورتس وَندانہٕ
یتھا وت وٹیز وِدانو
نیاے یَس زٕنمک چھُ آسہِ لتس اندلنہٕ
ژٕہتھ وہرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

## موٗہنی روٗپ[۲]

اورٕ یورٕ وارِ ییلہِ کتھ گیہٕ پڑ ملنہٕ
یورٕ تورٕ سأری چھِ توشانو

---

[۱] راداسو یمور چھُ پرمانند تہٕ بُلبُلنٕ مشترکہ تخلیق ''موٗہنی روٗپ'' ییمہِ لیچہ پٹھ چھُ بُلبُلن لیوٗ کھمُت حصہٕ شروع سپدان ۔ یوٗ دوے زَن ''موہنی روپ'' اصل سخن منزا کھ علاحدٕ باب چھُ مگر ''گیان پرکاش'' کتابہِ منز چھُنہٕ یہٕ حصہٕ علاحدٕ کڈنہٕ آمُت ۔ تہٕ نہ چھُ گنہِ جایہِ یہٕ ذکر زِ رادھا سو یمور کیا چھُ دون ہِنٛدِ قلمہٕ دڑ امُت ۔ [۲] پریشان ۔ دُکھی ۔

موتی گنتا نہ وچار ندی جل میں
پر چاہوں کیوں ز نکہ اس ند کے
سد کے بُلاوَ اُس کو سد کے سد کے
چاروں ویدوں کا ارتھ یہی ہے
تپ جپ یم نیم وِرتھ یہی ہے
چھوڑ دے کایا اپنی ست گور کے پد کے
سد کے بلاوَ اُس کو سد کے سد کے
مایا کیا تم کو اس دِہہ کا چھڑ دے
کال دیکھوں کس کو لیوے بر کے
سد کے بُلاوَ اُس کو سد کے سد کے
تم ناہو راجا تم کو آجا میٹی
کم کرنے سے کم کا جامیٹی
کنوں گٹ میں گٹلی ود کے
سد کے بلاوَ اُس کو سد کے سد کے
تم نے اچھا مانا من کا مایا
تان ناہی ابد پوُری کو پایا
چھوڑ دے کایا موہ مایا مَد کے
سد کے بُلاوَ اُس کو سد کے سد کے
چل گئی جماں تاڑی چنتا ناہی
ست بات کا کچھ سنتا ناہی
یاو نہ پاونہ پرمانند وِد کے
سد کے بُلاوَ اُس کو سد کے سد کے

اَسہِ وُنہِ تہٕ رسہٕ وَنہٕ چھِس غوصہٕ کاسلنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
پژیہٕ چھِسن بیٚیہٕ بیٚیہٕ ہی وَتھراولنہٕ
وَتھرن تہٕ پان وَتھراوانو
پمپوش اَتھہٕ مأنزِ پٔتر ورنگلنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
زادھا ینہٕ چھَنہٕ کرٕشنس ڈیشلنہٕ
تتہٕ کھبنہٕ کھبنہٕ اَس کرٕیشانو
پنکز نبترو سو شبنم ہر شملنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
سوردہن تہٕ راتھ سورچھُ سوے سورلنہٕ
سۆری سۆری ترلیہٕ آیہٕ سورا نو
سوٕرِ ڈِجہِ مَرِ یٔژ گاٹو دیولنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
دارَس منز اَچھِ داربن گِنداٖنہٕ
دارِ بَرٕوُچھی وُچھی برانو
دارِ دارِ داربن پٔٹھ اوٗش ہارلنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
کرٕشنہٕ پاد[۱] ہردبتھ دیٚان آسہٕ دارلنہٕ
سنموکھ روٗزتھ سُہ وَنانو

---

۱ کرٕشنہٕ ہندی پٔدی دِلس منز خیال کران۔

ٹزِ سان کھاندرُک سٕز آسی کرانہٕ
ژٕٮ۪تھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
کورِ ماٗلی کورِ ہٕژوریہ سورِ سامانہٕ
دورِ دورِ دوٗرِتھ سُمرانو
ژورِ ژورِ پوٗرِ پوٗر چھکھ کھور پھلانہٕ
ژٕٮ۪تھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
کورِ وول یوٗ دوٗے رازٕ آسہِ آسانہٕ
پرٕژتھ دارِ دارِ اتھہٕ دارانو
کورِ ہٕشدِ شرمہِ داوٕ داوَس لگانہٕ
ژٕٮ۪تھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
توپتہٕ رادھا یہِ سمپتا تہٕ بڑکھانہٕ
وٗژھی رچھنس چھِس نہٕ سوزانو
بٔڈرکوٗر نیرِ پھیرِ کر چھُ پڑانہٕ
ژٕٮ۪تھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
گرِ بہہ ناٗوِتھ تِتہٕ وُزناوانہٕ
سرٕیہہِ مایہٕ کاے چھِس ناوانو
مایایہِ لولہِ ستی آس وولساوانہٕ
ژٕٮ۪تھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
پوپچھ ماسہٕ آس پاس آسس آسانہٕ
وبہٕ داسہٕ ساسہٕ بڑٕ وِسانو

آدَن باجوگن تھوتہٕ نادَن
یتہٕ دِتہٕ درشُن چھم چاۓنٛ لادَن
سیٛدہن سادَن ہنٛدِ کرٛ پالو
کریو ژیے رِکژ پوشن مالو

یندریے ژھوٚرو لأ گِتھ سَن تے
زأگِتھ نیہِ ہم شِلہٕ[1] واسَن تے
تیأ گِتھ[2] سون تَے موکھتے مالو
کریو ژیے رِکژ پوشن مالو

حبہٕ وبہٕ راوِس مایایہٕ مسنےٕ
رَسہٕ رَسہٕ رسَہِ وِس ویٛشے رسنےٕ
چھُم مَٹہِ کھسنے مُہہ جنجالو
کریو ژیے رِکژ پوشن مالو

مایا[3] تیتو ژھلیہِ متہٕ روزتم
ژژاژر چھُکھ ژٕ اَرژر بوزتَم
کیٛژھا سوزتم دِہنہٕ دیاٛلو
کریو ژیے رِکژ پوشن مالو

ژبتھ آکاشس باسکر باستم
زوٚنہِ پژکاشک سِرکۍ یہٕ زَن آستم
اَنہِ گٹہٕ کاستم رٹھو نالو
کریو ژیے رِکژ پوشن مالو

---

[1] شأنتی/سکوٗن۔ [2] ترٛاُوِتھ۔ [3] یس سنہٕ مایالأر۔ یُس مایایہٕ تھوٚدآسہِ۔

لٲچھمن زَنتہٕ پرمانند پڑاونہٕ
ژُتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو



## رادایہٕ ہنٛدی ناد

لالو لالو بالہٕ گوٗپالو
کرِیو ژیٚے کرِشٕ پوشَن مالو
جسوٗ دانند نہِ شری گوینٛدو
دیوکی ہِنٛدٕ ے پرمانندو
وَندیو دوٚن پادَن کپالو
کریو ژیٚے کرِشٕ پوشَن مالو
شامہٕ لٹہِ یِکھناسوندر شامو
رگہٕ وَندیو روٗگہٕ ننٛدن رامو
سکھی ییَن ہِنٛدے رکھے پالو
کریو ژیٚے کرِشٕ پوشَن مالو
دأسی کوٕ گُرتھس ووٗدأسی
ہرٕ برٕ ژے کتی ہرِکی کھأسی
بن برٕج بأسی چھُے میون سالو
کرِیو ژےٚ کرِشٕ پوشَن مالو

---

١ بھکھی تبن (گ۔پ)

ہماتوِ تیزک بہ کوِ زلنہِ
زیوِ تتہِ کجہِ[1] کجہِ گوھانو
زُوِ ماکوٗنہہ کنہِ کنہِ آسہِ بوزانو[2]
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہِ بگوانو

ترٕیہِ روٗپہِ دِیہِ روٗس مہرازِ بگولنہِ
واجہِ بنگرِ کنہِ نس چھُ پھیرانو
گرِ گرِ اَژن تہِ بَرِ بَرِ نیرلنہِ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہِ بگوانو

سونہِ کرٕھ کرِ تہِ موکھتہِ مرٕھ بند یاونہِ
واجہِ أنہِ واجہِ بیٚہِ دَسوانو
یشم چوٗنہِ جُری جُری لال بدخشانہ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہِ بگوانو

مُتی مُتی دژلیہِ لتس پتہِ پتہِ زنانہِ
نانہِ رنگہِ نانہِ تامولہِ وانو[3]
مول اوس وُچھنک مولہِ وُن بہانہِ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہِ بگوانو

موٗہنی روٗپہِ ترِے لوٗت لوٗت پکلنہِ
برٕجس منز ییٚلہِ چھُ واتانو

---

[1] اڑِ کجہِ [2] زیوِ ستُرس کنہِ آسہِ بوزانہِ (گ۔پ)
[3] نانا پڑکارِ آسہِ مولہِ وانو (گ۔پ)

پرمانند نند آنندو
لَکھمن جوٗنے شژی رام چندو
سِتا سَتی ہیتھ ناٹلی نالو
کریو ژیے کرِث پوشن مالو



## موٗہنی روٗپ (چُلہٕ وَن)

اَنتر یاٰمی ساٰمی سُہ بگوانہٕ
دیا پک تاپہٕ کِنز بوزانو
اَنہٕ گژ یہہ پنہٕ نبن بھکتن چھُ کرانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
موٗہنی رِپا داٗرِتھ چھُ نیرانہٕ
ساس بھاسکر[1] تیز باسانو
کاٗلاس واٗسی تہِ ڈیشتھ بژ مانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
رٔنی لو کیشو سُہ کیشو رنبانہٕ
ورگہٕ پاٹھی درگہٕ روٗپ دارانو
سورگہٕ اَژہِ رژہِ ڈیشتھ مژ گژھانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

---

۱ بھاسکر - آفتاب۔

مایایہٖ تیتھ اوس مایایہٖ وولسانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
پأران تہٕ شیرن تہٕ ژھلہٕ چھُ پزٕ ژھلنہٕ
وُچھِت چھٕیہٖ گنہِ گنہِ تانو
ژے ہِش زٕون آسہِ سری کَس واتانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
یٔندرس تہٕ ژٕے یٔندرأنی شوٗبانہٕ
نتہٕ کأنسہِ شوٗبانہٕ آسانو
پزٕیہٖ ونہِ ترٔیہٖ چھے پزٕیہٖ وُن پزٕیانہٕ[1]
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
رادھایو بوزنہٕ یوٗد چھےٚ مند چھلنہٕ
لولہِ ہتہِ منہٕ چھس وَنانو
یُس چھکھ مےٚ وُچھمُت سُے چھُم پزٕ ملنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
ترٕہن بوَنن ہنٛد سرِیہٖ سُے آسانہٕ
یٔندراز بنہٕ تَس روزانو
وَندٕ تس زٕو تہٕ جانہٕ تی چھُم یَژھانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
موٗہنی یہٖ دوٗپنس تیُتھ گُس آسانہٕ
یُتھ آسہِ آسہٕ وُن بگوانو

---

۱ آسانہٕ (گ-پ) پزٕیانہٕ گوٚو خوش یوان۔

تتھ شایہِ پتہٕ پتہٕ آسن بڑکھبانہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
آنگن منز باگ سانگن چھُ لاگانہٕ
نائگِنہٕ کیشِ ألراوانو
مالس پٕنہٕ نِس مؤلہِ مول کھارانہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
سمپتا سوناہٕ تا ڈیشِتھ چھےٚ تمبہٕ لانہٕ
رادھایہٕ لائِگیٚ یڑھانو
تَس ستیٚ ہتیٚ ہیتھ چھےٚ تَس نِش گرٕھانہٕ[1]
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
راجہٕ رہنہِٕ واجہِ بنگر لاگنہِ چھُس دَپانہٕ
پتہٕ دژایہِ پھیرِتھ سو ہر شانو
رادھا گُنیٚ چھےٚ تہٕ ترٛیہِ روٗپہٕ بگوانہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ییٚڑھِ سان تَس مار مرٕ اوس لاگانہٕ
گہنہٕ پاد یتھ تیُتھ سو یَڑھانو
مرٕھ بند باوڈٕ تہِ رِگرٕھ کرتہٕ دَسوانہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ڈولہٕ مالہِ چھُس لولہِ سان پأرانہٕ
تولہِ تولِتھ چھُ نو تُلانو

---

[1] تتھ سطرِ منٛز چھُ ماسٹر جیئن پھرِ تھر کوٚر رمُت تہٕ بیٚیہ۔ بند چ سطر اتھ بندس ستیٚ واٹھرٕ۔

دۄم دامہٕ خاصہٕ عامہٕ پامہٕ چھس دِولنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
راتھ دٕہن گوٗپین ستیٚ سِتی نژلنہٕ
پنہٕ پرٛ تی تی چھُ کرانو
پژٕ زِ منز کُنہِ وِزِ لزِ چھٕنہٕ کھوژلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
زگہِ منز اوس نا ہیٚپہِ کانہہ بسانہٕ
مائلی ماجہِ وُچھنےٚ نیُتھ تانو
تانہٕ ہٕبتہٕ وُنہِ نتہٕ پتہٕ کھبکھ ارملنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
تیُتھ ہیوٚ رانڈٕ آسہِ کروٗن مند چھاوانہٕ
مٹہِ ہر ہش ہٹہِ کرانو
وٹہِ ما کُنہِ یُس پے راہ نیرلنہٕ[1]
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
رادِ کایہِ بوٗ زِتھ[2] دادِ آس دزلنہٕ
وِرودِ موکھہٕ کروٗد کھارانو
واکھ تمیٚ ہندی زَن شژ اکھ لتس لگانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
دوٚ پنٕس کوٚ چھکھ اپہِ واد وَنانہٕ
تَس اوٚیشہِ یُسل آسہِ بگوانو

---

[1] وَبتہٕ ما کُنہِ وِزِ بے راہ نیرانہٕ (گ۔پ) [2] وارٕ (گ۔پ)

ٹاچھر ٕکنٕ چھکھ ژٕ آش ژٕر وَنانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
دۄ پنس آش ژٕر کیازِ چھکھ زانانہٕ
ننٕدٕ گوٗپُن یُس چھُ سنتانو
سُے کیا زٕنمس آمُت یہٕ بگوانو
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
سُے کیا چھُ دیوٗن ہُند دیو آسانہٕ
دیو تَس سأری سیوانو
زگہٕ ہنٕد آش سُے کانہہ تس سِوانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
سُے کیا چھُ نبردوکھ تہٕ سوکھ روٗپہٕ کلیانہٕ
موکھ ساس بِری یہٕ زَن چمکانو
سوکھہٕ موکھہٕ نکھہٕ یتھِ اُسی تن مےٚ ولانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
پھیرِتھ چھےٚ موٗہنی رادِکایہ پڑنانہٕ
ہے ہے یہٕ کیا چھکھ ژٕ ونانو
سُے چھا سُے یُس دودٕ ژوٗر کرانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
سُے یَس کرٕشنہٕ نامہٕ شامہٕ بُتھ آسانہٕ
شہر گامہٕ لوٗکھ تس چھِ کھوژانو

رؤدِرےٛ رؤپہٕ ساز کے ناشک بنانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
پێژھِ ستؠ مژھہٕ اوتارس پوانہٕ
شنکھا سورس وبہٕ راوانو
ستہٕ برتھس منہٕ شدکا کاسانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
کرمہٕ کرمہٕ سمندر سُے چھُ مندانہٕ
بێون بێون رٕتن تتہٕ کھارانو
لکھمی ساری تژ اُوتھ تس چھےٚ رٹانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
وراہ موکھہٕ ہرنیاکش مارانہٕ
نیمژ بوم اتھہٕ ہێوانو
بندن نہٕ کینہ تہٕ دندن پٹھ دارانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
تھمہٕ نشہٕ نرسہم اوتار نیرانہٕ
ہرنہٕ کشپس پشہٕ ناوانو
پژ ہلادس بڑ سر تیتھہ پژے برانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
وامن سُہ بلہٕ دانوس دان منگانہٕ
دوپہٕ پرٕ ترٕپہٕ بوٚن رٹانو

---

۲ شوٕ رؤپہٕ۔

یتھِ سمواد آسہِ اپراد کھسانہٖ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٖ مانہٖ بگوانو
یۄ دتَس چھِ ٹُل نندا ستوتھ وکھنانہٖ
ہرش شۄک وُرش چھُس نہٖ کھسانو
موکھہٖ پڑتہٖ پڑتھ کأنسہِ ژکھ آسہِ پوٚلنہٖ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٖ مانہٖ بگوانو
سُے کیا چھُ دیشہٖ کالہِ روٚس اپشر پانہٖ
ہشر نہٖ تَس کُنہ آسانو
نیٚش دبن[1] ریٚشی مُنی تَس کیا چھِ پۄزانہٖ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٖ مانہٖ بگوانو
سُے کیا چھ نبر گون نبرلیپھ نیرانہٖ
نبرمل نبر آکار آسانو
بیدِ أبیدِ دبن وپد چھُس وَنانہٖ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٖ مانہٖ بگوانو
ساکارِ رپہٖ سُے سروِ کار آسانہٖ
نبروِ کار آدِ انت روزانو
أنز منزٕ أستھ تہِ اند کنہٖ روزانہٖ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٖ مانہٖ بگوانو
سُے کیا چھُ بڑہماتہٖ سرٛشٹ وو پداونہٖ
وبشنہٖ موکھ رکھِ پال آسانو

[1] راتھ دوہ

پأڑیَن بندٕ بندٕ ڈنڈٕ آسہِ دِوانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
زنمہٕ زنمہٕ داس تسنزے چھَس بہ آسانہٕ
مےٚ روٗس سُہ تہِ پچھنہٕ روزانو
پورِشس ژھایا چھےٚ ستۍ ستۍ پکانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
تسندی کملہٕ پاد ہرٛد چھَس دارانہٕ
منزٕلس منز ألہٕ راوانو
اَیہٕ واد تسندُے کبتھہٕ آسہِ ژالانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
پژھ نَے تیی وُچھ سینہٕ چھَس ہاوانہٕ
کرٛشنہٕ پاد ہرٛد منز آسانو
بگوان تامتھ چھُ کرٛشنہٕ روٗپ دارانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
رادھایہِ ہرٛ دیس چھُ پرٛتہِ [1]بیمب ترٛ اوانہٕ
رادھا ہرٛ دِ تس ڈیشانو
ہرِ منز رادھایہِ کوچھہِ کرٛشنہٕ جو پانہٕ [2]
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
کلہٕ تھوٚد تُلتھ یام سیٚود آس وُچھلنہٕ
ہرٛ دیکُ سنموکھ چھِہ ڈیشانو

---

[1] یہِ سطر چھےٚ یتھہٕ پأٹھۍ ماسٹر جیٖن تہٕ گیان پرٛکاش وأرۍ پچھمٕژ "رادھایہِ کوچھہِ ہتھ شری کرٛشنہٕ جوٗ پانہٕ"

[2] پرٛتہِ بیمب - ژھاے

نروو پاد گو پاد ہردِ شیرِ دارلنہٕ
ژٕنتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

پورشہِ رام یام اَوتار دارلنہٕ
کھبترٕ کھبترٕ کھٔترٕبن کترانو

رِتہٕ ترٕ پنہٕ پٔنٕنے کول تارلنہٕ
ژٕنتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

رامہٕ اوتار بالہٕ بالہٕ ژھالہٕ مارلنہٕ
راونس یاونہٕ والانو

راچِ وبھوتی وٕبِش پژاولنہٕ[۱]
ژٕنتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

کرٕشنہٕ بگوان سُے آمُت بگولنہٕ
بُترٕ اُژ بار لوٗژ راوانو

کم کم کمسن ہی آسہٕ گالانہٕ
ژٕنتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

اِوتار شوٗدی بوٗدی بوٕدِ پاٗٹھی نیرانہٕ
راکھسِن حبسہٕ وبسہٕ راوانو

دیون زے زیون بَیہٕ کاسانہٕ
ژٕنتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

کلہِ یوگہٕ انتہٕ نیرِ گارگی سُے پانہٕ
پھیرِ درمَس بَل دِوانو

---

[۱] پُشرانہٕ (گ۔پ)

یُتھ سو وَنانہٕ تیُتھ بہٕ کوٚ زلنہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دیپتہٕ ملنہٕ بگوانو

# لیلا

جے گوٚپندٕ جے گوٚکلا نندو
سو ووندٕ وندیو مونہٕ[1] پادَن
سکھی ناتھ موٚکھہٕ داتے نر بندو
واتہٕ کوٚت تہٕ چانبن گون وادَن
نرملہٕ نراکارٕ اژھندو
سو ووندٕ وندیو مونہٕ پادَن
پژکاش رپہٕ آکاش مانندو
آش گاش چانٔ سبدن تہٕ سادَن
سِری یہٕ مُکٹہٕ گٹہٕ کاسہٕ ونہٕ ییندو
سو ووندٕ وندیو مونہٕ پادَن
دیشہٕ کالہٕ روٚس شیشہ ناگ مسندو
نیشہٕ انیشہٕ دوٚر انت آدَن
ہشر چھے کتہٕ بے مانندو
سو ووندٕ وندیو مونہٕ پادَن
جسوٚدا نندنہٕ شرٛی گوٚیندو
نندٕ گوٚری گرٕ چانٔ آرادَن

---

[1] اَچھ۔ نیتھر

رادھا سیتھ کرٛشنہٕ سوندر پاٲنؠ پانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
باغس منز ییٚلہِ کرٛشنس چھےٚ ڈیشانہٕ
کرٛشنس منز پنہٕ نُے پانو
لولہِ یوٗگہٕ ستی سم یوٗگ بَنانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
سیٚمہِ گُلہِ منزے پھوٚل چھےٚ نیرانہٕ
سُے گُل پھٔلِس منز آسانو
تٔمہِ گُلہِ منزٕ سُے پھٔل آسہِ پھوَلانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
وَننہٕ ستیٚ کیا سنہٕ آسہِ بَنانہٕ
سننہٕ ستیٚ کینٛہ چھُ نَنانو
سنہٕ ننتہٕ تنہٕ ننہٕ کاٚتیا چھِ وَنانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
رادھا کرٛشنس شرن چھےٚ گرٛھلنہٕ
کرٛشنے کرٛشن پتہٕ موژانو
اَہم ییٚلہِ گلہِ سوٗہم چھُ پتھ روزانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
لولہِ ستیٚ رادھا ہاٚر زَنِ بولانہٕ
کرٛشنس سنموکھ چھےٚ توتانہٕ

وَسُدپو دپوکی آسن موکلاولنہٖ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٖ ملنہٖ بگوانو
میانہِ ہاژٕ کیا چھِ تم لگی ہتی بأندی ولنہٖ
پٕزی ہِکنی چھُس تِہنُد یو سنتانو
زَنمہٖ ربن سارِنے چھُ وید مٹہِ کھارلنہٖ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٖ ملنہٖ بگوانو
تِوٕ پتہٖ جنج ہبتھ آسو پِولنہٖ
سوکھہٖ سان رِتہٖ موکھہٖ توشانو
پانس ستی ہتی ژٕ آستھ نولنہٖ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٖ ملنہٖ بگوانو
راتھ دبن میونُے دیٖان آس دارلنہٖ
ژھاران مے تہٖ میٖنے گارانو
تِوٕ ہِکنی بہٖ تہِ ژٕے اَستھ ژھارلنہٖ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٖ ملنہٖ بگوانو
یِی وٕنتھ چھُ بگوان روختھ ہوٕلنہٖ
موٕہنی روٗپہٖ ہٕ نیرانو
سمپتایہٖ مالُک مول اوس منگانہٖ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٖ ملنہٖ بگوانو
یُتھ مول موٕنگنس تہٖ تیُتھ چھُس دِولنہٖ
دوٕ پنُس بیٖیہٖ اَسی زِ یوانو

کرٛشنہٕ درشنہٕ کوٚرتھن پرٛسندو
سو ووٚنہٕ وندیو موٚنہٕ پادٕن
ژرِتن چانٛبن کرِ کُس سندو
بھکھتی چاۍِ ییلہِ کُر پرٛہلادٕن
ہرنہٕ کشیپس پھٹرآوِتھ بندو
سو ووٚنہٕ وندیو موٚنہٕ پادٕن
نرملہٕ نشکلہٕ پرمانندو
مل کل کاستم چھُم لادٕن
لکھمن تھاوتم من نسپندو
سو ووٚنہٕ وندیو موٚنہٕ پادٕن

# کرٛشن چھُ رادھایہِ اصلیتھ وَنان

بگوان لچھِ گون لول تَس برانہٕ
اَچھِ دارِ کوچھِ للہٕ ناوانو
ساسہٕ ابلاشہٕ دَم دلاسہٕ دِوانہٕ[1]
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
دوٚ پنٛس گرٛشُن چھُم متھرایہِ منز پانہٕ[2]
کمسا سورس ہیمہٕ تتہِ پرٛانو

---

[1] ماسٹر جیَن چھُ پیٚتِمن تہِ سطر پھیُر کوٚرمُت تہٕ بندٕچ اصل سطر ترٲوِتھ اتھ ادلہٕ بدل بیٚیہِ بندٕچ سطر وٲتُمٕہ

[2] یہِ بند چھُ ماسٹر جیَن دون ژون بندن ژٕنہٕ واٹھ کرِتھ ترتیب دیُتمُت ییٚمہِ کِنہ امیک وجود کتابہٕ منز کُنہِ تہِ رؤ دمُت چھُنہٕ۔

شرٕی سرسۄتی زِ ستۍ ستۍ ہسوِلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
اوتار ژٕے ستۍ رنگہٕ رنگہٕ دارلنہٕ
ہێتہٕ کارُک یُتھ چھُ یژھانو
یێلہ یتھ خوش لس تێلہِ تیُتھ کھیلانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
میلہِ دۄن سودا تہٕ کۄنہہ چھا گیلانہٕ
تێلہِ چھُنہٕ دۄگنیار وۄپانو
منہٕ روز سنتوشٹ ژٕ تہِ یُتھ بگولنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
برٛہمن وۄپاسکھ چون چھُس بہٕ آسبانہٕ
ترٛن بوٗنن نٕتھ پھیرانو
پرٛتھ جایہِ بگوت گیت چھُس گاولنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
وُنکبن گۄکلہٕ پٹھ چھُس واتانہٕ
وۄاہ کارس زِ یَژھانو
رِتہِ دۄہہٕ رٕژٕ کامہِ کرنس شۄبانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
جسۄ داتہٕ نندٕ گۄپ تہٕ گنی چھِ وُچھلنہٕ
وُچھان أچھ چھکھ لوسانو

تتہِ نیرِتھ گو گوٗکل بگولنہِ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو
رادھا راتھ دٕہن بھاگھتی آس کرانہِ
تتہِ منہِ دآرِتھ سُے دیانو
لکھمن تتہِ پرمانند پراوانہِ[1]
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو

## نارد مُنی چھ برٛکھبانٕن واتان تتہِ

## کھاندرُک سنٛز

دوہا پھرٕوس آو نارُد چھُ واتانہِ
پادِ پرٛنام چھِس کرانو
یڑٕ کاٹلی ڈیوٗنٹھک تتہِ گرِ گرِ نہمانہِ[1]
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو
ریٛشہِ پُرٛژھ ہس کتہِ پیٹھ چھُکھ واتانہِ
ڈنڈٕ وت تتہِ سأری چھِس کرانو
تہٕندے درشنہِ پاپ شاپھ سورانہِ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو
رادھایہِ بوزنس ریٛوش اوس وَنانہِ
کرٛشنہِ جیوٗ چھُ زٕنمس بگوانو

---

[1] اَتھ سطرِ چھُ ماسٹر جی سٕنہِ کتابہِ منز پھِر تھٕر
"یڑٕ کاٹلی ڈیوٗنٹھک تتہِ گرِ گرِ نمانہِ" (گ ۔ پ)

کتھ چھے نیک بد پتھ بڑونٹھ روزانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ساویتری ہنز چھکھ وور تا نانہٕ
دژشٹانت[1] وارٕ بوزٕ ناوانو
پتہٕ ور[2] تایہٕ ستی زٕ آسانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
وارِیاہ پڑسند پاٹھی ٹاٹھی چھس وندانہٕ
گوکل گرژھنس تہٕ یڑھانو
تیٕسندے سندپہہ وَنٹیہ چھہٕ ژلانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
شیٹچھ ہبتھ نارُد گوکل چھُ واتانہٕ
نندٕ گوپ تہٕ جسودا چھے ہرشانو
بوٗزِتھ کتھ باتھ یاد چھکھ پیوانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
وَسدیو رازس کوٗنژھا سوزانہٕ
پڑ یتھ کھاندرس سُہ یڑمانو
مصلحتھ پڑژھنس میٹرن چھہٕ گارانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
تَوٕ کَنی یُس آسہٕ ہنگہٕ رنگہٕ آسانہٕ
تس روٗس کتھہٕ آسہٕ شوٗبانو

---

۱ دژشٹانت ـ مثال ـ ۲ وارتا ـ کتھ باتھ

تأر چھکھ میٲنے واتِنج آسانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
سم بند کتھِ ہُند ہیوٚتکھ پٲنٕ پانہٕ
گرگہٕ ریٚوش پنہٕ توٚت واتانو
ناردس توٚتام سوٗرے چھِ وَنانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
اَتھ دیٖو لأنِس کوٗنہہ چھا پوشانہٕ[1]
أسی أسی تل تہٕ پٹھ کرانو
کأنسہِ ہندِ تختیارِ کینٛہ چھا روزانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
گرِتھ نارد کتھ گو پڑ ملنہٕ
تتھ ستھ یورِ تورِ بوزانو
دَیہٕ لون بَیہِ دوٗر کرِ وٗن زِ آسانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
کتھِ دِن نچھتر تہٕ رُت ساتھ وُ چھانہٕ
کتھِے چھےٚ وید تےٚ پورانو
کتھِے چھےٚ ورمنگن تے شاپھ کاسانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
کتھِے چھےٚ پڑمان کتھِے چھےٚ وگنیانہٕ
کتھِے چھےٚ یوٗگہٕ گتھ پڑاوانو

---

[1] واتانہٕ (ماسٹرجی)

رازس یاد آو کرٛشنٛن اَرمنہٕ
کال میون تہٕ اَتھ چھُمنہٕ لگانو
جگہٕ بڑمہٕ ییہٕ نا تہٕ آسن یو مارنہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
نارُد گرِ گرِ پھیرِی پھیرِی وَنانہٕ
کونہٕ چھِو کوٗنہہ تمن سوزانو
کلکی بالک چھِ دیواتا آسانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
مایا چھےٚ آش ژٕر سچ جھوٗٹ ہاونہٕ
یتھاؔ[1] وت چھُس نہٕ زانانو
اَپزِ ے زندگی مرنس چھِ چھاونہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
کالس کوٗنژھا پژیت چھا پاونہٕ
ہپتہٕ ہپتہٕ تتھ کیا چھُ پہوانو
مرنےٚ چھُ رہت ہتھ تتہٕ چھُنہٕ آسانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
اکرُوٗدس چھُ راز گوٗکل سوزنہٕ
سالس چھُ گوٗری اَناوانو
تاکید وَتہٕ یتھُنہٕ تتہٕ آسہٕ روزنہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

---

[1] یتھرپاٹھی

لۆکھ یۆد زانِنس لۆکہٕ ہُند سنتانہٕ
ژ بتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
سالرہن ژوپاُرِ سالس چھِ وَنانہٕ
بالہٕ گوٗپالس تہٕ پاٗرانو
مالہٕ ترٕٲڈ چھےٚ ہیمان پربت سملنہٕ
ژ بتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
ننٕد گوٗپ گژھِتھ وسُدیوس میلانہٕ
راژٕ اٗگی نیایہِ سُہ نہٕ موکلانو
موکلیٲیس نہٕ بگوان موکلاونہٕ
ژ بتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

# بگھوان کرشنٕنس مارنہٕ باپتھ سال

راژٕ کمسا سور جگ اوس کرانہٕ
نارد جُو تہٕ توٗت واتانو
ریٖشِس ریٖشی چھِس جگہٕ پیٹھ نمانہٕ
ژ بتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
زگتس جگہٕ کِس سالس چھِ دپانہٕ
گوکلِن تہٕ اُسی گنزراوانو
جگہٕ سالس اٗتِی تم تہٕ کیا پزانہٕ
ژ بتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

میون ہیؤ مہما ژِ سوپنے ڈیشانہٕ
ژٔتھ وٚبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
سوکھ دوکھ زٔنمک ژھوٚر آسہِ باسانہٕ
یَس آسہِ منہِ شرٔی نارانو
تَوٕ کٔنی کمسنہِ کوٚپہٕ کم کھوژانہٕ
ژٔتھ وٚبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
کرٔشنہٕ جُو تہٕ ہلدر[1] اَسن تہٕ وٚٹھانہٕ
گوٚری شُری تہِ وَتہ اَسی گِندانو
اکروٚر جمنایہِ لوٚگ کرنس شرٔانہٕ
ژٔتھ وٚبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
وَسُدیو راژُن سُہ پوٚتھر آسانہٕ
ہَلدر تہٕ کرٔشن تس چھِ سنتانو
راژِ اَگی نیٚایہِ مارنس چھُکھ نِوانہٕ
ژٔتھ وٚبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
کمسٕنی گون اوس وارِ پاٗٹھی زانانہٕ
کوٚپس زِ پٔژھ اوس کھوژانو
بالکن کیٛا سنہٕ برونٹھ بیہِ کوٕ زانہٕ
ژٔتھ وٚبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
فِکرن سُہ لوٚگمُت تھارن تہٕ پشانہٕ
جمنایہِ منز سُہ ڈنگ دِوانو

[1] بلہٕ رام۔

گۆھتھ اکرۆر گۆکل[1] چھُ واتانہٕ
سارِنے گوربن چھُ ونانو
شُری بأژ ہتھ چھُو راژ سال کرانہٕ
ژہتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
غأر حأضرن ہیۆن کیا چھُ تقصیرانہٕ
راژ ڈنڈٕ یِژ کرۆٹھ آسانو
کھۆژِتھ چھِ شُری تہٕ بأژ ہتھ سأری لارانہٕ
ژہتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
گوکل منز ہۆن بڑور چھُنہٕ روزلنہٕ
کرٛشنس ستہِ توٚت گوھانو
سالر تہِ ییم أسی توٚتام سمانہٕ
ژہتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
اجۆدھیا ہتھ ییتھہٕ رام جُو گرٛھانہٕ
وَے کونٹھس وید ویدانو
کیٚمی تہٕ کرٛپل ہۆنی بڑ أری پڑ أوِتھ[2] وبمانہٕ
ژہتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
وَے کونٹھ سُے تتہِ بگوان آسانہٕ
ژُک اوس سورگس أسانو

---

[1] سانہِ خیالہٕ گۆھہِ یہٕ لفظ گئوکول آسُن مطلب گأووالین ہُند قبیلہٕ یتھ پتہٕ گوُکل چھُ گومُت تہٕ اتھ چھِ جایِ یہٕ ناوپیومُت۔ [2] ژاوِتھ (گ۔پ)

تمُی سُند ناو ناوِ بۄ سرِ تارلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِیتہٕ ملنہٕ بگوانو
کچھِ کلی زِ کبتھہٕ اُسی بُترأژ پوشانہٕ
تۄ کے آسرِ سُہ بَسانو
زرزُن کچھس زٕز بُترأژ پزلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِیتہٕ ملنہٕ بگوانو
کرٛشنہٕ جُو بُٹھ بٹھِ تماشہِ وُچھلنہٕ
شِکارٕ پُژ ماشہِ مارانو
اکرۄر توتنس تہٕ یُژ یُژ وبٹھانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِیتہٕ ملنہٕ بگوانو
کرٛشنس کُن تتہٕ منہٕ دیان دارلنہٕ
دیشہِ کالہٕ روٗس نِش زانانو
پُشرِتھ پان تستہٕ پزان تَس وَندلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِیتہٕ ملنہٕ بگوانو
بھکھِتی باونایہِ ستی کتی پھل منگانہٕ
انتریأمی تتہٕ زانانو
کمسنہٕ مارنک سمشے ژلانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِیتہٕ ملنہٕ بگوانو
بگوت مایا کوٗنہہ چھا زانانہٕ
پأنی پانہٕ کوٗنہہ سٕنہٕ پززناوانو

ژمت[1] کارا وارا چھُ وُچھانہٕ
ژ بتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

زلس منز سور[2] برٛہمانڈ ڈیشانہٕ
کرٛشنس منز سُہ زگہِ سانو

ترٛ کارن تہٕ یِنٛدِ رازٕ لتس توتانہٕ
ژ بتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

ست دٕپ[3] تہٕ داہ دِکھ پال ہاتھ جورانہٕ
راکھبس دِت کمسس سانو

فِکرن سُہ لوٚگمُت اُچھ وُسراوانہٕ
ژ بتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

واراہ ڈیوٚنٹھن تہٕ وَنُن چھُنہٕ جانہٕ
نوٚن وَنُن بوٚ بوٚز ہیوٚن کوٚ زانو

پھٕلِس تہٕ سُے مزٕ گوٚنس یہٕ آسانہٕ
ژ بتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

ووندٕ چی شنکا دوٚر چھس گرٛشانہٕ
ووپہ کارُک سُہ شرٛی نارانو

ماران کوٚنہہ یُس نہٕ کانٔسہِ نہٕ مارانہٕ
ژ بتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

سوٚادِشٹھانہٕ سُے زگ ووپداوانہٕ
ووپکار بھکتبن سُہ کرانو

---

[1] عجوٗبہٕ۔ تم کامہِ ییمہٕ ستی اِنسان حأران گژھہِ۔ [2] سور۔ گوسوٗرے۔ [3] ستھ برٕصغیر

یُس دیٖان ژرِ ابیٖاسہٕ آسہِ دارلنہٕ
سنموکھ سُے کیٖا چھُ ڈیشانو
پڑتھ موکھہٕ بگوان بھلھتبن چھُ ٹوٹھلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
شامہٕ سوندرس ساس سرگٕیہٕ اوس چمکانہٕ
کمسس اُچھ زٕ توٕ اَنانو
کالہٕ گٹہِ ماربس سُہ یُس اوس ژھارلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
ہٕڈی ہٕڈی راکھبس گوڈٕ چھُس مارلنہٕ
کرشن کالہٕ روٗپہٕ ژھالہٕ مارانو
مارَن تہٕ مارَن مارُن نہٕ روزلنَہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
توٕ پتہٕ ژھاگہِ رٔٹِتھ چھُس لمانہٕ
باگِوانس چھُ پزان کڈانو[1]
زاگہِ روٗزِتھ تہٕ ژوٗرگرِ چھُس پھرلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
مأرِتھ کمستہٕ پھُرِتھ بأندی ولنہٕ
وسُدیو تہٕ دِوکیہٕ کڈانو
سنتان سُہ بگوان کونہٕ موکلاوِ ہلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

---

[1] بگوان تس چھُ پزان کڈانو (گ۔پ)

ٹوٹھ یَس سہٕ بگوان تس زانہٕ ناوانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
أسی چھنہٕ وارتا کمسنٕی وَنانہٕ
وَسُد یوس نہٕ منگہٕ ناوانو
یِوٕ رٕکنی کھاندر تہٕ ہتہٕ پزٕ یزٕمانو
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
توٕ رٕکنی کتھ موختصر کیا کرانہٕ
سوکھ تہٕ ساوَے چھِ توٕ پڑاوانو
کھاندر چھُ تیار بڑکھبان پڑارانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
متھرایہٕ ووت اکرُور گوربو سانہٕ
کمسس چھُنہٕ ٹارِ کھسانو
کرٛشنہٕ جیوٕ یوٕ تام نکھہٕ چھُس واتانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

## کمساسورُن مارٕ گرٛشُن تہٕ وسُد یونٛن
## دون بائژن یہنٛد موگلن

بھیانک تس سہٕ کالہٕ رٕپ ہاوانہٕ
سورنس ءٕ منہِ یُتھ سہٕ آسانو
بگوان بھکھتن چھُ یُتھ چھِس یژھانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

پرمانند چھے ژٕے ارمان سنتانہٕ
مٔہی مُک زِ اَو سُے سونہٕ تانو
سُنتا نہیں دِیہ کیا ژوٗر سنتانہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
وَسُدیو تہٕ دیوکی تتھ راز بٲندی ولنہٕ
سنتانہٕ سِنز ہانٛژ لگانو
ہے ژٕے سنتان ما آسہِ ہی مارنہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
سنتانہٕ سِندے کھوتہٕ لوٗٹھ بگوانہٕ
ٹاٹھبن چھہِ ٹاٹھی کھش کرانو
اکہٕ نندٕنتھ وارتا چھکھنہٕ بوزانو
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
پان پُشراونس پان پُشراولنہٕ
تَس لیس تَس روٗس چھُ ژھارانو
زگتک تیاگ کرتہٕ اپشر توشانہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

## بگھوان کرشن چھُ اگرسینس راز بناوان تہٕ مول مأج ہیتھ گرِ گژھان

## کھاندرُک سنز تہٕ سکھراو

اُگرسینس راج حوالہٕ کرنہٕ
وَسدیو تہٕ لوٗکھ سأری نیرانو

کالس زورٕ چھٕنہٕ کوٗنژھا پوٗشانہٕ
گالس بۆ سورٕے دپانو
مالِس تہٕ مٲجہس کُس کیا چھُ منگانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
زٔنمس پتھ ووپہ کارُک سنتانہٕ
باگہِ[1] ہٕپن زانہہ تہٕ چھٕنہٕ لبانو
نتہٕ سنتان ستہٕ پیٚتہٕ موکلاولنہٕ
ژھتھ وبرشہِ . دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
راژٕ پاندٕہن بژہمہٕ لوٗک اوس پژاولنہٕ
سنتانہٕ روٗس چھس کٔڈانو
موٗکھی گوپتھ پیٚلہِ روٗدُس سنتانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
ویٲسس تہٕ شوکدٕیو ٹوٗٹھ اوس سنتانہٕ[2]
یوٗگ سأدِتھ چھُ نہٕ لبانو
اکروٗر پتہٕ چھُ درشُن ہاولنہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
نبرواس ویٲس یٔژ أبیاس کرلنہٕ
شوکدٕیوس یٔژھِ کانچھانو
دردتھ پژیمہٕ سٕے ژھایا چھُ مانانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

---

[1] ویٲس تہٕ شکدٕیو ٹوٗٹھ اوس سنتانہٕ (گ۔پ) [2] یس کھوٚٹ نصیبہٕ آسہِ۔

منگان یُس یی لَس تی دِولنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
جنج پُژ بٔڈی بٔڈی گنج اَسی خرچاپنہٕ
لال موکھتہٕ دَنہٕ دیار گنزرانو
ساہرِی تہٕ بیون بیون چھکان تہٕ پکانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
ترِ کارَن گوڑٕ سالس واتانہٕ
سأری راز رانو سانو
دپوتا یٔندرازٕ ستیٕ ہتھ واتانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
زگہِ منز یم اَسی عام خاصہٕ آسانہٕ
توٗت آے یُژ پیٛژھِ پٔژھِ سانو
پَز ہی پٔژھی لازِ ژٕے تہٕ واتُنے پانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
واوِ لوٗکہٕ پال دژاو لژھ ڈُوٕ ناولنہٕ
یٔندرازٕ وَتہٕ لِوٕ ناوانو
بسنت رنگہٕ رنگہٕ پوش وٗتھراولنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
سِری یہٕ ژٔندرمہٕ ہتھ شمع چراغانہٕ
وُزملہٕ اتھہٕ ہتھ تاپہٕ دانو

بڑکھبان کھاندرس چھُ تیار پڑارلنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
پانڈٔو تہٕ کورَو تہٕ تام آسی واتانہٕ
واسُدیوس پوشتہٕ کرانو
ہَہر مرنس بیٚہٕ چھِس سمکھانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
زیٚنس تہٕ مرنس باندَو پلزنانہٕ
بأندی ولنہٕ نِشہٕ موکلاوانو
چھوکہٕ لَد لوٗکہٕ ہِندِ پرٕژھنے چھِ بلانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
وَسدیو راژٕ دژاو برۄنٹھ بڑونٹھ کیا پانہٕ
کنتی تہٕ گاندھاری سانو
دیوکیہ دیوٕ لوٗکہٕ دیوتا توتانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
گوٗکل تہٕ بندرابن تہٕ آیہِ سمانہٕ
زگہِ ہنز پوہہٕ رہنہٕ وَنہٕ وانو
ڈنجہِ ررز پانہٕ جج کونہٕ چھکھ واتانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
برٛہمن تہٕ باٹھ آے رازس توتانہٕ
کرٛشنس کھاندر تہٕ منگانو

مہراز راد کایہ کانچھانہ ہرشانہ
ژٕتھ وبرشہ دِپتہ ملنہ بگوانو

ہێندی زیوِ اوس نارُد بولانہ
شاردا سرٕسۆتی سانو

وَنہ چے وِگنے بێیہ وَنہ ناولنہ
ژٕتھ وبرشہ دِپتہ ملنہ بگوانو

پرمانند آننٛدٕ جامہ پأرلنہ
کامدیوس سامہ وَرنانو

آم وُنی مہراز پانہ شادِ برلنہ
ژٕتھ وبرشہ دِپتہ ملنہ بگوانو

## برٛج منڈلس منز چھُ شامہ سوندر

## مہراز بٔنتھ اژان

اَزرن دیو پۆت مہراز[1] لاگانہ
تیٚتھ راز پرٛزَن شۆبانو

بٔڈی راز تتہ یێتہ مہراز بگولنہ
ژٕتھ وبرشہ دِپتہ ملنہ بگوانو

---

[1] مہرازس ستۍ بیا کھ مہرازٕ پأرأوِتھ نیٚن اوس برونہہ کٔشیرِ اندر مُروج تہٕ مسلمان کیو تہٕ أسی یہِ رسم پالان۔ مسلمانن منز گو یہ رسم ہنا برونہہ پیٹھ کم تہٕ دونی چھُ بٹن اندر یہ رسم پھُٹان آمٕت۔ پأرأوِتھ أمِس دۆیمِس مہرازس أسی پۆت مہراز ونان۔ پۆت مہراز اوس عموماً مہرازٕ سند بونکھہٕ پھیکوٕ اندرٕ کانہہ اکھا آسان۔ رسمچ سماجی اہمیت وکھناونس چھُنہٕ یہِ وق۔

وُزِ یُتھنہٕ مایا منزِلس ألرلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ماننہٕ بگوانو
وسُدیو ستہٕ نندِ گوٗپ دوشوٗے یُژ مانہٕ
دوٗشہِ روٗس پانہٕ وأنی پژژھانو
پرأنی غوصہٕ ترٛأوِتھ نوٗ شادِ برلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ماننہٕ بگوانو
گوٗند لأگِتھ ستہٕ مہرازٕ اوس گِندلنہٕ
بھکِتھی زَن گوندنس روزانو
گندِ پُشپہٕ زَن سالِگرامس پوٗزلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ماننہٕ بگوانو
پنکھی آکاشہِ پکھہٕ آسی کرلنہٕ
نکھہٕ وأتی توٗت ییتہٕ بژکھانو
بروٗنٹھہٕ دژاکھ تورِ کی لوٗکھ سأری توتانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ماننہٕ بگوانو
مُکٹس اوس موکھتہٕ جوٗ رمُت پژزلانہٕ
ستہٕ ریشی تتہِ تیز منگانو
ست زَن تتہٕ منہٕ سِٕے دیان دارلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ماننہٕ بگوانو
ناردجی ستہٕ اوس وہنت کرلنہٕ
نیٚتہٕ نیم لتس یَس چھُ ارژانو

ژٕریلۄٚ کی ہٕنڈی لۄٚکھ بیٚیہِ سمٲنہٕ
تتہِ بُتراتھ أس ژٕژھان
شیٖشہٕ ناگ ساسہٕ زیوٚٗ سایہِ تَس دِوانہٕ
ژٕتھ وٕہرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
باغَس منٛزٕ چھِس ماگَس کرانہٕ
دوٕدٕ کھیٖرٕ کھنٛڈٕ نٕدٕ پکانو
بۄٚگی سٕہ پانہٕ تتہ بۄٚگ کیا پرٕہانہٕ
ژٕتھ وٕہرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
ننٛدَن وَن اوس اند ہٕتھ وُچھانہٕ
پوٚشَن وُچھنس نٕہٕ پوٚشانو
رنگہٕ رنگہٕ تِم رنگ سورگس تتہِ ارمانہٕ
ژٕتھ وٕہرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
ارٕدٕ پادٕیُس اوس ڈٕرتی میٖنانہٕ
سادٕینس تتہِ دٕہن روزانو
موکھتہٕ بُرٕی مٕتی پوٚش لۄٕہتی چھاوانہٕ
ژٕتھ وٕہرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
أگنہٕ دٕیوتا اوس وٕنزن رنانہٕ
امربتہٕ رسہٕ چھاوٕ اَنانو
کھبنہٕ ولہ مُیژ یٕژھہِ پرٕژھِ سان پانہٕ کھوٕلنہٕ
ژٕتھ وٕہرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

یم یم سالر تہٕ کھاندر تہٕ سامانہٕ
نارد چھُ مورِ چھَلہٕ کرانو
گندرو لوٗکِکی سنطوٗر وایانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
سمندر چھُ سورٕتنوسان لارلنہٕ
آسنم مےٚ صراف ژھارانو
شرٕ دنہٕ شرٕوٗنس چھُ دنہٕ ہٕبتھ لارلنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
پانہٕ اوس شِوجی برٕشبس واہلنہٕ
برٕہما تہٕ ہمس کھسانو
ڈیشن سہٕ کرٕشنہٕ جیو گرڈس پٹھ پانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
تیزس بسرکی یہٕ ژٕندرِمہٕ اوس بیچھانہٕ
یٔندرازِ داسہٕ باوِ آسانو
سورٕگچھ اِژٕھ رَژٕھ بروٗنٹھ بروٗنٹھ نژلنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
پنکھی آکاشہِ پنکھہِ آسی کرلنہٕ
نکھہٕ وآتی توٗت بیٚتہٕ برٕکھبانو
بروٗنٹھہِ دژاکھ تورِکی لوٗکھ سورِ سامانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

واڈ وانل اگنہٕ کونڈ اوس ہٕنٛدِ رانہٕ
اَنبرَ ن چھُ عنبرَ تھاوانو
ژندن کاٹہٕ کاٹھ درتی گرٛھلنہٕ
ژبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
ژٔندر منڈلس اوس ترٛوراتانہٕ
ششرٛ[1] کلہٕ شین وبگلاوانو
پرٛتھوی ورشنہٕ رِتی پھل ووپدانہٕ
ژبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
کرٛشنہٕ جُوتہٕ رادِ کاپرٛیدِ کھبنہٕ پھیرانہٕ
تتھ اگنس یتھ چھِ ہمسانو
سوگند ساسہٕ ساس ہیمالہٕ کھسانہٕ
ژبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
أگنس چھُ یرٛ کھبتھ ٹبڈاکُر گرٛھلنہٕ
وبد وانَن زِ اوس پھیرانو
توٗپتہٕ ارزُن چھُس ۂلہٕ راولنہٕ
ژبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
اَتھِ واس دوشوٗنی زَن تہٕ راس کھیلانہٕ
ابیٲس پرٛون چھکھنہٕ مشانو
سٔنی یاسی سہٕ نارُد وینا وایانہٕ
ژبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

---

[1] ژٔندرِ کلا

پڑا لبدِ واژِ تتہٕ تاژِ بأ گرانہٕ
کرمہٕ لون پرؤن لونہٕ ناوانو
ساتہٕ تم کھنہٕ واآلی وژاامتی تہٕ کھولنہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

واراہ دوہ بتھٕ تتھٕ تتہٕ برانہٕ
دوہہٕ پتہٕ چھِ لوٗکھ زیادٕ سمانو
بڑکھبا نبن لگن تہٕ تیٖ ژمانہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

اگستتبس ہوِی بڑہمن چھِ آسانہٕ
ساسہٕ بُڈی تہٕ سوٗ درٕن چوانو
کھبتھ چبتھ ترٕ پھتھ گٔی ہبتھ اپوٗ شانہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

لگنس ژٕری پٹھی بُڈی بُڈی پروانہٕ
ژوٗ ترٕ[۱] ویدٕ آسی پرانو
ویاسس ہوی داس ساس آسانہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

دکھِ پڑ یزاپت تہٕ یڑ اوس مند چھلنہٕ
اکہِ دوہہٕ ہتھ کرِتھ تہٕ کنہِ دانو
پتھ بروٹھ کھاندر یتھ چھُنہٕ بوزانہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

---

۱۔ ژور

پرمانند تتھ وے کونٹھ وہندلنۍ
رادھایہ جان پان وَندانو
وۍنچ شرٛدا کن دِتھ بوزلنۍ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ ملنۍ بگوانو
تارا منڈۍلکی موکھتہٕ آسی ورشانۍ
چھکنس یۍژ آسی منڈِ چھانو
مول چھا موکھتس مول کرِ کنٹھ دلنۍ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ ملنۍ بگوانو
لی آسہِ پوسہٕ رہنہِ خاصہٕ ونۍ ناولنۍ
مندچھنۍ زِ نتۍ تنہٕ ناوانو
رُمہٕ رُمہٕ رُمہٕ ہرشہِ گُمہٕ شیٛہلاولنۍ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہٕ ملنۍ بگوانو

# گوٗپیہ چھےٚ رادھایہِ دۍژی گنڈِتھ ونۍوان

## ”روٗ“

رادھاۓ رادِکاۓ شرٛی کرٛشنہٕ داری
پادَن لگے پاری پاری یے
پادِ کملن لگے پاری یے
دیوی تہٕ دیوتا سمتھ آے ساری

اپٕیاس کرٕتہٕ کرٕتھ بیول کیاچھُ رچھانہٕ<br>
بیٕالِس تہٕ بامُن چھُ نیرانو<br>
وامن تہِ آسی تَن تہٕ پاپی بَلہِ دانہٕ<br>
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو<br>
پانچِہ جنہِ[1] شنکھِ اوس بڈِ شبدٕ نیرانہٕ<br>
شنکھا سورنٕے گالانو<br>
شنکھا منہِ منٛز گُنہِ تہِ تھٕوی زِنہٕ پانہٕ<br>
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو<br>
وامُن چھُ برٕہمن تہٕ بلہِ دان یُزمانہ<br>
کھٕبتھ ترٕتھٕون چھِہ دان دِوانو<br>
برٕکھبان بلہٕ دان وامن سُہ بگوانہٕ<br>
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو<br>
دأنی بھوأنی آسی ونہٕ ناوانہٕ<br>
تتنہٕ منہٕ لٕوکھ آسی بوزانو<br>
بٕوزی بٕوزی بوزانہٕ دٕوشہِ رٕوس گرٕھانہٕ<br>
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو<br>
گندرٕ لٕوکٕی ووسہٕ آسی یوانہٕ<br>
سوندرٕ تہٕ اژھٕ رژھٕ نژانو<br>
مندرسُہ یٕندرٕلٕوک یٕندراژ بگوانہٕ<br>
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

---

[1] بھگوان کرٕشنہٕ سُند شنکھ۔

رادھا کرٛشنٕنے بوزِ پرٛتھ داٚری
پاۄن لگے پاٚری پاٚری یے

## لیلا

نندٕ لال وَرنے رادھا سوندرے[1]
آو گوٗکل نندٕ گورِ نہٕ گرے
زاو دیوکی نِشہِ متھرٲیہِ نگرے
وُسہٕ راٚری ٲتی برتہٕ راٚچھ مرٛ نیٚنڈرے[2]
وَسُدیو رازٕ ہتھ جمنایہ ترے
آو گوٗکل نندٕ گورِ نہٕ گرے
گوربن ستہٕ دوٕدٕ باٚنن زدٕ کرے
کوربن ستہٕ مورلی شبدٕ مرٛ رے
ستہٕ باجن دوٕدٕ تھنہٕ یٚڈ بَرے
آو گوٗکل نندٕ گورِ نہٕ گرے
چھاۄن زِ وَنہٕ منزٕ باغٕہٕ ہی تھرے
وُران ہی تے تی وتھرے
راس کھیلان ساس دبن ستہٕ راتھ بَرے
آو گوٗکل نندٕ گورٕ نہٕ گرے
راکھسن تل پاۄن پشُرے[3]
کمسا سور ویرِ پلنے مرَ ے

---

[1] یہِ لیلا چھنہٕ ماسٹر جی نہِ سوٗمبرنہِ منزٕ درٕج [2] وُسراوت برتہٕ راٚچھ مرٛ نیٚنڈ رے (گ۔پ) [3] یہِ بند چھنہٕ وُنستامت چھاپ سپُدمُت

نُمتھ چھے وَنان زاٗری یے
سختوشٹ روز اسہِ کھما کاٗری
پادَن لگے پاٗری پاٗری یے
سالَس آئتی چھِ رازٕ ژوپاٗری
گُری ہُسی تہٕ رَتھ سواٗری یے
وہان پاٗرنَے ژٔے رازٕ کماٗری
پادَن لگے پاٗری پاٗری یے
کرٛشنہٕ جُو مہرازٕ گرڈٕ سواٗری
توتہِ زَن تہٕ سپوا کاٗری یے
اَڈٕ کجہ کتھہٕ میانہِ بوز وَن ہاٗری یے
گٔتھن چانبن گَن داٗری داٗری
اَتھن ژٔے مانٔزِ رنگ لاٗری یے
رتن زِ شدرَے منز کُمی کھاٗری
پادَن لگے پاٗری پاٗری یے
مورلی شبدٕ زندٕ گرٛھان ساٗری
وایہِ ہے کرٛشنہٕ مُراٗری یے
لوتہٕ ہَن بُتراٗژ پاپنٕ باٗری
پادَن لگے پاٗری پاٗری یے
پرمانند چھیٚتہِ یٔتھ پژاٗری پژاری
کرٛہَن پرَم پاٗری یے

۱؎ توتہِ زن گیہِ تمہ پٔھتی یم بھگوان ہندی گون گوان چھِ۔

وَنہِ مَژ گژاو چھُس باو مُشراولنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

# سمپتاتہٕ بڑٕکھبان چھِ بگھوانہٕ سندی گون گوان

## ''لیلا''

جے کرٕشنہٕ جے کرٕشنہٕ جے جے کرٕشنہٕ جے
نبٕرن منز جاے کرٕمے تہٕ بیٚہہ
مُکٹس پرٕمے منٕن لال
جُری جُری باوُک موکھتہٕ تہٕ مال
ویوُگ لیوُکھنے ژِٕتر لیکھایے
نبٕرن منز جاے کرٕمے تہٕ بیٚہہ
کرٕیشن یم چھِ تَپ زِپھ سادان
ڈیشَن بہتھ گرِ گرِ گرے
نبٕرن منز جاے کرٕمے تہٕ بیٚہہ
کامدیو لزٕمے یُژ پامو
شامہٕ سوندرِ لول آیامو
پان مارَے چانہٕ لولُرے
نبٕرن منز جاے کرٕمے تہٕ بیٚہہ
روشکھے تہٕ ہیکی زٕتھ نہٕ منہٕ ناوُتھ

وأرِ روٗس دأرِ سوست تستہٕ موٗکھی کرے
آو گوٗکل ننٛدِ گورِ ننہٕ گرے
مُہہٕ مایاہہٕ تژیہ لوٗک وولرے
دوہہٕ اکہٕ ژُہأٹھ وبدیایہٕ پرے[1]
زلنہٕ یُس یہٕ اَچھُر ستہٕ سُے تارِ ترے
آو گوٗکل ننٛدِ گورِ ننہٕ گرے
شوب منہٕ کھنہٕ کھنہٕ ییٚلہٕ دیان درے
بالہٕ[2] گوٗپال منز لس ألرے
پرمانند سو وونٛدِ چے لہرے
آو گوٗکل ننٛدِ گورِ ننہٕ گرے
سمپوٗرن پأٹھی ٹأٹھی ٹأٹھس وَنہٕ والنہٕ
بژہمن ستہٕ سام وید گبوانو
شامہٕ سوٗندر کرٛشنہٕ گنٛدرس پوٗ زانہٕ
ژبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
بوٗزِتھ بژکھبان بان زَن چھُ چمکانہٕ
سمہٕ درشٹہٕ درشُن چھُ پژاوانو
شرن چھُ کار دِس ستہٕ پادَن پبوٗلنہٕ
ژبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
لولہٕ ستیٚ سمپتا اُس ونہٕ ناولنہٕ
پژیمہٕ ستیٚ پردَن یاد پبوانو

---

[1] دوہہٕ اکہٕ ژُہأٹھ دپداپرے۔ (گ۔پ) [2] سرکیہ۔آفتاب

پڑھ کر ژٕ لس تہٕ بگوان وٕرے
نبترن منز جاے کرٕمے تہٕ بیٛہہ

# سمپتا چھےٚ بگھوانس نرِ آلوان
## "لیلا"

سمپتا کرنس چھےٚ ڈالہٕ
آلہٕ وان چھس نرِ پان
کتھہٕ کرتم شٔرٕی گوٗپالہٕ
آلہٕ وان چھس نرِ پان
اتھہٕ ہبتھ ہٕکرٕ موکھتے ژالہٕ
وَتہِ وَتہِ آلیس چھکان
ہی وٕتھر کر پوشے مالہٕ
آلہٕ وان چھس نرِ پان
کرٛشنہٕ جو آمُت مےٚ سالہٕ
نیٛندرِ وُزِ وُزِ وُزِ وُنی
نالہٕ رٹن بال بالہٕ
آلہٕ وان چھس نرِ پان
وُنہِ چھم موصُم خیالہٕ
کُنہِ آسم گن دِوان
آسہِ کیا میانی کپالہٕ
آلہٕ وان چھس نرِ پان

منہٕ یُتھ پرٕ تیُتھ منہٕ ناوِتھ
نیاے اَنزراوِ پانہٕ پاپس پےَ
نبترن منز جاے کرٕ مے تہٕ بیٚہہ
کھمبا کرِتھ آہم سالَس
دیہٕ[1] بتہٕ لۆدمے سونہٕ تھالَس
دانا چھُکھ تےَ دانا کھیٚیے
نبترن منز جاے کرٕ مے تہٕ بیٚہہ
پۆترو گرٕ زبم پۆترے کار
وید یۆد وَننے نرٕ آکار
پبترُن سگ الگ سوُرے ژے
نبترن منز جاے کرٕ مے تہٕ بیٚہہ
ژیلوٕ کی ژٕے چھکھ پبترن
زانکھ ژٕ سور کوٗنہہ منہٕ زانی ژیٚے
نبترن منز جاے کرٕ مے تہٕ بیٚہہ
شنکھاپہٕ منہٕ چے یہٕ وَنان اَس
سۆرنن منہٕ لس دُودِا[2] کاٗس
سورٕ پھیرٕی تے یُژ لگو وَدنے
نبترن منز جاے کرٕ مے تہٕ بیٚہہ
پرمانند منہٕ واَر راگے
مشٕی مشٕی لس تہِ تم پوش لاگے

1. دِیہہ بتہٕ چھِ بٹہٕ کھاندرس پبٹھ لُلکن گرِتھ مہاراز تہٕ مہہ رتھٕ کھسوان۔ (کلاٗ) 2. بیٚنبر۔ ڈِلی۔

# بگھوان چھُ نارد جیَس تہٕ سمپتایہِ

# وِوپدیش کران

بگون[1] ناردس گُن اوس وَنانہٕ
سمپتا چھےٚ وپتا[2] پڑاوانو
شنکایہِ منہٕ تَس کونہٕ چھُکھ کاسانہٕ
ژ بتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
میٖترٕ وٚت تہٕ شُترٕ وٚت کینٛہ چھُنہٕ کھسانہٕ
لۄکھ پأژ پانے چھِ زانانو
ۄیز پۄ روک یۄد کیٛا چھِنہٕ زانانہٕ
ژ بتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
یَس یَژھ پژھ لَس تہٕ چھےٚ باسانہٕ
زَلس مَل چھُنہٕ آسانو
کینٛہ ہۄتی تہٕ کینٛہ کھٔتی ترٕتھس چھِ ناوانہٕ
ژ بتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
پژھ کرتہٕ سوباو بیٚون بیٚون نَنانہٕ
وپد چھےٚ اَکُے شبد وَنانو
بانہٕ کے رنگہٕ زل پتو چھُ نیرانہٕ
ژ بتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

---

[1] ۄیز پۄ روکی۔ یتھہٕ پأٹھی شاسترٕس منٛز وۄنمُت چھُکھ تتھہٕ پأٹھی کأم کرِنی۔ (کلاّ) [2] مُصیبتھ

دِل ڈوٗلُم ووٗں کُہُٕ سنبالہٕ
میُل چھُ کرمہٕ لانہٕ جان
یوٗد کرے ڈیلہٕ ڈالہٕ
آلہٕ وان چھَس نرِ پان

پرٛیمہٕ برٕی برٕی چھِم مےٚ پیٛالہٕ
چھُم نہٕ اکھ داما چوان
کامدیو دِیہ پامہٕ پالہٕ
آلہٕ وان چھَس نرِ پان

یوٗد ووٗندس روزبس ملالہٕ
مالہٕ سان زالہٕ اِدٕ پان
داغ نتہٕ ترٛاوُم مےٚ لالہٕ
آلہٕ وان چھَس نرِ پان

پرٛمانند وُچھتہٕ حالہٕ
پرٛیمہٕ ستیٚن مَن ڈلان
تھر مےٚ چھَم کلپن نتہٕ کالہٕ
آلہٕ وان چھَس نرِ پان



شوٚبتہٕ رِپہٕ[1] زَگت اَیش اوٚسُس بہٕ ڈیشانہٕ
اوٚسُم مےٚ وۄپدیش کرانو

بڑٕ ہما تہِ وۄپدواوُن اوس ونانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

سُے بڑٕ ہما نابہٕ[2] کملے تہِ نیرلنہٕ
زَن اوس ٹوٗٹھ میون سنتانو

توٕ پتہٕ اوتارس بہٕ آسہٕ پِولنہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

پوٚترس زن اوسُم مےٚ للہٕ ولنہٕ
ژھلہٕ ستیٚ اوسُم نہٕ زانانو

ئرش کرِ وُن یئش زِیب زن پڑٕ ملنہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

ناردِ آسہٕ ہن ژٕ تہِ بَب مانانہٕ
زلنہِ کیا سُہ ژےٚ تہٕ مےٚ سنتانو

مےٚ زاو بہٕ زاسس تی چھُنہٕ زانانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

مایا میأنی چھَنہٕ مےٚ روٚس روزلنہٕ
پایا تَمہِ گُے نہٕ بئے زانو

---

[1] سفید شکلہِ۔ (کلاؔ)۔ [2] یہند ودیوٗ مالایہِ موٗجوٗب چھُ بھگوان وِشنوٕ سندِ توٗنہِ منٛز بڑٕ ہما پیوٗشہِ سان پأدٕ گژھان۔ (کلاؔ)۔

ویدٕ موکھہٕ بہٕ اَمے وُشا دارانہٕ
پڑٕ گُر تتہٕ درمس نہوانو
سو کتھ بھکھتبن زانہہ چھُس نہٕ کھٹانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
مےٚ سُدرس ویشہٕ مُہہ تژیش شہلانہٕ
گیٛانہٕ امرتھ چتھ روزانو
تژیتھ گاٸتی مایایہٕ چھِنہٕ گہٕلانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
پان مُشرأوِتھ مےٚ پُشراونہٕ
پوشن زِ رنگ چھا پوشانو
پُشہٕ ترأوِتھ یَس تَس پُشہِ پھولنہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
پرمانند پرمہٕ آنند پژاونہٕ
بنہٕ بنہٕ پان موکلاوانو
انہٕ روزنہٕ ستیٚ أنزی منزی روزلنہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
نارد جی اوس سمپتایہٕ وکھنانہٕ
یوٚ بوزنہٕ ظون چھُ ژلانو
یوٚ ڈجہِ مرٕ اوس دزشٹانت ہاونہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

پیٚتا مےٚ پوٗترٕ روٗس ژٕ کرتس[1] ملنہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دیِتہٕ ملنہٕ بگوانو
بگوت مایا کوٗنہہ چھا زانانہٕ
تس تیُتھ چھُ یُس یتھ چھُ مانانو

مانہٕ اَوِ ملنہٕ روٗس ژٕ تہٕ مان بو تہٕ ملنہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دیِتہٕ ملنہٕ بگوانو
شری بگوانس بورگہٕ پان وَندلنہٕ
پانہٕ روٗس مےٚ پنہٕ نُے زانانو
پنہٕ نُے سنکلپھ تہٕ وَننُے نہٕ زانانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دیِتہٕ ملنہٕ بگوانو
یوٗ ہے کرِشُن سُہ جگت[2] ایش آسانہٕ
وید چھس نہٕ دیش کال کھارانو
ساودان روز ترٕ پزانہٕ گژ اوِ سورانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دیِتہٕ ملنہٕ بگوانو
کرِشنےٚ چھُ ویشنہٕ مایایہٕ ستیٚ رٕنبانہٕ
پاٗنی پانس تمبلاوانو
ارِنج گتہٕ چھےٚ تیمبرے کاسانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دیِتہٕ ملنہٕ بگوانو
یُس نہٕ زاو کانُسہٕ تہٕ کوٗنہہ چھُنہٕ زولنہٕ
زبو آنہٕ آنہٕ تُس چھےٚ زپانو

---

[1] کرسی (گ۔پ) [2] زگتک ما لکھ یا دُنی ہیُک ما لکھ

زانہٕ ہے کُونہہ سہ تہٕ اوس کیا پڑ مانہٕ
ژھتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
تۄ پتہٕ چھ بہ بدرِکا آشرم واتانہٕ
ڈیوٗنٹھم مےٚ تتہٕ تھپھ کرانو
نَر نارائن زِ اوتار دارانہٕ
ژھتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
پڑژھمکھ تتہٕ تہٕ زِپھ کۄ چھو کرانہٕ
کس پبترس پیتر اوانو
دۄپ ہم زیرٕ ھپٕرٕ ژکُونہہ چھاپڑ ژھانہٕ
ژھتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ووُنی ٹوٹھ بھاکھتی سون پڑون چھکھ آسانہٕ
تۄ رکی بہ کتھ چھےٚ باوانو
پبترن ہندی پبترٕ آسہٕ ۄنی آسی پانہٕ
ژھتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
پانَے چھُ پانس پوٗزَن تہٕ ارژانہٕ
کرمہٕ مُری یادِ پڑھِ بہ پالانو
أسی کرَو نہٕ آسن نہٕ زگہٕ منز کرانہٕ
ژھتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
نارد جُو سمپتایہ بوٗ ناوانہٕ
میتھر شۄترٕ باو چھس نہٕ کھسانو

# رادھایہِ ہُند مالِنۍ کرٛون چھُونہٕ وان

## "لیلا"

آرس منز اژاواے
وِگنے زَن نژاواے
لاگوس پوش پۆزے
کرٛشنہٕ جُو نیۄندر وُزے
وہ پرس کس پژاواے
وِگنے زَن نژاواے
اَاج ہس تن تنے
شیۄہلیا کھ ہنہٕ ہنے
کمو پرٛیمو ہژاواے
وِگنے زَن نژاواے
اَتھہٕ کنہٕ موکھتہٕ ہارَن
چھیۄے لادبنؔ[1] موکھتہٕ ہارَن
تولی تولی زَن رژاواے
وِگنے زَن نژاواے
ہیۄتی ہَس پاد شیرے
کرٛشنس سرٛیہہ زِ پھیرے

---

[1] لادن ۔(گ۔پ) (ماسٹر جی)

زلنہِ سُے سوٗرُے زلنہِ لتس کوٗنژھانہِ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہِ بگوانو
سمپتا تہِ بوٗزِتھ سمپتا پژاولنہِ
سمپتا زآنتھ سُہ بگوانو
سمپتا تیوٗت کیا چھےٚ رووُمت لبانہِ
ژٕتھِ وبرشہِ دِپتہِ ملنہِ بگوانو
پرمانند اوس پژپے پژاولنہِ
کرپے تہِ درپے چھُ روزانو
رِژ کھیت بُوی بوٗی رُت پھل پژاولنہِ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہِ بگوانو
پوٗہہِ ربنہِ یمہِ پوہ ہتھ آسہِ پوانہِ
تمہِ تہِ چھےٚ مانزِ گُلہِ تھُرانو
گُل پھل ترٛاوِتھ گُل تہِ پھل پھولانہِ [1]
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہِ بگوانو
سمِتھ سارینٛ چھےٚ کرِشنس ونہِ ولنہِ
نرِ پان کرِشنس آلہِ وانو
کرِشنس پادن چھےٚ دنہِ دیار چھکانہِ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہِ بگوانو



---

[1] ماسٹر جی انہِ سوٚمبرنہِ منز چھےٚ یہِ سطر بدلاونہِ آمژ ۔ اصل سطرِ بدل چھےٚ یہِ سطر تتہِ درج:
"سمِتھ سارینٛ کرشنس چھےٚ ون وانہِ"

# بگھوان چھُ گرٕ گُن واپس نیران

أگنہٕ مو کھہٕ ہُمہٕ ستیٕ سأری ترٛپھتھ گرٛھانہٕ
أگنہٕ دیوتا شانت روزانو
سأری مگن تہٕ کرٛتہٕ[1] کرٕ تانت آسانہٕ
وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

ترِ کارن چھِ گوڈٕ وِدا کرلنہٕ
پتہٕ مُنۍ یَن پرمؤ زانو
ریٛشۍ مُنۍ یَن پتہٕ پتہٕ وید وکھنانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

برٛہمنن تہٕ دکِھنا أنتھہٕ روٛس دِولنہٕ
بوزَن کھٕتھ تہٕ ہٕتھ گرٛھانو
ترٛپھتھ دیوی تہٕ دیوتا سنتوشٹانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

رازَن تہٕ دنہٕ دیٛار آبرن دِولنہٕ
آیہٕ کیٛا پایہٕ پایہٕ بأگرانو
پنہٕ نوٕ پنہٕ نوٕ باگوٕ[2] چھِ لبانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

پرمانند أچھی پھِری پھِری وُچھلنہٕ
منہٕ ساوِ دان بھٔکھتیٕ کرانو

---

[1] خوش/شانت۔ (کلا) [2] نصیب۔

خر کیا چھم کرٛاوآے
وِگنے زَن نژآوآے
پوٗنپرٕ یتھٕ شمہس پتھ
ترٛن کیٛا چھے کرن گتھ
مُتِس پتھ کرٛئ مژآوآے
وِگنے زَن نژآوآے
یرٛژھُن نوٗ زِندٕ گیے
لجہٕ مرٛ بندٕ گیے
لبکھٕ پرٛان موٗمرٛآوآے
وِگنے زَن نژآوآے
وَنس منز ننہٕ وارے
سرَن تمہٕ کرٛشنٕ پیٛارے
کنوٕ تاپے توٗآوآے
وِگنے زَن نژآوآے
یہٕ پد کیٛا چھے وُنن کرٛوٗتھ
سُہ پرمانند کُرٛ ڈیوٗنتھ
وُچھِتھ ووٗتمت یِرٛژآوآے
وِگنے زَن نژآوآے

☆

آبرن تہٕ انبرن زیور چھہٕ مینانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
بڑٕ آش ژٕرِ یشہٕ وَتہٕ اُسی پکانہٕ
وَتہٕ وَتہٕ لۄکھ اُسی ونہٕ وانو
سوکھہٕ سان شوبھ موکھہٕ متھرلیہٕ واتانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

## کرشن چھُ رادھاہتھ بندرابن واتان

دیوکی پوشتس لۄکھ اُسی یوانہٕ
پوش لَس پۄزِ اُسی لاگانو
پۄشی نس کرشن وو پکارک بِنتانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
ڈیشی ڈیشی کرشنس چھےٚ دیوکی ہرشانہٕ
ڈیوٚٹھمت تہٕ ڈیشتھ رُوبٹھانو
بأندی ولنہٕ زاۄیس از چھس ڈیشانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
یَس نہٕ زانہٕ موکھہٕ لَس چھےٚ درشنہٕ وُچھلنہٕ
زبہٕ چے شنکہٕ منہٕ باسانو
یُتھ لبُن چھُ لۄکو دوہ رلب تہٕ ارمانہٕ:
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

رادھا ماتایہِ پێیہِ پێیہِ منگانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
تژ پھتھ گومُت سہ شوب درشُن ڈیشانہٕ
لۆب کھیۆب تژ آدِتھ وێسانو
منہٕ منزٕ سنکلپھ منگنک مچھانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
نندٕ گۆپس تہِ وَسُد پوس چھُ گوندلنہٕ
سمپتایہِ زارٕ پارٕ کرانو
رادھایہِ وَیَس تہِ تِمنے پُشرلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
برٕکھبان پادَن چھُ سارِنے پہولنہٕ
لۆت گۆب اُسو مے بخشانو
سالہِ رہنہِ ریٚشی لَس روٕھتھ ہولنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
توٕ پتہِ بندرابن آسی سکھرلنہٕ
سارِنے چھِہ باج داج ہوانو
رتن رتھن لدِ وۆنٹن لدلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
سون روپھ گہنہٕ کۆت کُس اوس تولانہٕ
بارِ بارِ گرٕند چھےٚ آسانو

پرمانند سُے سودرشن ژھارلنہٕ
گارِ سَے پانہٕ شرٛی بگوانو
زنمہٕ زنمہٕ سوٚپھل بھکتھی آسہِ کرانہٕ
ژٕتھ وٕبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

## بگھوان چھُ دارِکا بساوان

نگرس اُگرسین راج اوس کرانہٕ
وَسُدیو بڈے جشہٕ آسانو
راج پڑون تَے نوٚو کرٛشنہٕ جُو زینانہٕ
ژٕتھ وٕبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
بڈٕی بڈٕی راز آسی کرٛشنس نمانہٕ[1]
راج ہتھ سُہ تمہِ بخشانو
واراہ بَڈِ بڈٕی یوٚدِ ستی گلانہٕ[2]
ژٕتھ وٕبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
وارِیاہ رآنیہٕ نوٚ نوٚ یرٛژھانہٕ
گندھروٕ لکھ نوٚ سُہ ورانو
یوٚگہٕ مایایہٕ بوٚگی بوٚگ بوٚگانہٕ
ژٕتھ وٕبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

---

[1] غاآنہٕ (گ۔پ)
[2] وازیاہ وپربڈِ یوٚدِ ستی گلانہٕ (گ۔پ)

لبہٕ یُس رووُمت لابھ چھُس واتانہٕ
گولاب باغہٕ باغہٕ پھولانو
سُہلاب ہرشک چھُ منہٕ ندِ پھیرانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

أزی زام کرٕشنہٕ جُو چھےٚ دیوکی وَنانہٕ
رادھا سہتھ کتھ نہٕ آسانو
راجہِ تاجہِ سان ماجہِ کوٗنژھا زبوانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

رادھا چھےٚ دیوکیہٕ پادَن پیوانہٕ
چھُس جسوٗدا مالہٕ پأرانو
نندٕ گوٗپ[1] تہٕ وَسُدیو پرٕون مُشراوانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

وبکسنہِ لگی کوسمن کراو کرانہٕ
کأنسہِ ہنز نہٕ کأنسہِ گرٕاو روزانو
سارِنے سُہ بگوان پنہٕ نُے آسانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

دِیہٕ روٗس دِے نُس مچلکہِ ہوانہٕ
بَب مأج سب سے موج مارانو
گٹہِ گاش آمُت زِ اوسُکھ ٹوٹھانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

---

[1] پھولنہٕ ۔ کلا ۔ [2] گوٗر

رادِھکا بِندرابنہٕ پٹھ نیرلنہٕ
کھیتٕرچہٕ یاترایہٕ واتانو
یُژ کاٹلی اکھ أکِس ڈیشان توشانہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
شرٛادِ ہُمہٕ[1] درمہٕ دانہٕ لوٗکھ ییٚلہٕ موکلانہٕ
بوٗزٕ زَن کھبتھ کتھا تتہٕ بوزانو
روزٕ نہٕ کوٗنہہ ما چھُ آمُت آسانہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
ساودان منہٕ سان ڈیرٕ ڈگہٕ ٹُلانہٕ
باوٕنایہٕ پھل اتھہٕ ہسوانو
پانہٕ وآنی آئتی تتہٕ پانہٕ وآنی گرٛھلنہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

## رادِھکا چھے بگھوانس کورٕ کھیتٕر سمکھان
## تتہٕ بِندرابن گرٛھان

بگوان رادِھکایہٕ چھُ یُژ کاٹلی ڈیشانہٕ
ڈیشی ڈیشی سورمہٕ چھُس وبگلانو
لتس ستی ستی بِندرابن چھُ واتانہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

---

[1] ہُمہٕ ۔ ہونہٕ ۔ کلاّ)

متھرایہِ یِٔژ وۄ ہار چھنہٕ وبڑلنہٕ
ترٛیپہٕ لۆ کِکُے راز آسانو
رنگہٕ رنگہٕ بھکتبن[1] ویبۆتی ہاولنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
وبشہِ کرم منگہٕ نوۄن تہٕ کرٛم ہاولنہٕ
دارِکا دارِ لدٕ ناوانو
یانٛی دۆپُن تانٛی سپَن زَن سۆپُن ڈیشانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
رادھا تتہِ تہٕ پانہٕ دارِکایہِ بَسانہٕ
رانٛیو پٹہٕ رآنیو سانو
پوشہِ وارِ منز زَن سُہ پوشنۆل شۆبانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ماتا رٕکھمنی زِٹھ رآنٛی آسانہٕ
رآنیو سُہ رازٕ دار شۆبانو
پرٛنام تہٕ مان تتہِ دِیو آسی کرانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
دوہہٕ اکہِ کورٕ کھیترس[2] لۆکھ گرٛ ھانہٕ
دارِکا ناتھ تہٕ رآنیو سانو
شرٛ دھایہِ دیانہٕ درمہٕ دانہٕ پُرٛ ھِ واتانہٕ[3]
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

---

[1] کرِشمہٕ [2] سو جاے ییٚتہِ کورون تہٕ پانڈون ہنٛز لڑآے ڈٕژھ۔ سو جاے ییٚتہِ کورو تہٕ پانڈو اُسی لڑآے کران۔ [3] ماسٹر جیَن چھُ ییتھ جایہِ تہٕ سطرٕ پھیرٕ کۆرمُت

رِکھمنہِ ستہِ تتہِ چوپٹ کھیلانۂ
پرِ پچھ بأزی تس تارانو
اوسم نہِ اوسم کوٗنہہ ژےٚ ہیوٗ پژ ملنۂ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنۂ بگوانو
ٹاچھر رِکھمن منۂ آس ہرشانۂ
سِکھےٚ اہنتایہِ[1] دارانو

دپنۂ باوِنایہِ نشہِ دوٗربر پژاونۂ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنۂ بگوانو
دوہنۂ اکہِ رِکھمن پاد چھس ملانۂ
بگوان یُٹھ اوس تھکانو

ون منز نبتھہِ توٚن تہِ نیٚتہِ نیم روزانۂ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنۂ بگوانو
جمنایہِ منز سکھ اکھ أکس چھکانۂ
دبن راتھ زاتھہ نۂ تھکانو
بو تہِ رادِھکا پانۂ وأنی آسی گندانۂ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنۂ بگوانو
آس پاس گوٗری کورِ نبتھ راس کھیلانۂ
ونوأسی یوٗگہِ ابیاس مُشرانو
اَسہِ ڈیشی ڈیشی دیشہِ کال اوس گلانۂ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنۂ بگوانو

---

[1] ہم باد ۔ خُدی ۔

زٲنتھ رٲنہٕ اسی ستۍ چھُ پکانہٕ
بۄن بۄن سارۍ چھےٚ تھبکانو
پنہٕ نس پنہٕ نس دارس چھےٚ واتانہٕ
ژبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
وٲتتھ دارِکاہہٕ کۄنہہ تہٕ نہٕ زانانہٕ
بگوان پڑتھ گرِ روزانو
نارُد بیٚیہٕ آکھ سرٕ اوس کرانہٕ[۱]
ژبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
وارِیاہ کال یُتھ جال اوس بنانہٕ
لولہٕ ستۍ مایایہٕ وولسانو
قولہٕ سور کٲنسہٕ نہٕ دولہٕ اوس وُچھانہٕ
ژبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
تژھتھ آسہٕ سارۍ تہٕ گارۍ بگوانہٕ
سارِنۍ پالہٕ نۍسے مےٚ ژۍ سانو
موژِ کیا موژِ یۍڑھ یُتھ آسہٕ موژانہٕ
ژبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
پرمانند تہٕ تۍژ برتل ڈولانہٕ
لۍژھِ گومُت تہٕ پۍژھِ روزانو
گۄڑھِ یُس یَس تَس گۄڑھِ دِتھ ٹوٹھ پانہٕ
ژبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

---

۱ ماسٹر جی نہٕ سۄمبرنہٕ منز چھُ اَتھ سطرٕ پھیر

توشان بگوان رِکھمنہِ روشانہِ
انہِ گژیہہ موکھہِ منہِ نانوانو
شوٗنگمُت سُہ بگوان پاد چھُس ملانہِ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہِ بگوانو
وسُدپو موکھ اوس بگوان دارلنہِ
رِکھمن چھےٚ داسہِ باوِ آسانو
یوٗگہِ نِندرایہِ سُہ تہِ شیشہِ ناگ توتانہِ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہِ بگوانو
تام وآ ژشیچھ رادِھکا چھےٚ یوٗرِ پولنہِ
شادِ پُژھِ بگوان چھُ رہوانو
دادِ رکھمن چھےٚ پاز کملن پہولنہِ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہِ بگوانو
ٹاٹھبن ٹوٹھ بیلہِ ژٕبتس پہولنہِ
اَدِ کتہِ دوٗرِ آسہِ روزانو
ژوٗرِتھی پڑتھ دارِ دارِ برِ نیرلنہِ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہِ بگوانو
بگوان رِکھمنہِ کُن اوس ونانہِ
گژہستہِ باوِ چھےٚ کھسانو
رادِھکایہِ پُژھی مایہ برونٹھ آس نیرلنہِ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہِ بگوانو

کتہٕ رادھا تہٕ کتہٕ گۄری کورِ آسانہٕ
کھاسِبن زِ آسن گِندانو
وۄیاسن تہٕ ناردَن ہوِ بن مُژراوانہٕ
ژٕ بتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
بۄزِتھ تہٕ رٕکھمن پھیرِتھ چھےٚ ونانہٕ
اُسی چھِنہٕ ذات راس ڈیشانو
بگوانہٕ ووٚنی کونہٕ کیاز چھکھنہٕ کھیلانہٕ
ژٕ بتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
نتہٕ گۄری کورِ گۄری شُری نٕے پزانہٕ[1]
رازِ کومارِ چھِنہٕ شۄبانو
پزُاُنی کتھ ہوِ بن ہوی چھِ سمکھانہٕ
ژٕ بتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
رازِ کوربن تہٕ گوربن چھِنہٕ سملنہٕ
تمہٕ چھِنہٕ دوِد ژۄر زانانو
ژۄرَن چھُ بۄزمُت چندِ ژۄر میلانہٕ
ژٕ بتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
واریاہ پژھہٕ پژھہٕ پامہٕ چھکھس دِوانہٕ
شامہٕ سوندرس تہٕ منہٕ پزیانو
بیٚنہٕ بیٚنہٕ ونتہٕ رٕکھمنہٕ اوس ونانہٕ
ژٕ بتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

---

[1] (ا) گۄری کوربن تہٕ شُری نٕے چھُ پزانہٕ (گ۔پ)
(ب) دۄ پنس گۄری کورِ گوربن چھےٚ پزانہٕ (ماسٹر جی)

کرٛشنس أگنیانہٕ سو سأوِتھ نیرانہٕ
بأوِتھ یہِ گوس تی چھےٚ سورانو
رادھایہِ رِوان رِوان چھےٚ ڈیشانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
اَتھس پیٹھ ہتھ بگوان پأنٕ پانہٕ
اَتھس پرٛیمہٕ پیٲلہٕ پأرانو
متھس پۆرن ژٕندرمہٕ پۆر پرٛزلانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
ڈیشتھ رِکھمن فکرن چھِ لگانہٕ
بروٚنٹھ کِتھہٕ کٔنٕز ووت بگوانو
واوزَن بوأ گنیانہٕ دزاہرٕ وُچھانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
مندچھِ چھنہٕ کینٛہہ وٕنتھ زانانہٕ
مٔون[1] ژِ[2] ترٛ کارزَن چھےٚ وُچھانو
پرٛژھبس کتھ کیا شاہ چھُس نہٕ پھورانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
رادھا تام چھُس توَرے پرٛژھانہٕ
وارٕ چھکھ ماتا سوکھ سانو
مُرژھایہِ ہند برٛم آسس کاسانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

---

[1] مٔون گودیوارٕ — [2] ژٕترٛ کار۔ مُرژٕ بناون وول۔ تصویر بناون وول۔ (کلا)

پۆژھن زِ پیٛارِ یُژھِ پژھِ کیا پزانہٕ
گۆھن زِ پژسن ستہٕ ساو دانو
پُژھی سُند مِہما چھُ وید یُژ وَنانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
رادھا چھےٚ گوٗری کورِ راژٕ دار واتانہٕ
از لتس چھےٚ مازرَتھ پزانو
دوٚدٕے یوت گوٗری کورِ چھٔنہٕ روژلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
پژھِ پاٗٹھی پریم زِ آسن پالانہٕ
بیٚیہٕ نیٚس سُہ یُژ ٹوٗٹھ آسانو
پژھِ کنٔز سُہ پَژھ یُژپھل پراوٕ ناولنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
کولہٕ مولہٕ یۆ دوَے سُہ نیونَژ آسہِ آسانہٕ
وَژھِ دارِ پَژھ آسہِ اَژانو[1]
خلنہٕ داردٟن روزٕنس چھُ تی پَز لنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
تِمہٕ کتھہ باوٕنس یِمہٕ بروٗنٹھ وَنانہٕ
ؤلی ؤلی بوزٕ ناوانو
پریم چھُس اِیمانہٕ نِشہِ موکلاولنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

---

[1] وُزٕ دارِ پُژھِ آسہِ اَژانو (گ-پ)

سارِنے ہِنْدِ سارِنے ہِنْدِ آسانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
ییٚژھ پۆژھ کوٗنژھا مےٚ ییٚلہِ آسہِ زانانہٕ
تیٚلہِ پژاوِ گیٛان بڈِ وِگنیانو
مۆشراوِتھ زاٗژ گٹُرک زِ اوٚملنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
راژِ دارَن مَنز راژِ چھُس بو آسانہٕ
گورٕبن نِشہِ گوٗر آسانہٕ
یُس یُتھ مانہِ تَس تیُتھ چھُنس زانانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
رادھا چھَ دوٗرِ آٔمژ تہٕ یُژ تھکانہٕ
گوٗری کورِ دود زِ چھُس پژیانو
پۆژھ ملیہِ کونہٕ چھکھ ڈیٚر کرناونہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
کتھ کتہِ گۆژھ بکار یِونہٕ
مایا سیہِ انت چھا آسانو
مایا چھا دوہ آسکھ موکلانہٕ
ژٕبتھ وِبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
بوٗزِتھ رِکھمن گرِ چھُس زونہٕ
سوٗدامس زَن سُہ بگوانو

بگوان ہتھ کیا بہٕ آیہٕ سے پأنی پانہٕ
کور کھیترٕ پٕٹھ میانہٕ روزانو
دوہ تارٕ بوٗز چأنی ژے چھس پٔشرانہ
ژٕہتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

# رٕکھمنی چھےٚ ہرشس گرٕشھان

رٕکھمنہٕ چھنہٕ منہٕ کینہٕ پٔژھ یولنہٕ[۱]
وُنی اوس میانہٕ گرٕ نیرانو
ساد زأنی نٔس رادھکا چھم مٔشرلنہٕ
ژٕہتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
ہرٕ دیس پاد ہتھ آٔسس ملانہٕ
رادھکایہٕ بروٗنٹھ نیر سُہ دپانو
گرٕہست باو چھےٚ شاسترٕ کھارنہٕ
ژٕہتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
وٕنی وٕنی رادھکایہٕ ہُنٛد چھنہٕ ویٚژلنہٕ
تانی چھس بگوان اَسانو
دوٗرٕ لیٚٹھہٕ گُس چھُ مے روٗس آسانہٕ
ژٕہتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
چھنہٕ کانہہ جایا مے روٗس آسانہٕ
زانٔن پٔژن چھُنہٕ آسانو

---

۱ ... ہتھ بندس چھُ ماسٹر جی نٔس نسخس منٛز دون سطرن ہنٛد پھیرٕ۔ گوڈنچ سطر چھہٕ اَکہٕ بندٕ منٛزٕ تہٕ باقی بیٚیہٕ منٛز

وُزِ ناوِنس بیٚاکھ ہیتھ چھُس یوانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
لو ہٮ۪تی پمپوش تام اَتھہٕ لاگانہٕ
شُٔبنم پتھر اوس ورشانو
موکھتہٕ پھٕلی زَن تہٕ تتہٕ پھُٹے پھسانہٕ
پرٕشنس چھنہٕ کرٕشنس گُن ٹھہرانہٕ
پرٕژھنہ پُژھ چھنہٕ بزٕژانو
پیٚرٕژھ پٕژھِ یندرے رٕژھ چھہِ ٹلُانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
انتریاٗمی بگوان زانانہٕ
پمپوشہِ لوچن[1] کھولانو
پرٕسن تہٕ ارژن[1] کتھہٕ چھُس کرانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
کھورن پھُٹ یام ڈٕیٹھنس پھسانہٕ
یُٔژ اَس کھورَن تہٕ کھوژانو
مُٔژ زَن تہٕ گوڈٕیشتھ گرٕژ گرٕژھانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
درشنہٕ سو رٕ کھمن منہٕ لَس سرانہٕ
آش ژرٕکنی چھُس پرژھانو
پیٚادَن[1] چھہٕ پادَن پھٹے کھسانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

---

[1] اُچھ ۔ [2] یُژ زا ۔ [3] پیدل پکَن والین ۔

لولہٕ پان وندٕ نستہٕ ٹاچھہٕ کتھہٕ کرانہٕ
ژ بتھ وبر شہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
یتھِ باو بگوان یژ سند ونانہٕ
تَو ساسہٕ گن اَس پالانو
پانہٕ وأنی ہیٚنہٕ ہیٚنہٕ ہیبزنہٕ باولنہٕ
ژ بتھ وبر شہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
پھیٚأرِتھ تہٕ کأرِتھ دود شہلاوانہٕ
رادھایہٕ پرٚیمہٕ پانہٕ چاوانو
تُرن تہٕ توٚت توٚت تام اَس ژینانہٕ
ژ بتھ وبر شہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
بگوان رادھلیہٕ ستی کیٚا ڈیچھانہٕ
شوٚنگمُت سُہ تتہٕ کوٚت واتانو
تی سُری سُری سورپنے ڈلانہٕ
ژ بتھ وبر شہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
تی سرِکرنس منہٕ اَس یژھلنہٕ
تمہٕ لِتھ تہٕ دودتس چاوانو
توٚت توٚت واژ ییتہٕ بگوان ساویانہٕ
ژ بتھ وبر شہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
سُہ ییٚمہٕ لرِ سوومُت سُہ تمہٕ لرِ ڈیچھانہٕ
اَتھن زِپاد چھس للہٕ وانو

بھکھتی میأنی میانہٕ موکھہٕ سوکھہٕ روزانہٕ
پانہٕ چھہٕ دانہٕ کھل سمبرانو
میانے پُڑھ سور ویۄہار کرانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
مےٚ ویٚشہٕ راتھ دوہ یم تہٕ چھہٕ برانہٕ
تہنٛدٕ ے بوتہٕ چھُس آسانو
میوٚن چون تتہٕ چھُنہٕ نتہٕ کیٚنہ وبانو
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
چھُنہٕ میانہٕ اے شوری تمہٕ نٕے زینانہٕ
پُشرِتھ چھہٕ پان مے روزانو
دوٚشہٕ روٚس روٗزِتھ مے کیٚا چھ پراونہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
بوٗزتھ چھہٕ رِکھمن شیٖن زَن گلانہٕ
سٔدرس تار چھِنہٕ لبانو
آوٕ لنہٕ اُلجِرٕ تہٕ اُرِزناوِ پیرانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
رادھا کرٛشنس چھَہٕ یُڑ ٹاٹھ آسانہٕ
دوٚ گنیر نہٕ کُنہٕ تتہٕ وبرانو
تتھ ہرٛ دیس کرٛشنہٕ پادرِتھ موژانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

لرِ منز شۆنگمت ژلرِچھکھنہٕ پھیرلنہٕ
گرِ گرِ ژِ گرڈس کھتا
ہتھ گرِ کوٕ کھور چھی پھلانہٕ
ژہتھ وہرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

بگوانٕی دۆپنس چھِ کھور میأنی یژھلنہٕ
رادھا ہژ دیس منز بسانو
مےٚ تہٕ چھنہٕ لتس رۆس پادسوکھہٕ روزلنہٕ
ژہتھ وہرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

تتہٕ دوٕدٕ ستی تتہٕ پاد میأنی دزلنہٕ
آمہٕ تاوٕ آم کھۆر پھسانو
پامہٕ چانہٕ وُنہٕ کیٛا چھم منہٕ بسانہٕ
ژہتھ وہرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

مےٚ رۆس رادھاپانہٕ چھنہٕ روزلنہٕ
مےٚ ویٚشہِ دیٛان چھُس نہٕ ٹھہرانو
مےٚ کیا چھُ بس تَس بادنا کرانہٕ
ژہتھ وہرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

گۆری شُر گۆری کورہن ستی پرلنہٕ
راژٕ کورِ رازَن چھَ داتانو
سمسارٕ منزٕ سأری پَزتےٚ پالانہٕ
ژہتھ وہرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

ویری تیری کوئی نہ ہووے
پیاری تاڑی اور
ہمسا کمسا مارا تارا
پریم نے سودام
گوکل میں شری کرشن ہواہو
اجودھیا میں رام
اپنا اپنا کرموں کا پھل
مائی ایک دو بھائی
لیلا ویلا وبھیشن کو
راونہ کو لیلام
گوکل میں شری کرشن ہواہو
اجودھیا میں رام
رادھا آرد نکو آیا
بندرابن میں راس راچایو
نام پیو گوپال
بوگی ہوسب بوگان بوگی
بوگی ہو نشکام
گوکل میں شری کرشن ہواہو
اجودھیا میں رام
جگت کریو بادا

پاد ہتھ اَتھِ پان یاد چھِنہٕ روزلنہٕ
ناد بند یوٗگہٕ دیان سُمرانو
بگوت بھگتی چھِس بڈ بھگتی کرانہٕ
ژہتھ وبر شہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
سومنہٕ بگوان چھُس تورِ وَنانہٕ
درمہٕ وہ پدایش وید ویدانو
کرمہٕ دان لوٗکھ چھِنہٕ درمہٕ نِش ڈلانہٕ
ژہتھ وبر شہِ دپتہٕ ملنہٕ بگوانو

## ماتارِ کھمن چھےٚ وہ پدایش بوٗزتھ دآرین

ماتا رِ کھمن چھےٚ وہ پدایش بوٗزلنہٕ
پانہٕ چھِنہٕ اَدِ کُنہِ روزانو
پھیرتھ چھےٚ پژاوِنچ استوتھ دَنانہٕ
ژہتھ وبر شہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

## ماتارِ کھمن چھےٚ بگھوان سِندی گون گیوانو

## لیلا

روٗپ تمہارا اچھا پہچانا
بج بن کچھ ناکام
گوکل میں شری کرشن ہوا ہو
اجودھیا میں رام

گوکل میں شری کرشن ہواہو
اجودھیا میں رام
تریلوکی کا راج لبو نگا
لکھمی اور سب چیز
شیام سندر بن کچھ ناہے
رام بنا آرام
گوکل میں شری کرشن ہواہو
اجودھیا میں رام
تم برہما تم وشنو مہیشر
تم نارد پرہلاد
پرش مکھی اوم گاتیری تم
پرنو[1] ان کو پرنام
گوکل میں شری کرشن ہواہو
اجودھیا میں رام
باپ ہمارا کرشن ہواہو
پتا تمہارا نند
آپس میں کیا پہنچوں گاہم
آپ کرو در دام
گوکل میں شری کرشن ہواہو
اجودھیا میں رام

---

[1] اوم کار۔

جنم جنماں کا پاپ نِوارو[1]

جاپ جپو سری رام

گوکل میں شری کرشن ہواہو

اجودھیا میں رام

لاج رکھو تم دروپدی کا

جیو ہو کے راج

دریودھن بو بو دھی ناہی

نقش پڑو پر خام

گوکل میں شری کرشن ہواہو

اجودھیا میں رام

جال جگت میں من مانکہ ہے

بلبل ماتہ نہ مان

رام کل کا نام بسرایو

کاش کرو بشرام

گوکل میں شری کرشن ہواہو

اجودھیا میں رام

موہہ[2] نندرا سے کون جگاوے

تم ہو چندرمہ بان

شرناگتہ وت سلہ شرنن تم

چرنن سے رکھ مام

---

[1] دُور کرو۔دُور کرُن۔کلاَ۔[2] جہالت/گیان۔

ماتا رٕکھمنی مےٚ سنتوشٹ روزلنہٕ -
ونس یتہٕ رادھکا کانچھانو
گرٕی نم مےٚ اَنہٕ گژیہہ گرٕ چھم نہٕ یولنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِیتہٕ ملنہٕ بگوانو
پرمانند دۆشہِ رۆس گو تہٕ توشلنہٕ
دوشوٕنی باونایہ ارژانو
اَرژر زَنمہٕ یِنہٕ گوٚھنگ موکلانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِیتہٕ ملنہٕ بگوانو

## بگھوان سندٕ بن رنگن ہنز وَکھنے

یٔژکال رادِھکا چھےٚ دارِ کلیہٕ بسانہٕ
کرٛشنٕنے پاد ہرٛ دِ سیوانو
تم پاد یم سرٕو دوپادٕ[1] کاسلنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِیتہٕ ملنہٕ بگوانو
کرٛشنس رۆس کیٛا کوٗنہہ تہٕ چھس نہٕ ڈیشلنہٕ
دارس منز نہٕ پان کھٹانو
یوٗگین دژینٹھ یُس ہرٛ دِ چھکھ یولنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِیتہٕ ملنہٕ بگوانو
یَس کأنسہِ بگوان پان آسہِ ہاولنہٕ
سارگی نین گوڑٕ دِوانو

---

۱ دوکھ تہٕ دأدی بیترٕ -

پرمانند تم شر نا ہوکے
برم بیو کر دۆر
دھرم دیا کا نام راکھو
نارَکھ چھوڑے کام
گوکل میں شری کرٚشن ہواہو
اجودھیا میں رام

## گتھ

رِکھمن موکھت گَیہِ آنند پڑاولنہٕ
پرمانند اُس منگانو
سُے پرمانند وونہٕ اُس لبانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
بھکھتہٕ ہٕرٚ یُرٚ ہرٚ پانس کرانہٕ
پانے پانس ژھارانو
واُراگ ژھاران تہٕ ودیک لبانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
ژرنو[1] دک سالہِ گرٚ اُمک ہیٚولنہٕ
لِکھی ہٕنٛدِ پُرٚ ھ چوانو
کرٚشنہٕ پاد ہیٚنس امرٕتھ پیوٚلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

---

[1] ژرنودک۔ کھورن ہُند آب۔ ژرنامرٚت شالہِ گرٚ امس پۆ زاگرِتھ چھِ یہٕنٛدی تُسنٛد امرٕت چورن یہِ چھُ پِوترٚ مانہٕ یوان (کلاّ)

وبژارِ نبترو چھِ سنموکھ وُچھانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
یاد آم رادھا چھےٚ اشنان کرانہٕ
باونایہِ یوسہٕ چھن لبانو
بڈی بڈی چھِ تمہٕ یوٗگہٕ مایایہِ مہانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
گنگا زنتہٕ شِو جٹایہِ نیرانہٕ
کنہٕ زن کنہٕ شژان کرانو
منہِ مَل منہٕ لَس کیشہٕ چھٕنہٕ ڈیشانہٕ[1]
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
پڑی پاٹھی یُس بگوانس چھُ مند چھانہٕ
سنموکھ روٗزِتھ سُہ وُچھانو
دِتی ءتی نین تم نہٕ لیس چھِ پان کھٹانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
ڈیشن سُہ بگوان رادھایہِ چھٕنہٕ دیانہٕ
تُسندُے موٗت تتہٕ سُے متانو
سُے ڈیشن اوس سُے اوس وَنانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
ژندن گن زَن رادھایہِ ہُند پانہٕ
کیشو ژھچھ تتہٕ تھچھ لایانو

---

[1] منہِ تل منہٕ تَس تتہٕ کیشہٕ چھٕنہٕ روزانہٕ (ماسٹر جی)

پان چھنہٕ رادھا کرٛشنس تہٕ ہاولنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
راٗژ اکہِ اکھ أکِس کیشہ شران کرانہٕ
پنہٕ ڈیشہِ کیشو منٛدٕ چھانو
دیشہ روٗس سارِنٕے نِشہِ یوٗد آسانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
دارِ بَر دارِس تروٗپرِتھ چھِ روزانہٕ
دارِکا ناتھس چھےٚ کھٹانو
سُے پان یُس لَس ارپن کرانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
سمِتھ سانگہِ مایا چھُ ویشنٕے دارانہٕ
یتھاوت چھِس نہٕ زانانو
کھٕژِتھ چھے بیٚہِ پھٕٹِتھ نیرانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
بگوان بگھوت گیتا گیت پانہٕ وَنانہٕ
نتہٕ تتہٕ بیٚاکھ کُس آسانو
یمہٕ شچھ أندرِمہٕ نبر زِ پھولنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
شرٛوژِ ویشہِ ریٚشن چھُ نشچے دِوانہٕ
شرٛوَنو¹ تہٕ منو چھِ مانانو

---

¹ کنو۔

یُس وُچھنس لُس تسنہٕ کوٗنہہ وُچھلنہٕ
ژِبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
یَس اَس منڈِ چھن ستہٕ سُے لُس ارژلنہٕ
وونڈِ اَرژن ستہٕ انڈِ روزانو
وونڈِ چھُم ستہٕ انڈِ ونڈ ونڈِ ہا لُس پانہٕ
ژِبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
لوٕ ہٹی پمپوش موکھہٕ اوس ڈیشانہٕ
بوٗمبوٗر کرٛشنہ جُو لاگانو
لُکھمی موکھس لُکھِم سُہ شوٗبانہٕ
ژِبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
بوٗمہِ اَس رامہٕ دوٗنیٛ[1] راکھسن مارلنہٕ
ساس راونہٕ ستہِ راوانو
موٗہنی بِسما سورٕ مارٕ ناولنہٕ
ژِبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
نبٔژرن سِرِ یہِ اتھ کتھن دارلنہٕ
کھبترن چھُ مہما وُزانو
وُچھنس زِ اَشنے دارِ چھس پکلنہٕ
ژِبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
کیشو تلی ییلہِ اَچھ وُسراولنہٕ
کیشو سوٗپن زَن ڈیشانو

---

[1] تیر کمان۔

کیٚشو وُچھنس تہٕ بِچھنس نہٕ کھوژانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
چھلِن زلہٕ کیٚش بوڈ پژآوِتھ شانہٕ
دوشہِ وِنی بٔنیومُت شانو
شانہٕ متٕو متٕو شانہٕ پریشانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
پمپوش موکھبے گُمہٕ چھُس شوٗبانہٕ
تاپہٕ منز روٗد زَن ورشانو
بھکھتی اُسی موٗکھی لبنک وق لَبانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
نبتھ پمپوش پتر پھولانہٕ
کرشنس پوٗزلیہٕ یژھانو
پانہٕ لتس روٗس چھنہٕ اُچھ وُسراونہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
ڈبکہٕ پژوٗن پژ باتس یُس پھولہٕ ناوانہٕ
یوٗگین سُہ پھل کرتھ کرانو
سویم پژکاپچ دارنا دارلنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
پنجہٕ منز ہی لنجہٕ ڈنجہٕ چھنہٕ روزانہٕ
اَسہٕ وِنہِ ہونجہٕ چھُس اَسانو

وَسیتر تہٕ ژھارن اتھِ چھُس نہٕ پولنہٕ
ژ‌‌ٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
کالہٕ مالہٕ روٗس کیٚتھ وژ ینٛتھ چھُنہٕ پولنہٕ
بالہٕ گوٗپال اوت وُچھانو
تمبہٕ لے ءُژ تہٕ پان لَس پُشراونہٕ
ژ‌‌ٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
داہ دیٚشہِ نِشہِ پان پھیرتھ اناٰنہٕ
چھپنس جاے چھُس نہٕ روانو
دوٗ پنس نہٕ وارِ دیٚشہِ کال روٗس آسانہٕ
ژ‌‌ٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
تتہِ پیٚتہِ منز ژھٹہٕ کھٔٹتھ چھِ روزنہٕ
پیٚتہِ وپہِ تریلوٗکی سانو
پیٚتہِ وژاو سوُرے تہٕ تتہِ کیا چھُ وپانہٕ
ژ‌‌ٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
لَے گَے یہِ سرِ یَس زوٗن چھُنہٕ باسنہٕ
ماوٕسہِ[1] ما آسہِ آسانو
دہن روٗز ژوٗرِ ہاتھ کرٛشنس کھسانہٕ
ژ‌‌ٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
ژوٗر گو یُس آسہِ ژوٗرِ کیٚتھ زِونہٕ
ژِھپہِ آسہِ نتہٕ کوٗنہہ روزانو

---

[1] ماوٕسہِ دوہ چھُنہٕ ژندر آسمانس پیٚتھ آسان۔ اوٕ کِنی چھُنہٕ سُہ بوزنہٕ یوان۔ (کلاّ)

سرِپھۍ ہٕندی پأڑھی لز لاٹھ آس دِولنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
اَبرن ژھارنس جاے چھس نہٕ روزلنہٕ
پُھوکھ دِتھ ژھبتہٕ دٕپ کرانو
تیزس سو گٹہِ ہٕندی بۄشن پأرلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
گاٹُل سُہ بگوان گاٹہٕ چھُس نہٕ پۄولنہٕ
کھورٕ شبدٕ شیشہِ ناگ انانو
اَتھہٕ ہٕتھ رٕتن سُہ یُژ پرٛکاش ولنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
آبرن ہِتھ کتہٕ کھٕٹِتھ تھاولنہٕ
بگوان چھُ لتس اتھہِ یِوانو
وَتہِ رأوی ہٕتبن چھُ سُے وَتھ ہاولنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
ژۄرن سُہ گٹہِ ہُند بل کیٛا چھُ دِولنہٕ
ژۄرن سُہ دیٛو لون آسانو
دۄرن چھِ لُکھ ژۄر دۄرِ چھُتہٕ روزلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
رتن ڈیشِتھ اَتھن چھِ مۄرلنہٕ
کتھن گَن کۄنہہ نہٕ تھاوانو

سوے آس بوزان نتہٕ کیٛا یو زلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
باکھاِ نا کہو باکھا چھُ وَنانہٕ
پرمانند ہِسندِ وَنہٕ وانو
پرٛسند روٗزِتھ انگتریہہ نگانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو



## لیلا

بج گووینده نام بج گووینده نام
اور کیا کام، بج گووینده نام
اس پانی کا سواد پاوے ست گور کا پرساد
ست گور کا پرٛساد پاوے کوئی ہووے ساد
کایا لے کر مایا چھوڑی یہ لوری او پاد
مانے سچ پیغام بج گووینده نام
کر کرنا کرنا کرکی کر کرنا نکانا چھوڑ
من مانی سے نامن لاوٗ ابھیمانی سے موڑ
پیر پیار واکھیاں بیٹو ہاتھ اٹھاکر جوڑ
سنتوں کی پرٛنام بج گووینده نام
براہم وِڈیا سے براہم پہچانو یوٗں اٹھاوے بڑم
ناہو کُل گو ترکانی نادرن اور آشرم

چھاوَن دگ زِ لۆکھ چھی دپانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
لیس روٚس چھنہٕ کینٛہ یہٕ تس آس سورانہٕ
اوس کُس تس پان کھٹانو
بوٚز روٚس[1] وُیرٛ[2] روٚس سز چھنہٕ آسانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
روٗ دمُت نہٕ رادھایہٕ لرِ نیب نشانہٕ
روٗ دمُت کُنے یُس چھُ روزانو
سُے بگوان تس پاٛنٛی پانہٕ ونانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
گل سُن گوٚل سون زنتہٕ نار نیرانہٕ
ژامہٕ رنگہٕ پامہٕ چھُس نہٕ روزانو
تاوَن ژلہٕ وونہٕ چی تھاٛج تاولنہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
یوسہٕ کُنہٕ چھنہٕ تس چھُ وو پدیش کرانہٕ
روٗ زِہتو نہٕ کُنہٕ کنہٕ بوزانو
کنٛن زِ موکھتہٕ کنہٕ تی آس لاگانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
کرٛیہٕ مان کرمہٕ چھُ پرٛیہٕ مانہٕ ونانہٕ
بٔییہٕ بٔییہٕ روز روز بوزانو

---

[1] عقلہٕ بغار۔ [2] خیالہٕ بغار۔

شیستی کون اور پتھر بناوے رکھی کون اور چور
کر رکھ سونا یاترام، بج گووِندہ نام
دہ پِتا اور گور کا کوئی چھوٹی ہوکے پران
بھائی نو سنبھالے ناہی کون چڑھاوے ہان
گنڈی بوری بات آکھی ہووے سو ابھِمان
جن دا پی سودام، بج گووِندہ نام
ممتا سے سب کوئی آکے یہ پتریہ دِہ
ساتھ کوئی ناہی آوے پاتھ ہووے دہے دہ
کیا چاچا کیا مام، بج گووِندہ نام
گور کرمو اجندی موو جاگت سوہم سو
ہنس ہنس کے نس اس غارت سے آکھت نارد جو
ست گور امرت پان پلاوے ناغم کر نارو
جھوٹی جگت وِیشام۔ بج گووِندہ نام
پرمانند کی پھل پھل پاوے نشکل ہو نشچل
اسی سمادی وادے پاوے بھگوان کو اٹل
اپنے انتا کون کو لے کر موں سے نرمل
اپنا کر وِشرام، بج گووِندہ نام



پر یہ جس کا شوبہ سروپ اس کا سب کر ما نکا برہم
نا پاو. نہ پرنام ، بج گووینده نام
نار ہنی پر آس کر کے سوتا ہوکے جاگ
تریلوکی کا گرہن یہی ہے سب اپنی کو یو تیاگ
اپنی پڑانوں سے بھی بھاگو ہووینگے دِن بھاگ
ایسا پڑانا یام، بج گووینده نام
نام رکھونگا میں محنت کر پر مزدوری نہ مانگ
سانگی شری گوپال جانو تریلوکی کا سانگ
آپی ینا آپی دنیا آپی آنا مانگ
نامانگنہ اب دام ، بج گووینده نام
چاروں سے چھٹر چاروں ورنوں کو لیوست وبڑا ار
آپی پروہت آپی ججمان آپی سیوا کار
جوگ جپا سے اپنی بیڑی آپ لنگا دو پار
پایو بہت انعام، بج گووینده نام
کھاؤ پیو سوؤ جاگو اوجاؤ پیار
لاؤ پاؤ راتر دن میں کر لو سب ویوہار
پرجانو اس کو مانو اس کو سونپو بارم بار
جوہے جگ میں رام، بج گووینده نام
من مت مار و مطبل پاؤ مت بولیں گے اور
گیان ہوکھ جنماں پاؤو کیا ظلم جور

کُنہِ نالہِ دوشوٚے موکھ اُسی ہاولنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

پڑیہِ وٕنی کتھ چھنہٕ رٕتبن تہٕ میلانہٕ
شوب کرمہٕ کرٕیہِ ستیٚ پڑاوانو

لوٕبہٕ کھیٚوٕبہٕ روٚس پاٚنی پانس لبانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

بوٚمبوٗر بوٗزمُت ہیہِ منز روزانہٕ
ہیہِ منز بوٚمبرس نہٕ ویٚژانو

رادھا کرٕشنس بیٚیہِ منز اژانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

موٗنہِ منز باغن موٗنہِ پھٔلی چھِ وُچھانہٕ
پھوٚل چھُ موٗنہِ نالہِ متہٕ رٹانو

پڑیچ کتھ چھِنہٕ دوٗن اکھ مُچھانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

دِیے گلیچ کتھ ارتھس چھِ وَنانہٕ
گرتھس آکاش پوانو

گٹے زِ گٹہٕ آکاشس نہٕ آسانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

رادھا کرٕشنس چھےٚ پھیرِتھ وَنانہٕ
شرٕونک منن سمجاوانو

# بگھوانہٕ سٕند بٔن روٗپن ہٕنز وکھنے

بگوان بۆیہِ منٛز گٔن اوس دِوانہٕ
وَنٕس پڑیمہٕ شری بگوانو
سٕنٛز سٕنٛز سن شِلہٕ واسنہٕ دِوانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ویٔشنہٕ مایایے آدانت ژٕ پڑاوانہٕ
ساد سنت زٔنمہٕ زنمہٕ یڑھانو
وَنن نہٕ تتہِ کیٛشہ وُنٛن بنانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
کرٛشنہٕ جُو ویٔشنہٕ مایایہِ سَتیٚ رنبانہٕ
پانٕس چھُ پانہٕ تمبلاوانو
گُنٛزُک سِر چھُنہٕ وۄپرن باوانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
تٕمیٛ کٔرہٕژ جاے ہٕژ دیٚس مے آسانہٕ
سُے سورُے چھُے ونہٕ وانو
وَنہٕ کس لَس روٚس وَنہٕ کس یِوانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
نبتھ بٔنٛرکی زِ آس وٕستر پڑاوانہٕ
بتہٕ زِ بیہٕ زِ کرٛشنس پڑیانو

ماتایہِ سنتان منگنس سُہ ٹوٹھلنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

ویٚشنہِ مایا چھَنہٕ وَنس پوٗلنہٕ
لۄکھ تنہٕ منہٕ چھس ژھارانو

ویٚشنے چھُ مایا نیرِ ییٚلہِ زنانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

بڑٕ ہما تہِ چھُنہٕ ژور وید ہبتھ پوشانہٕ
تیُتھ لتس یُتھ تُس یَژھانو

شیشہِ ناگ ساس زبو ہبتھ تہِ کوٚل گرٕ ھلنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

وِدس[1] چھُ تُسنٛدُ ے انہٕ گرٕ یہہ واتانہٕ
وآنیو لتس وَنہٕ ناوانو

مایا وٕنی وَنہِ چھُنہٕ پوٗلنہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

نارد جُو چھُ ابید بھکھتی کرلنہٕ
شوکدیو دیو لتس مانانو

دتا تری لتس شِو شِو بولانہٕ
ژٕبتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

مرٕژھ روٗپ دآرِتھ تہِ مرٕژھ زور ہاولنہٕ
شنکھا سورپے گالانو

---

۱ زانن وآلِس ۔عآلِمَس/ وبد وانس۔کلاّ۔

انگیکار ووپدیشس پڑانہٕ
ژٕتھ وِمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
ہؠندی زیٖوِ پرمانند بولانہٕ
سٔنٛدیہہ[1] نہٕ کیٛنہٕ تتہِ روزانو
ؤندی ؤندی مکندُس کرانہٕ
ژٕتھ وِمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
وٕلتھ وٕلتھ کرٕتہِ کرٕتا تھ روزانہٕ
مُہہِ اُگنہِ نِشہِ شانت روزانو
ڈیشِ ڈیشِ ویٚشنہِ مایایہِ نہٕ انت یِوانہٕ
ژٕتھ وِمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
لے گٔے یہِ نرٕبے[2] پڑاوِتھ وِگنیانہٕ
دوٚگنہٕ چھِنہٕ کُنہِ زانو
دوٚگنیس شانہٕ پانہٕ پانس ڈیشانہٕ
ژٕتھ وِمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
پانہٕ نہٕ کُنہِ کیٛنہٕ زانس تہِ بگوانہٕ
سمشٔے سومنہٕ لتس کاسانو
نٕلشچے سو آتما ساکھشیات زانانہٕ
ژٕتھ وِمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
نٕلتھہٕ پرمانند سوکھہٕ چھے پڑاوانہٕ
پرمانند یوٚد چھُ کانچھانو

---

[1] شکھ۔ [2] بےخوف۔

گارگی دَیا کرتہٕ ہی دَیاولنہٕ
ژٕ بتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
کرمہٕ لون نۆو وتہٕ پرٛون چھُم لونہٕ ناولنہٕ
بۆن آستھ تہٕ وَدٕ ناوانو
پوٕ ڈۆلمُت توٕ پتہٕ برٛونٹھہٕ کرلنہٕ
ژٕ بتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
ترٕ گونہٕ مے ژٕے سو گونہٕ آسانہٕ
گونہٕ رۆس بونہٕ کیشہ زانانو
یئندرَ ے سوکھہٕ چھِنہٕ نئیندرے وُزلنہٕ
ژٕ بتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
اہنکار بڑٕ گٹہٕ کار والانہٕ
آکاشہِ پاتال والانو
مؤہن چھُ مُہہٕ مولہٕ ملہٕ ولنہٕ دۆکانہٕ
ژٕ بتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
رکھہِ پال میون شری کرشنہٕ بگوانہٕ
پیتا تہٕ گور تہٕ ژٕے آسانو
کرشنہٕ کرشنہٕ رادھاتہٕ ژٕے بولہٕ ناولنہٕ
ژٕ بتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
پٹنی استوتھ مےٗ ژٕے کرناولنہٕ
پرٛیہ بئیہ بئیہ وَنہٕ ناوانو

کرٛمہٕ رٕپہٕ سدرٕ منز رتن کھارانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

وراہ رٕپہٕ ہر نیاکش مارانہٕ
نرسِمہٕ رٕپہٕ پرٛہلاد توتانو

دامنہٕ بلہِ دانوس دان منگانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

بھارگو[1] رامہٕ رٕپہٕ کھشترٕبن کترانہٕ
رام راونس داس کرانو

وِبھیشن لنکایہِ ہُند راج لبانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

کامہٕ دیو شامہٕ رٕپہٕ کرٛشنہٕ جُو دارانہٕ
زگتس گٹہٕ گاش انانو

راکھسن گالانہٕ زأنی ین بوٗگانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

یُس زِ یُتھ سے تِیُتھ یرٛھِ پرٛھِ پرٛاوانہٕ
دِ ے نہٕ زِ منہٕ کُنہِ باسانو

بے ژَے ارپن تہٕ ژٕ ے میون آسانہٕ
ژھتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

بودِھ رٕپہٕ سالگرٛام سماد لاگانہٕ
شرٛدایہِ سبد تہٕ ساد پوٗزانو

---

۱؎ پورشہِ رام۔

سنکلپھ ستۍ میٚون من آو گیٚلانہٕ
کونہٕ چھکھ ژٕ سنکلپھ دارانو
ہوٚرِ چ چھےٚ کتھ ہوٚری ہوٚری یژراولنہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
سویم وٚرچے دکھنایہٕ پژارلنہٕ
سویم ترتھہٕ تن ناوانو
سُہ یمہٕ بیٚیہٕ دوٗر آسم گرژھانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
پرمانند پرمہٕ آنند پژاولنہٕ
سوٗ رمُت ہنہٕ ہنہٕ اَرمانو
رادھا ماتا تہٕ بب کرٛشنہٕ بگولنہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
راژِ ریوٚش تہٕ اوتار کرٛشنہٕ جوٗ آسانہٕ
زاٗنی زاٗنی ازان یہ لاگانو
پژیمک مَس بڈٕ چکہٕ چاوِ چوانہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
پژانُن چھُ دِرمس پراٗنی چھنہٕ پاٗری زانہٕ
کالَس چھِ اوبدیایہٕ پژارانو
زاٗنتھ تہٕ ووپرس پانٕ آپراولنہٕ
ژٕتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

مد مُہہ مایایہِ ہِندِ والہِ ناوانہِ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو

نامہِ سُمرنہِ چانہِ پرٛشندیو روزانہِ[1]
دَنہِ دِیار میانٛی تے ژٕ بخشانو

سوے لکھی می دِتہِ مےٚ لکھی می وانہِ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو

پتو چھِ دَنہِ دیار ترٛاوِتھ ژلانہِ
دن[2] باگہِ تس یَس نہٕ آسانو

نہ آسنٕ جان ییٚنہِ سور روزانہِ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو

سنتوشہِ وژتھ دِم چھِہم نو نِدانہِ[3]
ترٛ پھنتھ کرمےٚ ست سۆ روٗپہ گیانو

یتھاوَت بو آہا ڈیشانہِ
ژٕتھ[4] وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو

برٛہمن بو سرس کیٚت کرِتھ دانہِ
اپیٚا گتھ چھُس منگانو
منٛگی تِس برٛہمنس چھکھنہِ موکلاوانہِ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہِ بگوانو

---

[1] یہ بند چھُ ییمہِ آیہ ماسٹر جیٖن لیوٗکھمت:

دَنہِ دیار پتو ترٛاوِتھ ژلانہِ — دن باگہِ تس یَس نہٕ آسانو
سنتوشہِ ورتھ دِم چھِہم نو نِدانہِ — ژٕتھ وبرشہ دِپتہِ مانہِ بگوانو

ییمہِ بندچ ترٛیم سطر چھےٚ امہِ پتہِ دوٚیمہِ بندٕ منز ینہٕ آمژ۔ [2] خوش قسمت۔ [3] دٕن۔ بچۆر۔ [4] نوخزانہِ

کِپل دپو پے گرِبھس پولنہٕ
دپوکی سو دپو ہوٗتی آسانو
بوٗ زمُت سٕہ ووپدیش یاد چھُسنہٕ روزلنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
زیوٚ میٛانہِ شبدس پرٕھ چھکھنہٕ بڈٲنہٕ
زامُت بو زونمُت سنتانو
تِمو ے بو موٚنگمُت زٕنمس پولنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
مأےلس تہٕ ماجہِ پرٕیہِ موکلاوِ سنتانہٕ
دیپد واد سوٗرے چھِہ مانانو
یوٚ دوَ ے مےٚ دیپد چھُنہٕ کینہٕ تہٕ بید کھارلنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
مُرِ یاد وٚیاد سمسارٕچ پرٕزلنہٕ
آدانتہٕ[1] یِی آیہِ کرانو
چأنی وآنی ریٚشہِ دوشوَ ے بوزہلنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
توٚ گو نارد رازٕ دار واتانہٕ
بیٛیہِ وسُدیو دپوکیہِ سانو
ریٚوش ڈیشتھ تہٕ یٔژ ہرشس گوھلنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

---

[1] گوڈٕ پیٹھہٕ اندس تانی ۔ کلاؔ

دوہہِ اکہِ نارد ریٚشِس چھُ وَنانہٕ
زبہٕ کی رہن چھِم مےٚ روزانو
دیوکی وسُدیو چھِنہٕ گھ پڑاوانہٕ
ژہتھ وہرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
بگوان پنہٕ نُے سنتان زانانہٕ
وو پالیس چھِنہٕ وارتانو
پانس روٗس چھِنہٕ پانس پلزانہٕ
ژہتھ وہرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
زگہِ چھُس بہٕ یوگہِ یوگہِ اوتار دارانہٕ
لوٗکن تہٕ چھُس تارٕ تارانو
تو بوٕ سرٕ یوٕ کیٛا چھِنہٕ پھٹانہٕ
ژہتھ وہرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
بھاگھتیٚن وو پکارٕ پُرٛدِ چھُس زبوانہٕ
کوچھِ لوکٹِس چھِ مےٚ رچھانو
رچھنچہِ مایہِ چھِم پوٗترس مانانہٕ
ژہتھ وہرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
گربھس زامُت تہٕ گربھس گرشھانہٕ
ہرٕ مُشرتھ گرٕ بسانو
زبہٕ مرنک چھکھنہٕ ہرش[۱] شوٗک روزانہٕ
ژہتھ وہرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

---

۱ خوشی تہٕ دوکھ۔

وارِ یُس کتھ بوزِ آسہِ گتھ پڑاولنہٕ
تتھ ستھ ارتھس تتہِ واتانو
برہمن سو آتما یُس پرزِ ناولنہٕ
ژہتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
زرگیژ مایا گالہِ پانس سانہٕ
مُہہٕ لوٗب کروٗد کام ترٛاوانو
ترٛاولنہٕ راولنہٕ اتھہِ آسہِ پولنہٕ
ژہتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
بگوان تیُتھ زانہِ یُتھ آسہِ وَنانہٕ
ہبتھ گرٛھہِ ہپتہِ کار پھیرانو
ژودہن بوَنَن مول تتہِ نیرانہٕ
ژہتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
کرٛشنہٕ جُو زونمُت زامُت سنتانہٕ
سُے برٛم اَچھ چھُو ترہ پانو
کمہٕ اَچھ یمہٕ سُہ درشُن ڈیشانہٕ
ژہتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
سُے ابھمان گوٚوِ کونہٕ چھُو ترٛاولنہٕ
ترٛاونہٕ تمکے زِ پڑاوانو
تت ست سوزوٗپ لیس چھِ سارِی ژھارانہٕ
ژہتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

پادَن تل چھِس شیر وتھراونہٕ
سادَن ژٕ ست گور آسانو
دیاونہٕ کتہِ پٹھ چھُکھ ژٕ واتانہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
دوٗ پنکھ مےٚ پنٕس تار چھُنہٕ آسانہٕ
رازٕ چھِوٕ توٚہۍ تہِ بٔڑۍ باگِوانو
باگِوان گرِ زامُت چھِوٕ سنتانہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
پانہٕ کھوتہٕ ٹوٗٹھ توٕ لوٗکن آسانہٕ
سنتن سٕنٛز یاسن چھُھ پالانو
موکلاوِ تس یَس چھُھ انگرٛیٚہہ کرلنہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
ستھ واکھ وَنٕس تی پانہٕ مانانہٕ
کوٗنہہ کأنسہِ رِکتھہٕ پأٹھۍ واتانو
میٚون چون پرٛکرٕژ سوباو آسانہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
پانہٕ گیانس سانٛکھس چھُھ پرٕز ناونہٕ
بیٚپیس بیٚاکھ چھُنہٕ ؛ تارانو
ساکھ سےٚ ہردِ آسی تن ٹوٗٹھ سنتانہٕ
ژٕتھ وہرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو

ہن ہن سۄرِتھ رہت چھس پڑژھلنہٕ
ناردس پاردس زِ مارانو
سُن کر کتھ باتھ سون نارٕ کڈلنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
تار کیٛا چھُ نارٕد کونہٕ چھُکھ ونانہٕ
وَنہِ آمُت کوٚ راوانو
ناردن زون پرژھتھ وَنٔنۍ چھُ پڑملنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
نارُد ونن تمہ دوشوے بوزلنہٕ
دون کُن تہٕ کوٗنہہ رتنہٕ واتانو
تنہٕ منہٕ ہیٚرٕ بونہٕ کتہٕ کن دِولنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
پڑنام کوٚرمُت تہٕ ووٚمُت گنیٛانہٕ
ہُری مُتۍ تہٕ زَن تھرٕ پھولانو
مُری ہتۍ تہٕ زندٕ گاٸتۍ نوٗی نوٕ پڑلنہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
سمسار چھُکھنہٕ وُنہٕ تے بڑم باسنہٕ
سمسکار چھُکھ نہٕ کرانو
وژشٹانت تاٸیٛ پراٸی وارٕنا وَنانہٕ
ژبتھ وبرشہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو

تس رۆس چھنہٕ کۄنہہ دۆگن آسانہٕ
سارِ گونہٕ ژرِ گونہٕ سُہ پچھانو
وُچھان تس کیٛا یَس کیٛا وُچھانہٕ
ژٕتھ وٕمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

بۄزِتھ یہِ آش ژَرمرژھا بنانہٕ
وَنن تہٕ کیٛا ونن تہٕ ونوانو
وأراگہٕ سدٕرس من ڈۄنگہٕ دِوانہٕ
ژٕتھ وٕمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

کتہِ آے کور گُن آسَو گرژھانہٕ
ستۍ آمتۍ تہِ کم چھِ سورانو
اگنیانہٕ گۄہ لِس نیرِ ہَو وُچھانہٕ
ژٕتھ وٕمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

جنگلس راگہٕ کِس وآراگ زالانہٕ
تیٛالہِ بیرِ ہکہٕ ہکہٕ ٹُلانو
راج ترٛ اۆتھ تہِ بٕیہِ روزٕ ہان رازٕ مانہٕ
ژٕتھ وٕمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

ست شبد پتہٕ برۄنٹھ زٕنمس نہٕ سورانہٕ
یُن تَے گرژھُن چھِنہٕ سورانو
چھۆن اَتہٕ گتھ تہٕ گتھ زانہِ چھنہٕ پرٛاوانہٕ
ژٕتھ وٕمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

گُلبن کٹبن زارٕ پارٕے کرلنہٕ
بیٚون بیٚون زِ نوٚن نوٚن وَنانو
زَگہِ ہُند آشو اوٚش دارِ ترٛاولنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
ٕستایہِ ژھاران وبلاپھ[1] کرلنہٕ
آپ ہو کے سنتاپ پرٛاوانو
تیُتھ کیٲزِ یُتھ منہِ سمشے روزلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
شِوس سو سُتی تام آس پرٛژھلنہٕ
بنہِ کیٲ مےٚ ونہِ چھُنہٕ پِوانو
بنہِ بنہِ بوٚر ٕستی پوٚز چھُنہٕ ننانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
ہی شِوٕ کیشوٕ یُس چھُ رام آسانہٕ
وِیدن منز چھِس وکھنانو
سُے چھُ یوٚہے یُس چھُ ٕستایہِ وَدلنہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
شِوٕ چھُس پرٛیہِ کَنٕی بیٚیہِ بیٚیہِ وَنانہٕ
وِیدٕ موکھہٕ یِی کیٲ چھِ بوزانو
یوٚہے چھُ دوٚگُن کوٗنہہ نتہِ چھُنہٕ زانانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

---

[1] دہ کھہٕ کَنٕز وُدن رِوُن۔

منٛگٕے سمشے وُنہِ پھُکھنہٕ ژلانہٕ
گُنٛزُک اہم چھِنہٕ پڑٛاوانو
سنموکھ ڈیشنس وُنہِ زَن ژلانہٕ
ژٕتھ وہمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
سُہ تتہِ بوٚ بیٚیہِ آسی بڈٛی تتہِ لوٗکی آسانہٕ
بوٚز تارزن نہٕ تٔس بوزانو
سُہ تتہِ سُے بہ تتہِ سُے نہٕ زِ آس مانانہٕ
ژٕتھ وہمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
توٚ کٔنٛی نارد جوٗ دڑٛشٹانت انانہٕ
رأمس سُہ وَنواس سوزانو
پاشانڈٕ بڑٛمہٕ یُتھ آسن ڈلانہٕ
ژٕتھ وہمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
گنپتھ آدِ ہٕتھ نارُد چھُ وکھنانہٕ
پڑٛزأ[1] پتی تٔس چھُ توتانو
سُہ ستیٚ ہٕتھ یُس سُہ ہیمالہٕ وسانہٕ
ژٕتھ وہمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
ستا رأوِ نتہٕ آسمٕژ راوانہٕ
رام جی سُہ ونواسہٕ رِوانو
زلس تھلس اوس ہتایہِ ژھارانہٕ.
ژٕتھ وہمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

---

۱ بڑہما۔

دؤ رِ موکھ ہاٚوِتھ تورِ چھُس پرٛژھانہٕ
دیوِیہِ ہاتھ ساتھ جوڑانو
ہی پاروتی تہٕ ستی تہٕ وَنانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ژٕے ماتا چھکھ ترٛے زگتھ تارانہٕ
ءِستا ونہٕ چھم مےٚ راوانو
ڈیٛنٹھتھ ما کُنہٕ گرِ گرِ پرٛژھانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ستی آس ءِستا مےٚ ءِتٕر روزانہٕ
سو تہٕ نتہٕ بوتہٕ چھُنہٕ بسانو
سوتہٕ لیس واہ سوتہٕ ستی ونانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
بؤ زِتھ ووما ووما چھےٚ پرٛژھانہٕ
اَو مانہٕ وِکھیپہٕ سورانو
منہٕ منزِ پرٛژھنس واکھ چھُنہٕ یِوانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
یرٛژ مندچھنہٕ ووندِ لی آس وندانہٕ
رامہٕ جوٗ چھُ پانہٕ شری نارانو
مایا سانگہٕ پُژھ ءِستایہٕ ژھارانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

یُس زِ رام پرماتما چھس وَنانہٕ
زگتس منز سُے رٔٹبانو
وُنتس شِوٕ نِس نٔیشچے ستہٕ یِوانہٕ
ژٕنتھ وٕمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

منہٕ منزٕ شنکھا چھنہٕ کیٛا ژلانہٕ
برٛم کیٛا پیہِ یِتھ مُہہٕ کرانو
بڈٕ بٔڈی نٔیشچے ستہٕ سمشے روزانہٕ
ژٕنتھ وٕمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

بوز کیٛا چھُ مایا برٛم مُہہ آسانہٕ
سمسارٕ ستہِ چھِ یِی وَنانو
سَرِ یُس کتھہٕ کرِ مرٕ چھُنہٕ مرانہٕ[1]
ژٕنتھ وٕمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

توٕ پتہٕ دیوی چھےٚ سرٕ پانہٕ کرانہٕ
ستا لاٚگتھ سو یِوانو
توٚت یٚیتہِ رام اوس سیت سیت کرانہٕ
ژٕنتھ وٕمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

زانِمے ستا رام پچھُنہٕ آسانہٕ
یَس یوگہِ یوگہٕ چھے پوزانو
انہِ بوٕ چھُنہٕ بیٛاکھ بیٛاکھ وَنہِ یِوانہٕ
ژٕنتھ وٕمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو

---

[1] ''سَرِ یُس کتہٕ کرِ مرِ چھُنہٕ یِوانہٕ'' (گ۔پ)

# لیلا

کُچھ سُکھ نا ہی رام بھجن بِن
سمجھو سجن منہ سچی بات
آج کل کال ہووے مؤرکھ زن
سمجھو سجن منہ سچی بات
تمری مسافِر یک دن جس وطن
بھجنا بھجن بِن نا کچھ ساتھ
لج نا ناہی دکھ تُمری من
سمجھو سجن منہ سچی بات
عمر تمہارا جا گیہ دِن دِن
جا گیو نا ہی پل اور ساعت
بھاگ گئیہ چور تیری لاگیہ سن
سمجھو سجن منہ سچی بات
راکھبس کُل میں پرہلاد ہوسن
نرِسِہم جی مناس اوتم ذات
برہمن جمنی سی نا ہووے سمہن
سمجھو سجن منہ سچی بات

پرم ایشر تہٕ پرم آتما آسانہٕ
یوٗگین منہٕ پڑھ چھُ پڑمانو
شِو جی تہٕ سُے سُے اوُسم وَنانہٕ
ژھتھ وہرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ہرموکھہٕ شِو جٹہٕ ہر ہر کرانہٕ
شِوس نِشہٕ وُرژ تھاوانو
انتر یاٗمی سُہ رامہٕ رامہٕ بولانہٕ
ژھتھ وہرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ہی دیوی چھٕنہٕ بیٛاکھ رام آسانہٕ
ژٕ تہٕ بہٕ تہٕ رامے چھِ آسانو
ستایہٕ روٗس یَس نہٕ ویشرام یِوانہٕ
ژھتھ وہرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
تیِ وَنہٕ پرمانند یِی چھُ ونانہٕ
شِو دیوی کاسہٕ اَیمانو
کتھ بڈٕ چھےٚ گتھ کیٛا سوے چھےٚ کرانہٕ
ژھتھ وہرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
ستیٖ یہٕ تام شِو جی بوزٕ ناوانہٕ
ہیٚندی زیوٕ ستیٖ وَرنانو
ترٕ نا بہٕ تہٕ بوٕ سرٕ سرٕ کرانہٕ
ژھتھ وہرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو

# کتھ

مُہِ دِ ے زاَنتھ نہٕ موے دِ ے زانانہٕ
دپوی شِوس گۓ ییٚہٕ ارژانو
شِوس یِستا رامہٕ نامہٕ بجانہٕ
ژٕھتھ وبر شہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
نارد تہٕ تأَنی دیٚانہٕ استوتھ کرانہٕ
رازس تہٕ رانہٕ بوزٕ ناوانو
سُے رام کرٛشنہٕ جُو چھُ ویٚشہِ مایایہٕ سانہٕ
ژٕھتھ وبر شہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
مول چھُنہٕ کانٛسہِ ہُند یاتے سنتانہٕ
سنتن تہٕ چھُنہٕ پان کھٹانو
واَنسہِ بیٚون بیٚون کانٛسہِ ژھایہٕ چھُنہٕ روزانہٕ
ژٕھتھ وبر شہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
بوٗ زِتھ چھِ امرِتہٕ گوٗلا چھولنہٕ
جیٖوَن مُکتی چھِ پرٛاوانو
سیٚون چھِ منہٕ واَنیہٕ ونہٕ ناولنہٕ
ژٕھتھ وبر شہِ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
پرٛشنس کتھ چھُنہٕ کرٛشنس مانانہٕ
درٛشہِ درٛشٹانتھس زانانو

سب ناسی اُوچا راجا راوَن
داہ دی لنکا کو اپنے ہاتھ
رام نام سے راج پاوے وبھیشن
سمجھو سجن منہٖ سچی بات
گنٹیانہٖ مُندرا پاوے کانن
برہمن سوجو جانے جانکی ناتھ
رام جانے آتما کو ترن تارن
سمجھو سجن منہٖ سچی بات
یادَو کل کا دیوکی نندن
نابھجن سے اُس کل کا بات
رج گئیہ گوُپی جسوُدا نندن
سمجھو سجن منہٖ سچی بات
کہاں گئے ماں باپ کھولو لوچن
اس بات سے کرو کال اثبات
پرمانند مرلی کو دے تن
سمجھو سجن منہٖ سچی بات



یِی کتھ چھُ نارُد کرٛشنس وَنانہٕ
ژٕتھ وَمرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
شوب درشُن مُشرآوِتھ پأنٕی پانہٕ
پانس چھِ پانَے وُچھانو
یس ژھارنس چھِ تس تہِ ژیٚے چھی ژھارانہٕ
ژٕتھ ومرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
دُپتہٕ ژھایایہِ آیایہِ وَلانہٕ
آش ژر یہِ مایایہِ وَلانو
أگنیان ترٛ آوِتھ چھِ وگنیان پرٛاولنہٕ
ژٕتھ ومرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
نارُد آو بگوانس پرٛژھانہٕ
یژھِ پُرژ کوٗنہہ چھا برٛنزانو
برژٕی برژٕی برٛنزِ برٕنزِ ریٚژھ چھِس ٹُلانہٕ
ژٕتھ ومرشہِ دِپتہِ ملنہٕ بگوانو
اکرتا پرماتما چھِس وَنانہٕ
کرتت تمِٕس کوٚ کھسانو
یوٚ کنہِ مرنس تہِ زیٚنس نہٕ لگانہٕ
ژٕتھ ومرشہِ دِپتہِ مانہٕ بگوانو
مأٹِلس تہِ ماجہِ ہنز فِکرے چھُ سنتانہٕ
تِم کرن چھِ سنتانہٕ سنتانو

نانا نامہٕ رِپہٕ نانانہٕ مانانہٕ
ژٕنتھ وٕمرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
آتمہٕ تہٕ گیانہٕ کنٕز وارٕ آسی بوزانہٕ
زنمہٕ وارتایہٕ تارٕ ترانو
سنموکھ چھہِ کرٛشنس سو آتما زانانہٕ
ژٕنتھ وٕمرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
وویکہٕ بھکتہِ باونایہٕ پُرٛھ انانہٕ
بۆزِی بۆزی تیُتھ یُتھ زِ برٛمانو
نارَدَس چھہِ تورَے پرٛنانہٕ ونانہٕ
ژٕنتھ وٕمرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
کرٛشنَے چھُ یوگہٕ یوگہٕ زگت ایش آسانہٕ
پنہٕ نی بھکتیٕ پانہٕ کرانو
پانَے پانس چھُ بب تہٕ ماج سنتانہٕ
ژٕنتھ وٕمرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
آسی تہِ کیا چھہِ کرٛشنے تہٕ کرٛشنے بوزانہٕ
یَس کرٛشنس لۆکھ ارژانو[۱]
پانہٕ چھُنہٕ کینٛہ گُنہِ سُے یوت آسانہٕ
ژٕنتھ وٕمرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
بگوان رٕن چھُنہٕ کانسہِ ہندی ہوانہٕ
سارِنی چھُ بکھتہِ مۆکھی کرانو

---

۱ پوزا کران۔

مایا کتھہٕ پاٹھۍ کتھ چھکھ زانانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
لۄکھ یُتھ چھہِ وَنس ژٕ تہٕ چھکھ ونانہٕ
لۄکھ ہرشس چھِنہٕ أزرانو
سوکھہٕ سان گنیانہٕ مانہٕ رۄس چھِنہٕ روزانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
میاۍنۍ مایا چھَنہٕ مےٚ رۄس روزانہٕ
لۄکھ چھِس مے رۄس زانانو
میٚتہٕ بیٚاکھ زانانہٕ سُہ تہٕ بیٚاکھ زانانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
سِری یہِ چھُنہٕ اکھ تہٕ بیٚاکھ ژھایا باسانہٕ
سِری یہِ چھُ پانہٕ کرنو سانو
کوکرمس چھےٚ اوبدیا نشانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
سِری یہِ گرٕہُن ژوپاۍری چھہِ وُچھانہٕ
سِری یہِ سترٕ ژھایا باسانو
پانہٕ یُس نہٕ زانہِ تُس کۄنہہ پرٕزِ ناوُن زانہٕ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
وَسُدیوس بوتہٕ اوُسس سنتانہٕ
پانہٕ آسہٕ ہان موکلاوانو

---

۱ زٕژو۔

زٕینٛس ئتہٕ مرنٛس کوٗنہہ نتہٕ کانٛسہٕ پزٕارانہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
زانٛتھ ئتہٕ وارٕ پاٗڈٕھی آسہٕ ئیتھ زانانہٕ
وٕنن ئتہٕ کیٛا وٕنن بنانو
زانٛی زانٛی پانہٕ مانہٕ سان چھُنہٕ روزانہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
بگوان یُژ ہرشہٕ پرٛسند آسانہٕ
ناردس چھُ پھیٖرتھ وَنانو
وَنہٕ پتہٕ روٗس وَنئے نچھُنہٕ بنانہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
تھوٗلہٕ سِکھی رمہٕ بیٛون بیٛون چھُنہٕ کیٛاوٗ چھانہٕ
کھنہٕ ماترٕس[1] چھِنہٕ ژینانو
پھُٹہٕ ما آکاش ساس گٹہٕ پھُٹانہٕ[2]
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
انتر یانٛی ئتہٕ پرنئے کوٕ زانہٕ
ٹھوٗر چھُنہٕ گُنہٕ گٔیے آسانو
گونہٕ بَیہٕ روزِ ہاں روزٕ ہا یکھ نہٕ ہلنہٕ
ژٕبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ مانہٕ بگوانو
پَدِ پَدِ پھیٖرتھ ژٕ بڈٕ بڈٕ پرانہٕ
وید وِداثتہٕ چھُکھ بوزانو

---

[1] گُنہٕ نے روزٕ ہان روزٕ ہانکھ نہٕ ہانہٕ (ماسٹر جی) [2] بڑٕ ژٕرس مٕٹرٕ کلاَ۔

تَمہِ سان یہِ گالکھ چھُ گالوُن آسانۂ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنۂ بگوانو
پرِمانند وندِ پان لتس وندلنۂ
یَس روٗس بێیہِ کیثہ نۂ آسانو
بێیہِ بێیہِ پرِژھی پرٕژھی بێیہِ بێیہِ بوزلنۂ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنۂ بگوانو
سمپوٗرن استوتھ چھُ نێتہِ نَیم کرلنۂ
پانۂ پرِمانند پرٕاوانو
وٗرژٕ بوٗزِتھ وٗرژٕ وونـدـچے سورلنۂ
ژٕتھ وبرشہِ دِپتہِ ملنۂ بگوانو

اند

موٗکھی چھٕنہٕ پانہٕ کرنٕے روٗس پڑاولنہٕ
ژٔبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
پانٕس پانہٕ آس نارِد ژھارلنہٕ
ژھأری ژھأری اڈٕ آس لٔبانو
لبہٕ روز لبہٕ لبہٕ منز تی آسانہٕ
ژٔبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
مےٚ زأنتھ تے ژٕے چھکھ روزلنہٕ
بٕے چھُس چانہٕ موکھہٕ آسانو
سماد پڑأوِتھ ووتھانہٕ وٕتھانہٕ
ژٔبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
مےٚ روٗس یم زأنتھ بیٚاکھ آسانہٕ
زٔبنہٕ مرنٕس چھی لگانو
پٔژُن نہٕ زأنُن توٚن چھٕنہٕ گرٕژھانہٕ
ژٔبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
نارُد شرن بگوانٕس چھُ پولنہٕ
بوٗزمُت سُے سنٛدِ[۱] دِوانو
لی لی بوٗزی بوٗزی پڑسند روزلنہٕ
ژٔبتھ وبرشہٕ دِپتہٕ ملنہٕ بگوانو
بگوان زان لٔس روٗس آس گارلنہٕ
بٔنیہٕ کینٛہ یہٕ چھے درینٛٹھ پوانو

۱۔ تأليم۔ابیٚاس

# وڈُن

مرَ پانہٕ پتو چھے مرَنُے
کر کینہٕ تہٕ ژٕ مو روٚنُے آس
گرِ گرِ گرٕ لڈُن تہٕ لوٗرٕنُے
اَتھ کمٕی دوٚپُے وَدِ وُنُے آس
ژٕدی لد یہٕ بَدن از ما ژھیوٚنُے
کر کینہٕ تہٕ ژٕ مو روٚنُے آس
اتھ منز نفسُن ہوٗن ووَدِ وُنُے
چھوٚنُے تہٕ تی وُچھ وُنے آس
موٚہ زن ہکھ لاگہِ ہے ہیہہ ترٛونُے
کر کینہٕ تہٕ ژٕ مو روٚنُے آس
مو ماز مازس ہوٗن چھُنہٕ کھیوٚنُے
بوچھِ ہوٚت تہٕ وُٹھ پھیشہِ وُنُے آس
برس مہٕ لگ لگہٕ بَرس پوٚنُے
کر کینہٕ تہٕ ژٕ مو روٚنُے آس
گن بن بوز شاہہٕ شاہ سورٕ وُنُے
شاہ چھُکھ تہٕ ووتھ ہورٕ وُنُے آس
نکھہِ ترٛاوُن چھُے نکھہٕ وَسنُے
کر کینہٕ تہٕ ژٕ مو روٚنُے آس

# وژن

لوسہٕ ناؤتھس غوصہٕ تژ او میٛون یے
ووٚنی چھُ بُلبُلو گرٕ گرٛھون یے
اَنتہٕ سمیَس دان گرٛھِ دیُن یے
پانہٕ صاحب تے وُچھ ووٚن یے
وَتہٕ خرچا ستہٕ گرٛھِ نیُن یے
ووٚنی چھُ بُلبُلو گرٕ گرٛھون یے
زیوٗٹھ مٔنزِلا چھُم پکُن یے
تتھ مٔنزِلس یتھ اَنہِ گوٚٹ نوٚن یے
اکھ دَیہِ ناو تارٕ تارٕ وُن یے
ووٚنی چھُ بُلبُلو گرٕ گرٛھون یے
پرمانند ووندٕ پھوٚل رادتم
دِتہٕ درشن پاپ شاپھ کاستم
بژم چھُ سمسار کیٚنہہ نہٕ لارُن یے
ووٚنی چھُ بُلبُلو گرٕ گرٛھون یے



# وژُن

نایک شِوِ راژِ نتہٕ دایکو
وینایکو[1] جے جے کار
گزٕ موکھہٕ شامہٕ رۄُپے کامکو
سمسار سمندرٕ سنبدٕ دِم تار
یندرُن وگہِ ہُند ژٕرے لایقو
وینایکو جے جے کار
یژھا پۆترٕ ووما پالکو
کالہٕ رۄُپہٕ راکھِسن ہُند سمہار
پرٛیدی کھنہٕ کُمارس تہٕ برونٹھ پکو
وینایکو جے جے کار
ماجہٕ ہندِ راجہٕ زادٕ کولہٕ تارکو
ولہٕ سانہٕ اَدٕ کُس کرِ وہژار
اَگنیان ووندِ کاس مۆکھ دایکو
وینایکو جے جے کار
پاپ میاؔنی تُلَن نتہٕ ساس ہایکو
سورن نتہٕ کلپن تتہٕ بڈی انبار

---

[1] گنیش

ژُری گیُندنا چھے یہِ زیوٚن تہٕ مَرنُے
ووٚنمت یہِ پڑھ کرِ وُنُے آس
لبکھ راٗوِتھ ہبکھ ژھارُنے
کر کینہٕ تہٕ ژٕ مو روٚنُے آس
ظون تراٗوِتھ روز گُنے زوٚنُے
چھوٚنُے مہٕ زال وَونہٕ وُنُے آس
زلری لوگ پان ہلتھ وونُے
کر کینہٕ تہٕ ژٕ مو روٚنُے آس
کتھ بوز اتھہِ چانہِ چھُ کرِ وُنُے
تی کینہٕ ژٕ کرِ وُنُے آس
ہنہِ ہنہِ دِہہِ ممتا گالہِ وُنُے
کر کینہٕ تہٕ ژٕ مو روٚنُے آس



پڑھ کیا چھےٚ وآنسہِ ما بُجرس تھکو
وہنا یکو جے جے کار
وآنسہِ منز کأنسہِ ما گوٗمت شکو
کس کس ووٚنی آسے ووٚپکار
سکہِ لو وُٹھنی کأتیاہ ہیٚکو
وہنا یکو جے جے کار



نوٹ: یہِ وژُن چھُ ''پرمانند'' جلدأ ٕکس منز صفہٕ ۹۷-۹۸پیٹھ درج۔ بُلبُلِس نوٕسخس منز اوس نہٕ یہِ ''وژُن'' دٕرج ییمہٕ کِنہٕ اَسہِ ماسٹر جی نہِ پرمانندٕ پیٹھ یہ وژُن نٕقل اوس کوٚرمُت۔ یہُس سپُد اَسہِ بالک رامُن نوسخہٕ بَدس ییتھ منز ہُرے مانہٕ شار وژنس منز شأمِل چھِ۔ اسہِ کٔری ییٚتھن صرف تِم ہُر یمانہٕ شار درج ییم بالک رامِنس نوٕسخس منز دٕرج چھِ۔ وژٕنکی باقےٕ شار چھِ جلدأ ٕکس منز شأمِل۔

واٹھ کیا چھُ کھاٹھ کھتھ وآتھ ہسکو
وہنا یکو جے جے کار
گرِ گرِ زنمک گوم ارچکو
کرِ کیا مرنس تۍ چھُم نو وار
ارژن[1] کم گوم پھولہِ کمہِ بریٛکو
وہنا یکو جے جے کار
نیٛتہِ نیم آسہم یتھ چون دکو
یتھ ناوِ دِیہ ہم سے ہانٛز تار
نتۍ گرٛٹھِ مُرکھس أندری دبکھو[2]
وہنا یکو جے جے کار
اوُسم مےٚ پاپن کوٚرمُت ٹھسکو
شاپن نکھہِ وآج نَم نۍ اکھ ہار
پاپوٚ سئٹن گوم ڈُٹکو
وہنا یکو جے جے کار
یتھ نو کینٛہ ونہِ ژرے پاہکو
وندہے پان ژرے وندِ سہار
ہارنن پوشن کرَو وہیکو
وہنا یکو جے جے کار
آمہِ تاوِ کاستم وآلنجہِ دبکھو
لمبوٚدرِ سوٚرم آیہِ ژار

---

[1] پوٚزا۔عبادت۔ [2] تکلیف

# پوٚت حرُف

مےٚ چھُ باسان یہِ ضروری وُنُن زِ یہِ کتاب تیار
کرنس منز چھُ یُژ پاٹھۍ ساقی صاٗبنۍ اتھہٕ۔
میانۍ کاٗم اُس صرف ہُتہِ ییٚتہٕ ژَھ کپٹھ تہٕ شیرٕ
ژاٗرٕ یاٗژ۔

ایس کے توشخانی

نوٹ: مشکل لفظن ہُند معنے زانُنہٕ خاطرٕ وُچھِو پرٕ مانند جلدا کھ۔



پرمانند سنز کتاب "رادھا سوئمبر" بہ خطِ بُلبل ناگامی
تاریخ تحریر: ۱۸۹۷ء




Published by
Jammu and Kashmir Academy of Art Culture and Languages
Srinagar

Printed at: Jk offset Printers, Jama Masjid Delhi-6